# کٲشرٕ بالہٕ اپارٕ

مصنف

پروفیسر مرغوب بانہالی

کاشُر ڈِپارٹمنٹ کشیر یونیورسٹی سرینگر

ب



| | |
|---|---|
| مصنف | پروفیسر مرغوب بانہالی |
| ؤری | ۱۹۸۹ |
| چھاپ خانہ | شالیمار پریس |
| معول | |
| کاتب | معراج ترکوی / ضیاء عرفان |

ترتیب کار

|

قاضی ظہور

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشیر یونیورسٹی سرینگر




| صفحہ نمبر | عنوان |
| --- | --- |
| ۱ | گوڈٕ کتھ |
| ۷ | (۱) فطرت کین مختلف رنگن ہُند یال — پیر پانژال |
| ۱۵ | (۲) بالہٕ اپارٕ کاشرٕ ہن علاقن ہنٛز نشاندہی |
| ۲۵ | (۳) ضلعٕ راز دیر |
| ۳۳ | (۴) گول گلاب گڑھ |
| ۳۹ | (۵) تحصیل رام بن |
| ۵۱ | (۶) تحصیل ڈوڈہ |
| ۶۲ | (۷) تحصیل کشتوار |
| ۷۵ | (۸) تحصیل بھدرواہ |
| ۸۵ | (۹) تحصیل رام نگر |
| ۸۹ | (۱۰) تحصیل بلاور |




تم تذکرہ ندیس، مُحقق تہٕ علم دوست چھہِ کشیرِ ہُند باڈو سیٹھاہ ژھونٹراوان یم صدی وادن اکس ڈنجہِ رۄدی متین ییمہِ تہذیبی قلمرو کین کاشُر بولن والین سرحدن مُشراون چھہِ تہٕ یم کاشرین ہنز سماجی تہٕ ثقافتی زندگی ہُند مطالعہ فقط ویرناگہ پیٹھہٕ درُل نام حصار بند کران چھہِ، تہٕ کیازِ تم چھہِ دراصل پننہِ محدود نظری تحت رقبہ لحاظہٕ اصلی کشیرِ ہندِس فقط ژۄرمس حصس (وادی کشیرِ نادس تحت) پۄرہ کشیرِ ہُند مُترادف تہٕ ہم معنے زانان۔

کلچرکس تہٕ زبانی ہندِس ناوس پیٹھ درزناونہٕ یینہ واجنہٕ تنگ نظری تہٕ غلط روی نشہٕ پنن پان لوب رٹھہِ پزِہ انہِ یہ حقیقتھ لابدی پرزناوِنی زہ مختلف قومیتن تہٕ مختلف تہذیبی اکائین پیٹھ مبنی برصغیر نادکہِ لسانی بہنشہِ چِن مختلف زبانن منز چھیہ قُدرتن کاشرِ زبانی تہٕ اکھ ناکارہ انفرادیتھ عطا کرمژ۔ مجموعی طورہٕ چھُ مختلف قومیتن ہندِس کشرتس منز شامل آسنہٕ باوجود سانہٕ ثقافتی وحدتُک

اظہار یعنے سانہٕ کنُک بنُک تہٕ بولنُک چالنُک دلوہار کُل عالمس منز بیون تہٕ بدوُن۔ یہ پوت منظر نظر انداز کرن والی چھینہٕ کاشرین ہند اجتماعی سونچُک پزر تہٕ سنبر صحیح تناظرس منز وُچھتھ

ہیکان لہٰذا چھ یعنے تمہ کاشرن علیٰحدگی پسند رجحانہ ہانشرھ لاگان تہٕ یعنے تہندیس خود مرکوز نٕنیچ کتھ تُلنس جُرم زانان ۔ ہندستانک اکھ مشہور دانشور تہٕ مورخ کے، ایم، پانیکر چھ پننہٕ "جغرافیکل فیکٹرس آف انڈین ہسٹری" ناوچ کتابہ منز ونان زِ بیٚنہٕ پاٹھی اکے ملکس کنہٕ تہٕ جغرافیائی خطس اندر آب ہوک رنگ ونسلک تہٕ دین دھرمک پھیرہ ممکن چھ تیتھے کُنہِ اکس ملکس منز واریاہن بیون کلچرن تہٕ بیون قومیژن ہُند تصور تہٕ ممکن ۔ مگر زبانٕ چھیہٕ بدون کلچرس منز بنیادی حیثیت چنانچہ ہیکن اکس جغرافیائی خطس منز بسن واجی مختلف رنگن نسلن تہٕ مذہبن ہندی لوکھ محض زبانٕ ہُند ہشر تہٕ کلچرک یکت آسنچہ بنیادس پیٹھ امہٕ نظریہ موجب بنگالی یا پنجابی یا مدراسی تہٕ یا کاشرن قومیژن منز باگر تہٕ پتھ ۔ یہ چھیہٕ بیاکھ کتھ زِ قومیتکی عقیدکی یا اقتصادیاتکی وسیع ترمفادات تہٕ ہیکن یمن قومیژن اکہ بڈ ملکچ یا برصغیرچ اجتماعی بہبودی کانچھنہ خاطرٕ اکس فیڈریشنس منز کرینکہ ہانکل بناوٕنہ یعنے باہم متفق تہٕ متحد بناوتھ ۔ پرتھی ہشہٕ اکہٕ حقیقت پسندی ہُند اظہار چھُ نہروجی ہوی دانشورن تہٕ ہندوستانہ کس آینس منز کاشر زبان ریاستچ علاقائی زبان قرار دیاوتھ ٹاکارپاٹھی کورمت ۔

کاشر زبانٕ ہندی اعداد وشمار تہٕ علاقہٕ مشخص کرن واجی تہٕ اگر حقیقت پسندی کامہ ہمن تیلہٕ روزن تہ تہنزِ نظرہ ویرناگہ پیٹھ درُل تامتھ کشیر حصار بند زانیچ نہجہ پیٹھ قایم بلکہ یکہ تمن مختلف گامین منز بالوالپور ترمڑ لچھ بدبن لوکن پیٹھ مشتمل سو کاشر بستی تہٕ درینٹھی یتھ لوسہ صوبے جومہ کین شبنہ ویٚز ضلعن تہٕ ہماچل پردیشہٕ کین تیساتہٕ چمبہ ہوین تحصیلن منز آباد چھیہٕ ۔ اکہٕ سرسری اندازہٕ موجب چھُ ونہٕ یوان زِ یوت یوت تام صوبے جومہ کین تھدن علاقن تہٕ ہماچل پردیشہٕ کین بالائی علاقن منز شین پیوان چھُ توت توت تام چھُ کاشر کلچر پننی قدم مضبوط بناوان پوکمت ۔ کاشرہ کلچرکی کیہنہٕ پرانی اہنارا زتام ڈیچہٕ تھون واجی

اُمی یتھ کھورِ علاقن چھُ پننی انفرادیتھ رٔچھتھ کشیرِ تہٕ پنجابس درمیان پیر پانژال سلسلچہِ
شکلہِ منز کاڈ کوڈمُت ۔ اتھ بیلٹس منز چھُ ضلعے پرونژھ تہٕ ضلعے راجوریُک ہیند بیشتر
علاقہِ ضلعے ڈوڈہ سالم ۔ ضلعے اُدھمپورُک تحصیل گول گلاب گڈھ سالم تہٕ تحصیل
رام نگرُک ہنصف ، ضلعے کٹھوعکہِ تحصیل بِلاورُک ہنصف تہٕ تحصیل بسوہلی ہُند
ہنصف رلاوِتھ کاشُر کلچرُک پُراسرار کوہ قاف دعوتِ نظارہ دِوان ۔ اقتصادی
تہٕ سیاسی طورٕ یتھ کھورِ آسنہٕ باوجود چھِ اُمی علاقن ہمسایہ ہماچل پردیش کین دورٕ گامن
تام اکھ سرون تمدنی اثر ترٛاومُت تہٕ یہے کتھ چھےٚ جومہٕ کین بیٛین پہاڑی کنڈی
علاقن متعلق تہٕ قابلِ توجہ ۔

یہ کتھ چھےٚ ماننہٕ زِ دانشورن ہنٛز تمام ترکوششو باوجود چھےٚ ازتام تہٕ
کاشرِ کلچرکین یمن علاقن ہندی سرحد درینٛٹھ انٛنچ کام سیٹھاہ محنت طلب آسنہٕ کنہِ
نظر انداز سپدمٕژ ۔ اتہ کین لیکھنٕ ہنٛزٕ ہمدردی دیاونوُدس یہ اکھ مشکل کامہِ تن تہٕ
یہ کتابہِ ہٕن آیہ بارسس ۔ دراصل چھُ سون مُدعا دورٕ افتادہ علاقن ہندین تمن کاشرٕن
ووٚن دیُن تہٕ تہندس لسنس بسنس کُن توجہ پھرُن یم مختلف تواریخی دورن تہٕ
انقلابن منز کشیر تراوِتھ اوربٕنہ چھِ گامتی تہٕ یم اتہ پننٕ ثقافتی ورثہ رٔژھرنس منز
ازتام کامیاب چھِ سپدیمتی ۔ یہندی پاٹھی ماجہِ کشیرِ ہندس درشنس ترسن واجِم کاشرِ
علاقہٕ یا کاشرِ محلہ ہیکی نہٕ یتھ کتابہِ منز جاے لبتھ یم یاتہٕ سرحد اپارٕ واقعہ چھِ یا
بمبے ، دلہِ ، بھوپال ، امرتسر ، لکھنو ، چندی گڈھ ، لدھیانہ تہٕ پٹھانکوٹ ہوین شہرن منز
چھلہِ چھانگرٕ گامتین کاشرٕن ییٚتھ مشتمل چھِ ۔

بہٕ ہیکہٕ نہٕ ہرگز یہ دعوا کرتھ زِ یہ کتاب کیا چھےٚ اتھ موضوعس پیٹھ اکھ مکمل تہٕ

آخری کتاب، تہ کیازِ بیوٚ پابندی لوٚ علاوہ آس اکھ اکھ پابندی یتہِ زِ ایکھ مواد گوژھ کم کھوتہ
کم صفن پیٹھ چھاپ پیدہ تھ ہیکُن۔ پیٹھ اوس فاضل دوست پروفیسر راہی صابن اصرار بطور
اکھ ییک ہکُ یہ کتاب ۱۹۷۵ء چہ وٚندہ چھُسیہ شروع گرشِنہ بردتھے مکمل کرتھ ڈپارٹمنٹس
حوالہ کرنکُ۔ یمو دوئو مجبوریو باوجود چھیہ یہ ژ تنبیح خوشی محسوس سپدان زِ یہ کتاب پرِتھ
یہ غیر کاشرِ پرن والین ہند کھوتہ زیادہ سیاسن کاشرِ باین تہ بینین یِنہ کلچرک تہ یِنہ
زبانی ہندسہ پیچھ پرستان اُچھن تل یمو تہند کلچرک تہ تہنز مادری زبانی ہند مول سرمایہ تہ
ثقافتی ورثہ ازتام زِنرہ رِتھ اکھ مضبوط قلعہ ثابت چھُ کوٚرمُت۔ ساڑی سوتھرس پیٹھ لل دید
تہ شیخ العالم ہنز شعرہ زبانی ہند لہجہ تہ لفظ راش ازتام ورناو یچھ شکلہِ منز تہ ثقافتی سوتھرس
پیٹھ ع ام لسِنہ لبِنہ سوتھرس پیٹھ سادہ ولوہارن تہ بے تکلف طریقن ہنز شکلہ
منز۔

بہر حال یہ زانہ میٖنہ گو دیہ کتاب لیکھنکُ مقصد پوٗرہ اگر یہ پرِتھ کشیر ہنز وادی
منز بسن والی کاشرِ پرِ ونتھہ راندیہ، گول گلاب گڈھ، باہنال، رام بن، ڈوڈہ، بھدرواہ،
کٹھوعہ، رام نگر تہ ہماچل پردیشس کین کھوتن منز پسماندہ کاشرِن تِی رابطہ مضبوط بناوٕنچ
ذمہ واری تُرکہ سان انجام دِنچ تحریک لبن۔ یا اگر تم اَتہ کین پسماندہ کاشرِن ہند ذریعہ
زِنرہ تہ پنہ وول ثقافتی سرمایہ پزِنہ پاٹھی پننہ سرمایہ زانتھ ہیکن۔

مرغوب بانہالی
۱۷۔ دسمبر ۱۹۷۵ء

**پیشگی معذرت:** اسہ چھُ تمن کتھن ہند احساس پیشگی معذرت پیش کرناوان زِ:-
نمبر ۱: ییتہِ ڈاکٹر صدیق محی الدین "کشیر" ناوچ مشہور کتاب جنت نظیر وادی منز
بسن والین کاشرِن ہنز ثقافتی زان تواریخی دوربندی تحت بہم چھیہ کران اسو تہ

گُتُل تحقیقی مواد ڈُکھس آسنہٕ کِس بُنیادس پیٹھ ) تتہٕ چھپیوٚ ( تیُتھ کانہہ تحقیقی مواد ڈُکھس آسنہٕ وَراٲے ) "کشیرِ بالہٕ اپارٕ" ناوٕچ یہٕ کتاب وادی اندٕ نیبھ دُشوار گُذار یالن منز بسن والین کاشرین ہنز ثقافتی زانہہ بہم کرنس پیٹھ اکتفا کران۔

نمبر ۲۔ یہٕ کتاب چھپیٚ زٕ داہ وَری برونٹھ۔ یمہٕ شعبہٕ کِس بیسک بُک پروگرامس تحت لیکھناونہٕ آمٕژ۔ یمہٕ کنہٕ یتین وَرین دوران متعلقہ علاقن منز رونما سپدیمژن تبدیلین، تمادٕن تہٕ تعمیرن ہُند تکِس تفصیلی طورٕ لیُن مشکل چھُ۔

نمبر ۳:۔ یہٕ عرض کرُن تہٕ چھُ برمحل زِ بیسک بُک پروگرامس تحت لیکھنہٕ آمٕژن کتابن منز شُلہٕ گرٕ شامل کرنہٕ آمٕژ یہٕ کتاب چھاپنک چھُ کاشرِ ڈپارٹمنٹکی مشاورتی بورڈن امرار کوٚرمُت یُس اسہِ تعمیل ارشاد کرُن پیو۔ خاص کٔرتھ یِلہٕ مُصنفس یہٕ وننہٕ آو زِ بحیثیت سربراہِ شعبہ چھُ تٔہند فرض "الامرُ فوقُ الادب" زِ تُہندِ تُہند حکم چھُ ادبہٕ تہٕ گژھِ چھِتھ" ڈٕلیُ تکس دآیرس منز یوان تہٕ بعضے چھِسے انسانس پننی ذاتی رائے تہٕ پننہٕ منصبچ ذمہ داری الگ الگ خانن منز باگرٕ پیوان۔

نمبر ۴۔ یہٕ کتاب لیکھنس دوران گیہٕ معراج زرگوی تبدیل تہٕ امیُک باقے حصہ لیُوکھ ضیا نرفانن۔ یمہٕ کِنہ نیتھ کتابہٕ منز کُنہ کُنہ جایہ خوشنویسی تہٕ املاہُک فرق تہٕ آسِتھ ہیکہٕ۔ تاہم چھپیہٕ اسہٕ وُمید زِ یہٕ کتاب پرن والکی سپدن ڈٔکھس حدس تام محظوظ تہٕ مستفید۔

"اِدارہ"



## فطرت کین مختلف رنگن منٛدبال

# پیر پانژال

پرٛزی پاٹھۍ آسہٕ ہے علامہ اقبالنٕ ہندین واریاہن دوستن تمہٕ وزٕ تعجب پٛدمُت بیلہٕ تمن تس نِش یہٕ کتھ بوزنی آسہے ییمہٕ زِ یم راز مدرسن، کالجن تہٕ یونیورسٹین ہندِس ماحولس منز زٕ دُر تھونہٕ یوان چھِ، تم راز چھِ بالن ہندین خلوکھ شاین منز ننٛنۍ نیران۔ مگر تہندی شاعرانہٕ لفظ چھِ یم ؎

مدرسے نے تری آنکھوں سے چھپایا جن کو
خلوتِ کوہ و بیابان میں وہ اسرار ہیں فاش

سانہٕ خاطرٕ چھُ یہٕ دنُن ناممکن زٕ بالہٕ کِس خلوتس منتعلق اُتھ پرٛزرس باوتھ کرِنچ زیرہ ما آسہٕ ہا اقبالس ذاتی طور کوہستانی دوستن ہندی اخلاصن دِزمژ یموٗ سہٕ اُتھ حدس تام متأثر اوس کورمُت زِ تمۍ وون اعلانا ؎

مرتا ہوں خامشی پر یہ آرزو ہے میری     دامن میں کوہ کے اک چھوٹا سا جھونپڑا ہو

اَتھ کتھِ سٟنٛز وِزٕ پٔھن اقبالن پٔنٕن کِردارن پیش آمتی تہٕ واقعات تہٕ زیرِ نظر اٟنِتھ یم اقبالن ہِندِس آبائی وطنس یعنے یٚتھ ریٚشی وارِ آے بخشن وٲنِس پیر پانٛشرالس اَندٕ پکھی روٗحانیت پروری رنٛگی پیش آمتی چھِ۔

بہرحال یتھین سارِنٕے شعرن ہٕنز معنویت پیدٕ اَسہِ یتھ روشن اگر اَسہِ اَتھ کتھِ وارٕ سٟنٛز نگہ زٕ یُس پیر پانٛشرال بیلٹ پٔنٕنین رازدار تھوٗنگین ییٚتھ دفن سپد یٚمین حضرت شیخ العالمؒ تہٕ حضرت فریدالدین بغدادی ہیٚوٚن بزرگن ہٕنز۔ علمداری ہندی لولہ اسرار وُزھ وانجہ رچھان چھُ سُہ چھُ قدر تمِکین سایہ بدٕین خزانن ہند امانتدار آسنہٕ علاوہ اَزتہٕ کٲشرِ ہندِ روٗحانیت پرور ماحولک راچھدر باسان۔

جغرافیائی طورٕ تہٕ چھُ اَمِچ راچھدری متعلق یہ وٕنُن برمحل باسان زٕ اَمی بالن ییٚتہٕ پیٚتہٕ وٕتھ ریٚشن تہٕ سادن، پیرن تہٕ بزرگن نالہٕ ییٚتھ جاے دٕزٕ مٕرٕ چھیٚنہٕ تہٕ چھُ اَمی کٲشرِ پیٹھ حملہٕ کرن والین ٹیرکال تامتھ، ناکامی تہٕ نامرادی ہند افسوس لارنوومُت۔ چنانچہ چھُ اَمہٕ کتھِ ہند توارٟخی ثبوت میلان زِ یٚتہٕ باہالی بالن کٲشرِ ہٕنز آبادی تہٕ ترقی کانٛچھن والین سادات ہٕنز وٕتہٕ سٕنز ہیچھہِ وٕتھراہ تنہٕ کوڈ اَمی کٲشرِ ہٕنز بربادی تہٕ تباہی کانٛچھن وٲلِس میہراکلس تہٕ زُلچووس سیٹھاہ عبرتناک حالس منٛز زٕ۔ پیر پانٛشرالکی دِلکش پہلو تہٕ مشکل پہلو گُزرن والین ہٕنز گرندٕ چھیٚنہٕ زیٚٹھ۔ اقبالن بروُنٛہہ چھُ فارسی زبانی ہند لو قدسی تہٕ جویا ہو لو داریا ہو پہلہٕ پایہٕ شاعر و عرفان رچھن وٲلِس اَتھ بالس واریاہ رنٛگہٕ تعریف کٔرِمٕژ۔ قدسی ین چھُ اَکھ صحیح حسن شناس بٔنِتھ اَمہٕ بالہٕ چیٚن مشکل وٕتن منٛز تصوفچہ وٕتہٕ ہند اظہار تامتھ دٕرٕنٛٹھی اونمُت چنانچہ چھُ سُہ وَنان:۔

رہِ فقر از رہِ کشمیر پیداست     کہ گام اول او ترکِ دنیاست

دُشوار گذار وَتن منز پیش یِنہ وٲلۍ مشکلات کِتھ پٲٹھۍ چھ وُنہ گتن اَکۍ مناظر
نظرت دُچھتھ مثال تہ وُنہ بروٚنٛہ چھُ یہ ذہن نشین کرُن ضروٗرت باسان ۔ زِہ کتابہ
ہندس ناوس منز وَرتاونہ آمژ بانگ تصوُر یوٚدوے بانہالی بال یا بقولِ مرزا عارف
بانہج بال تہ چھُ ۔ اما پوٚز یتھ کتابہ منز چھُنہ بالہ اَپار علاقک مفہوم صرف بانہال علاقہ
بلکہ چھُ اَتھ مخصوٗص منز باجہ کشیرِ ہندین تمن سارنے جگر گوشن ووٚن دیُن شامل یِم یٔنچھ
کالہ بیگارِ ہیٚنہ والین حملہ آورن تہ گاٹہ زٲدرن ہندِ ظُلمہ ستۍ یادرٲگن تہ سہلابن ہندِ زھھ
کڈنہ ستۍ کشیرِ ترٲونس پیٹھ مجبوٗر سپدِ تھ ضلع ڈوڈہ بیترِ علاقن بلکہ ہماچل پردیشس منز وزہ
وِزہ بسان گےٚ ۔ کشیرِ ہندس آخری سرفروش حکمران یعقوب ژکُن تہ تمۍ ہندین ستۍ باجین
مُند کشتوارہ واتنک تواریخی واقعہ نظرِ تل تھوٚوتھ چھ اَتھ پہاڑی سلسلس منز بسن والین
متعلق باسان زِہ کشیرِ منز چھ زمینی کیو آسمانی بلاین ہندی گوڈنکۍ شکار یِمہ وَتھ بوٚدُر
تہ حساس لوکھ سپدان روٗدی مت ۔ مخالف حالاتن ستۍ سمجھوتہ نہ کرن وٲلۍ یتھی کیہنہ غیرت مند
چھ پننہ گرہ ترٲوِتھ پیر پانژال بیلٹس منز بسنس پیٹھ مجبوٗر سپدان روٗدی مت ۔ لہٰذا چھُنہ
یہ وَنُن کانہہ مبالغہ زِہ اَتھ اکثر کاشرۍ چھ تمنے بوٚدوٗرن تہ حساس لوکن ہندی
اولاد یمو حملہ آورن ہنز بیپایی قبوٗل کرنہ بجایہ ہجرت کرنس ترجیح دِژمژ یوُ یتہ کیچھ
واجنی کشیر ترٲوِتھ مکایہ واتھ کھنس تَن دِژ ۔ کینہ منز رزق کڈن والین اورگامتین
کاشرین ہندہ اتہ مستقل سکوٗنت اختیار کرنکہ بدولتہ چھُ پیر پانژال بیلٹ
پوگلی تہ کشتواری ہشن کاشرین بولین ہندِ لفظ راشک امانتدار تہ ۔ بلکہ چھُ یہ بیلٹ
کاشرِ ثقافتہ چین کینژن ترژھن قدیم تہ کلاسکی ترایَن ہُند راچھدر تہ یمو ورأے ۔

کأشرِ کلچرُک تہٕ کأشرِ زبٲنۍ ہُند کانہہ تہٕ مطالعہ اڈلیوٗک تہٕ محض اڈلیوٗک روزِ۔

دراصل چھُ پیر پانشال بیلٹ ناوس تحت دأیرس ہنہٕ وول بالہٕ اپارِم علاقہٕ ریاست جموں وکشیرِ ہُند اہم پہاڑی علاقہٕ یتھ سیٹھاہ قیمتی وسٲیل ہندی خزانہٕ تہٕ سرسبز جنگلن ہندی سبز بسوٗنہٕ انبارٕ کھنٛڈِ تھ چھِ سوکھ ضأیِن یوٚہے پہاڑی علاقہٕ چھُ سأنِس وطنس زٕوٗل کرن واجنہٕ ژٕندرٕ باگایہٕ تہٕ سأنِن زمینَن سگوٚن واجنہٕ وێتھہٕ ہُند مالیُن تہٕ۔ اگر نثرس منز شاعری کرٕنۍ مُمکن آسِہے تیلہٕ وَنہٕ اُسی یہٕ زٕ سانہٕ مُتحدہ قومیتُک ہندِس وجوٗدس تہٕ دوٚن صوبن پیٹھ مشتمل ریاستس منز چھِ یِم زٕ دٕریاو کلچرٕچن دوٚن زٕرٕن ہنٛدِ طاقتچ ترجمأنی کران تہٕ یکتیک بنض تھٲنہٕ زندگی ہُند پیٚنہٕ دِوان۔ بحیثیت بنض چھِ یِم زٕ دٕریاو پیر پانشالچہٕ لولہٕ وأنجہِ منز دبرای بامعنی بناوان، تہٕ کیازِ ریاستہٕ کِہن دوٚن صوبَن منز بَسن والین ہندِس کُنرِس تہٕ بھاے بندیس پوچھرٕ دِنہٕ وألی یِم زٕ رومان پرور دٕریاو چھِ اکے بالہٕ وَچھس دوٚچھنہٕ تہٕ کھوورِ وُزان۔ یِمن دوٚن دٕریاون ہُند ازل تہٕ ابد پیر پانشالہٕ پیٹھ بحرِ ہندِس تام کُن آسُن چھُ اَتہٕ یہٕ دعوتھ دِوان زِ خودغرضانہٕ ذأتی مفاد ترأوِتھ کرو اسی پننی ذہن تہٕ دِل ہلراوِچ تہٕ وسیعارچ وَتھ پرٛاوِنہٕ خأطرٕ تیار۔ یہٕ چھِ سوٚ وَتھ یتھ کانہہ کھوٗرٕ نہٕ پرٛنٛتھ تہٕ رُکاوٕٹ ہیکہٕ نہٕ۔ گویا یِم زٕ دٕریاو چھِ اَسہٕ ہِنش اکھ تِتھ مُتحدہٕ تہٕ خوشحال برِصغیر تعمیر کرنُک تقاضہٕ کران یُس کشیر اَمہٕ برِصغیرُک تاج بناوِ تہٕ یُس یِیتہٕ صدی وادن ہنز شکست تہٕ پسماندگی کأشرٕن ژٕلہٕ ناونُک تہٕ تہندٕن اَنہٕ گٹٕ کُھبن زٕوٗل کرناونُک ضأمن بنہٕ بلکہ یُس اَسہٕ پننین ثقافتی سرحدَن پانہٕ رأچھدر بننُک تہٕ پننُ اکھ چھِنر کانسُک سامانہٕ تہٕ میسر تھاوِ۔

مجنُنگ دنیا چھُ اکھ وسیع دُنیا آسان اَتھ منز چھِیہٕ بیک وقت حُب ذاتھ ،

ٹ دھان

حُب مِحبوب تہٕ حُبِ وطن وِچھنہٕ گنجایش مگر قومی بہبودی تہٕ انسانی برادری ہُند حُب گژھن

مختلف خانن منز باگرنہٕ یُن۔ یہ چھِیہ بیاکھ کتھ زِ عالمگیر انسانی برادری ہُند ژکہ درشن ورزِ پزِ تمن

خاصن نشہٕ تہٕ حِسہٕ روزُن یِم لوکٹین قومن تہٕ تہذیبن قومیژن ہندی حقوق ہنگاوتھ ڈاکہٕ کران

چھِہ۔ امہٕ لحاظ چھُ اژی کِس دورس منز وطن پرستی ہُند تصور پتھ کالکہٕ وطنی تصورہ نشہٕ واریاہ بدلیومُت۔

خاص کرِتھ بیلہٕ خدایِن کانسہٕ کشیرہ ہِش خوبصورت تہٕ دِلکش جاے روزنہٕ خاطرہ بخشمژ آسہٕ۔ سو

کشیر ییمہٕ کِس ویرناگ نیٚبرس پیٹھ دفن سپدنک ارمان شہنشاہ جہانگیرہ ہوین تاجدارن گنان

چھُ رُودمُت۔

جہانگیرسند عشقِ کشیرک یہ پہلو اوسنہٕ ویرناگس تام محدود۔ سُہ اوس کشیرِ ہندس

پرتھ ذرس منز تُہنک پہلو ونہٕ کڈُن یژھان۔ حُسنِ فطرتہٕ کِس اَمس عاشقہٕ سنز حُسن شناس

اچھ آس پیر پانژالچہ وتہٕ ہندس پرتھ پژاوس پیٹھ کانہہ نتہٕ کانہہ نارہٕ موند چیز نظر کڈان

تہٕ تمیک حال تس اتھہ بنہٕ "تُوزکِ جہانگیری" ناوچہِ ڈایری منز درج تھوناوان۔ پانژالچہ

وتہٕ ہندی کینژن چیزن کُن پنین پرن والین ہُند توجہ پھرونہٕ خاطرہ کرہ یہ پینہٕ تس اکِس دون

مغل شہنشاہن کرمژ چھیہ یمہٕ تیمہ بروٚنٹھ کُن انہٕ خاطرہ کرہ یہ پینہٕ تس اکِس دون

اقتباسن ہُند ترجمہ پیش۔ بالہ اپارہ واقعہ کشیرِہنزہ وتہٕ پیٹھ پننس اکِس سفرس باوتھ

کران چھُ جہانگیر ییتھ پاٹھی لیکھان:

"وتہٕ منز وچھ مے اکھ کُل ییتھ اکی لوکھ ہلہٕ ہِل (ال ڈل یا بید لرزان) ونان

آسی۔ یلہ اکھ کنہٕ لنجہ تھچھ چھیہ لوان کرنہٕ اتھ ساری سے کُلس چھیہ ہیرہ لبون تھرتھر

دِتھان۔ عام لوکن ہُند خیال چھُ زِ امہٕ قسمک الہ ڈلہ چھُ صرف اکی اوت کُلس

سپدِتھ ہیکان۔ عجیب کتھ چھیہ یہ زِ اکھ گامس منز وچھ مے بیاکھ ییتھے کُل ییتھ گوڈنکہ

کُلکی پأٹھی تھۆر تھۆر ووتھان چھیہٕ۔ مبہٕ سپد معلوٗم زِ یژھ ہش تھۆر تھۆر ہیکہٕ اُتھی لوت کُلس وُتھتھ"۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ بییس جاے جہانگیر لیکھان:۔

"وَتہٕ منز وُچھ اَسہٕ بیاکھ ناگاہ۔ یتھ اَند ناگ (اَنٛد ناگ) ناو اوس۔ اَمہٕ ناگچہٕ گاڈ چھیہٕ اَنہٕ آسان۔ اَسہٕ دیُت اَتھ جاے بہرس کھنڈس تھکھ تہٕ اَتھ ناگس منز تراوہ نوو زال۔ یتھ پأٹھی آیہٕ باہ[12] گاڈ رٹنہٕ یِمو منز ہ تریہ آنہٕ آسہ۔ باسان چھُ زِ اَمہٕ ناگہٕ کس آبس چھُ کیاہتام تیتھ تأثیر یُس یمن گاڈن ہُند اَچھی گاش مُتأثر کران چھُ"

جہانگیر ہندِ ساہ متی جذبک تہٕ فطرتکی نظارہ توجہ سان وُچھنک خاص کرِتھ پیر پانٛژالہ کین نظارن ستی تَنہٕ دِ اُلفتک ذِکر کران چھُ "اقبال نامہٕ جہانگیری" لیکھن وول جہانگیر سندِ بن لفظن ۲۱۷ صفس پیٹھ ترجمہ کرِتھ لیکھان زِ "پروُنژھ کہٕ درہ منز ۵ برونٛٹھ یکھتھ گوو اَسہٕ پیر پانٛژالہ کِس اَکس آبہ سرس منز ییٚنہ عجیب پوشا نظر یُس اَسہ اَدٕت نام کُنہٕ جاے وُچھمُت منز اوسہٕ آمُت۔ یہ پوش چھُ ٹاکارہ پأٹھی اکھ شاندار ترِ رٕنگ پوش باسان۔ اَتھ چھُ اکھ رنگ داَن پوشکی پأٹھی ووزُل نار ہیو۔ بیاکھ رنگ چھُس ژٕنن پھُلیہ ہیُو گولأبی تہٕ ترِیُم رنگ چھُ اَتھ چھیڑ ہور دِیے چھُ اَتھ پوشس تمہٕ گُل گُڈلگ ہیُو اہار، یُس ہندوستانس منز ووپدان چھُ۔ امالوٗز یہ پوش چھُ گُلہٕ گُڈلہٕ کھوتہٕ سیٹھاہ بوٚڈ آسان۔ بلکہ باسیوو اَسہٕ اَمہٕ کُلیک پرتھ پوش ژنن) تہٕ وہ گنہن چھیٚتھن منز گنڈتہٕ آمتین خعاے پوشن ہُند اکھ بوٚڈ پوشہ گونٛد۔ بہرحال چھُ یہ پوش خوش رنگی منز تہٕ نظرِ مٕھتھ یِنس منز بے مثال باسان اَمہٕ پوشنک گُل چھُ تلہٕ کُلس تہٕ امروٗدہ کُلس برابر آسان۔ اَمکی وُتھر چھُ

بید مُشکہ کین وُتھرن ہوی آسان ..... یہ پوش چھُ تیوت بوڈ آسان زِ دون اُکھن منز

تہ چھُہ واتان ۔ ایک کل چھ ہیرہ بون پوشے پوش آسان ۔ گویا یہ کُل چھُ تیہِر پیٹھہ گوڈس

تام پوشن منز ڈلتھ باسان ۔ اَتھ چھ کاشری کمر پوش وَنان مگر پکھلی تہ دہمتور کی لوکھ چھیس

بوہ بہلول ونان ۔ یہ پوشہ کُل چھُ صرف تھکن بالہ ینیالین پیٹھ دوہ پد کھ ہکان بیّیہ شہین

ستوٗ اَتھو دوہ ہو کھوتہ زیادہ کالس آسنہٕ ذِ رتھ ہکان بلکہ آسہ سنز ستی گلان " یم آسی

پیر پانشرالجہ لولہ منز کاڈ کڈن والین فطرتہ کین رنگن لول برن والس شہنشاہ جہانگیر ہندی

کیہنہ تاثرات ۔ دوٗ ہموٗ اُسی پیر پانشرالکیو پُراسرار پوشو کھوتہ زیادہ رنگین گُلن

یعنے پرونشرھ پیٹھ ہماچل پردیش تام پنین کلچرس سدابہار بناون والین ماجہ کشیر

ہندین تمن کوہستانی جفاکش تہ محنتی گبرن پیٹھ نظر تراوِتھ تیاری کرنی ، یم بقولِ اقبال

فطرتہ کین مقصدن ہُنز پاکھ راچھ کران چھہ

فطرت کے مقاصد کی کرتا ہے نگہبانی

یابندہ صحرائی یا مردِ کوہستانی

پٔزی پاٹھی چھ کوہستانی لوکھ پنہ وتو منز پنُن رزق کڈان تہ واریاہو رنگو باغیرت آسنک

ثبوت دوان ۔ کوہستانی لوکھ وچھنہ برونٹھ پٔیہ اَسہ اَتہ چھین پہاڑی بستین منز رھاے

گرانے تہ اُچھن تل انن ۔ لہاذا چھیہ گوڈہ کاشرن بستین پیٹھ مشتل علاقن منز نشاندہی

کرنی لازمی باسان ۔



(مرغوب) بنہ زور کر پوشہ کلی چھ میہ پانہ تحصیل گول گلاب گڈکس مور گامس اُندی کھ وُچھمتی

# بالہ اپارِ کاشرِن علاقن ہنز

# نشاندہی

سانہِ ریاستہ کِس کشمیر صوبس منز بسن وٲلی قریباً شیتھ فیصد لوکھ چھِ شاید وُنہ یہ کتھ زانان زِ جوٚمی صوبہ کین شیٚن ہی ضلعن منز چھِ محنتی سخت جان تہٕ جفاکش کاشرۍ باضابطہ پاٹھی بسان۔ بلکہ چھِ جوٚمہٕ کیو سرحدو اپارِ ہماچل پردیشہٕ کِس نشیٹھن ہتھن گامن پیٹھ مشتمل اکِس بڈِس پہاڑی سلسلس منز تہٕ کاشرۍ بسان۔ میٚہ چھُ باسان زِ یمن کاشرِن بستین ہنزِ نشاندہی ہُند کم زیادٕہ حق پیدِ تیٚلی ادا ییلہِ یمن سارنی علاقن ہُند بیوٚن تہٕ بوپرٕہ ناو، محل وقوع تہٕ تمدنی حال دٲپرنہٕ ییہ۔ گوڈٕہ پاوٕہ بہٕ یہ کتھ ژٕہ تٔہس زِ ازتام کرنہٕ آمژِ حدبندی DELIMITATION موجب چھِ جوٚمی صوبس یم شیٚیہ ضلعہ

۱، ضلعے پرٛونژھ ۲، ضلعے راجوری ۳، ضلعے اُدھمپور ۴، ضلعے ڈوڈہ

۵، ضلعے جوٚم تہٕ ۶، ضلعے کٹھوعہ۔ یمن ضلعن منز واقعہ کاشرِن علاقن ہنز نشاندہی پیدِ یتھہ پاٹھی:۔

**ضلعے پرٛونژھ:** ضلعے پرٛونژھ چھُ اوڑی تہٕ وٕرملہٕ پیٹھہٕ بیروٗ تہٕ بڈگوم تام لوٚہے بالہ اپارِ

ہیُو واقع کٔشیر ہندِ ین ژِن تحصیلن منز شامل، کیٚنژ گامہٕ بیٚٹھ چھِہ پرٕونژھ خاص نام صرف
اَڈٕ دٕہ یا اکہٕ دٕہچ پیدل وَتھ۔ مگر حاجی پیر پٕتہٕ توسہ مٲدان ہٕش کینژن وَتن ہنٛدٕ بند
سپدنہٕ پتہٕ چھُ ہمسایہ گامن ہندین کٲشرین تہٕ پہنٛزن رشتہٕ دارن یا دوستدارن سمکھنہٕ
خاطرٕ قریباً ژور ہتھ میل سڑک ژھنڈٕ تھ جوٚڑنہٕ پرٕونژھ گژھن ہیوان تہٕ بیٚیہ پاٹھٕ
چھیہٕ تہند ثقافت ژھوٚٹہٕ ساختہٕ واجینٛیٚ وَتھ اُکس زِچھہٕ تہٕ صبر آزماوٕنہٕ منز تبدیل سپدان۔
لہاذا چھُنہٕ اَتہٕ کینہہ کینژن دانشورن ہندٕ پہ وَنُن غلط باسان زِ جغرافیٲئی حدبندی چھیٚہ
سارِوے کھوتہٕ زیادٕ کڈٕر۔ پرٕونژھ کینہہ کٲشرین ہیمرٕنہٕ تہٕ ماجہٕ کٔشیر ہندِس دوٗرِرس
منز چھِہ تم پانس جوٚرٕ کینہہ سارٕنے کٲشرین ہنٛدٕ کھوتہٕ زیادٕ ژھینہٕ گامتہٕ زنانن۔ موجودٕ
ضلعے پرٕونژھ اپارٕ پوٚدوے بھمبر، حویلی، مظفر آباد تہٕ میرپور تحصیلن اندی نِکھی اکھ
بوٚڈ کٲشر علاقہٕ آباد چھُ۔ اما پوٚز اَتھ علاقس منز تحقیق کرنچ ؤنہٕ چھیٚنہٕ موکجہٕ لہاذا چھُ
امیُک ذکر بیتہٕ لس چھُ پوان ترٲونہٕ۔

یوٚت تام سرحد پیٲرٕ پہ پرٕونژھ علاقُک تعلق چھُ، اَتھ منز۔ چھُ
مورخ محمد دین فوق بنن کتابن منز ڈیرہ آمژن قومیژن تہٕ کٲشرین کرامن ہٕندی
ووٚڈی ہیٚٹھاہ کم خاندان نظرٕ گژھان۔ خاص کرِتھ چھیٚہ پرٕونژھ شہرس منز بسن
والین کٲشرین ہندِس تعدادس ہیٚٹھاہ تبدیلی آمژ۔ ضلعے پرٕونژھس منز ملازمت
کرن واَلس اَکس کٲشرس گوہ ماتھ رشید فدا ہندٕ وَنہٕ موجب چھیٚہ حاجی پیر وَتھ بند
سپدنہٕ ژاِنہٕ کینہہ کٲشرین ترٕتھ مایوٗسی سپر مژ زِ باسان چھُ زِ نتہٕ تمو منز کینژن کٲشرِ
طریقے مُشتہ چھِن گژھنی ہیتی متی۔ ثقافتی آیہ یتھٕ پان پہ پٕن طریقہٕ مُشتہ گژھنس
بیٚٹھ نوبت واتنگ پہ بیان ما باسہٕ کینژن دوستن اکھ مبالغہ۔ اما پوٚز تحصیل حویلی،

تحصیل میتڈرِ تہٕ سرٛن کوٗٹہ کین کاشرِ پانہٕ سمکھتھ چھُ اَمہٕ کتھہ ہُند پرٛزِ یکدم درینٛٹھ لگان۔ یہٕ یُتھ چھُ اتھ کاشر آبادی ہندس بول چالس تہٕ لسنہٕ بسنہٕ پیٹھ ہمسایہ ہند دوہ کھوتہٕ دوہ ہرٕ ون اثر تیٚتھ درینٛٹھ لگان۔

پرٛونٛٹہٕ شہرٕ پیٹھ قریباً وہ میل شمال مشرقس کُن یِتھ چھُ کاشر کلچرُک اکھ رنگین مرکز، منٛڈی سرے ہنٛز شکلہِ منٛز نظر گژھان۔ اَتھ آبادی ہندی شیٹھ فیصد چھِ کاشرٕ۔ کتھن ہندِ لہجہٕ پیٹھ پلو پوشاکہٕ کس طرٕ قس تام چھُ منٛڈی ہند بازرٕ تہٕ اَتکی واٹی پرانہٕ شُپین سرے ہنٛز یاد تازہ کران۔ منٛڈی پیٹھ قریباً ژور میل دوٗر چھِ یہٕ تاریخِ کشیرِ چ سوٗ مشہوٗر جاے واقع یتھ قلعہ لوہر کوٹ ناو اوس تہٕ یتہ محمود غزنوی ہندس ناقابل تسخیر زانہٕ یِنہٕ وٲلس فوجس کاشرن دلہ ویرن مقابلہٕ ہارمانہٕ پییٚاے۔ مقامی لوکھ چھِ ازلوہر کوٹ گامس لوہرن ونان۔ منٛڈی سرے اَندی پکھی چھِ سماوار تہٕ کانگرٕ ونہٕ عام نظر گژھان۔ پھیرن تہٕ کسابہٕ تہٕ چھِ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ لبنہٕ یوان۔

یوٚدوے تحصیل میتڈرس منٛز تہٕ سیٹھاہ کاشرِ بسان چھِ۔ اما پوز اَتہ کین کاشرن چھُنہٕ تحصیل حویلی ہندین کاشرن ہندی پاٹھی پننی جوہر ہاوُنک جوٗ دتھ ونہٕ نصیب سپُدمُت۔ پرٛونٛٹہٕ شہرس منٛز چھُ اَمہٕ کتھہ ہند احساس گژھان زِ اَتہ چھِ پنجابی، گجرٕ، ڈوگری تہٕ کوہستانی منٛز بولنہٕ یِنہٕ واجنہٕ واریاہ لوکچہ لوکچہ بولہٕ تہٕ رایج۔ نیابت سرٛن کوچہ آبادی منٛز واتہٕ چھُ قریباً نصف آبادی خاص کاشر آسنُک باس لگان۔ سرٛن کوٹ سریہٕ ہندی کاشرِ چھِ پننس ذہنس کھیرٕن دتھ حویلی تہٕ منٛڈی ہندن کاشرن لرٕ لوٗر پکنچ کامیاب کوشش کران۔ بحیثیت مجموعی چھُ ضلعے پرٛونٛٹہٕ کس نوٚس تعمیرس منٛز اَتہ کین کاشرن ہند سارِوے کھوتہٕ زیادہ اہم حصہ۔ تعلیمی تہٕ سیاسی میدانس منٛز تہٕ چھِ اَتکی کاشرِ پرٛونٹھ

برونٹھ ییٚمیک ٹاکارٕ ثبوت یہ چھُ زِ پرٛوٚنٛتھٕ کین لوٗکن چھیٚیہ پٔژ مسوٚتہٕ ہو ؤری لوٚ پیٹھٕ پننہٕ نمایندگی پُشرٛیٚچ یُژھ یُژھ صرف میر باندٕٹے تہٕ شال ہوٚن کاشرٕن خاندانن ہٕنٛز تعلُق تھوٚن والیٚن محمد دیٖن باندٕٹے تہٕ میر غلام محمد بیترِ ہوٚن کاشرٕن جوانَن پیٹھ ڈٔنجہٕ روٗزمٕژ۔ یِمو خاندانو علاوٕ چھِ پرٛوٚنٛترٕھس اندر تعلیمی مادانَس منٛز شیٚخ، گنائی، ڈار کچھُے، وانی تہٕ خان خاندانن ہٕندی نوجوان تہٕ سیٹھاہ تیز رفتارٕ سان برونٹھ پکان۔

ویسے چھِ پرٛوٚنٛترٕھ شہرس منٛز واریاہ کاشرٕ بٔٹہٕ تہٕ کاشرٕ بُہرٕ تہٕ بسان۔ تِم بُہرٕ چھِ پرانیٚن کاشرٕن بوٗہرٕن ہٕندی پأٹھی اَتہٕ شیٖرٕ شربت کنان۔ اما پوٗز بریٚیہ، بمُہ پوٗش تہٕ سُفتان پراتے آیہٕ کنہٕ باوجوٗد چھیٚیہ تِمو منٛز اکثر بوٗہرو نٔژھ ذاتھ پایہٕ ناوِ مٕژ پٔژھ اُسی کاشرٕن بوٗہرٕن منٛز کنہٕ جایہ وُچھان چھِنہٕ مثلاً پوٗری تہٕ سہرا بیترِ ذاتھ۔ پرٛوٚنٛترٕھ کین بٔڈٕ بٔٹنٕس چھُ وُنہٕ ڈٔنجہٕ ہُریکہٕ زیٖبٕٹھ پھیرنک تہٕ ہٕلی گنٛڈٕ ٹنُک رلواج ڈٔنجہٕ۔ مگر نوجوان بٔٹنیٚن ہُند دِل چھُنہٕ اَتھ پوشاکس وٕوٕنی زیادٕ لوٗر باسان۔

موجوٗدٕ تحصیلِ بیروٕ، تحصیلِ بڈگام تہٕ تحصیلِ ژٔدوٗرٕ پیٹھ یُتھ کالہٕ پرٛوٚنٛترٕھ گامٕنٛز یِم اہلِ تشیع اُتی بسے مٕتی چھِ تِہنٛزٕ اکھ زٔبٕستی چھیٚیہ پرٛوٚنٛترٕھ شہرٕ علاوٕ میٖنٛڈرٕ تہٕ سُرن کوٹ علاقن منٛز تہٕ آباد۔ پرٛوٚنٛترٕھ شہرٕچ جعفریہ بِلڈٕنگ چھیٚیہ اَتہٕ کین شیعن ہٕنٛز اکھ مشہوٗر عمارت زانہٕ پوان۔

تحصیل حویلی ہٕندیُن گام کاشرٕن نوٗجن ہٕندِس ناوس پیٹھ خواجہ سیٹھان ناوِ مشہوٗر چھُ، تہٕ یِس اَکِس جوانہٕ ہٕنٛز وُکھتہٕ تٕکہٕ پیٚد میہٕ اندازٕ زِ پرٛوٚنٛترٕھکی لوٗکھ چھِ جغرافیائی حدبندی ہٕندِ ملبہٕ تلہٕ پان کڈنہٕ خاطرٕ اوٕ، موکھ چھوٗرٕ چھوٗرٕ کران یُتھ زَن تِم دُبارٕ کاشرِ کلچرٕکِس مرکزس کُن سہل پأٹھی یِتھ گژھتھ ہیکن۔

پرۆنٛزھ شہر چھین کینٛژن وُجارِ تہٕ نیم وُجارِ عمارژن کُن وُچھتھ تہٕ کینٛژن زنگہٕ

لرِن ہُند جایداد مہاجرنیٚس منٛز شامل گژھنُک جگر سوز نظارٕ وُچھتھ : یوٚسہٕ رِقت

انسانس طاری چھیہٕ گژھان تمیُک مرثیہ چھُ سانٛی اکھ مشہور ادیب تہٕ گوہنٕ ماتھ غلام نبی

گوہرن پرۆنٛزھس منٛز ملازمت کرِنس دوران موتی محل تہٕ حیات منٛزل کِس پوٚت منظرس

منٛز اکِس افسانچہِ شکلِ منٛز لیوٚکھمُت ۔ (فنی طور گوہرنِس ابتدائی کوشش آسنہٕ باوجود

چھُ یہ افسانہٕ کینٛژن اہم تمدنی کتھن ہنٛز معنے دار نشاندہی کران) لہٰذا روزِ پرۆنٛزھ

کِن تمدنی تبدیلی ین ہُند یہ تعارف اتھی افسانس پیٹھ ختم کرُن مناسب ۔ گوہر صابنہٕ

افسانُک عنوان تہٕ متن چھُ یتھ پاٹھی:

"لس زہ کتھ"

"سرشامے اوس گڑچھی نصف شب گومُت ۔ واو اوس یمن دیوداری

دروازن ٹھسرارے کران ۔ میہٕ چھُنہٕ یمہِ چارپایہٕ پیٹھ زہ قدم وِوتھنچ تہٕ ہمتھ

یُتھ زن یہ برۆنٛٹھِم دروازہ دِتھ نمہٕ ہَن ۔ دوٚچھین کُن ہے ڈاے قدم پھیرِتہٕ

بڈ روٗمُک تہٕ بیٹھکِ ہُند منٛزم برنہٕ ہیکہٕ ہَن بند کرِتھ ۔ مگر نرِن زن چھُم سکتہٕ

گومُت ۔ اُف! یمۆ پیتھو دروازو ژاہِژ یہ سارے تیر چھیہٕ یمَن دون گوبن

لیفن تہٕ وادجِ واو کران ۔ میہٕ یمہِ لیفہٕ تلہٕ ترٛنیرِ ہے تہٕ نومہٕ دالانس کُن وٕژھ

دار ہیکہِ ہا بند کرِتھ ۔ اما پیٹھین برن دارن کیاہ کرِ ہے نہٕ .....

واو چونٛھ آو ساسہٕ بدن میلن ہندِ رفتارِ تہٕ وٕژھ دارِ کرِن ٹاس

کرِتھ بیٚیہ بند ۔ ژھٹہٕ روٗدن چھیہٕ مکانہٕ کِس نٔنس سیمنٹ برٛاندس ٹاسہٕ راے

لاجمژ ۔ اتھ چھِ اوٚنگلہٕ پھتہٕ اوٚنگلہٕ پوٗنسہٕ گُنتھِ گامژ ۔ کَتہٕ ین وُنہٕ کینٛس میانہٕ ژژارِ

پیٹھ شُری ترِیہٕ ژور تہٕ اصل مزٕ ییٚہ ہکھ پولسہٕ گٔتہٕ گنڈنس ۔ گوڑ اوس کیا تَمہِ یہ بنگلہٕ بنوومُت ۔ دوٚچھنی اکھ برانڈ کھووری ٹھلہٕ شکلہِ تھٕر ڈب ۔ برونٹھی کنی زالی وانکہٕ وۄنیتھ درجن واد دوٚگنی طاق ۔ سروٚتجے یارِ دار پویدلہٕ تہٕ از ...... تہٕ اَز برانڈ ہونی وٚنی ۔ زالی وانکہٕ دار طاق کھرِ کھیمتی ۔ ٹھلہٕ شکلہِ ڈب چھنہٕ مشید ہش ۔ یم زیٹھی مال ، کھلی کھٹی ۔ انگریزی سٹایلکی ڈاینِنگ روم ۔ گول ڈرائینگ روم اکہِ اکہِ ساری سرتابہٕ ۔ اۄہ بیٚتس مکانس منز یہ شکلہِ چارپاے ، یہے میون ڈاینِنگ روم ، یہے ریڈنگ روم ، یہے بیڈروم تہٕ یہے ڈرائینگ روم تہٕ ۔ سارے کائینا تھ ، یہے چارپاے تہٕ یمن ژون کھورین ہنز یہے کائیناتھ چھیہٕ میانی کُل کائیناتھ ۔ رۄدہ ٹاسہ رارے ہیٚرن تیزٕ نی تہٕ بجلی گئے ۔ یمن نننن تہٕ وژھن اچھن تل چھیہٕ میہٕ محمد دینٕ فوقؔ ینٕ "تاریخ اقوام پونچھ" ورقہٕ ورقہٕ مژرتھ ۔ تمس اوس ییمہٕ شہرک فنِ تعمیر دُنیاہس منز مشہور کرن یمن سِمنز بس چھیہٕ ماری منٛد بنگلٕچ ماری منز ۔ تصویرِ کِنژاہ دلکش تہٕ نظر نواز ۔ تصویرس تلہٕ کنہٕ کلی چھاپس منز لیکھتھ "تمہٕ بنگلٕچ تصویرس ولایتہ ٹرینڈ پرانتِ ہی راجواڑک چیف فارسٹ افسرن پننہٕ دوٚیمہٕ زنانہٕ سوئیزرلینڈ چہِ ییمہٕ ہندِ خاطرٕ بنوومُت اوس" !

تمہٕ تصویرِ ک ہیوٚ حلیہ زن یتھ سرتابس یتھ منز بہ وُنہٕ کینہٕ پننہٕ ژھایہٕ تہٕ کھوژان چھس تہٕ سومیہٕ کھوژنا ون واجینی ژھاے تہٕ غائب چھیہٕ ۔ حلین ہند ہشر چھُ محض دھونکہٕ یہ چھُنہٕ تمہٕ تصویرِ ک اصل ہرگز تہٕ مگر گژھ تہٕ سۓ آسُن ۔ میٚہ یاد چھُ راتھی ہے پننٕ کراِیہ نامہٕ پوٚر تم ۔ تتھ اوسنا صاف پاٹھی لیکھتھ "ہاوس آف سردار محمد حیات خان چیف فارسٹ آفیسر تہٕ وون اکھ مہاجر" !

HOUSE OF SARDAR MOHD HAYAT KHAN
CHIEF FOREST OFFICER – NOW AN EVACUEE

میٛہ چھُ کراپہٕ نامُک اکھ اکھ لفظ یَتھ اَنہٕ گُٹس منز نہٕ وُنہٕ کین اَچھن تَل .... تیز طوُفانچ تُند ژھُنٛڈ آیہٕ ژکھہِ ہٕشرِتہٕ یِم ساری دروازٕ ہٕ تِین بٔنیہٕ ٹاس کرِتھ مُژرِتھ، میانین لیفن تِہ واوہ مالن ہنز تھُتھُراہ تہٕ بہٕ؟ اَکس وۄریا صحراوس منز نِیتھ لوٚن۔

امالیوبہٕ ماآیہٕ یَتھ اَنہٕ گٹہِ واوہ ہالہِ منز کھوٗژمُت۔ کُنہٕ جایہٕ ما آسہٕ ہونہٕ کھیومُت۔ اَمسنز کوٗلل خبیث۔ گوڈٕ چھس میٛہ بُتہٕ شُرتھے بابر لگان۔ غنی کشمیری ینز پاٹھی چھُم تھوان ڈیڈہِ نبٕرِ ہالکل تہٕ خبر کُتھ تیالہٕ داتان۔ نہٕ چھس یٔتہٕ گرِہ تہٕ آشینٛز نہٕ کانٛہہ دردل۔ گرِژھان ہے چھُ تہٕ کُس رٕش۔ صُبحے میانہٕ نیٛندرِ وَتھنہٕ بروٚنٹھے والیٚس واتان۔ چھس تہٕ کیاہ تام اِپٕت کل ضروٗر۔ مگر لگہٕ نہٕ تَتھ بچارٕہ۔ آخر تیٚلہٕ؟ گوڈٕ گرِژھان کوٚن نا چھُ۔ شاید اُتھی ایرٕے ڈرۄم محلس کُن۔ ہاں تہٕ محلہٕ؟ سراسر شُنیاہ۔ فوٚتن چھیٚہ اَمہِ محلکہِ سجاد مُنزلچ تصویرٕ ضروٗر ایزٕ چھاپمٕژ۔ کُس سجاد مُنزل کُمس سجاد صابنہِ ییمی سنز موہ نڈٕ لوکن ترٕیش تاویزٕہ دِنہٕ واجینی پیر بابہٕ میرہ محلس منز وانگج دارٕس چھیٚہ۔ یہٕ چھا اُمی ہے سجاد صابنٕہ تصویرٕ "تاریخ اقوام پونچھ" کس ترٕیمِس صفحس پیٹھ۔ اُمس رٕیشلس چھیٚہ نِک ٹاے گنڈِتھ۔ تیٚلہِ آسہے تہٕ کُشِرِ نِک ٹاییے۔ بنیا اُستانہٕ کین مُجاورن۔ چھُنا فوٚتن پیتہٕ ایزٕ تصویرٕ دیتمُت۔

تھب لُچمٕژ کارٕ ڈاٚجم ہنا دوٚ چھیٚن کُن، وَژھو دارلوکنہِ تراوِم ترٕہرِ مِژ نظرٕ نبر کُن، ژھرِے چھوٚنی اَنہٕ گٹہٕ۔ ژھیٚہ روٗد تہٕ رجوٗل ژھایہٕ۔ ہموے کرِہینو ژھالیوٚ مُنزِ چھُ بُتھہِ کھوٗرٕ ٹی نارٕ کِس تینتاٚلس پیٹھ ہہٕ موٗت سُرہ ساس ٹلتھ وَدن باکہٕ ژھٹان۔ کُتہٕ تام زبانٕی منز وَدان وَدان تہٕ خوٗنہٕ جگر ہاران ہاران لیل کران۔ وِبہٕ اکھُن تھتھُے اَثرٕ۔ سُے اندازیُس خاقانی ہندِہن باتن منز چھُ .......

آوازہ تہٕ ترٛشہِ نظمہٕ ہنٛز بندش تہٕ سوٕے۔ ترکیبہٕ، اِستعارہ، علامژ تہٕ تلمیح بلکُل تِمے۔
مرثیہ خانٛی ہنٛد گریز ہرلو سٕرہ موت لوٚگ پان ژٹنہٕ۔ کیٛژ کال اَنہٕ گۄڈٕ منز۔ اوس ژٕو وِلاٛری
بالہِ کس دامنس نظر ترٛاوان تہٕ رٕنیوٚمت ڈوٚل وُچھتھ اوٚسُس ودنُک گریز بگران۔
اَتھ نوحہ خانٛی منز گےٚ بیٚیہ آوازہ شامل یم رلہٕ ہلہٕ ووٚدن باکہٕ چھیٚہ صدر عدالتکہِ ملحقہ سٹوٗرکہٕ
گُدامہٕ منٛز نیران۔ گُدامُک ختم بند تالو پرا اوٚٹھتھ۔ یم باکہٕ چھیٚہ ظلماتہٕ کِس قفصس منٛز
اُمس مُتی ہنٛدِس ودلس ستۍ رلان تہٕ سورے کرِتھ فضا چھُ ماتم سرایہ ہنٛد گریز بیوٚ۔
یہٕ گُدام یوٚسے گُدام بیٚیہ آڑی یوٚ ہرِن، تولہٕ ابرن، تُنہٕ ٹھیلن انٛدی کھوٗ ژٕہلس گدان
چھہِ۔ اوس کمن ہُند سمن بل۔ تمن فانوٗسن ہنٛز۔ جایہ محض وۄلی۔ وُلہو تہٕ ووٚہ یو کِنہٕ ژھٹہٕ
روٗد ٹاپہ رایہ وسان۔ اَتھی گُدامس منز آسہ اکہٕ وِزِ دٕرژ وُنین فانوٗسن تل مُشاعرن
ہنٛز رنگین محفلہ سپدان۔ اَدٕ وُنی ہے میٚہ وُزنایہ یم ووٚدن باکہٕ تہٕ۔ یہٕ چھیٚہ مولانا حسرت
موہانی ہنٛز آتش نوٲیی۔ یہٕ کیٚہ چھُ ابوالاثر حفیظ جالندھری وَدان۔ یِیٚہ کیٚہ چھُ مولانا
ظفر علی وِہ دٕ اکھن وکھنے کران ...... کھوٗڑی ناڈ نالہٕ کُن بیٚیہ میٚہ بیٚیہ نظر۔
ہے کیا گوم ......!

یہٕ زُز بڈُہ ہے دیُت کُمی تام وردی پوش پہر درن ڈلہٕ برٕتھ۔ اُمس ہے تان
درایہ۔ اَہنز مرتی ہُند گریز ہے بیٚیہ لوٗس بہٕ ترٛہ ہر یوس کلہٕ بیٚٹھی ہیٚرم بیٚیہ
لیف ترٛہ کنڈی کھتم سارٕ سے بدنس۔ دٕند ٹکر لجِم۔ کھوٗژی کھوٗژی کدٕم ترٛٲ
ٹی پایس تلہٕ کنہ تھوہرٕ ژراہ کانگر تجِم بیٚیہ اَتھس کیتھ یوسہ میٚہ آشنہٕ شرلو
باژو تہٕ انٛگو آشنا وَد بدلہٕ ہم سفر آس، مگر یِنہٕ ہے چھیٚہ وُنہٕ کینہ بے وفا
ترٛیٚن موکر باپہٕ ہش۔ اَڈ مار واو ژھٹہٕ ہش آیہ۔ شانہ سیوٚد دروانہٕ آو

ہنصف تام دِنہٕ۔

بہٕ چھُس محض ژھرپڑ ژھرٹ کران۔ یاردٕ کی پاٹھی ترڑپان۔ چھُہ ہاگریٹ مگر گندکھ تیٚ؟ پرٛہا کیہنہ مگر گاش؟ یتھ کرٕ یتھہٕ اَنہٕ گٹہٕ منز چھیہٕ ٹی پایس پیٹھ تھوٚ ہنہٕ آہستہ کرِ یہنہ ٹیلیفونیچ کرٕ ہنی پالش چمکان۔ تمیٚ سیٚ میانس افریقی کلاس فیلو ہنٛدی وُٹھ ہنہٕ ہوی۔ مگر یہ فون ہمیشہ بے وفا۔ سیٚزرس منز تِہنہٕ اُپح لائن زانہہ ٹھیک آسان۔ اُرِس پہٕ دُرس منز تِہنہٕ زانہہ کانٛہہ بکار پوان۔ دوہ ہلہٕ پہٕ کنیکٹ گژھان۔ وَنہٕ ہا روتلہِ سُتہٕ اکہٕ گٹہٕ پچھ چِہ راتہٕ پہٕ یتھ واہ طوٗفانس منز بیلہِ خدا زانہٕ کتیاہ راتیل آسن وَتن منز پیمتی ...... تَوہٕ ووٚتھ غار ارادی طور مشیون تھرایل اُتھ ہیچہِ بٹھارس کُن۔ رسیوَر تُلُم اُکس اُتھس کیتھ پہٕ دُچھینہِ اُتھ شہادتیچ اوٚنگجہ بیٚیہِ الغابہ ترِیہٕ ہَس پیٹھ پہٕ میٚہ کوٚر ترِیہٕ ڈایل پیٚہٕ ژور .... تاٹس تاٹس ...

"ہلو تھری فور فرام دِس اینڈ۔ راجوری ایکسچینج اینی سروِس پلیز؟" میٚہ تےٚ ادس پٹینہن کنن پیٹھ بھروسےٚ پوان۔ ترِیہٕ دوہ گےٚ یتھ فونس زٕلو کلیمتس پہٕ وُس کینہہ ساری ہِسے فطرتس طوطہٕ کوٚل گوٚمت چھُ۔ یہ کیتھ سناکتیٚ خلاف فطرت کُلِس زٕلو آمٕتِ۔ "ہلو اینی سروِس ....؟"

"بہٕ چھُس پروٚنٹرھک لے، ڈی اہم بولان"۔ "جناب کُس نمبر چھُ ہلہٕ ناوُن"

"ییُس ژٕ یہٕ خوش گژھی" "کُس؟!"

"یُس میٚہ ستی وُڑ کینہٕ صرف زٕ کیتھ کرِ ہٕ صرف زٕ کیتھ" اوٚرک رسیوَر پیوٚ وٹاس کرِتھ پٕھر۔ میٚہ رُوُد نیٚنس کھوورِس اُتھس منز۔ رسیوَر کنہٕ گو گلہٕ پیٹھ اَلانہٕ ہوٚنگنہٕ تام سوالیہ علامت بنِتھ الوندہٕ پہٕ تور کہٕ رسیوَر کہٕ ٹامک تاٹس

اوس میٚہ وُنِس تام کَنَن منز زَز بُڈہنزِ مرثی ہندی پأٹھی گرِیزان"۔

گوہر سُند یہ افسانہ یُتھ سخت جان کلچرس باوتھ چھُ کران ۔ تتھ نارہ دڑاوسون قرار دِتھ چھُ پرٛونٛژہک پرنسپل تہٕ پنُن اکھ قدردان دوست عطا الٰہی پوٚری میٚہ سنہ ۱۹۷۴ ئیس دوران اُکس خطس منز لیکھان" پرٛونٛژھ چھُ اکھ لوکٹ کٔشیر ییٚتیچ سرزمین چھیٚہ کٔشیرِ سٟتۍ سیٹھاہ مُشابہت تھوان ۔ تتھی بُڈی بُڈی میوٕ باغ تہٕ تتھی وٕنسی گِندنکی مٲدان ۔ پرٛونٛژہکی سرو کُلۍ تہٕ اُچہ لوٚنہ چھیٚہ اَز تہٕ پنٕنہ پرٛانہ عظمتچ داستان باوان ۔ پرٛانہ وقتہٕ چھُ پرٛونٛژھُک شالہ مار باغ سیٹھاہ خوبصورت اوسمُت ۔ اَتھ منز چھُ ووں ڈِگری کالیج بناونہ آمُت ۔ پرٛونٛژہکی لُکھ چھِ عام پأٹھی کٲشُر بوٚلِتھ تہٕ سمجِتھ ہیکان"۔



# ضلعے راز ویر

ضلعے راز دیر چھُ مشرقہ کہ اَندہ کشیرِ ہندہ ژورن تحصیلن ہنزن مغربی سرحدن ستی رلان۔ تم ژور تحصیل چھِ ژددڑ، پلودم، شُپین تہ کولہگوم۔ یہ ضلع چھُ شمال مغربی اندہ پرونژھس ستی تہ جنوب مشرقی اندہ ضلعے اُدھمپورکس گول گلاب گڑھ تحصیلس ستی رلان۔

راز ویر یوٚد وے پیتھ کالہ اکھ لوکٹ راز دانی تہ آسمژ چھیہ اما پوز ڈوگرن ہندس وقتس منز آس یہ پرونژھ ضلعس منز شامل کرنہ آمژ۔ راز ویرِ ہندی لوکھ چھِ اتھ اکھ مبارک قدم زانان زِ ۱۹۶۵ ہس منز آو راز ویرس اکہ بیوٚن ضلعک درجہ دِنہ۔ کشیرِ ہند تواریخ چھُ گواہ زِ راز ویرس چھیہ موغلن ہندِ وقتہ اکھ خاص اہمیت حاصل آمژ۔ بلکہ چھُ امیک ناد ہے ظاہر کران زِ طوائف الملوکی ہندن دوہن منز چھُ اتھ واریاہو راجو پننِ راجوارک درجہ دیتمُت۔

کاغذاتن منز چھُ راز ویرُ ہند پنجابی ناد راجوری درج۔ یلہ زن امیک اکھ

پردن نادرام پورۍ تہٕ دٕنہٕ چھُ یوان ۔ اگر کانٛسہٕ یہ شوق آسہٕ زِ تس گوژھہ یہ زانُن تِکیٛن زِ
اُردو شاعرس کیتھی ہوی ماحولن آسہٕ یہ مصرعہ وَنُنچ تحریک دِژمژٕ کہ ع
"کھنڈر بتا رہے ہیں عمارت عظیم تھی"۔ تس پزِ موغل روڈ یعنے موغلن ہنٛز پٔدی وَتہٕ کِنہٕ
رازویر گژھنُک پروگرام بناوُن یتھ زن شہ رازویرِ خاصس منٛز موغلن ہنٛزِ بناومژٕ
بجہٕ سرایہٕ تام واتنہٕ برونٛٹھ پرانہٕ وٕچ عبرتناک داستان باوان واجنہٕ تم سرایہٕ تہٕ وُچھ یوٚ
مَنٛز چِنگس سَرا ے فتح پور سرا ے، ساز سرا ے تہٕ تھوٚن (تھنہ منڈی) سَرا ے
خاص کٔرِتھ ناوہٕ ہنٛس لایق چھیہٕ ۔
چِنگس سرا ے چھیہٕ رازویرِ شہرہٕ پیٹھہٕ قریباً ۲۲ زِتوٗوٕہ کِلومیٹر دوٗر ۔ اَکھ
سرایہٕ چھیہٕ اکھ خصوصیت یہ زِ یٔلہٕ شہنشاہِ جہانگیر کشیٖرِ پیٹھہٕ واپس گژھان رحمتہٕ
حق سپُد، اُتی آ ے کینژن گاٹین ہندِس مشورس پیٹھ جہانگیر سٕنٛز لاش لوٗژرا وِنہٕ
خاطرٕ تمہِ سٕندی اَندرِم وُندرِم کڈِتھ سرایہٕ نِکھہٕ دَفن کرنہٕ تہٕ اَتہٕ برونٛٹھ آ ے عطرٕ وُتر
مٔلیتھ سو لاش لاہور واتناوِنہٕ ۔
رازویرِ ضلعچ اکھ خصوصیت چھیہٕ یہ زِ اَیِٔچ سرزمین چھیہٕ مختلف وسمژٕو[له]
سِتی مالامال۔ خاص کٔرِتھ چھیہٕ اَز اَتہٕ کِس کالاکوٹ علاقس منٛز ریلہٕ ژٕنٛین ہنٛز کانہٕ
مشہور۔ مُمکن چھُ اَمہٕ علاقہٕ کِس اَندی نِکھیٖن منٛز سپدِ جلدی بیٚین کینژن وسمژن ننٛبر
رازویر منٛز۔ یُن والین کاشرِن چھیہٕ اکثر تِمے کرٛامہٕ یم کوٚلہ گام تہٕ باہنالکین
کاشرِن مختلف پیشہٕ پاناونہٕ سببہٕ چھیہٕ۔ مثلن کھار، سونر، کرٛال، نایِد، چھان ۔
واز تہٕ ووٚوری ووٚن گوو طایفہٕ دٕر کاشرٕ لوٗ علاوہ چھِ رازویرِ منٛز یمن کرٛامن ہندی
کاشرِ ی تہٕ زبان ۔





له دھاتو

شال، میر، ملک، ڈار، بٹ، لون، شیخ، واَنی، نیایک، ماگرے، راتھر، ٹھکر تہٕ ژاٹھ بیتر۔ راز ویر خاصہٕ پتہٕ چھُ تھوٚن یعنے تھٕنہٕ منڈی اَتھ ضلعس منز کأشُر کلچُک اکھ اہم مرکز۔ تھوٚنہٕ لوکٹ موکٹ سرٕ چھیٚ راز ویرٕ پیٹھٕ قریباً اکوُہ کلومیٹر دوٗر۔ اَتچہٕ آبادی منز لۄدوٚے ژتجہہ فیصد ہوٚی غار کأشرٕ تہٕ بسان چھِ۔ امہ پوٚز زندگی ہندِس پرتھ شعبس منز چھُ کأشرِن ہند اَثر سٹھاہ ٹاکارہ پاٹھی نظرِ یِوان۔ راز ویرٕ منز شامل کأشر ثقافتُک آینہٕ دار بیا اکھ علاقہٕ چھُ درہال تہٕ یتھے بیا اکھ علاقہٕ چھُ بُدھل۔ بُدھلس چھُ اکہِ تحصیلُک درجہ تہٕ حأصل۔ ویسے چھِ یِم علاقہٕ راز ویرِ ہندِ لو بٔڈیو علاقو کھوتہٕ تھزرس پیٹھ تہٕ کھوورِس کُن واقع آسنہٕ کنہِ ییٚر پانژ الجہِ سردی تہٕ ترٕ ژھٹہٕ ہند مالیٚن مانہٕ یِوان۔ بُدھلِ کنہِ چھیٚ اکھ وَتھ گُلاب گڈھ علاقس کُن گژھان تہٕ بیا اکھ وَتھ چھیٚ مونگہ ناڈ تہٕ ہوٚڑ ہنگہ کرانٛد کولہ گامس تہٕ شپینس کُن تہٕ گژھان۔ بُدھل کیو کأشر لوگا موٚ منز چھِ کیوٗل، دڑاز موٹ تہٕ پھلنی خاص کٔرتھ ناو ہِنس لایق۔

ضلعہ راز ویرٕ ہندِس تحصیلِ نوشہرس منز لۄدوٚے کأشر آبادی زیادٕ چھیٚنہٕ امہ پوٚز بحیثیت مجموعی چھیٚ راز ویر ضلعس منز کأشرِن ہنز برتری تہٕ اکثریت اکھ مُسلّم حقیقت۔ تعلیمہٕ ہندِس معاملس منز بٔیِن قومیتن پیٹھ برتری باوجود چھِ گامن منز بسن والی کیہنہ کأشرٕ وُنہٕ زالٕ وٚانکن، حاشیہ نالُن، ناستہٕ ڈبُن تہٕ تماکہ ججرِن اَیہ کین گجرِن ہندی پاٹھی آوینہٕ باسان۔ کأشرِن ہندی پاٹھی چھِ اَکی گجرٕ تہٕ صبحس تہٕ شامس موٚلٕس موشہٕ دہ دس پیٹھ تیار کرنہٕ آمژ نونہٕ چاے لیسہ پاٹھی چیوان خاص کٔرتھ چھِ کیہنہ آسن والی اَتھ چایہ ستی تھٕنہٕ یاگیوس منز مژہٕ آمژ مکایہ ژوٹ کھیس نعمت بے بدل زانان۔

داہ کم ووپدہ سببہ چھ لوکھ اتہ صرف اکہ وقتہ خاص کرتھ شامنس بتہ کھوان۔

ئیلکہ چھ اتھ معاملس منز باہہالہ تہ بھدرواہ ورائے بیپر پانژال بلٹکی قریباً ساری علاقہ رازدیر ہندین کاشرین ہندی پاٹھی اکھ وقت تہ کینژن جاین دوشوے وقت مکایہ ژوٹ تہ دود یا کنکہ ژوٹ تہ کاہہ سیُن کھینکی عادی۔ چونکہ لوکھ چھ بیپر پانژال بلٹس منز عام پاٹھی بتہ دتھ چاروائے رچھان آمتی۔ لہاذا آسہ اتھ علاقس منز دودچ تہ گیوچ کاہہ کمی آسان مگر وونی گےُ کیہنہ وری زہ اتھ نعمتس تہ خدائی انعامن منز بیپرہ سٹھاہ کمی بلکہ بے برکتی۔

اتہ کین لوکن چھ امہ دودچ ہو کھیہ ہند پانس تہ شدید احساس۔ یہ زن گوو اگر اسی دودچ اتھ ہو کھیہ متعلق بیپر پانژالکس کانہہ تہ شخص پرژھو زامیک وجہ کیا چھُ؟ سہ دیہ اکے جواب یہ زہ دراصل حص گیہ لوکن منز علمہ تہ بیپر خراب گوناہ گیہ غالب۔ گویا اکھ دوہ لو علاقو ورائے چھ بیپر پانژالکہ نیک دل منوش اخلاقی قدرن ہندی زبردست پاسدار آسنہ سببہ ورنہ پرچھ بیپر بینس نیتس تہ عملس منسوب کران۔ رازویر ہندین تہ کشتواڑ کین لوکن چھ اتھ خوش اعتقادی رنگہ تیمن ہمساین پیٹھ اتھ معاملس منز خاص امتیاز حاصل شاید چھُ یمن دون جاین یہ بالترتیب شاہدرہ شریف تہ چوگان ہش زیارتگاہن منز بندگانِ خدائن ہند مدفون آسنک اثر۔ امہ کتھ ہند اندازہ ہیکن اور گرژھن وآلی یاس لاگتھ زہ یہ چھا اتہ کین لوکن منز خوش اعتقادی کنہ توہم پرستی زہ رازویر ہندی لوکھ چھ عام پاٹھی آستانن دشہ گنڈنہ کس بدعتس منز تہ آستانن پیٹھ کھٹ تہ کوکر نیاز کرنس منز کشیر ہندین گنجہ گامن منز ئبن والین سنز سٹھاہ رلان۔ اتہ تہ چھیہ کشیر ہندین کینژن بارونق آستانن منز وورسہ دِوے لگان تہ تیمن موقعن پیٹھ چھنہ اتہ تہ کینژن جاہل مجاورن منز فضلہ فروشی نظر گژھان۔ رازویر ہندی تہ بڈی آستان

چھِ تھَنہ منڈی شاہدرہ شریفُک آستان تہٕ فتح پورُک سانی گنٛجی نٛد آستان۔

شاہدرہ شریف کس آستانس پیٹھ عقیدتمندن ہندیٖن گژھن تہٕ آکہ لنگر خانُک

سلسلہٕ وُچھتھ چھُ ٹنگمرگہٕ ہندِس بابا ریشی صابنہٕ آستانُک نظارہٕ اچھن برونٛہہ کُن یوان۔

بچنانچہ بیٛھ کٔنہ بابا ریشی ہندِ آستانہٕ کس اندٕ کُھس منز وُنس اندر صرف کوکر بتہ

نظرِ چھیٚہ گژھان۔ تیٚتھے پٲٹھی چھیٚہ شاہدرہ شریفہٕ کس اندٕ کُھس منز تہٕ انسر وانبرٕ

کوکر نیٚر نظرِ گژھان۔

یوٚدوٕے شاہدرہ شریفُک سہٕ بُزرگ ولی اللہ حضرت غلام شاہ صابُن

بذاتی کاشُر آسُن بحث طلب چھُ تاہم چھُ امہٕ زیارتُک تہٕ آکہ لنگر خانُک سورُے

انتظام۔ بلکُل کاشُر۔ مثلاً۔ اتہٕ چھیٚہ زینہٕ کدٕلہٕ کِس گنٛڈہٕ بازرس منز گرنہٕ آمژٕ اُٹھ

تزٕکنہٕ تزامِو دیگہٕ نظرِ گژھنہٕ علاوہ قلابہٕ دار تزامہٕ تہٕ طشت نارِ برابر ریشی صابنہٕ

لنگر خانکی پٲٹھی ادٕ یورٕ تژان۔ دوشونٛی آستانن پیٹھ چھُ مُسافر خانس منز

زائرین ہندِ روزنہٕ خاطرٕ ہیٚوے انتظام نظرِ گژھان۔ فرق چھیٚہ صرف یہ زِ ریشی صابنِس

آستانس پیٹھ چھیٚہ ماز علاوہ عام پٲٹھی مونٛگہٕ دال رنٛنہٕ یوان۔ ییٚلہٕ زن شاہدرہ شریف

ماز علاوہ عام پٲٹھی رازمہہ دال رنٛنہٕ چھیٚہ یوان۔ امہٕ علاوہ چھُ اتہٕ ماز رنُنک طریقہٕ

رژھا مختلف۔ تہٕ گوو یہ زِ اتہٕ چھِ اکہ دیگہٕ منز بعضے ساعتن وُہ وُہ کوکر

تہٕ رنٛنہٕ یوان کڈنہٕ۔ ویسے چھیٚہ یہ ضیافت سیٚٹھاہ لذیذ بنان۔ خاص کرِتھ اگر

وارِ ہندِ مہربان سپدن یمہٕ کاٹنہٕ اکہٕ وژہ زٕ زور کوکر بادِ حصہٕ ین۔

پرد نشرھ تہٕ رازدیر ہندین کاشرین مُسلمانن ہندِ عقیدٕچ کتھ روزِ اڈٕ بیٚچ

اگر یہ ونٛنہٕ پیٚیہ نہٕ زِ پیر پانٛژال بلیٛہ کین خوش اعتقادن منز چھُ پیر مُریدی

سلسلس دُنہٕ سیٹھاہ چلے جاو۔ تِلی چھ دِینگ تہٕ دُنیاہک پرٛزر یعنے حسنۃ الدُنیا وَحسنۃ الآخرۃ حاصل گژھنکی آداب ہیٚچھناونہٕ ورٲے اَتہٕ کین لوکن مُرید بناون وٲلی پیرٕ صاحبان سارِوے کھوتہٕ زیادٕ نِنتھ ہیکان ہیتھ۔ اَتھ سلسلس منٛز خاصکرِتھ رازِ ویرِ منٛز چھُ ژرارِ کین تہٕ مقاماتن کین رشین ہُند تہٕ کٲنی ین گژھن۔ یوٚدوٚے تم تہٕ یُنہٕ مقدوٗرٕ عوام فری کران کران کٲشرِ ہنٛز سفید ہری میٚنز نوٗرٕ دنِتھ اَتہٕ کین عقیدتمندن دُنہٕ بٲگران چھ مگر تم چھنہٕ تاہم کینٛزن پیرن نما ٹھگن ہندی پاٹھی قرآن شریفہٕ کین آیاتن سرہ گرِ مولہ کنان۔ شاید چھنہٕ تمن دجہ دُلتھ تعویز ناون تحت آیات ہٕنک کینٛزن پیرن ہُند ہیوٚ یہ فن حاصل تہٕ گمت کرُن۔

یہ کتھ آیہ بردنتھے دِنہٕ زیرِ دُنز ھکو تہٕ رازِ ویرِ ہندی کیہہ بازرُ چھِتھ چھ کٲشرِ ہنٛزن پرانین شیٚین تہٕ ژرارِ ہش سرین ہندی بازر یاد پیوان۔ اَتھ حدس تام زِ اَتہٕ چھ وانین دُنہٕ سے پرون خوجہٕ دستار کلن، تیمتھے مخمور پھیرن ناکی تہٕ لٹھ کپرٕ ژادر دُنہٕ بعضے ساعتن پھیکین بیچھ نظر گژھان۔ کٲشرِ مزاجچ کلاسیکیت چھیہٕ ترتھ برجستہ زِ اَتہٕ کین نوجوان چھُ اَنہٕ تہٕ رسُل میرن ع

رِند پوشہٕ مال گندنے دِلہٕ لالہ بوزتھ بانڈٕ پاتھر تہٕ بچہٕ نغمہٕ تمبکھ نار کھانکُ فن تارہٕ کرُن نگان تہٕ اَتہٕ کین بڈن چھُ مقبول شاہ کرالہ وٲری سُند ہیوٚ ع

صبح پھوٚل بلبلو تُل شور غوغا . . . . تہٕ تی شروع سپدان دِدا کانہہ تہٕ واقعہٕ راتی راتس کتاب پرنک شوق رٹھ کھاناداں۔ یہ چھیہٕ بیاکھ کتھ زِ تیٚمہٕ ژورن دہلین دوراں ہیوٚتُن اَتہٕ تہٕ کٲشرین جوانن فلمی باتن ہُندسے جنون حصہ بنی تِمہٕ غار کاشری نغمن ہندی کِن گرٛد تھوان چھُ۔

زبانی ہندس لہجس متعلق چھیہ یہ کتھ ونیٚ ضروری باسان زِ یتہِ پرونٛژھ کین کاشرن

منز ورلہ ییٚتھ اور ترنگ تہ اَتہ بَسنگ ثبوت لوٚ ہے لہجہ چھ ہتہ چھ رازدیرِ ہندین کاشرن ہند

کولہ گام یا شینہٕ ییٚتھ اور ترنگ تہ اَتہ بَسنگ ثبوت تہند تلفظ تہ لہجہ باسان۔ یہ چھ پرونٛژھ

کین کاشرن ہند کھوتہ زیٛادہ مختلف۔

یہ کتھ چھیہ ونیٚ لایق زِ دیرِ ہندی لوکھ تہ چھ کاشرس ثقافتس نکھہ واتنچ تہ پننیٚ پرانی

رِشتہ داری تازہٕ کرنچ کل تھوتھ وانجہِ منز۔ تِتھے پار دلہ وان، یتھ پرونٛژھکی لوکھ کاشر

کلچرکس آگرس نکھہ واتنہٕ خاطرٕ للہ وان چھ۔

کشمیر بیتہ کہ نشاۃ ثانیہ کس معاملس منز چھ رازدیرِ ہندین دانشورن شاعرن

تہ ادیبن ہند جذبہ ییر پانژاہ کین باقے علاقن منز بسن والین دانشوران تہ ادیبن ہندِ

ہندرس جذبس مقابلہ کانی وُشن باسان۔ غلام نبی گوہر سندِ ونہٕ موجب چھ پننہٕ ماجہ زیوٚ

تہ پننہٕ کلچرک مستقبل نظرتل تھونس منز رازدیرِ تہ پرونٛژھ کین دانشورن ہند جذبہ تیوٚتے

زوردار تہ وُشن یوت ضلعے ڈوڈا کین دانشورن ہند جذبہ مصلحتہ اندیش تہ سرد چھ۔



# ضلعے اُدھمپوُرک تحصیل

# گوٗل گلابٕ گڑھ

گوٗل گلاب گڈھ تحصیل چھُ کاشُر کلچرُک سُہ بٔتھ پرٕستان۔ نتیجہٕ کاشر زبانٕ پیٹھ سنسکرتُک زوٗر اثر چھُ تہٕ نہٕ فارسی یُک، نہٕ اُردوُک تہٕ نہٕ انگریزی یُک اگر ہے اَتہٕ لفظن ہُند استعمال پیٹھ کم زیادٕ اثر چھُ بیوٗمُت سُہ چھُ فقط مقامی بولین ہُند۔ ویسے تہٕ چھُ قریباً سَتٕتھ ساس آبادی وول یہٕ تحصیل کاشر آبادی ہنٕدِ تناسُب لحاظٕ تہٕ کاشرِ تمدنٕچ لحاظٕ تیوٗتے خاص الخاص کاشُر لوٗت صوبے کشمیرٕک کانٕہہ تہٕ تحصیل زانٕنہٕ ییہِ۔ اَتھ آبادی منٕز چھِ شیٖتھ فیصد کاشرٕ، علاوٕ وُہ فیصد گُجری، ہریجن تہٕ ٹھکر شامل۔ اَمہٕ تحصیلُک اکھ صدر مقام چھُ گوٗل تہٕ بیاکھ مہور ارناس۔ پسماندگی باوجوٗد چھُ گوٗل گلاب گڈھ علاقہٕ شُمال مشرقی اندٕ پنٕنہٕ اکثر رشتہٕ داری کولہ گامہٕ تہٕ شُپیٖنہٕ علاوٕ ڈوٗرس تہٕ بانہالٕ علاقس سٕتی برابر ڈنجہٕ تھوٗ کھ۔ اَتہٕ کین لوٗکن چھُ پانٕس تہٕ بہتھ زٕ تہندی بڑٕ بڑٕ ب چھِ بیوٗے جالیوٗ پیٹھ اورٕ لبنہٕ گامتی۔

پننٕ پردن تہٕ کلاسیکی کلچرٕ رچھنہٕ تہٕ زرٕتھ تھونٕچ یوس خصوصیت اَتھ تحصیلس باگہِ چھیٖیہٕ آمژ تمیک صحیح اندازٕ لاگنہٕ خاطرٕ ہمو گامو تہٕ بٹوارٕ حلقو منزٕ (اکس سام ہینہٕ وأنس تہٕ شروے کرن وأنس) یھیرٕن ضروری چھ بنان تم چھہِ یم :- گوٗل، کلی مستہ، تشنگل دان، ٹھٹھارک، شجرٕ، مہور، ساڑ، جملان، گلاب گڈھ، دیوٗل، شیر گدمھی تہٕ جُڈا۔

:۔ ہمو بٹوارٕ حلقو اندرٕ چھُ کینژن منز کأشرٕ بولن والیو نینن ہمسایہ بولین ہند کم کاسہٕ اثر تہٕ قبوٗل کوٚرمُت۔ مثالہٕ پأٹھی نمون اسی اکھ گجری لفظ "کُس" ییٚس رازویرٕ منز کأشرٕ اوتھ "کش" چھ بناونہٕ آمُت۔ یوٚدوے گجری پأٹھی کُس لفظُک مطلب کولہٕ راد یا آبہٕ وین چھُ اما یوٚز اتہٕ کیو کأشرٕ لوٚ چھ کہٕ تام بھاپہٕ کولہٕ راد ہوٚ موٚدرٕ لفظٕ نشہٕ دس بردار سیدٕتھ بیٚدہِ سیوٚد کُسی لفظ پانہٕ نوومُت۔ تمو چھُنہٕ اَتھ رازویرٕ والین ہندی پأٹھی کش تہٕ بوٚدمُت۔

وٕہ گوٚو کش لفظ چھُ گوٗل گُلاب گڈس منز بٚییہٕ اکہٕ چیزٕ خأطرٕ یعنے ماچھ گنہ کہٕ چھیِ خأطرٕ استعمال سپدان یتھ اُردو پأٹھی "شہد کا چھتہ" وَنان چھہِ۔ بہرحال اگر گلاب گڈٕکس کأنہہ کأشرس وَنٕن آسہٕ زِ یتھ کولہٕ رادس چھُ آب کم گومُت سہ وَنہٕ بے تکلف پأٹھی "ہے یتھ کُسی ہے چھُ آبے زھوکیہٕ مُرت" ییٚلہٕ زَن اَتھ برعکس رازویرٕ ہند کأشرٕ لوٚ ہے جُملہٕ یتھٕ پأٹھی وَنہٕ "ییتھ کُشس کیا سہ چھُ آبے چھینہٕ دمُت یا کم گومُت" یہٕ کتھ چھیٖیہٕ ننہٕ ز اکس غارٕ کأشرس لفظس کُی بیٚیٹھ کُش بنُن چھُ اکہٕ زندٕ زبأنی ہندٕ اندی یکھیک اثر قبوٗل کرنُک اِرتقا ظاہر کران۔

پرُون یچھ کھہل علاقہٕ تہٕ ڈینگ ٹل علاقہٕ یُس اَز گوٗل گلاب گڈھ علاقہٕ نادہِ سیتہ اَتھ چھُ یوان۔ چھُ پرٕزی پأٹھی فطرتہٕ کین کینژن نہرل تہٕ بے مثال نظارن

ہُند علاقہ۔ فطرتکی اُکی نیرِل اہہارن کورُس بہ اُتہٕ بِلکُل ہے بنگہٕ۔ ییلہِ میہٕ اُز برونٹھ کیہنہٕ دُری ہای سکول جمٲژس نِکہٕ مالان گامس منز اکھ وُنڈ تہٕ اکھ ریتہٕ کول گرازنک موقعہٕ میوٗل۔ بالائی گامکہ تہٕ اَکھ برونٹھ کنہٕ سارٕ گامکہ پانہٕ وٲنی نہٕ رٕلہٕ وِنی مُوسمن کورُس بہ پہٕ وُچھتھ سیٹھاہ حٲرٲن زِ گوٗلک کارِ ووگُن بال" مُتہٕ گوٗل ترٕتھ ییلہِ انسان سلدارہ ہنز ورٕتہٕ مالان کُن پکان چھُ تَس چھُ یہِ سفر تیتھے شِینہٕ پانژالک سفر باسان یُتھ بنڈپورہ پیٹھٕ گُریز کُن پکنُک سفر باسہٕ۔ اماپوٚز مالان گامس منز ییتہٕ زٕ ترٕیہٕ گز شین ہیوان تہٕ جمع سپدان چھُ، تتہٕ چھُ اُتہٕ پیٹھٕ وُچھنہٕ تہٕ صرف اکھ میل دوٗر نظر ییِنہٕ وول گام "سارٕ" تیتھ گرم تہٕ بستانُک گام باسان ییتہٕ شِین ہیوان ہیوان گلان چھُ تہٕ سہٕ جمع گژھنُک چھُنہٕ سوال ے۔ مالان تہٕ سارٕس منز بارگ لِیس نالہٕ واقعہٕ چھُ تمہٕ چھُ یمن دون گامن پانہٕ وٲنی زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ ترٕیہٕ میل دوٗر یہٕ پادٕ کورُت۔ تاہم یہِ معموٗلی دوٗر یہٕ چھُ تمہٕ ورِ انسانہٕ بندرن حٲرتس سیٹھاہ اضافہٕ کران ییلہِ سہٕ ترٕیہٕ میل یپار مالانس منز کُشیر ہندی ٹرٛونٹھی، ٹنگ، تُرنٛز، اُزبیہٕ، ڈوٗنی تہٕ گُلابہٕ ہوی سٲری میوہ ووپدان وُچھان چھُ تہٕ اپار سارٕس منز سنگترہٕ، کھوٚرہٕ، کیلہٕ تہٕ لوکاٹھ ہوی پنجابی میوہ سوٗل بسوٗل کُلین پیٹھٕ وُچھان چھُ۔ یتھ نزدیکی اندر فطرتکین رنگن تہٕ مُوسمن ہُند یُتھ بھیرہٕ چھُنہٕ بییہٕ کُنہٕ جایہٕ نظر گژھان۔ فطرتچ رنگا رنگی ہُند یُتھ ہیوٗ تضاد چھُ رام بن تحصیلہٕ کِس راجگڈھ تہٕ ڈندراٹھ بار ٗ دہ یوٗ طرفو چھہٕ تہٕ گنڈرت جایہٕ تہٕ درینٛٹھی لبان۔ اماپوٚز تتہٕ چھنہٕ پنجابی ذاژن ہندین کلین میوہ نیران۔ خود باہہالس تہٕ رام بنٕ درمیان تہٕ چھُ موسمک تہٕ میوہ ذاژن ہُند یتھ ہیوٗ پھیر موجوٗد تہٕ زن گوو صرف ژٕ دہٕ مٕیلن ہندِس فاصلس پیٹھٕ چھہٕ باہہالہٕ منٛز وندس کُشیر ہنز ہش سردی تہٕ رام بنٕ جوٗن ہِٕش گرمی محسوٗس سپدان۔

مگر گلاب گڈھس منز چھ یتھ پھیرہ پہ ڈیپ زِنہٕ چھپنی کنہٕ ہندِس دوٗر پرس پیٹھ واقع۔

اَتھ کتھ کُن آو اشارٕہ کرنہٕ زِ گوٗل گلاب گڈھ علاقس اوس کُنوہ شتھ ستتاجی
عیسوی یَس تام پسماندگی سببہٕ یچھ کھل ونہٕ یوان۔ اما پوز اَز چھُ یہ پسماندٕ علاقہٕ تہٕ سیٹھاہ
تیزی سان ترقی ہنزِ وتہٕ پیٹھ بروہہ یکان۔ بلکہ واریاہن علاقو کھوتہٕ تیز رفتار ترقی
وُچھتھ چھُ اتہٕ کس قابلِ فرض شناس تہٕ ہمدرد ممبر اسمبلی محمد ایوب خان صابس آفرین
تہٕ مرحباونُ یوان یُس سیٹھاہ ژُرکہٕ سان اَتھ یتھ پُرستانس آے کانچھان رُود تہٕ سیٹھاہ
دانائی سان اَمہِ علاقکی مفاد نظرِ تَل تھٲوِتھ پرِیتھ سرکارچ خوشنودی حاصل کران رُود۔
کہٕ علاقچ رِتہٕ اوٗنس ہارناون واجِبنی پسماندگی دوٗر کرنہٕ خاطرٕہ چھُ بعضے پریتھ سرکارچ
خوشنودی ژھانڈنک پہ گناہ تہٕ ثواب ہیو باسان، تہٕ کیازِ سادہٕ لُکو لٲگتھ زیادٕہ کھوتہٕ
زیادٕہ ذاتی جایداد۔ باغات، گاڑہٕ تہٕ کارخانہٕ بناون والین عوامی نمایندن وُچھتھ چھُ
تیُتھ کانہہ ایم۔ ایل۔ اے سیٹھاہ غنیمت باسان یُس پُر فریب سیاستہٕ کِس یتھ دورس
منز تہٕ ذاتی مفادن پیٹھ لُکہٕ مفادن ترجیح دِوان آسہِ۔ کاشر آبادی دول پہ تحصیل
کوتاہ پسماندہ چھُ یتھ کالہٕ اوسمُت تمیک اندازٕہ ہیکو جی۔ ٹی۔ وائینی تُند سہ ترجمہٕ پرِتھ
تہٕ یَیہِ تھہ لیس یتھ کتابہٕ منز ییس جایہ شامل چھُ کرنہٕ آمُت۔ جی۔ ٹی۔ وائینی ین چھُ
اَمہِ علاقہٕ خاطرٕہ ڈہنگ لفظ استعمال کوٗرمُت تہٕ کیازِ یتھ کالہٕ چھ گوٗل گلاب گڈھس
منز شامل اُکس کاشرس علاقس ڈینگ ٹیل تہٕ وَنان آسی۔ اَمی ناوکہٕ نسبتہٕ چھیہٕ یہِ
پانژال ہلیٹس منز ڈہنگگ سہہ یا ڈینگی سہہ کہاوتھ مشہور۔ چنانچہ یہہ کہاوتھ ژن
دِل دِہہٕ ونِزِ اتھ تہٕ ورِژھنے کرنہٕ۔

گوٗل گلاب گڈچہ پسماندگی متعلق ہیکہٕ پہ ذاتی تجربہٕ کِس بنیادس پیٹھ

پہ وُبھتہ زِ از برونٹھ قریباً ژٕہ داہ وٕری اُسس نہٕ اکھ پتھ پٕرستانس کُن گژھنس
تہٕ کوہ قافس کُن گژھنس کانٛہہ فرق باسان ۔ یہ کتھ ثابتھ کرنہٕ باپتھ کرٕ بہٕ تِمہ
زِ جِھتیچ ذِکر یُس یہ مِیٚہ ۱۹۶۳ منز اور سفر کران پیش آیہٕ ۔ زٕ یمن نیٚن تہٕ کھیٚن منز
روزن وٲلی سٲنی کٲشرِ بٲے کٲتیاہ سخت جان چھہ ۔ ییلہٕ بہٕ جملان گژھن واجنہٕ پدی
وٕتہٕ ہندِ واتنس ہندِ ہدایتہٕ موٗجب دسمبرکِس رٕتس منز مۍ گٔو بالس (یتھ کینہہ
ستم رسیدہ لُکھ موتن گوٚل تہٕ وَنان چھہ) کھسنہٕ خٲطرٕ لوٚتو ہُری تہٕ پٕلہ ہُری ہتی ہسِتھ رام
بنہٕ پیٹھ صُبحے پیدل روانہ سپدس ۔ تمی دوہ ترِیٚہ بجے بٲگی ہیوٚو مِیٚہ دٕم کوٚنڈ جایہ تتھ
رزکدٕلس ترٛن یتھ اِتکی لُکھ کھوٗلی وَنان ٲسی ۔ یہ رزٕہ کدٕل اوس گتہٕ ماروٕنس چناب
دٕریاوس پیٹھ قریباً ڈاے ہتھ فُٹہٕ زیُوٚٹھ تہٕ پنٛژاہ فُٹہٕ تھوٚد ۔ یہ رزٕہ کدٕل اوس دوٕ لُو
اندٕ دوٕن تارِ تورن کُن الوند ۔ تم تار لو وٲسی دوٕ لُو اندٕ وکنہٕ یلین کُن بند تھونہٕ آمتی
انسانہٕ سندِ ترنہٕ خٲطرٕ اوس تارن کُن اکھ گرٕ کٕنی دار منزُل ہیوٚ گنڈتھ تھونہٕ آمُت
تہٕ اتھی کُن ٲس اکھ رز برونٹھ کُن تہٕ اکھ پتھ کُن لمنہٕ خٲطرٕ گنڈتھ ۔ دوشو لُو اندٕ ٲسہ
رزٕہ تارو (تارِ دِنہٕ وٲلی) مقرر ہم تار دِتھ نفرس اکھ آنہٕ ہوان ٲسی ۔ میانہٕ بد قسمتی
کنی اوس اَمہٕ دوہ صرف بٕتہٕ لمن وول اکھ نفر موجود تہٕ مِیٚہ ہتی یُس مہنیوٚ اوس سُہ تہٕ
اوس میٲنی پٲٹھی زُوَس گندنُک یہ تجربہ گوڈنکہ پھر کران ۔ بہرحال ییلہٕ بہٕ تتھ ہوٲیی
تختس (رزٕ منزٕ بس) منز بیوٚٹھس تہٕ مہنیوٚ تہٕ پانس ہتی بہنووم بتہٕ ہیوٚت تارُن
رزٕ لمُن ۔ میانِس مہنوس وٕژھ عارقہٕ کھرٕ س ۔ مِیٚہ تہٕ اوس دِل سخ ڈبراے کران ۔
یتھے ٲسی بسمنزٕ بس ہیوٚ وٲتی تارُو پنٛدِ زورٕ دٕرٕ سہٕ دِنہٕ ہتی ژھیٚنتی لمنیح رزٕ ۔
یہ گوس جسمٲنی کیٚنژ ذہنی طور منزٕ بس الوند ۔ عارضی غش سندٕ آرِتھ چھُ مِیٚہ کمزور دلہٕ وول

ونان۔ وپھاکھ ستی مرنہ کھوتہ بہتر حقص چھ دریادس منز دوکھ لاپھہ مرن۔
مگر میہ ہار نہ ہمت۔ تارو ہندین اشارن معنہ زاگرتھ ہیوت میہ رز منز بس سام
ہینہ پتہ اندچھن تارن تھپھہ کرتھ ہکمس بروںٹھ کن دکہ دین۔ تہ ہمیتس تہ بابس ہمیتس
حابس منز گوس بہ تمہ آیہ تارن لمان زالورواتس ہیچھ اوس میہ دوشوئی اکھن
رتھ پھیر پھیر وسان تہ کیاز ستی وول موہنیو سید نہ اکھ خطرس منز میہ مدد کرنہ خاطرہ
کنہ پاکھی شریک تھاو رنہ قطرن کس سنہ ہے۔ اسہ آس نہ پرتھ یوان زاسی آیا پزی پاکھی
یم انزنہ اسہ منز نیر تھ۔ تارو ہنز کتھ باسیے میہ صحیح پاکھی واتجہ داوس روہنہ زیوٹ
ییلہ تمی وون زاسی لوکھ چھنہ توہہ ہیو بزدل۔ رز ژ ہنج چھنہ کتھے اگر رزہ ہکر تہ ژھینتھ
اکھ خوانی بینابس (یتھ تم زندرباگا بدلہ کھیر پاسودرتہ ونان چھہ) یسرہ گرژھ۔ اسی ہکو
تو تہ اکی سے رزکن پان الوندتراوتھ یپور ترتھ۔
بہرحال اکھ دنیائی پل صراطس ترنہ پتہ کوہ تہ بال ژھنڈتھ قریب اکہ ترہہ میل
پہاڑی سفر گڈتھ تہ کھورن ہیٹہ بپتہ کھالتھ ووتس بہ ترییہ دوہ گول گلاب گڈس جملان
ہائی سکولس منز ہیڈ ماسٹری انجام دینہ۔ کینژ دوہ لوگ میہ پتاہ زِ یا کھ د تھ اس ارناہ
کنز ڈاڈا کی ڈکی ہش التش التش کرناون واجینی ڈوڈر ژھنڈتھ دوہ بہ دوہ ریاسی بیٹھ
جملان داناوان۔ مگراز چھیہ پمو دوشہ یو اندر گوا) گلاب گڈھس کن سڑکہ تعمیر کرنہ
آمژ بلکہ چھ از اور گرژھن داکس ملازمس یا نز ستھہ فیصد الاونس تہ دنہ یوان۔
بہرحال سڑکہ بننہ پتہ چھ اتیک پرتھ کاشر بیین کاشرن علاقن ستی بنس گرژھنس
از سیتاہ چاو بران ادہ سہ گوںک یا جملانک کاشر مہمان آسی تن۔ گلاب گڈکہ دیہک
یا نگرالاک کاشر بڈ آسی تن یا بدر تہ لارک پوگلی بولن ددل کا ہہ راجپوت۔

# ضلعٕ ڈوڈہٕک تحصیل رام بن

ترتیبہٕ موجب پزٕ ہے گوٚل گلاب گڑھ پتہٕ ضلعے اُدھمپورکہٕ دوٚیمہٕ کاشرٕ آبادی والہٕ تحصیل رام نگرٕک ذکر ییتہٕ نس کرُن ۔ امابوٚز ییرٕ پانٕژال بلاک تقسیہٕ نظرٕ تل تھاوتھ چھُ بہتر یہٕ باسان زِ گوٚل گلاب گڑھ تحصیلس ستےٚ جغرافیائی اتھ واس تھوٚن وٲلس رام بن تحصیلس ہیہٕ گوڈٕ اُنوٲری دِنہٕ۔ ویسے چھُ جموٚ صوبہٕ کیوٚ کاشرٕ لوٚ علاقوٚ خاص کرِتھ ڈوڈہٕ ضلعہٕ ورٲے کاشرٕ نوٚییرٕ ہندس تہٕ کاشرٕ کلچرک تصور اڈلیوٚک مانہٕ یوان ۔ امابوٚز اتھ ضلعس منز چھیہٕ رام بن تحصیلس اکھ خاص اہمیت حاصل۔ جغرافیائی حدبندی موجب چھُ یہٕ تحصیل

---

یہٕ اَز چھُ رام بن تحصیل دوٚن تحصیلن منز باگرنہٕ آمٕژ ۔ امابوٚز یہٕ کتاب لیکھن وِزِ اوس بانہال تحصیل رام بن تحصیلہٕ منزے شامل۔ بانہالس چھُ اکہٕ بیوٚن تحصیلک درجہٕ دِنہٕ آمُت ۔ رام بن چھُ ضلع بنیو ول۔

ریاستہ کین دوٚن صدٕر مقامن یعنے سرینگرس تہٕ جمّس درمیان واقعہ۔ نگر یہ منزٕ سوٚنہٕ کنزٕ بس واقعہ آسُن چھُ اَتھ علاقس یعنے سٹھاہ دروٚگ تہٕ پیوان۔ مثالے چھُ اَتہِ کین اکثر لوٚکن ہُند مختلف رشتوٚ رنگ کٲشرِ ستۍ جیمہٕ کہ کھوتہٕ دلی لگاو سٹھاہ زیادہ یتھ کنُ وُچھتھ بلکہ یہند طرزِ رہن سہن پوٚرہٕ کٲشرٕ آیہٕ وُچھتھ چھِ جمکی کینہہ لفرمیٚہ یہ وٕنان وُچھتی زِ باہالہ کین لوٚکن پزٕ سرینگرس کُن رجوع کرُن۔ ییلہٕ زِن یعنے سرینگرٕ کی کینہہ افسر چھِ وٕنان زِ بسان چھوہٕ جوٚ صوبُس منز لہاذا کتھ چھوہٕ اُسہ پننی دادی کانگرٕ پوزناوان۔ ییتھی ہوٕ جواب بوزتھ چھُ میون یہ وَنُن اکثرن بوزُن بیوٗ مُت زِ دراصل چھُ باہالک علاقہٕ قدرتن تہٕ جغرافیأیی حسابہٕ واوس لیشرمُت نہٕ ریاستہ کس ناوس منزٕ تہٕ چھُ اکیک محلِ وقوع واوٕ بزٕ کومُت یعنے جموں وکشمیرٕ کین دوٚن صوبن درمیان چھُ یہ علاقہٕ ترقی ہنزٕ وکا ہو رٕنگی تہٕ (و) یا انگریزی پاٹھۍ جموں اینڈ کشمیرٕ کہ اینڈ کی پاٹھۍ دہ شوٚنی لفظن ڈکھس اُستھ تہٕ دہ شوٚ یوٚ لنشہٕ بیوٚن زانہٕ یوان۔ قریباً شیٹھ ساس آبادی وول رام بن تحصیل چھُ پننی ٹاپہٕ پیٹھ باہال ٹنلہٕ ہندِس ٹایُس تام قریباً شیٹھ میل زیوٗ ٹھرٕ ۱۹۴۷ء، برونٹھ اُسہ اَتھ تحصیلس منز کونڈ (قاضی گنڈ کی) ترٕ واہ گام تہٕ شامِل۔ تم گام چھِ ازکلہٕ گام تحصیلس ستۍ والنہٕ۔ رام بن تحصیلُک اکھ اَند چھُ کولہٕ گامی تحصیلہٕ کہ بارٕڈی جالن تہٕ ہوٚنی ہینگ علاقہٕ پیٹھ شروٗع سِیدتھ کھرٕ موٗجب تحصیل ڈوڈہٕ کہ کاستی گدٕ اَندٕ گاڑی، کمیت، شامٹھی، برٹ تند، ببرٕ وتاتہٕ چھچھوتر علاقن تام پھہلتھ۔ جنوٗبی طرفہٕ چھُ یہ تحصیل گوٗل گلاب گدٕ ہس ستۍ رلہٕ ونہو ہٹروگ ٹنگر تہٕ گاندری اپار کیو علاقو پیٹھ شروٗع سِیدتھ بھدرواہ کشتوار روڈہٕ کہ اندٕ عشربگر علاقن ستۍ رلہٕ ونبن کینشن نالن تام پھہلتھ۔ بلکہ چھُ پننی ٹاپچہ جایہٕ رام بن تحصیل سِیدٕ سیوٗ داُدھمپور

تحصیلس ستہِ تہٕ زلان۔

کاشُر کلچر چھِ ین کلاسیکی قدرن ہنز رٲچھدری لحاظ چھُ رام بن تحصیلس منز سارِوے کھوتہٕ اہم علاقہٕ باہہال تہٕ اَمکۍ اَندٕ رٕ پکھ گام۔ باہہالہٕ ناوس متعلق لیُس اشارٕ کُشیرہندس راج ترنگنی ناوِکس سارِوے کھوتہٕ پرانِس توارِیخی دستاویزس منز میلان چھُ، تمہٕ موجُب چھُ وَنس منز باگ واقع آسنہٕ سببہٕ اَتھ وَن شالا ناو اوسمُت یُس پتہٕ کاشرِ اوپٕ بیٚتھ بانہال بنیومُت چھُ۔ اما پوز یتھ کتھہِ موجُب چھُ یہ ناو باہ نالہٕ۔ یعنے بہن نالن ہُند علاقہٕ تہٕ اَتھ لگہِ کتھہِ تہٕ چھُنہٕ تردید ممکن تہٕ کیازِ محافظ خانس منز تھوٚنہٕ آمتس قدیم ریکارڈس منز چھُنہٕ وَن شالہٕ یا باہہال ناوٕ کُنہٕ نظر گژھان۔ اَتھ برعکس چھُ تہٕ دیوگوں درج یُس باہہالُک اَکھ مقامی ناو چھُ۔ باہہال کین بہن نالن ہنز نشاندہی چھیہٕ جغرافیائی حدبندی موجُب یہ ۱۔ دناڑ لوگام نالہٕ ۲، زیٚن خارکوٹ نالہٕ ۳، لابر ژرل نالہٕ ۴، عشکو نکوٹ نالہٕ ۵، کرو وتہٕ ژنگل نالہٕ ۶، ڈلی گام بنکوٹ نالہٕ ۔ ۷، اکوٹ ژرل واس نالہٕ ۸، نیل پرہندر نالہٕ ۹، مہو منگت نالہٕ ۱۰، کھر دیش ترگام نالہٕ ۱۱، سومبر رام سو نالہٕ ۱۲، ممکرکوٹ پوگل نالہٕ۔

لسانی سونٛترس بیٚٹھ ہیٚکہ یہ کتھ بیاکھ دلچسپ مطالعہٕ بنِتھ زِ بہن نالن پیٹھ مشتمل باہہال علاقس منز چھ "ہال" پتہٕ لگوٕ وٲلی باہ گام تہٕ شٲمِل یعنے باہالہٕ کین بہن گامن ہُند ناوٕ چھُ "ہال" لفظس پیٹھ اَند واتان۔ اَمہِ مطالعہ خاطرٕ چھیہٕ بہن نالن ہندس اَتھ علاقس منز بہن گامن ہندی ناو یتھ پاٹھی ۱، ژاچہ ہال ۲، زیٚنہ ہال ۳، ہنچہ ہال ۴، کرالچی ہال ۵، پرہندر ہال ۶، چم ہال ۷، رتلہ ہال ۸، برنہ ہال ۹، اکھڑ ہال ۱۰، مُنل ہال ۱۱، ناچنی ہال ۱۲، ڈک ہال۔

یوٚدوَے رام بن تحصیلہِ چھِن بُڑٕ وٕنھ، رام بَن یا خود بانہال ہِشِن سرٕین ہندِن بازرن منز غارٕ کاشرٕ ہندی اکثر دان وُچھِتھ اَتہِ چھِ کاشر آبادی متعلق غوطن گژھان نوبجہ داتان چھیہٕ۔ مگر حقیقت چھیہٕ بلکُل مُختلف۔ یہ زَن گوو یوٚدوَے نیشنل ہاے وے ہس پیٹھٕ سفر کرن والیس یا اُپارٕ الفابہٕ لگی منٛزٕ کانٛہہ مسافرس اَتہِ کین بازرن منز خواہ مخواہ یہ باس ہیکہِ لگتھ زِ خبرا یہِ ماچھیہٕ غارٕ کاشرٕن ہنز ژُر آبادی آسان یہ توے ماچھا اَتہِ پنجابین تہِ ڈوگرن ہندی ژُری وان نظر گژھان نہ چھُنہٕ پزٕ واقعہ چھُ یہ زِ بَمن سرٕین اَندی پکھی کین گامن منز چھُ کاشر آبادی ہُند تناسب نمتھ فیصد تام واتان۔ مثلاً بانہال سرٕے نی تون۔ اَتھ اَندی پکھی آباد شیتھن پانٛژ شیتھن گامن منز چھِ صرف کاشر یا پوگلی بولن والی بسان۔ گجری تہِ پہاڑی بولن والین ہُند تعداد چھُ تولس منز کنس برابر۔ بقہ رُددٕ بازرن منز وان پارٕ تہِ نظر گژھن والی کیہنہ غارٕ کاشرٕ لالاجی، تم چھِ ازبردہ نہ اکھ یازہ بیرٕ ڈوگرہٕ دربہ حکومتس دوران اَدھمپور تہِ جمہ پیٹھٕ معمولی دکاندار تہِ لباتی تمنھ بیرٕ پانٛژان بیلہِ کین سارنے علاقن منز بڈٕ دانایی سان پھیلیمتی تہِ اَتہِ کین کاروبارن پیٹھٕ حاوی سپد نکہ تھہندی ساری منصوبہ چھِ اَبرد یہ سان باعمل آسنہٕ وسے پُگو بہترٕ امہٕ زبردست کامیابی ہُند اکھ وجہ یہ زِ اکثر کاشرٕ دانٛی چھِ پوانہٕ زٕ پوٚنہٕ سرٕ ڈگ نھوٚنہ گژھ اکہ سُند دِل زِنیٛجہٕ تہِ خوش خلقی ورنا وِتھ زور کنیجہ نرا یہ ہِنِش مُحرٕ ذم، بلکہ چھِ اکثر کاشرٕ دانٛی تنگ دل تہِ بد مزاج۔ چوانکہ عام چھُ خام آسان۔ تم چھِ اَدھمپورٕی کھٹرین نِش چھیر صاف، ژلو موٚدرٕ تہِ سوٚدس پیٹھٕ وودُم دِپنج سوٚدرٕ ترٛاے وُچھتھ نتیجہٕ نِشہٕ بےخبر سپد تھ یکدم

تۄری کُن دَوان ۔ بیٚیٹھ چھِنہٕ بانہالچہِ سرٕ پٕہ اَندٕ کٕنی چُھکرٕنہٕ آمُژ آبادی تہٕ مۄدرن ہٕند شکار پنٕنیٕ ذمہٕ دار ۔ یہٕ زن گۄو شامس چھِہ اَتھی کاشُرٕ واَٲنی مُنتشر آبادی سببہٕ سرٕ ے فقط کینژن کھنٕ بٕن لُپشرٕ تھٕ پن بٕنٕ گرٕ گرٕ ژھان تہٕ خود جامع مسجدِ مَنٕز جُمعہٕ شام نماز تہٕ خو فتن نماز بیٚیٹھ بعضے اکھ صف تہٕ جمع ہیٚکان سپدِتھ ۔ بانہالچہِ کاشُر آبادی ہُنٕد صحیح اندازٕ لاگُن چھُ اَتھ سرٕ بہٕ مَنٕز فقط جُمعٕ دۄہ ، عید میلادکہِ دۄہ یا بیٚین بٔڈٕ بٕن دۄہن بیٚیٹھ ممکن ۔ اَتھ پہاڑی تحصیلس مَنٕز چھُنہٕ بسأنی ڈیٚرٕن مَنٕز باگرٕ نہٕ آمُتین گامن تہٕ بازرن پانہٕ وأنی کانٛہہ ہشر ۔ لہٰذا آسہِ بٔڈٕ وُنہٕ بازرس مَنٕز ژرٕ یہِ ہَن بِیکھ نظر گژھنہٕ سببہٕ ، رام بن بازرس مَنٕز ژرٕ ی ٹھکرٕ تہٕ کھتری نظر گژھنہٕ سببہٕ تہٕ بانہال بازرس مَنٕز واریاہ لالاجی نظر گژھنہٕ سببہٕ کانٛسہٕ تہٕ اَتھچہِ آبادی ہٕندِس تناسُبس متعلق دھوکہٕ لگِتھ ۔ بٹوت ، رام بن تہٕ بانہال کین کاشرِن گامن لر چھِہ اکثر جایہِ مُختلف کرامن تہٕ قومیژن ہٕندی اکھ اکھ زٕ زٕ گرٕ موجود ییمن مَنٕز گُجری ، پہاڑی ، لوٚہ تہٕ سراجی بنہٕ شامل چھِہ ۔ مثلاً مۄڑ تہٕ رام بنس مَنٕز باگ ژٕندرکوٹ جایہِ چھِہ پانژھ آٹھ گرٕ لوٚہ بسان ۔ ییمن مقامی لُکھ تہٕ شیعہ دَنٕنہٕ بجایہِ لوٚ ےٕ وَنان چھِہ ۔ اَیارِ ییمن دالہن لداخی لوٚٹن تہٕ ژٕندرکوٹس مَنٕز پنٕنژ اکھ یادگار تھوٚن والین ییمنے لوٚٹن ہٕندِ مناسبتہٕ اَدٕس ہمسایہٕ بسکینوٚ نکھ بلچہٕ بستی لوٚہٕ ڈکھ ناد تھوٚو مُت ، یُس اَتھ علاقس مَنٕز بٕتہٕ لدٲنی ہتر زیٚو بیٚیٹھ بٕڈ دَتھ یا بوٗت تلفظ نتیجہ عام سپُد تہٕ یوٚہے چھُ ازٕ محض اکھ غار کاشُر بستی باسُن واجہ اَمہٕ سرٕ یہٕ ہُند وجہ تسمیہ ۔

ژٕندرکوٹ گامُک ناو ہوأنی چھُ کینژن حاسن کاشرِن تمہٕ بد نام

گجہ پتھ تلک تصوٗر اؠچھن۔ برونٹھ کُن پوان یُس اَتھ گامس مُقابلہٕ ژندرٕ باگا دٕریاوہ اپارٕ
دندراٹھ تہٕ راج گدٕ چھِ وۅنہٕ دٕچھنہٕ رام بنہٕ بیٹھ قریباً داہ میل دوٗر جایہ واقع چھُہ۔ اَتھ
قلعس منز اُسی ڈوگرن ہندِس وقتس منز قاتل تہٕ ڈاکو تھوونہٕ یوان یمن ایلیے کاشرِ ین
ہنز جنگ آزادی منز حصہٕ ہیوٚ وألی شیخ محمد عبداللہ، میرزا محمد افضل بیگ ہوی لیڈر
تہٕ ینز کیہنہ رتی یاژ بیتر ہیتھ اُتہٕ کینژس کالس قٲد تھوونہٕ۔

علاقے راج گدٕہس تہٕ علاقے دندراٹھس منز روزن وألی کاشرِی چھینہٕ
زیادہ غریب تہٕ کم تعدادس منز آسنہٕ باوجوٗد چھِ تمن ینن ہمسایہ غار کاشرِ ین ستی
بڈٕ دوستانہٕ تعلقات۔ ژندرٕ کوٗٹ ناوکر پاٹھی چھِ باہنال علاقہٕ کِین واریاہن گامن
ہندی "ناو کوٗٹ" لفظس پیٹھ ختم سپدان۔ مثلن خایرہ کوٗٹ، ککوٗٹ، لوہہ کوٗٹ،
کوٗٹ، اپہ کوٗٹ، مکوٗٹ، تہٕ گونڈ عدل کوٗٹ۔ یم ناو چھِ تمہ کٕرہ راج دورچ
نشاندہی کران ییلہ کوٗٹ لفظ قلعہ کِس مفہوٗمس منز۔ استعمال اوس سپدان تہٕ ییلہ
مہاراجہ گلاب سنگھنی وقتس برونٹھ برونٹھ تام کٕرہ راجی، آپ راجی تہٕ طوائف الملوکی
ہندین دوہن منز۔ لوکٕٹ لوکٹی راز وارہ "ڈیرہ اینٹ کی مسجد" طریقس پیٹھ قائم اُسی
سپدان تہٕ قلعہ اوس اُمہ رازوارچ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ علامت زانہٕ یوان۔ رام بنہٕ
تہٕ باہنالہ کِین گامن ہندی ناو چھِ بیٚیہ تہٕ کیہنہ دلچسپ پہلوٗ دٕرینٹھی انان۔
خاص کٔرِتھ لسانی آیہ چھِ یم ناو تمن دوہن ہندٕ یادگارہ پاٹھی رٹِتھرنہٕ آمتی۔
یمن دوہن قدیم سنسکرت زبانی ہند اثر یا ویدک اثر قبوٗل کٔرِتھ یہ پہاڑی
علاقہٕ علم و ادبچین سرگرمی ین ہندِ اکھ تھکنُ لایق مرکز اوسمت چھُ۔ پتھ ناوو

منز آسے "ہال" لفظس پیٹھ ختم گژھن والین کینژن ژاہجال، زینہ ہال تہ باہہال

ہوین ناون ہنز نشاندہی پیٹھ کنہ کرنہ۔ یتھی ہوی کینہہ ناو چھ پرگنہ واد "دِشی"

لفظس پیٹھ ختم سپدان آسہ متۍ مثلاً "ہیرہ دش" "بونہ دِش" تہ "کھرِ دش" بیتر

بیتہ باہہال علاقکی اکثر گام اندرونی طور دون حصن منز تقسیم سپدتھ "ہیرہ گامس"

تہ "بونہ گامس" منز باگرنہ یوان۔ ئتہ چھ باہہالکین وارہاہن گامن ہندی ناو

تہ "گام" لفظس پیٹھے ختم سپدان۔ مثلاً نو گام، ترہ گام، سنہ گام تہ مالیگام بیتر۔

گامن ہندی کینہہ ناو چھ اتہ "وگن" لفظس پیٹھ تہ اند واتان۔ مثلن وگن، ہالہ

وگن ـــــ، ہی وگن بیتر، گامن ہندی یاکھ ناوہ اہار چھ اتہ "باس" لفظس پیٹھ

ختم سپدان مثلن شاہہ باس، رتن باس، گوہالہ باس، آلہ باس تہ بعضے

یتھہ پاٹھی چھ "باس" لفظ "واس" تلفظس تحت تھتھے پاٹھی تبدیل سپدان رُددمت

سنسکرت بنیاد والین تہ بال ہوی لفظ ون تہ وال لفظن منز تبدیل چھ سپدان۔

ایم ایل اے محمد ایوب خان صابن آبائی گام "ژل واس" چھ امہ لسانی تبدیلی

ہنز اکھ مثال۔

پور لفظس پیٹھ چھنہ بند پور ہیوس کنہ بدس گامس "پور" ناوتھونک

باہہالہ منز رواج اوسمت دون گوو کنہ طایفہ کس کنہ لوکٹس محلس چھ "پور"

ونن اتہ عام اوسمت مثلاً کرالہ پور، نائید پور، کھار پور، کینژن کرامن ستی

تہ چھ "پور" لاگتھ اکھ لوکٹ گام نشاندہی منز انن اتہ کین اسلافن مقصود

اوسمت مثلاً ملک پور، ڈار پور تہ جاین ہنز جغرافیائی حالژ پیٹھ تہ چھ

پۆرٕ" ورتاوٕنہٕ آمٕت مثلاً وٕنہٕ پۆر، ٹیر پۆر، دٕرشی پۆر بیترٕ۔

یوٚت تام باہٕنالہٕ آندٕ نیٖچھ بولنہٕ یِنہٕ واجہٕ کاشُر زبانی ہُند تعلق چھُ، اَتھ منز چھیہٕ پرانہٕ لفظہٕ راشیٖح تہٕ لفظن ہندِ کلاسیکی مزاز پرٕتیٚہہ وُنہٕ کینہٕ شن صورژن منز نظر گژھان۔ یہٕ تیٚہٕ چھیہٕ لسانی طورٕ اہم باسان۔ کینہٕ شو دلچسپ تہٕ ٹھیٚٹھ لفظو رنگی چھہٕ اَتہٕ کاشُر زبانی ہندِ قدامتکی اشارٕ مختلف اظہارن منز وقتلان۔ مثالہٕ پاٹھی سیٹھاہ بے تکلف پاٹھی اَتہٕ کینہٕ لوکن ہندِس روزمرہ استعمالچ زبانی یا دٕپشہ چہ کیتھ باتھہٕ منز یِتھہ ہیو کانہہ مرکب مُصدر ورتاوُن ؛۔

۱، تھے روزُن (لوٚتی پاٹھی یہُن) ۲، شتھہ ترٛاوُن (ودش تراوُن) ۳، گاگری گژھن (راسی گژھن، منگیہ پایرٕ منز آبک راوُن) ۴، ذہن کرُن۔ (لو کٕس شرٛی سند اژھن پاٹھی وُرُن) ۵، شوتیسہ گژھن (زٕ ہیتھ گژھن) ۶، پھش وار گنڈُن (وُژھ یا تلاش کرُن) ۷، ذکھر کرِنی (اکیوٚنیگ مستی ہُند کاف کھسنہ دہوشی منز ژژن یا دکھا بیٹھی کرِنی)

لسانی سوٚتھرس بیٹھ چھیہٕ اَتہٕ کینہٕ شن کھہٕ چیٖزن متعلق تہٕ اَسہٕ لایق ترکیبہٕ بارسس آمژہٕ۔ مثلن گوگجہٕ ہاکہٕ تہٕ بیٚیو سبز یوٚ نشہ ہاکس یوس ژھین دِنیٖ کوٚشش اَتہٕ کمی تام بزرگن کرمژ چھیہٕ تمی چھُ پنجابی زبانی ہُند کرم لفظ کاشُر اَدِکھ تہٕ تھ یِی کاشُر ہاکھ رلادِتھ اَتھ کرمی ہاکھ ووٚنمُت لہاذا چھُ اَتہٕ ہاکس کرمہٕ ہاکھے عام پاٹھی وُنہٕ یوان۔ اَلوٚن ہُند ناو چھُ کس تام لوٚت یا اَدٕ لیٚزِکہ باسیومُت لہاذا چھُ اَتہٕ یِرِ یمی کینہہ لفز تہٕ اَلدن اَلوٚ کمہٕ

وُنان ۔ کٔچھ مازِس باگرٕ تہٕ موشہِ مازِس بڈٕ ماز ونُنک تہِ چھُ اَتہٕ رِواج ۔ باہہال تہٕ
رام بن تحصیل چھُ کاشُرِ پوگلی نادٕ چہِ تترٕ سہِ اہم بولہٕ ہند امانتدار یتہٕ اہم بولہٕ کشتوار
"کشتواری یہِ" شکلہِ منٛز رٲچھ چھُ کران ۔ ( مگر اَتھ کیاوٕ نوٚز کاشُر ڈکشنری آیہٕ یمن
دوٚن بولین ہندی نمایندٕ شاملِ تھوٕنہٕ وراے ترتیب دِنہٕ ۔ مشہور مشرق شناس
جارج گریرسنہٕ سنٛز کاشُر زبانی ہنٛزن یمن بولین متعلق کرٕ مٕژ نشاندہی چھیہٕ قابلِ قدر
آسنہٕ باوجود نوٚ سام ہینہٕ ینک تقاضہٕ کران ۔ بہرحال حتی المقدور اَمہِ ذمہٕ واری
لَنہٕ عہدٕ براگرٕ ھینہٕ نہٕ کٔرِ وقتہٕ کوشش گٔژھ ۔

باہہالہٕ کین گامن ہند رومان پرور ماحول تہٕ فطری نٲری منٛدیت وُچھتھ
چھِ اوٚت شمال کیو تہٕ جنوب کیو اندو بیٚتھ لوکھ اَژن تہٕ لسنہٕ یوان تہٕ یتھ کالہٕ تہٕ
لسنہٕ آمتی ۔ اتھ سٕہ دلہٕ ہند مولانا سید عبدالطیف آسی لیس ٹوٹھ نچوٚ تہٕ بیٚیہٕ کینہہ
بٲرٕ مرنہٕ پتہٕ سیدیکتہٕ دیکھک علاج ویرِ شہُل تہٕ بوزنہٕ شہلس تحویز اوس کرنہٕ
آمُت تہٕ لیُس پتہٕ ساری سے عمرٕ پٹھار باہہالس منٛز بسان روٗد ۔ یا بڈ گامیک
ذہین تہٕ عالم گرد اور غلام محمد ڈاریس حکیمو کلہٕ سرساک علاج تجویز کران کینژہ
کالہٕ خاطرٕ دودٕ تہٕ تھٔنہٕ وآلس کٔنہٕ علاقس منٛز گژھنک مشورٕ اوس دیتمُت تہٕ لیُس
مُلازمت ترٲوتھ پتہٕ ساری سے عمر باہہالہٕ تہٕ گوٗل گلاب گڈھس منٛز ۔ مولانا رومیؒ"
ستزٕ تصنیفہ ہیٚتھ پھِران روٗد تہٕ اُتی مثنوی موٚت ناو براوتھ بسان روٗد ۔ باہہالکہٕ
امن پرور تہٕ انسان دوست ماحولک اثر وُچھتھ چھُ ٹاک زینہٕ گیری ین ناپایدار
سرٹکہٕ ہند پہلو مچھ ترٲوتھ یتہٕ کتابہٕ منٛز باہہالکی علاقس اکھ "اعراف" ناوٕ کوٗرمُت ،

---

۱۔ پوگلی تہٕ کشتواڑی بولین پیٹھ چھِ میانی زٕہ مقالہٕ اہنار کین خاص شمارن منٛز چھاپ پیدی تہٕ
یمہٕ کٔنہٕ کتابہٕ منٛز شامل آیہ نہٕ کرنہٕ ( مصنوعات )

یُس جوٚرِ چِھین گرٕشمہٕ کرٕاین تہٕ کٲشِر ہِندہٕ ہن کیٛٹھ کُتھ زمہرِ پرِن منز مرنُس سرگامتین

انسانن زندگی ہنز آتش بخشان چھُ رتہٕ زن گوو یتھے رِتہٕ کالی تاوِ مرِتھ دوٚدمُت

کاہنہ "سوختہٕ جان" سیاح باہال واتان چھُ لتس چھُ باہالہٕ ہند ڈلہٕ وٗن ہوا جنیٖہ

ژھٹ باسان تہٕ سُہ چھُ اتھ گیٹ وے آف کشیر وٚنتھ اتہٕ کس ناگہٕ بلس یا شفاوانِس

زندگی ہنز نُوآتش زانان ۔ یتھے پاٹھی یلہٕ وُندکس کیٛٹھ کُٹس ستز نارِ منقلو زولمُت

کانہہ کٲشُر سٕنلہٕ الوِر ترٲن چھُ اتہٕ کھلِہ نایہٕ وُچھتھ سُہ وَنان "یوٚہے گوو جنت"۔ مگر

اَتھ جنتس کم چھِ چھاوان ۔ اَتھ متعلق اَکس ٹیٛٹھس پزرس باوتھ کرنُک چھُنہٕ یہ مناسب

موقعہٕ باسان ۔ یہ یژھ صرف اَکس کنہ کُن اشارہٕ کرُن زِ جوٚمس منز بَن والین عام

کٲشرِ ہندی پاٹھی چھِ اَکی کٲشری تہٕ اتہٕ کین غارکٲشرِن مقابلہٕ اقتصادی طور سیٛٹھاہ

کمزور ۔ کٲشری عام پاٹھی زمینداری تہٕ مزدوری کران ۔ یٛلہٕ زن غارکٲشری تجارت

یا ٹھیکہٕ دٲری کرِتھ یمن نتیجہ ہیوان چھِ بیٛٹھ چھیہٕ باہالہٕ کس اَندی کہس منز واقع

پہاڑی علاقس غلاوِچ ترٕژھ دیژھے آسان زِ لبھنے ساعتہٕ چھُ اَکس مزدورس توٚلہٕ

سیر یا آڈ سیر باہال ڈیوٗ بیٛٹھ حاصل کرنہٕ خاطرہٕ ژور ژور دوہ راوان

تہٕ ہنز یہ کھٔر وُچھتھ چھُ جگر ژھینان ۔ اَمہٕ قسمکس استحصالس اگر کانہہ

پرٛگی چھیہٕ روزان سو چھیہٕ کٲشرِن زیٹھن ہنز برداریچ تراے پوٗرہٕ کران ،

یوٗس اَسہٕ یتہٕ دٔکھ پانہٕ وانی حسدن تہٕ لڑاین منز مبتلا کرِتھ بیٛین ہندین

مفادن پوٗچھر دیاوان چھیہٕ ۔ اَتھ معاملس منز بالہٕ پارِمین باین سیٛٹھاہ نزدیک

آسنہٕ ملاوہ چھ ہم قوم ہم قومن بام دِلس منز تہٕ اَتھی کٲشر لوکھن تہٕ بجین ذاتن

منٛز پانٛس بٲگران تہٕ رایہٕ رٲیی رشتہٕ کران ۔ اَتھ ترٛاٮ۪ہ نٲمٕر شعوٗری طوٗر کاربند
رۄدِمٕتۍن (رام بن باہال تحصیلس منٛز بَن والین) کاشرِن ہنٛز کرٛامہٕ چھیٚ یِم :-
وٲنۍ، میر، ریشۍ، لون، راتھر، نایک، خان، گیری، شان، گوندر، مَلک،
بٹ، ژورٕسی، کامگار، تانترے، پڑے، گنٕے، کھانڈ، گوتھ، پاچھہٕ، سہمتھ،
سوٗبل، منہاس، ڈہنگ، بٲنۍ، کُٹے، کنڈوچ، بُہری بیتر۔ یمو علاوٕ چھیٚ کینٛہہ یوٗتھ
اَتہٕ تہٕ کرٛامن ہندی بٲدی ورتاونہٕ یِوان مثلاً :- ہنٹی، ٹھیکہٕ، منگن، نوقصان،
ککرٕ، وانٹھ، پکھی، کاژری، کلہٕ ڈج، گگر، لوٗٹہٕ ٹنگ، کوکہ بیتر۔






یہ تحصیل چھُ ضلعے ڈوڈہُک صدر مقام۔ ویسے چھیہٕ ڈوڈہ سرٕے رام بن تحصیلہٕکس جنوب مشرقس منز واقع۔ اَتھ سرَس کرِتھ کیازِ پیوٚد ڈوڈہ ناو؟ تتھ متعلق چھہٕ واریاہ افسانہٕ گرِنہٕ آمتی۔ اکھ چھُ سُہ افسانہٕ یُتھ تحقیقی لحاظہٕ اُسُن لایق آسہٕ باوجوٗد کینژو ذمہ دار ادارو پذیرائی چھیہٕ کرٕمژٕ۔ مثالے رٕ ۱۹۶۱ءچ مُردم شُماری رپورٹ۔ رٕ کشمیر اپرِ بک پتہٕ جموں اینڈ کشمیر ہُوازِ ہو۔

اَتھ لایق افسانہٕ چھُ یتھ پاٹھی وُننہٕ یوان زِ یلہٕ ڈوڈہٕچ سرٕے کشتوارکس راجس ماتحت آس، تمہِ دوہ آیہٕ نوو کشتوارکی راجن مُلتانہٕ پیٹھہٕ اکھ کاریگر ٹھانٹھُر، یَس ڈیڈا ناو اوس۔ راجہٕ سندِ حکمہٕ موجب ترٛوو تمۍ ٹھانٹھرٕ ڈودٕہس منز تراپہٕ بانہٕ گرنُک اکھ بوڈ بارٕ کارخانہٕ۔ لہٰذا پیوٚد اَمہِ افسانہٕ موجب اَتھ سرَس ڈوڈہ ناو۔

اگر اَسی اَتھ افسانس سرسری طور تہٕ تحقیقی سام ہیمو اَسی واتو یمن نتیجن پیٹھ۔

ا۔ کیا اَمہِ وقتہٕ کُس دوٗر افتادہ ڈوڈھ ہس منز چھا تراکُھ خام مال مُیسر اوسمُت یا کُنہ ترامہٕ کانہٕ ہند دیُود اوسمُت۔ اگر اَتھ نکارس منز جواب چھُ، تیلہٕ چھُنا یہ کتھ نظرِ تل تھوٗنی زِ یتہٕ اُکس معموٗلی کراس بانہٕ کوند لاگنہٕ خاطرہٕ گوڈ اَندی یُتھی رنگہٕ میٚژ ہنز کھان ونہٕ کڈنی منزوٗری چھیہٕ آسان ثتہٕ کیا کرِ ہے سُہ کاریگر ٹھانٹھر ڈوڈھ ہشہٕ جایہ ترٛامہٕ وراے۔

۲۔ ووں اگر یہ مانو زِ کشتوار کِس راجس اوس ٹھانٹھروان۔ "کارخانہٕ" قایم کرنُک زبردست شوق رُلتان ہشہٕ دوٗر جایہ بیٹھ اننٛاوِتھ کونہٕ تھوِ ہے سُہ تَس کاریگرس پننہٕ راجدھانی کشتوارس منز، یتہٕ سُہ پننہٕ مرضی بانہٕ گرناوِتھ ہیکہ ہے۔ تتھ برعکس اوسنہٕ ڈوڈھ صرف ویلنگ تہٕ پہاڑی وَتہٕ میل ۲۵ پنٛژہ مرہ دوٗر، بلکہ آسہے تمن دہن سو وُتھ ینز یِ وَتہٕ کھوتہٕ زیادہ خطرناک۔ یِیلہٕ زن اونزہٕ نامتھ لیعنے ۵۷-۱۹۵۶ ہس نامتھ پَل ڈوڈھ پیٹھ ڈوڈھ سڑکہٕ منز۔ واتنُ اکھ کارنامہ یاسان اوس، تہٕ کیاہ اوتہٕ تلم نہٕ اوس تیتھ کانہہ پوٗچھنہٕ کُدل بناونہٕ آمُت نہٕ کانہہ پوٗچھتہٕ سڑک یتھ کُنہ طریقہٕ کشتواری راجہ پندس شوقس ستی واتھ ہکو دِتھ۔

دراصل یتہٕ تحقیقُک سہارہ یہ افسانہٕ گرن والیو نیو مُت چھُ، تمیک تعلق چھُ یتھ کتھ ستی باسان زِ محکمے مائننگ کیو ماہرو چھُ حال حاے اَتھ کتھہٕ انکشاف کوٚرمُت زِ یتھ پاٹھی ریاستہٕ کِہ سبز سونگ (جنگلاتن ہند) بوڈ بار خزانہٕ ڈوڈھ ضلعس باگہٕ چھُ اَمُت تتھے پاٹھی چھُ یہ ضلعہ نیلم، ابرق، بشتر، ریل ٹرینہٕ، ترام تہٕ ناگ ہتھٕ دھاتو (وسمرواستی تہٕ مالامال تہٕ یمن وسمزن ہندس سلسلس منز۔

یتھ پاٹھی باہنالک لوگل پرستان علاقہ، رام بنُک راج گڈھ دنُدراٹھ علاقہ خاص

پاٹھی ناوہنس لایق چھِ تتھے پاٹھی چھِ ڈوڈہ تحصیلکی مرمت سیراز تہ کاستی گڈھ ہوی

علاقہ ماینگرِ والین ہندِ توجہکی خاص مرکز۔ یہ کتھ چھیہٕ اکثر تواریخن منز نظر گژھان زِ

ڈوڈہ یتھ سرِ یہ ہندا کھ مقامی تہ ثقافتی طور اہم ناو چھُ فرید آباد۔ یمہٕ کِنی اکھ صاحب

قلم ینس ناوس ستی فریدی تہ لیکھان چھِ۔ امہِ نسبتک تعلق چھُ، مشہور دوست خدائے

حضرت شاہ فریدالدین بغدادیؒ ینٛدِس اوّت تشریف انُن تہ۔ ڈوڈہس چھُ اسلامی

ثقافتک مرکز آسنک اکھ علاوہ لوش تہ حصہ آمُت۔ توے چھیہٕ یہ کتھ تہ ونہٕ یوان زِ

فرید آباد (ڈوڈہ) سرِ یہ ہند بازرِچ بنیاد چھیہٕ ڈوگرہ دورکس اکس سرکاری عہدہ دار

قایم صابنہ اکھ لجمژ۔

پتھ رُد امہِ سرِ یہ ہندِ ڈوڈہ ناو تہ تمک وجہ تسمیہ۔ ساری افسانہ لوب

نزاوتھ چھیہٕ حقیقت یہ باسان زِ فرید آباد حیثیتہ اکھ بستی کنٛ لگنہٕ پتہٕ پتہٕ یہ سرِے

کاشر کلچرک اکھ شوٗد تہ اہم مرکز بنیمژ اُس۔ تتہ اُس تھزرس ییٹھ واقع اکھ ہموار

وُڈر بنکہ تہ وُتسکہ علاوہ اوتر تامنٛتھ خشخاش وودپاونچ اکھ مرکزی جاے تہ مانٛنہ

یوان تہ خشخاشہ کس پوشس تلکہ بنٛ واجنہ بیاکی چھچہ (یتھ شراک بچہ ہرتی

کھش دِتھ انٛنی تلنہ چھیہٕ یوان) چھُ چونکہ مقامی کاشرس منز ڈوڈہ یا خشخاش

ڈوڈہ تہ ونہٕ یوان لہٰذا چھیہٕ فرید آبادچ سرِے اکہ نسبتہ اندی تکھی کنٛن ہمسایہ

علاقن منز ڈوڈہ ناو ہرتی مشہور سپز تہ پتہ ییلہٕ امہِ سرِ یہ ہند ناو کاغذاتن کھالنگ

وقت ووت، دیان وقتکی ستم ظریف افسرن کور فرید آباد بدلہ زانٛتھ مانٛتھ

یوٚہے ناو درج یُس از عوامس منز مشہور چھُ۔

ڈوڈہ تحصیلُک جنوبی اند چھُ پرانوں جایہ بھدرواہ تحصیلس ستی رلان تہٕ بیاکھ اند پوٚنیلہٕ جایہ کشتوار تحصیلس ستی رلان۔ پتھے پاٹھی چھُ اکھ شمال مغربی اندرام بنہٕ کس راجگڈھ علاقس ستی رلان تہٕ بیاکھ اند کشیر ہندس ڈوٚری تحصیلہٕ کس شاہ آباد علاقس ستی رلان۔ ییلہٕ ڈوڈہ ضلعہ ۱۹۴۷ء پتہٕ ضلعے اُدھمپور نشہٕ بیوٚن کڈنہٕ آو، تمی وقتہٕ آو ڈوڈہٕ اکہٕ ضلعُک درجہٕ دِنہٕ۔

بحیثیت اکھ تحصیل چھُ ڈوڈہ سیٹھاہ پہاڑی۔ اَتھ اکثر بستی چھیہٕ وُچاپہٕ بٔرن پیٹھ واقع۔ خاص سرپہٕ علاوٕ چھُ علاقے مرست ترون تہٕ علاقے بشوک کانہہ کانہہ حصہٕ سوتر بھرت تہٕ اُدیان پور تہٕ چھِ اُتھ فہرستس منز شامل۔ ڈوگرن ہندس وقتس منز چھیہٕ ڈوڈہکس قلعس زبردست اہمیت حاصل آسمٕژ۔ یہ قلعہ بنیہٕ کشتوار تہٕ بھدرواہ ہنٛز اہم سرینا پیٹھ قبضہٕ ذرہ راونہٕ خاطرٕ گلاب سنگھ تمن فوجی سرگرمی ین ہُند گڈ بنیومُت اوس ئتہ اوس اَمیک ییدِ سیوٚد اثر ڈوڈہکس علاقے سراز س منز بٔسن والین لوٚکن ڈوگرہ فوجس منز بھرتی کرنس پیٹھ تہٕ پیوان۔ کشیرٕ ہندٕ مراز کہٕ تہٕ کمراز کی پاکٹی اوس دراصل سراز ڈوڈکس ساری سے بالائی علاقس دِنہٕ یوان۔ اَتھ علاقس منز بٔسن والی بھدوٚر کہتانی لوکھ چھِ کشیرٕ ہندِ سار وے کھوتہ پرانہٕ ناگ قومکی اولاد زانہٕ یوان۔

سراز س منز بولنہٕ یِنہٕ واجنہٕ ددن ڈاین سائن لوٚکن ہنٛز بولہٕ چھُ سرازی دِنہٕ یوان۔ اَتھ بولہٕ منز چھیہٕ کاشرٕ چین ددن اہم بولین یعنے کشتواڑی تہٕ پوگلی بولین ستی کینژن بھدرواہی لفظن ترٕ کھ شرگاہٕ باسان زیرٕ چھیہٕ ہندی

ته پهاڑی بولین منز ساروے کھوته زیادٕ کاشرس لہجس نکھ باسان۔ بہر حال کاشرِ ین لرِ لوٚر سرٲزی بولن واجِ علاقہٕ سرٲزکین خاص کرِتھ یمن گامن ته نالن منز روزان۔ ۱، اُدیان پور ۲، کُل ہونٹر ۳، لنگا ۴، درنال ۵، سیل ۶، بنڈاس ۷، بلی ۸، گٹھ ۹، جودپور ۱۰، باگا ۱۱، دلیا ۱۲، گرمل ۱۳، دندل۔ ۱۴، کاستی گڈھ۔ ۱۵، راج گڈھ۔ ۱۶، بھرت ۱۷، گندنہ ۱۸، محالہ ۱۹، پلی ڈوڈہ ته ۲۰، کھلینی۔

سرٲزی بوٗلی بولن والین ہندس اکھ لوکٹس دٲیرس منز چھ عمر متی کینہہ نالہ ته شامل۔

کاشرِ کلچرکس اکھ اہم پہاڑی مرکزس یعنی تحصیل ڈوڈ ہس منز چھ کاشرِ لو اٲسکین کینژن بین تام تہنی ناد تھوٗی متی یتھ ہارِ پرینہٕ کین بین سندرِ متھن والیو گاٹلیو گوساہنو ته تھوٗتھ چھنہٕ ہیکہٕ متی۔ مثالہ پاٹھی کرِ یہٕ اکہ گراپہ بلک ته تھوک ہ بلک تعارف پیش:۔

ڈوڈہ سرِ یہٕ بیٹھ شمال مشرقس کُن اوٚڈ میل کھنڈ یتھ چھ بھرت گامچہ دٕریہٕ منز اکھ بوڈ پل موجود۔ اکھ گگراپہ پل ناد بینک چھ لکہ کتھ موجُب اکھ دلچسپ واقع دٕنہٕ یوان۔ یتھ پاٹھی چھ اکھ بلیس کھرس آپنہٕ علاوہ ترٕنہ پھر اٹہ ہشہٕ وژھمرِ تا بموسری ہووکہ پکنہٕ رستی اکھ نکھ گرتھن والس اکھ عجیب ہومراپے بلکہ گگراے کنن چھیٔ گرتھان مگر لکہ کتھ موجُب نہ چھیٔ یہ گگراے پھراٹن تھنہٕ یوان ته نہ ہوس، بلکہ چھیٔ یتھ کالہِ کرتام اکھ بلیس ته جناب (ژندر باگا) دٕریاوس پانہٕ واُنی ترٕنہ لرماے وژھمرِ تہ ز پتو پیٹہٕ اکھ بلیس رستمنی ہسوی داب دٕنی۔ دپان اُمی بلین سوٗز دٕریاوس

شیچھ زاگر تمی میہٕ کور دِتھ لون والنچ کوشش کرٕ۔ تیلہٕ روزٕ سہٕ پلہِ اَتھ دریاوس تیتھ پاٹھی بٕتھ بٕھرزا اکھ قدم دِیس نہٕ برونہہ پکنہٕ۔ اَمہٕ اینٕ دایرایہٕ ہُندس ہو چنابس تیُتھ اہرہ نرسہ گوٗ دِپلیچ آن مانس پیٚٹھ مجبور۔ ڈیان اَمہٕ پتہٕ پیٚنے ڈرگیاوس پلکُ رعب داب بوٗزتھ پینی ہوٚہراے اَتھ کُن ہمیشہ بطور باج خراج تارٕکھ ییٚنہٕ مٹہ پینی تہٕ اَمی ہعہرایہٕ چھُ یہ پلہِ کہاوُژ ہندِس حدس تام گگرایہٕ پلہٕ ناوہ مشہور بنوومُت۔

یُتھے بیاکھ پلہِ چھُ ژٕندرٕ باگایہٕ ہندِس تھٕس پیٚٹھ وَتہٕ دوٚچھنہٕ کنہٕ واقعہ۔ لوٗکھ چھِ اَتھ اوٚدہ موکھ تھوکہِ پلہِ وُنان زِ کمی تام بزرگن اُس اَتھ پیٚٹھ اکھ تنگے راٹھس کلس کنگے والان وُچھمُت۔ تمی تہٕ تمی سندلوٗستہِ باجبو یلہٕ اُمس راٹھس تہٕ نفرتُک اظہار کرنہٕ خاطرٕ اَتھ پلس کُن تھوکھا تھوکھا لاٚیتھ پینی وَتھرٕٹ۔ اَمہٕ پتہٕ بنیو اُپاری یمن وَاُس پریتھ وَتہٕ گتہٕ سندِ خاطرہ اَتھ پلس تھوکھ لاٚیتھ برونہہ پکنُک اکھ رِواج یُس کینژہ و تعلیم یافتو ورآے عام لوٗکھ وُنہٕ ڈٕنجہِ تھوٗتھ چھِ۔ لہٰذا چھُ لکہٕ کتھہِ موجب یہ پلہ تنے پیٚٹھ تھوکہِ پلہِ ناوٕ ستہِ اَتھ لوان۔ یتھی کینہہ ناو چھِ اَتہٕ کین مقامی پرٕیہٕ ہٕقصَن سٕتہِ وابستہٕ۔ چنانچہِ سیتہ پاٹھی باہنالہٕ کِس کوہ سکوٹ گامس سٕنز اَکِس بجہٕ اکہ پرٕی نوشہِ بننکُ قصہ بیان چھُ لوان کرنہٕ۔ یہ وُنتھ زِ بجہٕ ہندی لرٕکن یلہٕ سوٚ پرٕی ہمسایہٕ ناگس پیٚٹھ سران کران وُچھی سہٕ گوٚو ژٕوٗرٕ پاٹھی تہٕ اَنہٕ تمی پسندی جامہٕ ٹلُتھ۔ باجہٕ ہندِ مشورٕ موجب تھوٗوٗنہٕ تم جامہٕ سدرٕ کاٚنسٕہ لیچہٕ تَل۔ اَمہٕ تلہٕ چھینہٕ لکہٕ عقیدٕ موجب پرٕی پلون ہرگز کُڈتھ ہیکان۔ لہٰذا گےٚ پرٕی تنہٕ گرٕکیاٗ سٕنز بطور نوشہِ روزنس پیٚٹھ مجبور۔ پرٕشہے لکہٕ کتنہٕ ژھیٚپٕٹ ددٕ ڈیپہٕ تتھ

جایہ ستۍ منسوب یوان کرنہٕ ۔ یتھ اُتکۍ لوکہ پرۍ بیہہ یعنے پرٕین ہنز تھکہ پیٚٹھ دٲنان
چھہٕ ۔

ڈوڈٕہس منز کٲشرِ کلچرُک نہرلی اظہار چھُ تمن گہنن منز تہٕ دریٹھی یوان یم
اتہٕ کین کٲشرین منز پیٚٹھ کالہٕ رٲیج آسی مژ چھہٕ ۔ یمن زیورن منز لیوٚدوے کیٚشر ہندک
تہٕ بیہر پانٕژال بیلیہ ڈکین کٲشرین علاقن ہندک رونگ ، جھکہٕ ، کنہٕ دُس ، کنہٕ واجہٕ ،
واجہٕ ، تارکھ مال ، خالی مال ، اُنڈی مال ، دَند خلالہٕ ، سورمہ سُنڈ ، ہار ، جُگنی ۔ بیتر ہوی
گہنہٕ تہٕ شامل چھہٕ ، اما پوز یمو علاوہ چھہٕ اتہٕ کینہہ بیٚٹھاہ دلچسپ زیور تہٕ ورتاوس
منز آسی مژ ۔ مثلاً ۱ ، نافہٕ ، سونہٕ سُند اکھ زیور یُس نٲلی چھُ یوان نراونہٕ ۲ ،
کستوٗری نافہٕ ، رد یہ ہٕ سُند اکھ زیور یُس پھرنس پیٚٹھ دَچھکہٕ دٕچھنہٕ اَندٕ لاگنہٕ اوس
یوان ۳ ، عطر دٲنی ۔ رد یہ پُند سُہ زیور یُس نٲلی بلوس وچھس پیٚٹھ کھوورانہٕ گنڈنہٕ
اوس یوان ، باہمالہٕ منز آس اکھ جایہ تنہٕ مال تہٕ دند خلالہٕ تہٕ لاگنہٕ یوان ۔
۴ ، باوٕڈگی ۔ موخبتہٕ کین یا رد یہ ہندین شیٹھن خاص پھلین بناونہٕ ییہ دول اکھ
خاص ہار یُس گرٕنس منز ۔ صرف ڈوڈٕہکی سوتر دہ ستادٕ آسی نانہٕ یوان ۔

۵ ، ڈیکہٕ ٹکہٕ ۔ سونہٕ سُند سُہ زیور یُس سونہٕ ہند لوٚ بنیٚو ہنگہٕ ٹکو یا ہنگہ تعویز و
کھوتہٕ مختلف آسان اوس تہٕ ڈیکس پیٚٹھ سمہٕ سیوٚد کھوتہٕ اوس یوان ۔

۶ ، اٲنہٕ واج ۔ رد یہ ہنز بڈٕ کرنیکہ واجنہٕ سوواج یتھ منز کرنکہ بدل بُتھ
وُچھنُک شیشہٕ اوس کھوتہٕ آسان آمُت ۔

۷ ، گُلی تنہٕ تہٕ ٹنگ لٹ ۔ رد یہ ہنز یا کلابوت دار بنیچہٕ زٕہ بجہٕ بجہٕ پارادٕ بیتر
تہٕ تریچہٕ ہم خاص کرتھ بالغ پیدیمرشن اتہٕ ہری شن کورین بُتھی لبن پیٚٹھ

روزان آسہ ۔ کینٹرن جاین اوس یمو ژرچو بدلہ روپہ ہندی زیٹھی دوٗر ہوی تھونکھ تہ رلواج تمن آسی ٹنگہ لٹھ ونان ۔

ڈوڈہ تحصیلس منز کانہہ نوٗد رشتہ گنڈنہ خاطرہ یم سیوٗد سادہ رسم خاندرس تام انجام چھہ دنہ یوان تم چھہ پیر پانژال بیلٹس منز بٹین کینٹرن جاین تہ امی طریقہ اند داتان ۔ تہ زن گوو گوڈ چھیہ گوٗبرماٲلی سندہ طرفہ اکس منزم یارِ ہندہ ذریعہ کورِ مانگے سپدان اتھ چھہ مقامی زبانی منز کتھ ہلنی یا کتھ کرنی ونان ۔

منزمی یارِ سندہ اقرار انہ پتہ چھیہ دوٚن سونین درمیان پانہ واٲنی دزنہ قسم کرنچ اکھ مجلس کورِ ماٲلی ہندہ گرہ مقرر سپدان یتھ کینٹرن جاین پرژہلی کرنی تہ کینٹرن جاین خدا رسوٗل کرن ونان چھہ ۔ اتھ لرِ لوٚر چھیہ زنانہ سطحس پیٹھ ہش یا زام کوٗر دچھنہ گرژھان تہ تتہ پیالس منز کاہ روپیہ تراونہ علاوہ بنن واجنہ لوشہ مہرازہ سندہ طرفہ واج یا کنہ دوٗر لاگان ۔ یتھ وس لاگن یا تان لاگن تہ ونان چھہ ۔

امہ پتہ کینہہ کال گژھتھ چھہ خاندرک تاریخ مقرر کرنہ یوان یتھ دوہ ہرنیچ یا دوہ گنڈنچ رسم چھہ ونہ یوان ۔ امہ دوہ چھہ کورِ ماٲلی ہندہ طرفہ زہ یا ژور پرژھ گوٗبرماٲلی سندہ گرہ گژھان تہ تتہ تاریخ لیکھتھ دوان ۔

کینٹرن جاین چھہ اتھی رسمس لرِ لوٚر حق مہرہ مقرر کرتھ وکیلن ہندہ ذریعہ نکاح خواٲنی تہ سپدان ۔ مگر یتھ مثالہ چھیہ سیٹھاہ کم ۔ نکاح چھہ عام پاٹھی خاندر ہینس پیٹھے پرنہ یوان ۔

نکاح پرنہ برونٹھ تہ خاندر کرنہ برونٹھ چھہ رت تاریخ تہ پزدار دچھنہ مہرنہ تہ مہرازہ سندی پلو سوٗنہ خاطرہ پشر گرانہ یوان تتھ چھہ وردن

کپٹاوٕن وَنان ۔ وردن کپٹاوٕنہٕ برونٹھ کیٚنہہ ریتھ چھیٚہ مہرنِس ژٕ ہٕنیچ اکھ زنانہٕ رسم

تہٕ انجام دِنہٕ یِوان ۔ اماپوٚز وردن کپٹاوٕنہٕ پَتہٕ چھیٚہ تومُل ژارنیچ تہٕ مہرنِس مٕنٛز رادٕنیچ

ہشہ لوکچہ موکچہ تقریبہٕ مناوٕنہٕ یِوان ۔ یمن تقریبن پیٹھ چھیٚہ مہرنہ ہنٛز وُلسہ جمع پیٚدٕتھ

گیوٚنیچ گندنیچ مجلسہٕ تہٕ کرناوان ۔

خاندرچہ سارِے تیاری مکمل سپدنہٕ پَتہٕ چھیٚہ ملہٕ ماٚنزٕ تہٕ ماٚنزِ راتھ عام

کاٚنزٕ رلواجہٕ موجُب سپدان ۔ کینژن جاین چھُ خاندرس کانٛہہ سال دِنہٕ یِوان تہٕ

کینژن جاین صحک تہٕ اُمی مطابق چھُ کور کینژن جاین صبح سُلی تہٕ کینژن جاین

دِگرس باگ واریوٚکن رخصت کرنہٕ یِوان ۔ اَتھ منٛز چھُ موسمُک تہٕ وَتہٕ ہنٛدٕ

پہاڑی یا ہموار آسنُک خاص خیال تھوونہٕ یِوان ۔ مہرٕنی اتھ چھیٚہ گوڈنیچ راتھ

ملہٕ ماٚنزٕ ہٕ ماٚنزٕ راتھ ہنٛد وُنیوٚندٕر ژلناونیچ راتھ آسان ۔ مہرٕنی چھیٚہ یہ راتھ

نوٚس گرس منٛز ژامن تہٕ نوین وٕلسن ہنٛز لولہٕ تہٕ لایہ منٛز گُزاران ۔ دوٚیم راتھ چھیٚہ

دوٚن باٚژن ہنٛدٕ ملاقاتچ راتھ آسان اَتھ چھُ کُٹھ دِنیچ راتھ وَنان ۔ دٕدیمہٕ

دوہ صُبحن چھُ ہمسایِن دوٚد ٹھلہٕ بتہٕ کھیاونہٕ یِوان ۔ اَتھ چھُ کینژن جاین جگ

دِین وَنان تہٕ کینژن جاین چھُ یہ بتہٕ مہرٕنی گرٕ واٚتھتھ یوت دِنہٕ یِوان ۔ تکیاز

ڈوٚلی یا ژانپانہٕ واپس کاہ گرٕ واتنہٕ خوٚشی منٛز چھُ حسبِ حیثیت مہرنہ ہنٛدٕ

دروازہ اندر اژنہٕ برونٹھ کُٹھ یا کوکُر مارنہٕ یِوان تہٕ سُے چھُ ہمسایِن کھیاوٕن

آسان ۔ کُٹھ دِنچہ راژہٕ پَتہٕ یوس راتھ پتھ یِوان چھیٚہ تمہ دوہ چھُ کوٚر ہنٛد مام

یا بیٚتر پانس سیتۍ خوٚشکی میوٕن یعنے کھرِ تہٕ کھوٚبر ہوین میون سیتۍ شیرنہ

تہٕ نابدکی اکھ ژہ مجمہ یا خاص تھیٚچہ ژہ تریہ مجمہ پانس سیتۍ دوہن ژوٕن آنٛداوٕن

ہیتھ کورِ ہند واَرِیوٗ گرٕھان - اَتھ چھِ نَبرٕ ڈٕج وَنان۔

یِتہٕ چھیٚہ ہِستمِہ دوہ یا نۆمہِ دوہ مہرٕ یٚنی مالیُن رٔنہٕ یِوان اَتھ چھِ وکہِ پھِر اَنُن وَنان اگر اَتھی لَرٕ لوٗر مہرازہ تہٕ سالہٕ اَنہٕ ییہِ تیٚتھ چھِ پھِر سال وَنان تہٕ اَمہِ دوہ چھُ مہرازس سوٗٹ، گُرٕ، جورٕ پٹ، کمبل یا دُسہٕ حسبِ حیثیت دِنہٕ یِوان تہٕ یِتھٕ پاٹھٕ چھِ خاندرٕکی رسوٗمات اَند واتان۔ از برونٹھ قریباً دٔہ ؤری یُس اخلاقی نظارہ میٚہ ڈوڈٕ ہَس منز زیٚٹھ کوٗنٹرھ مانکُھ وُچھمُت روزِ میٚہ عمرِ یاد اَدہ سۆ زیٚٹھی ہِندِ خلوٗصُک تہٕ بےلوث زِچھرُک نتیجہِ اوسا کِنہٕ لوٗکن ہِند سہٕ رُک تہٕ سیوٗد سادہ پاٹھی زِٹٚھین پرٔتھ کرنُک نتیجہِ زِ مولانا عطاء اللہ سہروردی صاَب (موجوٗدٕ نایب وزیرٕ صحت) ہِند جامع مسجد منز اعلان کرنہٕ یِتہٕ وُچھی میٚہ ڈوڈہ سرٕ یِہ ہِندی زٕ لوٗ بچہِ زِڈرٕ زُور ژوٗرٕ سیرٕ ہیتھ جامع مسجد ہِندس اوبکس منز واتناوان یِم کُنہٕ دُنیاوی مزدوٗرِ درائے قریباً اَڈ میل ییٚتھ اوٗت واتناونُک مولانا صاَبن اعلان کوٗر مُت اوس۔ رِ یِن ہِنز ہِش اَکھ سوٗلان وُچھتھ اوس میٚون شاعرانہٕ دِل تِمن سٕتی شامل گژھتھ تِہندِین جذبن منز ساَل کران چنانچہِ اَڈیٚہِ جماتہٕ ہِندِس اَتھ مُٹرس منز شامل پیٚدھ اَکھ زٕہ پھیرٕ سیرٕ۔ دُرِ وُچھم لوکٹو بچو تہٕ شرٕی ماجو علاوہ دستارٕ واٲلی مرٕ دیا دی تہٕ پتلوٗن واٲلی افسرٕ تہٕ پالس لرِ پکان۔ چنانچہِ آسہٕ دِگر نماز برونٹھ قریباً دُہ ساس سیرٕ مشد اوبکس منز جمع سپدیمٕتۍ۔ میٚہ سپُد اندازہ زِ اگر تیٚتھ ہیوٗ جذبہ اَسہِ مُلکی یا قومی سطحس پیٹھ تہٕ ورتاوو، ضدی لوٗ پیٹھ غولاٲمی منز گیرٕ گامتس بجہٕ پسماند مگر ایثارٕ لوٗرتس فومس انقلاب اَنُن ہیکِ تیلہٕ کُنہٕ دوہ ممکن پیٚدٕ تھ۔

ڈوڈہ تحصیلس منز یوٗدوے کاشرٕ ہِن خاندانن ہِند باکی بندٕت تہٕ سیٹھاہ

قٲبِلِ تعریف چھُ امہِ پوٚز ییٚہِ پانٕژ الہٕ بیٚلٹکی باقی علاقن تہٕ چھِنہٕ اکھوٚ دوٚیمیٚو علاقو دراے اَکھ اخلاص تہٕ برادری منز کُنہٕ کھوتہٕ بڈ کینہہ۔ ڈوڈہ تحصیلس منز چھِیہِ کٲشرِ ہٕنز کرامہٕ یِم:-

موغل، نہرو، کرایہ پاکھ، کچلو، سروال، ملک، راتھر، شیخ، ریشی، خان، پرے، بٹ، کوبزی، کاو، کھانڈ، بہری، تانترے، سید، سہروردی، لاوے، گنے، گنی، لودران، ٹاک تہٕ کھوڑ۔ ڈوڈہ سرس منز چھِ تقریباً یہِ سیٹھ طایفکی کٲشرِ نظرِ گژھان۔ خاص کرِتھ چھِ ہیٚنو کسبو موجب یِمن کرامن ہندی لوکھ تہٕ اتہٕ موجود:-
پونزی، اوحن، ییٚر سأتی یا ساد (بسأتی) کاندر، داندر، کرال، کھار، نأید، تروٚمبہ پاٹی گر، رفگر، نلچہٕ بند، کانہہ، ٹٹہ والی، چھان، گاٹھوان تہٕ دوٚیمی بیتر۔



# تحصیلِ کشتوار

کاشرِ کلچرکہِ وراثتہٕ رنگۍ چھُنہٕ کشتوار تحصیل صرف پیر پانژال بلٹہِ کِہن سارِنٕے تحصیلن منٛز بلکہ چھُ اَتھ کشیر ہندِس تاریخس منٛز اکھ اہم مقام تہٕ آسنک امتیاز تہِ حاصل۔ مصیبتہٕ کِہن دوہن منٛز چھُ کشتوار کشیر ہندٮ۪ن ہہدیو ہوین بُزدِلن تہِ چھٮ۪پن جاے نیومُت تہٕ یعقوب ژرک ہوٮ۪ن دِلاورن تہٕ پُشٕ پناہ نیومُت۔

کشتواڑنادُک وجہ تسمیہِ تیٛقہٕ پاٹھۍ وننۍ چھُ مشکل باسان اتہٕ کِہن لوکن چھے [illegible] کتھ صحیح باسان یوس کشتوارکِس مورِخ سیّد نجم الدین سنٛدِ انکشافہٕ موٗجُب تہٕ عشرت کاشمیری سنٛدِ تاٮ۪یمہٕ موٗجُب یہ چھےٚ زِ کاشر زبانی پیٹھ سنسکرتُک ژوٗر اثر آسنکِس دورس منٛز ییا یہ کِشٹ لفظ تکلیفہٕ خاطرہ تہٕ واڑ لفظ جایہ خاطرہ ورتاونہٕ اوس یوان۔ تیٛتھۍ دورس منٛز آو جایہ ہنٛزِ تہٕ ہُنٛد تکلیف تہٕ اتہٕ بسن والین ترِشیہ ہُندہٕ غلاتُک تکلیف وُچھتھ اتھ کشٹ واڑناد تھونہٕ۔ اَتھۍ حقیقتس چھُ اکھ

فارسی شاعرن پننہِ انمانہِ ییتھ پاٹھۍ لیکھوٚل کوٚ رُمت ــــہ

کشتٹ رنج آمد بہ ہندی جاے وار

جائےِ رنج آمد بمعنی کشتوار

مگر سٹاین سنز راج ترنگنی جلد ۲، صفحہ ۱۳۱ ہس منز دنہِ آمتِس کشتوٚاٹ تلفظس تہٕ اتھی صفس پیٹھ دنہٕ آمتس راجہ کلش سنٕدس ناوس سیتۍ نسبت آسنس پیٹھ لسانیاتی لحاظہِ مختلف ہیفن واتھ دِتھ یہ وننچ کوشش کرنہٕ یوان زِ یہ ناو ما آسہ پننہِ ابتدائی شکلہِ منز کلش واریا کاسن، وارئس پیٹھ لکہٕ زیٚو پیٹھ کشتوار تلفظ سان ہموٚت۔ میانہِ خیالہ چھُ کشتوارک وجہ تسمیہ بیان کران وزرہِ کش قبیلہٕ کس تتھ بنیادی اشارس خاص پاٹھۍ سُنن، یُس کاشغر، کاشمر، کشیر تہٕ کشتواڑ ادین جاین ہندہ وجہ تسمیک اکھ مشترکہ سبب بنیو مُت چھُ۔ گویا کش یا کشان قبیلہٕ تیتھہ تمہ راجہ کنشکہ سُنز تعلق چھُ او سُمت) چھ دراصل یمن علاقن تام واتنہٕ تہٕ اتہ بسنہ سببہ یمن جاین کش لفظس پیٹھ ناو پینہٕ ک باعث بنیو مُت۔ تاریخ کشیر س منز چھُ کش قبیلہٕ کہین وارِ ثن کُشان قبیلہٕ ہیکھنہ آمُت۔

ڈوڈ سرے ہنزِ ناوکۍ پاٹھۍ چھُ کشتواڑکس وجہ تسمیس متعلق تہٕ واریاہ افسانہ گرنہ آمتۍ۔ یمو منزٕ اکھ ییتہ چھُ زِ کشتوارکُ اکھ تارکۍ ناو چھ سامرتھ گڈہ تہٕ اتھ قھبس منز چھُ پانڈون ہندی ڈسی آبادی کٔن نو گمُت۔ ڈکٹر ریسرچ کٔہ طرفہٕ چھاپ کرنہٕ آمتِس تاریخِ کشتوار چہ گوڈنکتھِ منز چھُ امہ محکمک ڈائریکٹر فدا محمد حسنین۔ لیکھان زِ موجودہ کشتوار چ بنیاد چھےٚ دہ یوہ کاشر یو خاندانو لیٚنے گنے تہٕ راٹھر خاندانو تر آوٕ ز۔

امہ پتہ چھُ کشتوارس پیٹھ کشیر کالس تام یمنے دوِن خاندانن ہند اقتدار ڈیڈ رؤدمت۔ یمو خاندانو پتہ اوس الہ ئی اکی شہزادن تہ کشتوارس پیٹھ پنُن راجت قایم کوٚر رمُد...

ویسے چھُ کشتوار کہ راجوارک نیب پانژتہ ہوری عیسوی ہندس راجے کاہن پالس تام میلان، کشتوارس پیٹھ چھئے کشیرِ شہنز حکومتھ گوڈنچہ لٹہ ترواہہ صدی عیسوی منز قایم سپز مژ۔ مگر یتھ حکومتہ چھنہ زیادہ کالس دٲرتھ ہیچمژ۔

امہ پتہ ییلہ اکبر پادشاہن کشیر پیٹھ قبضہ کرٕتھ کشیر سُند آخری سلطان یعقوب ژک کشتوارس منز پناہ ہنس پیٹھ مجبور کوٚر، تمہ وقتہ کوٚر یَہ کشتوار کہ دولہ ویرو نہ بہدُر ومرف کشیر ہندین اگازدار مغلن خلاف یعقوبس پنُن ژرتھ کانہہ مدد بیشی، بلکہ دیُت اتکی راجے بہادر سنگھن تس کشتوارکس زامترِ سُند رد رجہ تہ چنانچہ آو یعقوبس امس راجے بہادر سنگنہ بینہ شنکر دیوی ستۍ خاندر کرنہ۔ امہِ برونٹھ تہ چھے بڈ شاہ صابس کشتوارک زامترس آسنک شرف حاصل اوسمت تہ تمہِ برونٹھ چھُ حضرت شیخ العالمؒ سُند مول تہ موج کشتوار کہ رزہنکۍ روزن وٲلۍ آسنچ تاریخی شہادتھ موجود۔ عشہ مقامک حضرت زین شاہ صابَ یُس تعلق پانہ حضرت شیخ العالمؒ

گوگورس ژراٹھار رؤ

زموومت چھُ ستہ چھُ کشتوار کے اکھ ٹھکن لایق فرزند۔ ٲمۍ دوست خداین چۍ یہ کشتوارس منز بنڈار کوٹ جایہ پاہن ، وری ین تتھ ریاضت کرنہ علاوہ اسلامچ زبردست خدمتھ انجام دِژ مژ۔

ونہ چھُ یوان زِ کشتوارچن ہندِ یعقوب بنہ براد ن وژِ ص ڈالنچہ بول برنہ تہ تس شنکر دیوی سنچ خاندرک برونٹھ تہ اوس کشیر ہند ین

تہٕ کشتوارکین کأشرِ ہنٛدٕ س باہمی اخلاص اتھ واسس تیتھ پوچھر لو گمُت زٕ

دوشوٕنی جاین ہندین پرانین دانشورن اوس کأشر تمدنک رنگین تصوٗر کشتوارکہِ ناوہٕ ورأے

نامکمل باسان۔ کتھ چھیٚ وننٕچ لایق زِ کشتوارکس کوٚنگ وفہ پداوِن وأمِس سوٚ نہ ہأری

زمینس سگونہٕ خأطرٕ یوٚ س نہر یعقوب شرکنہِ ہلاک سپدنہٕ پتہٕ موٗنڈگأمنز شنکر دیوی تعمیر کرناوٕ ژ

اوٚس سوٚ چھےٚ ونہٕ اتہٕ شنکر موجی نہرِ ناوہ مشہور۔

کشتوارس چھُ یہ امتیاز تہٕ حاصل زِ یہ تحصیل چھُ رنگا برنٛگی جنگلاتو

شِکاروتہٕ باقٕ قدرتی دولژوسیتےٚ مالا مال۔ ویسے پیٚتہٕ کُل ریاستچہِ جنگلاتی دولژ ہند

ترٛیم حصہ صرف ضلع ڈوڈہس حصہ چھُ آمت تہٕ ضلع ڈوڈہکی نصف جنگلات اُتھی تحصیلس باگہٕ

آمتیٚ۔ یمو منزٕ چھِ خاص کرٕ تھ کینہہ جنگل لکر کڈنہٕ خأطرٕ تہٕ کینہہ شکارگاہو خأطرٕ

بے مثال۔ مثلاً ناگ سینی، نأگنی شیرو۔ بتہٕ شیرو۔ کاکڑاے۔ کثوراچھِ۔ باٹا۔

سوٚ رمہٕ کان۔ سوٚ نہ مرگ۔ ہوٗنہٕ مرگ۔ صف لوٹن۔ ژاندری پوٗتی ناگ تہٕ ہیاڑ گڈ بتیر۔

دسمرد تہٕ دھاتوٕ زنگی چھُ اتھ تحصیلس منز نیلم بہترین سوٚ رمہٕ تہٕ ناگ۔

نیرنہٕ علاوہ ابرق۔ گندک۔ شسترتہٕ ترام نیرنک سیٹھا امکان سیر یہ منزآبہ باوجود چھِ کشتوارکی

کینہہ ناگ قابلِ توجہ یمو منزٕ چھِ اکثر سرِ یہ شیٚہہ۔ اتھ تحصیلس منز چھِ کینہہ اتھی گرکہ وڈنی ناگ تہ

یمن منز توٗل ترأو تھ صرف تریٚنو ژوروٚ منٹو پتےٚ تھ بتہ بنان چھُ۔ مثلاً پاڈرک تتہ وونی

مڑوہک تتہ وونی۔ چھاترُ ہک تتہ وونی۔ دچھنک تتہ وونی تہٕ پوٚلرک تتہ وونی۔ یمن

مقابلہ چھُ گلاب گڈ کرڈھنگ بٹل علاقک تتہ وونی تہٕ رازویرہُند تتہ وونی کم گرم۔

بہرحال قدرتن یتھےٚ سوٚرے پیر پانژال بیلٹ پیٚٹھ خزانو تہٕ رازو

ستی مالا مال کرٕ تھ تھو ومت چھُ تتہ چھُ یمن چیزن منزٕ امتیاز آسنہٕ علاوہ کشتوارس

کأشرِ تمدنُک تِتھ شوٗژرِ تہٕ پاک مرکزَ آسنُک اعزاز تہٕ حأصل یُس تہٕ تقدسُک قسم ہیکہِ ہاونہٕ یِتھ۔ ویسے اگر مُلایم، مُنلی پلوتہٕ یٹھ بناونہٕ یِنگی، کندکأری یانن یہ پٹھ زأوی جارہاوٕ پچ کأم کرنہٕ یِنگی، مزازس منٛز سادگی، چھپتھ رُت خوٗد یق تہٕ اخلاص ورتاوتھ یژھس لولہ متہ لاے کرنہٕ یِنگی یا نونہٕ چاپہ سماوارن آسے کانچھنہٕ یِنگی پوٗرہ یپرِ پانژراں بلیٹ کأشرِ کلچرُک آینہٕ دار ترانہٕ چھُ یوان مگر کشتوار چھُ یمن سارِنے کتھن منٛز کلاسکی کأشرِ تمدنُک اکھ بے مثال رٲچھدر علاقہٕ باسان یمیکُ ٹاکارٕ ثبوت اتہٕ کین لوکن ہُنلہ خلوص تہٕ سادگی، اتہٕ چین پشچن کملن ہندی رام رام بڈرنہٕ دوٗنہٕ مند چھاون وآلی رنگ، اتہٕ کین یانن ہُند نیہ نیہ کرُون بُتھ، اتہٕ چہٕ لوٗنہٕ چایہ منزٕ ژٕ تراوٕن وول گیوٗ تہٕ اتچہ نماز ژانگجہ پیٹھ ہاونہٕ آمت کسب پیش چھُ کران۔ رسا جاودانی ینہ نظرِ منٛز چھِ یم ییوٗد سادہٕ چیز کأشرِ کلچرُک تِتھی نموٗنہٕ یمن ہندِ س سادہٕ محسنس کشیرِ ہندٕ ین بسکین دِلُک خراج پیش پنزِ کرُن۔ غنیمت چھُ زِ موجودہٕ کشیرِ ہندٕ ین سارِنے دانشورن تہٕ فن کارن ہُند نمایندہٕ یُنتھ چھُ رحمان راہؔی صاحبن یہ حق نکھیہِ والنس اکھ نفیس دس ٹلمٕت۔ راہؔی صاحب چھُ حافظ شیرازی سندِس شعرس کشتوأری دوستن ہندہ امارہٕ یہ تحریف کران ست

اے صبا با ساکنانِ کشتوار از ما بگو

کاے سرِ حق ناشناساں گوے چوگانِ شما

گرچہ دُوریم از بساطِ قربِ ہمت دور نیست

بندۂ اسرار، ہستیم وثنا خوانِ شما

امہِ قسمُک فارسی خراج کشتوارس پیش کرِتھ چھُ کشیرِ ہندی ناموٗر شاعر رحمان راہؔی کشتوارِ گوٗنہٕ ماتھ غلام نبی ڈولوال جانبازس اکس خطس منٛز لیکھان:-

"۔۔۔۔۔۔ کشتوارن کیا سائیے منٛے دِل۔ کُس مآری موٗند علاقہٕ۔ کم جانانہٕ

صوٗرٕژ۔ کم ہُنر علی انسان تہٕ پیٹھٕ سوُرٕے علاقہٕ کاشُر۔ ہے مےٚ اوسِنہٕ بٔر ونٹھ یہ تصور س منز تہٕ

مےٚ آس خبر کشتوار آسہٕ گژھنہٕ پیٹھ ونس منز کانہہ اوٚگر تھوگر بیہِ ٹھیپر گام۔ مگر یتھےٚ مےٚ گاڑ اندر

امہٕ کس خولہ خطس پیٹھ نظر پیٚیہِ مےٚ گو دِل شاد۔ اگر خُدا ین بائمل اوٚن بہ واتہٕ نوُوری پہ رتہٕ

کاٗس منز بیٚیہِ حضراتن ہندِس اتھ جایہ قرارس پیٹھ تہٕ پنُن لول تہٕ عقیدتھ کرہ پیش۔

کشتوار واتتھ کیا سا ئیوٚ مےٚ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ لوُ کچار رتس۔ اتہٕ باسیوٚ مےٚ پٕنٕۍ

تہٕ سادٕہ اوٚند پوٚکہ یِس کٲشر منز ۱۹۴۰ءیس ثرونہہ اوس۔ ولی محمد ولیؔ (یِمس کمہٕ تام

نامناسب تخلص "مُلدم" چھُ تھوٗمت) چھ کشتوارُک اکھ عمر رسیدہ شاعر۔ شار کتھ۔ چھُ

دنان تہٕ چھُمنہٕ خبر بوُزم سُہ چھُ اکھ سٹھاہ غریب انسان۔ یوٚ ہے غریب مگر دِلہ بوٚڈ کشتوٲری

ٹیلہ سُہ اسہٕ چایہٕ سال کرنہٕ آو۔ مےٚ باسیوٚ زِ نہٕ کانہہ شہنشاہ ہیٚہ نیرتھ کرنہٕ آمت چھُ۔ اگر نہٕ

مےٚ صبح نیرُن آسہٕ ہے بہٕ گژھ ہاوٕزہ وآنجہ تسُند ہٕ تہٕ چمہٕ ہاتسنز لوٚلہ بٔرٕژ چایے۔ اگر سکھٕے

ڈیٚژ زٕ یس راہی چھُ چون مشکور تہٕ انشاء اللہ دوٚ مہٕ پھرِ ٹیلہ بہٕ کشتوار یمہٕ بہٕ واتہٕ پانے

تس نش۔

بہ یمے دوٚی مہٕ پھر نور رتہٕ کالہ بیٚیہ کشتوار۔ مےٚ ژرو ےنہٕ وُنہٕ

دِلُک حُباب۔ تمہٕ دوہہ لیکھے بہٕ ثرونیٹھے تہٕ بہٕ ٹھہرٕ ثرئیے نش۔ مےٚ چھےٚ وومید زاسہٕ فرحن

ہُندیہ گوٚمٹ نیک مُلاقاتھ سپدِ اکس پایدار تہٕ پوشہٕ ونہٕ یارُزٕ منز تبدیل۔ تہٕ کیازِ اسہٕ چھُ کاشُر

زبانۍ ہنز ترقی باپتھ وُنہٕ سوُرٕے کرنے۔ کاش تٔرہ کتھا سپدِ ہے، کشتوارٕکۍ کہنہٕ آسن

وآلی کرہن کانہہ مآلی انتظام یتھ زن کاشرِ پاٹھٕ اکھ دُماہی یا سہٕ ماہی یا ماہوار رسالہ

شائع سپدِ ہے۔ بہ کرہ ہا پانہٕ تمہٕ باپتھ یورہ پیٹھٕ پیٚر یھ کانہہ مواد مُہیا۔ بلکہ چھاپ وغارٕک

انتظام۔ غارٕ یم چھُ میانۍ ہاوس۔ پنا باعمل نہ پنا۔ بہ روز دوہے چون ٹرت کانچھن وول

سخنِ عشق نہ آنست کہ آید بہ زبان

ساقیا مے دہ و کوتاہ کُن این گُفت وشُنفت"

کشتوارس مُتعلق چھپیہ یہ پہلو دار چیٹھ اُکس مشہور کاشرِس ادیبہ سنز دِلہِ ڈبرا ے

آسنہٕ علاوٕ دوٕن، فنکارن ہندِ تازٕ یارانکہ ڈسلایہ تہٕ ہاوان۔ جغرافیائی رقبہ مُوجب یئیتہِ کشتوار

تحصیل یتھ ریاستس منز سارِوے کھوتہٕ بوڑ تحصیل چھُ تہٕ یتھ ملکہ کینہہ تیتاْلی سطح سمندر

پیٹھہٕ ژوہ داہ ساس فٹہٕ تام تھدی۔ چنانچہ چھ امہِ کین برماتہ لوُنہ کھن تھوٗنگن دنیا ہکین گوڈنکین

توٗت دہن تھوٗنگین منز جاے دِنہ یوان۔ کشتوار کہ زیٹھہِ تحصیلک اکھ اند چھُ شمالہ طرفہ کشیر ہندِس

برنگ کوکرناگ علاقس سیتۍ رلان تہٕ بیاکھ ڈوڈہ تحصیلس سیتۍ۔ یتھے پاٹھۍ چھ امیک جنوبی اند

ہماچل پردیشس سیتۍ مغربی اند بھدرواہ تحصیلس سیتۍ تہٕ مشرقی اند زانسکار تہٕ لداخس سیتۍ رلان۔

پیر پانژال سلسلہٕ کین سارنے نہرن تہٕ عجیب شکارن ہندی مالنۍ علاقہ چھ

کشتوارکۍ جنگل تمن شکارن ہُند تعارُف یُودوے اُکس بیٚیون بابس منز پیش یہ کرنہ تاہم ییژھہ یہ

کاشرِس کلچرس سیتۍ دلچسپی تھون والین ہندِ خاطرٕ تمن شکارن ہندی کاشری۔ پاٹھۍ

ناو ہیٚنۍ شاید آسن تہٕ کانہہ کاشرِس یم ساری ناو ازوٗیدی رووی ہتۍ۔ شلن روم بیپرٕ ہانگل

مُغُرٕ مش۔ کراس۔ مُنی۔ گہہ۔ گرگرٕ۔ روٗس۔ نیل۔ ہام۔ باقُر۔ رنگہ راوُل۔ وِنہ کوکُر۔ سعد نہ

پچُر۔ گرُو گکو بیتر۔

گرہستہ ظریف اِنسانی سماجکی متضاد رنگ وُچھنہٕ آسن تیلہ ییٚہ شرہتھ حقیقتھ

شناسس انسانس کشتواٸرین ہنزِ زندگی ہندین دوٕن رنگن پیٹھ نظر ترآوِتھ عبرت رٹنۍ تہٕ ترن

گوییٚمہ تحصیلکہ پاڈر علاقک شُم چام بال تیلم ہشہ قیمتی وسمر ہند امانتدار چھُ یتھ منز کونگ تہٕ زیرٕ

ہوِکی موہلی چیزٕ دوہ پدان چھُ ییٚمہ کیو جنگلو منزٕ کرور روپین ہنزِ لکر گڈتھ ہندوستان

تعمیر سپدان چھ یمہ کین شکار گاہن ہندی شکار سارے سے برصغیر س منز تھکنہٕ لایق چھ تمی تحصیلہ کین

مڑوہ تہٕ واڑون علاقن منز روزن والین چھ انتہایی غربتن تہٕ فاقگی نال وولمت یہ ڈپی تمہٕ تہٕ وہمہ

صدی ہندین یمن آخری دہلین منز تہٕ چھ تمن لوکن نش مہوی گی کرتھ یڈ پالنی پیسوان بٔخن

ہند مستقبل شیرن یا بحیثیت لگہار فرد تہند بار س ژین چھ دور سلسلہ باسان ۔

دون تاریخ باسے بارہن منزہش پانہٕ وآنہٕ مانہ مان تہٕ روشہٕ ردش آسنہٕ

باوجود چھیہ یہ اکھ حقیقت زِ کشتوار کین تہٕ بھدرواہکن لوکن چھیہ پانہٕ وآنی رشتہٕ داری تہٕ اکھ اکی سند

زبردست احترام ۔ امہ احترا مچ اکھ تھکنہٕ لایق علامت چھیہ رسا صاب تہٕ کامگار صابنہٕ

دوستی ۔ خواجہ غلام نبی گوہٕنی تہٕ غلام نبی ڈولوال ہوین فنکارن ہند باہمی اخلاص بیٛیہ بشیر بھدرواہی

تہٕ بلبل کشتواری ہنز باہمی بے تکلفی حالانکہ مفاداتن ہندِ ٹکراوک CLASH OF INTEREST ہک

ماحول یادہٕ کرہٕ پچ یوس ژھوہ یمن دون تحصیلن درمیان پیٹھ میں گیترن وری ہن دوران

سپدان آس تہٕ یتھ تحت نوبت اوت پیٹھ تہٕ واتز ہر آس زِ بھدرواہک لوکھ آسہ کشتوار ہن متعلق

یہ ونس پیٹھ وآتی متی زِ "کشتواری یار کائیر تار" تہٕ کشتوار کی آسہ بھدرواہکن بواپسی ونان

"بھدرواہی یار کائیر تار"۔

مگر شکر خدا تعالا ہس کن زِ ۱۹۷۴ء پتہٕ ہیوت دوشونی تحصیلن منز

بسن والیو شایتہٕ شہریو یہ محسوس کرن زِ تہندین وسیع مفادن ہند بچاو تہٕ تہندین دشمنن ہنز پرژھ

ژھوہ یہ ناکام گژھنک دارومدار چھ تہندس متحدہ تہٕ متفق سپدنس پیٹھ تہٕ کیازِ یترھ ژھوین ہندس

مقابلس منز چھ زمانہ یمن دوشونی تحصیلن یکجہ تہٕ اتھہ واس کرتھ اکھ متحدہٕ قدم تلنک اہم

تقاضہ کران ۔

پرانہ وقتہٕ کس کشتوارس منز یم علاقہٕ بطور پرگنہ شامل آسہ متی چھ مورخ شیوجی

دٖرن چھِیہٕ تِمن پرگنن ہٕنٛز نشاندہی یِتھٕ پاٹھۍ کرمٕژ (۱) پرگنے خاص کشتواڑ یتھ منز تمہٕ وقتہٕ ۹ نو گام شامِل آسۍ مٕتۍ چھہٕ۔ (۲) پرگنے ناگ سینی یتھ منز تمہٕ وقتہٕ ژوداہ گام شامِل آسۍ مٕتۍ چھہٕ۔ (۳) پرگنے پاڈر یتھ منز ۳ ترِیہ گام آسۍ مٕتۍ چھہٕ۔ (۴) پرگنے زانسکار یتھ منز ۱۵ اکونزاہ گام آسۍ مٕتۍ چھہٕ۔ (۵) پرگنے مڑوہ واڑون یتھ منز ۲۱ اکوہ گام آسۍ مٕتۍ چھہٕ (۶) پرگنے سرور سرتھل یتھ منز ۲۶ شتوہ گام شامِل آسۍ مٕتۍ چھہٕ۔ عشرت کاشمیرین چھِیہٕ پرانہٕ کشتوارٕکین پرگنن ہٕنٛز باگنے یتھ پاٹھۍ ہاوٕمٕژ۔ (۱) ناگ سین (۲) دچھن (۳) اوڑیل (۴) کشتواڑ (۵) سرور سرتھل (۶) ڈوڈہ سیراز تہٕ خاص کشتواڑ (۸) زانسکار (۹) مڑوہ واڑون (۱۰) پاڈر (۱۱) بونٛزواہ۔

کشتوارٕکین یمن پرگنن منز روزن والین کاشرین ہٕنٛز عام کٕرامہٕ چھِیہٕ یمہٕ:—

کامگار۔ کمل۔ کیلم۔ اُگی۔ کٕرایہٕ پاکھ۔ ہف۔ حافظ۔ دموچ۔ رٲتھر۔ دیو۔ شیخ۔ ملک۔ وٲنۍ۔ ٹپرۍ۔ ہار میہتہٕ۔ گیری۔ بٹ۔ لون۔ خان۔ میر۔ ٹاک۔ شاہ۔ بابزادہٕ تہٕ مٕتۍ بیتر۔ ویسے چھِیہٕ کشتوارکیو کاشرۍ وۍ کہنہٕ رٔتھ تہٕ مستقل کٕرامہٕ بنایہٕ مٕژٕ۔ مثلاً گگر۔ برآری۔ شال۔ گنڈی۔ جولہٕ۔ مندل۔ وانٹھ۔ وازٕہ۔ ڈوٗمب۔ مرکبان۔ دوسلی۔ منٹی۔ واتل بیتر۔ ڈوڈہٕ ہس منز ورتاونہٕ یینہٕ والیو زیورو علادٕہ چھہٕ کشتوارس منز یم کینہٕ زیور تہٕ یتھ کالہٕ کین کاشرین ورتاوس منز آسۍ مٕتۍ۔ یمٕنٛز رٕہ۔ ٹوکہٕ جھِلکہٕ مالہٕ ڈولنہٕ مالا نسہٕ وٲج تہٕ پیٖروان نستہٕ واجہٕ تہٕ پیٖروانس چھِیہٕ یہ فرق آسۍ مٕژ زپیٖروان اوس لوکٹ سونہٕ سند دآیرہٕ آسان ییُس نستہٕ ہندِس تھمس گٕن لاگنہٕ اوس یوان یلہٕ زن نستہٕ وٲج اکس نکہٕ وٲرس (خاص کرتھ دٔچھینس نکہٕ وٲرس) کُن رونگہٕ بدل لاگنہٕ آسس یوان۔

چناب ذٕری یا دچھِ چھینہٕ کہ طرفہٕ لاہول کیو بالوکنہٕ دوٕن کوٕن ہٕنٛز شکلہٕ منزوسان۔ اکس کوٕلہٕ یتہٕ نالے گندھاری تہٕ ونان چھہٕ تتھۍ چھہٕ آگرٕ ناو زنۍ دٕر۔ دٔیمہٕ کوٕلہٕ یتھ نالے مچیل تہٕ ونان چھہٕ تتھ چھہٕ آگرٕک ناو باگا۔ یم دوٕ لوٗنۍ بڑی نالہٕ چھہٕ پاڈر چہٕ مرکزی جایہٕ اٹھولی

نکھہِ اکھ اُکس ستی۔ رلان مقامی حسابہٕ چھُ ژندرٕنالہ چمبہ کہ پانگی علاقہٕ طرفہٕ وسان باسان تہٕ باگا نیلم کانہٕ ہندِ اندٕ ڈنگیل علاقہٕ طرفہٕ وسان باسان۔ یُودوے نہٕ میٛنہٕ کشتوارکین ونن ہندی۔ کنہٕ گچھہٕ ژنڈُن۔ بٔزرٕ گلہ تہٕ ٹھلی تھکناوی۔ مگر نیلم ہیوم اوہ موکھہٕ تھکناوُن زاتھ تنگیشمش برابر چھُنہ سائنس ریاستس منز کانہہ موٗل چیز ژُنہٕ درسیاب سپدٕمُت۔ تہٕ زن گو اُکس عام داجہٕ پُس نیلمک کرنیکھ (اسمانی رنگہٕ) جبل پورٕ کھڑادکرٕتھ لاگنہٕ چھُ یوان ہمیُک۔ معلوٗن چھُ دوہ ہوٗ ساسو بیٛٹھہٕ دٕہن ساسن روہ پین تام آسان۔

پاڈٕرٕ ہٕنر تہٕ چھُ ژندر باگا دٕری۔ یاد سنسا آری جایہ کشتوارکُن روہ خ کران۔ اما یوٗز کشتوار سرینہٕ ، چھُ یہ دٕری یاد تیتھہٕ پانٹھی ژرٕرٕ تہٕ فررٕ ژلان زنتہٕ اتھ سرینہٕ کانہہ فایدٕ نہٕ داتناوُنک قسم چھُن کھیوٗمت۔ کشتوارکین کینژن ہندِ ہٕپل تہٕ خود غرض عوامی نمایندن ہندی پانٹھی چھُنہٕ اُمی دٕری یادن تہٕ کشتوارکین لوٗکن کانہہ خاص فایدہ واتناوتھ ہیوٗکمُت۔ ممکن چھُ ڈوٗل جایہ بنن وول بجلی گھر ماکرلوٗکن ہنز دٕری یادس نسبت یہ شکایتھ کُنہٕ حدس تام دوٗر۔

کشتوارکس ہنزس روحانیتُک تاج شیرلاگنگ سارِوے کھوتہٕ تھوٗد ژرف چھُ حضرت شاہ فرید الدین بغدادی صاحبس تہٕ تسُند بن فرزندن حاصل خاص کرٕتھ حضرت شاہ اسرار صاحبُس۔ یمو بزرگاوس پننہٕ وقتہٕ تیتھے پانٹھی کشتوارس نوٗرِ اسلام بخشتھ ملہٕ ژار ژرک سبق دیُت مت یتھہٕ پانٹھی کشیر منز ریٛشو تہٕ ساداتو ملژارس تہٕ اخلاصس پوچھر دِتھ جہالتھ تہٕ کوٗرچ گٹہ کاسمژ اُسس۔ یمن عظیم انسانن ہُند جایہ دار بننہٕ ستی چھُنہٕ کشتوار مسلمانی ہندس معاملس منز حرف ہیر پانژراں بلکہ کین سارنے کاشرٕ ہن علاقن سرس بلکہ چھُ اتھ معاملس منز کشتوار کشیرِ ہندہن اکثر کنجہ گامن ہندِ خاطرٕ تہٕ قابلِ رشک۔ شاہ صاحبنس ناوس پیٛٹھ قایم سپدٕمُت اسلامیہ فریدیہ ہای سکوٗل چھُ ہٕنزی پانٹھی کشتوارکس سطحس پیٛٹھ تیز ژھے خدمتھ انجام دِنس منز

کامیاب سپُدمت یٔژھ خدمت ملکی سطحس پیٹھ کیٛنژ دِ ملی تعلیمی ادارو انجام چھیٛیہ دِژمژٕ میہ چھُ باسان یمین بزرگن ہند ذکرِ خاص ضرور۔ییہ ہٕیر پانژِ اکس برابر چھُ کانہہ تمدنی یا سیاسی تواریخ مکمل زانہہ۔ لہاذا ییہ ہیمہِ کتابہ ہٕندِس اکس الگ بابس منز یمہند تعارف پیش کرنہٕ۔

---





# تحصیلِ بھدرواہ



کاشرِ کلچرچ جنوبی اندرچ آخری تھکہٕ پنیٛڈ ییتھ لعٕہ کٹ گٔنٛشر وننہٕ چھُ یِوان۔

پیر پانشراں بلیٛنگ سُہ تُندرہ بون زمینہٕ ژگل ییتھ ییتھ فطرژ خوبصورتی بےپھروک کاڈاکو ڈُمت چھُ سُے گو بھُدرواہ ییتھ کالہٕ آسی کاشرِی بھدرواہس بُدرِ کہہ تہ وتان۔ اَتھ سرِیہ کیازِ آدیہ ناودِنہٕ تٔتھ متعلق کانہہ کتھ ثبوتہٕ پایٛٹھ وننہٕ چھیٛنہٕ مشکل باسان راج ترنگنی منز چھُ امہٕ سرِیہ ہُند ناو بُدراکاس تلفظس تحت میلان۔ یُس پرٛانس کاشرس ناوس یعنے بُدرِ کہہ نفظسے سیٹھاہ نکھہٕ چھُ باسان تہٕ یُس کیلاشس باسنتی تعلق تھون واجنہٕ بھدرا کالی دیوی ہندِ ناوچ باوتھ تہ کران چھُ۔

قُدرتن چھُ پننہٕ فیاض اتھہٕ ستی بھدرواہس پہلگامہ کیو تہ گُلمرگہ ہیندِ بو نظارو علاوہ حُسنِ نسوانیچ بے مثال دولتھا تہ عطا کٔرمٕژ۔ اَکس عام انسانس ہیکہ تہٕ بھُدرواہین ہنزِ زندگی مجموعے اضداد آسنیچ خصوصیت بیک وقت سادگی تہ ہوسناکی ہنزِ شکلہ منز نظرِ ییتھ یِت تام نہٕ سہ تہھ دین رنگین مزاژن وآقف سپدِ۔ یہنزِ سادگی تہ ہوسناکی ہُند تضاد چھ

تمہِ ساعتہٕ ٹماکارٕ پأٹھۍ نوٚن نیران یٖیلہ اکھ ہمسایہٕ کھٕبنہٕ چینہٕ کیو چیزٕ و ییٹھ نأکۍ یلون تام کأشرِس کلاسیکی کلچرس پانہٕ ناوان چُھ تہٕ تمۍ ہنزِ لبہٕ ستۍ لب تھون وول بیاکھ ہمسایہٕ یأمۍ سندۍ نیٚچوِ تہٕ کورِ تازہٕ بتازہٕ فِلمن منٛز وُچھی متۍ۔ (اکٹرن تہٕ اکٹرسن ہندۍ ہسوی) یلو شوٗناونہٕ خأطرٕ بزارٕ وانن تہٕ ہنزٕ وانن ہُند طواف کران نظر گژھان چھ۔ چنانچہ چھُ اتہٕ اکھ ہمسایہٕ رسُل میٖرنس تہٕ رسمانہن کلامس آے کانھنس ییٹھ اکتفا کران تہٕ بیاکھ ہمسایہ پننِس گھرس منٛز فلمی دُھنن نیغمہٕ برس ۔ گُنہٕ سازس ییٹھ وأینک ریہرسل کران یلکہ چھُ ریڈیو ییٹھ کانہہ پسندیدٕ گیوٗن بوٗزتھ گرسے منٛز ڈانس تام شروع کران۔ اتھ رنگین مزأجی تہٕ زندہٕ دِلی منٛز چھُنہٕ بھدرواہین کانہہ علاقہ جورٕ باسان۔ گیونکہ تہٕ نشٕ نکہ سسبٹھاہ دلدادٕ آسنتہٕ چھنہٕ یم لوکھ شرافتہٕ کیو تہٕ سادگی ہندِ بوٗ حدو نبر زانہہ نیران تہٕ کیا زِ نِہٹھی زیہٹھی۔ بلکہ عام لوکھ چھِ اتہٕ سادگی پسند۔ اتھ مثیلٕ چھیہٕ صُبحن تہٕ شامن درُود و ستۍ گژھان۔ اتہٕ کہن هندرن ہنز گھنٹی منٛز تہٕ چھیہٕ بڑے رِوتہٕ وزان۔ بھدرواہین ہندی مزاژن ہنزٕ سادگی پسندی چھیہٕ خاندرن ہنٛدس وقتس پیٹھ ننۍ نیران۔ تہٕ زِن گو بھدرواہ کأشری چھِ خاندرس منٛز زیادہٕ کھمہٕ تہٕ زیادہٕ ترییہ یا ژورسنۍ رنان۔ تمو منزٕ تہٕ چھیہ ا ر ، دخوا ، سنہٕ ، اکانہہ ہنزٕ ، ستۍ آسان زیور تیار کرنۍ ، کوردان شوونۍ ، تہٕ داج زِ تس منزٕ تہٕ چھیہٕ عام لوکھ زیادہٕ شرعی حدو ، ن نیران مثلاً اتھکہ کہیہٕ کأشری مسلمان ، چھ با نہالہ کِہن کینژان لوکن ہندۍ پأٹھی۔ کورِ داجس منز اکھ قرآن شریف تہٕ رہل ، اکھ یا زٕ جاے نماز ، اکھ بنڈرِ یا اکھ یلو شوٗچ مشین ، اکھ یا زٕ چار پایہٕ یا پلنگ تہٕ اکھ یلو ٹرنک یا سوٗٹ کیس ہنا ستۍ دنس ییٹھ اکتفا کران۔ مگر وزی و ، ن چھ کینژو واز بڈیو یمن رپواجن منٛز شہرِ سرینگرک ہیوٗ اسراف کرتھ غریب کورِ ماژن ہند ، غریٖتھس انتظام ہنز نیہج ہنز پانہٕ ناوہٕ۔ ہیژٕ ہژ۔ یوٚدوے یتھ کینہہ نفر زِ نہ بھدرواہس منزاو نگجی ییٹھ گژھزِ وہٕ۔ لایق چھِ اماپوز تھندٕ ہا و با ن تہٕ

فضولی ین ہُند اکھ منظر ہاوُن چھُ ضوٗرۍ باسان، تہٕ کیاز تٔہلی یا ٔبلی بٔنیمتین دِیارن ہاو باو کرن وول کُنہ جایہِ ہُند شخص چھُ نہٕ کورِ داج دِنہٕ وزِ یہِ سونچان زِ پگاہ یلہِ ٲسۍ ۂنزِ کورِ پانس زہ ژور کورِ آسن، تہٕ کورِ موج ٲنتھ مایٖنِہ تس تہٕ یہِ ہاو باو تِیاو نہٕ خاطرٕ پھانسہٕ کھسُن۔ نہٕ چھُ ٲزیگ گبرٕ مول نوشہِ ہُند بوٗڈ داج رٹن وِزِ یہِ سونچان ز ٲمِس لٔڑکہِ ۂنزن کورن مایٖنِہ پگاہ اَتہٕ نگرس تہٕ امہِ کھوتہٕ زیادٕ داج دِیُن۔

بہرحال یِتھو ازِ بڈِ پو منزٕ یلہِ ٲکۍ کورِ مٲلۍ زامتٕرٕ ملہِ ہینہٕ خاطرٕ داجہٕ کین چیزن ہاو باو کرن ہیوٗت بھدروا ہکیو لوکو کوٗر تس خلاف نفرتُک اظہار تہٕ امہِ کنہِ ۂنزٕ کرٕ کھ پیشن گوئی زِ یمن دۄن باتن سپدِ نہٕ تیُتھ شُہُل، یُتھ تون حاصل یُتھ داجہٕ ورٲے ٲکس غریب ۂنزِ کورِ تہٕ شریف لٔڑکس پننہِ شرافتکِہ حیاہکہٕ ٲہرٕ شرٕ کہ تہٕ عمارتکہ بدولتہ حاصل چھُ سپدان دِیان سو پیشن گوئی ڈرائے پوٗز تہٕ سہ رِشتہٕ آو کمے کال گٔرِ ھتھ ژٹنہٕ۔ تہٕ یہِ کتھ گیہِ ثابت زِ کورِ ین چھنہ پاکدامنی، شرم وحیاہس تہٕ خوش سلیقٕ گی ہیُو کانہہ داج تہٕ یتو چھُ باغیرت مہرازن ۂنزٕ نفسیات یمن ترٕ ین چیزن منز کانہہ کھو چیر محسوس کٔرِتھ مجبور ٔرح سپدانی یمہِ کنہِ صوفہ سیٹ ڈنر سیٹ تہٕ ٹی سیٹ یا باقے سیٹ، ہستی آسنہٕ باوجود خوش سلیقگہ، نہٕ ہیچھناونہٕ اہٕنز گوٗرد آرٕدس منزٕ باعزت نوشہِ تون انجام چھنہٕ دِتھ ہکان تہٕ توشن وآرِس، وآرٕدس تہٕ پریشانی ہُند باعث چھیہِ بنان۔

بھدرواہس تہٕ امہِ کین، ٲندی پکھی کین گامن منز بسن والین کاشرین یِم زیور پرانہِ وقتہٕ ورتاوس منز آسی، تہٕ چھہٕ تم چھِہ وار یاہ زیادٕ آسی متی مگر اکثر چھِ سعونہٕ بجایہِ رۄپہ سندی آسی متی تم چھِہ قرن اُمے یم بانہا اہٕ ڈوڈہٕ تہٕ کشتوارس منزٕ تہٕ کینژن صدین رایج آسی متی چھِہ ووہ ا۔ گوگُنہ کُنہ زیورُک ناد چھُ اتہِ مختلف باسان یمکہ انداز ۵،

پٔرن دٲرِ آکٕ پانٕہ تہٕ لاگٲنتھ ہیکن بہٕ ہیمہٕ ہیتہٕ نسںہ اتہٕ کیٖن سارِتہٕ ژراینن گٔنھن ہُنُد ناو یِم یِتھ پأٹھۍ

چھِ آسِتھۍ۔ تارکھ مال۔ کنٹھ مال۔ چُتبکہٕ مال۔ نٔہ آلہٕ مال۔ ڈولنہٕ مال۔ بادم مال۔ زندہ خال۔ کستوٗرۍ

نافہٕ۔ عطرِ دٲنۍ۔ نیچھ۔ پار زیب۔ ہنزرہ۔ ژٕپکہٕ ٹکہٕ۔ ناہمہٕ۔ جُگنی۔ آنہٕ وٲج۔ گونمھر جمکہٕ۔ کتہٕ واجہ

رِوٕ پتہٕ کن۔ تُر سن۔ ٹھوکہٕ۔ ہنکہٕ تعویز۔ واہہٕ ہنور۔ رِوٕ نہٕ داماںہ۔ چپ کُلۍ۔ موہرِ چیل۔ موٗرکۍ

نُجہٕ پنجرہ۔ تیٖہ روان۔ رِوٕ نگ تہٕ واجہ تیٖر۔

ازکل یِم زیور بھدرواہکن کاشرٕ ہن گرن منز آسان چھ، تِم چھ بلکل نوۍ

تہٕ ماڈرن مثلاً سیٚٹہ دیٚزر۔ ہار، گلہ بند، تاپس، لاکٹ، کانٹہ، بالہٕ اتہٕ چیپرہ بندۍ بیتر۔

یوٚت تام بھدرواہکہ تواریخی انفرادیتُک تعلق چھ، اُتھ چھ ہیتہٕ کانہہ ہماچل

پردیشہٕ طرفہٕ سپد یمتن واریاہن حملن منز پننہ رنگین کلچرُک مضبوط قلعہ آسنُک ثبوت دیتمت

یمیُک ذِکر جی۔ ڈی داہی سِنز ہندِ سفرنامکس ترجمس منز شامل، چھ یُس تمہٕ کتابہٕ ہندس شیٖمہ

بابس منز درج چھ ژیرانہٕ وقتہٕ ادس بھدرواہ پاترن خاص علاقن منز بٲگرنہٕ آمت یمن ہندۍ

ناو علاقہٕ کیل انز (کیارڈم) علاقہ ٹیریہار، زچرالہٕ علاقہ، ارشلہٕ (بارسوبیلہ) علاقہ اٹھ کھار

تہٕ علاقہ بھلیش (بھلیشہ) چھ۔

بھدرواہس منز چھ علاقہ بھلیش کاشرِ کلاسیکی کلچرُک اکھ بیتھ پرستان

تہٕ سیٹھاہ اہم مرکز زانہٕ یوان۔ یہ علاقہ چھ وُنہِ کینژن ژرانین کاشرٕ ہن وہوہارن زِندہ تھوٗتھ۔

مثلاً بھدرواہکین یمن پرانین زیورن ہُند ناو ہیتھ کنہ ہیتہٕ آو تمو منزہ چھ وُنہِ واریاہ زیور اتہٕ

درتاوس منز۔ تہٕ زن گواگر کانہہ وُچھن آسہ ییٚرھان زِچیکلۍ یا چونچھ گُلہٕ کس زیور گٔرِتھ

آسُن سُہ ییٚلہ بھلیش واتہٕ اُتی وُچھہِ اتہٕ چھن زنانن امہِ ناوُک اکھ عجیب رِوٕ پہٕ سُند ہارناوکی۔

اُتی وُچھہِ سُہ رِوٕ پہٕ سُند اکھ کوٚرکانسہ نرِ منز ییتھ منزۍ چاکھ ہوۍ۔ یہٕ ادتھ آسن تھٔنہٕ گرِیس

چھ اَکِھ بٔڑ کھ گونکھر دِنان۔ یِمہٕ ... تس کاآنسہٕ زنانہٕ ہُنز منز رود پہ سنز اکھ کھٕچ۔ یُنگر نظرِ گژھہِ
زانٛن گژھِنہٕ یُنگرِ چھُ ٹوٗ کہٕ پوان ونہٕ۔ امہٕ قسمکی بیٚیہ تہٕ وارِیاہ پرٛاَنؠ لفظ چھِ کاشرِکی اَدبی پتھہ
پر ... تانہٕ اَزتھ ہرِتھ تھٲوی ہتی۔

بھدرواہکس رنگین کلچرس منز ییٚہ وضعدار گجرانین ہُنزن رنگابرنگی
تہٕ خاص طریقہٕ سونہٕ آمٕژن قمیضن تہٕ فطرتہٕ چینہٕ رنگہٕ واو جینہٕ ہُند درجہ حاصل چھُ گژھان تتہ چھُ
تہند ہن پرینٛن تہٕ ... جسمن ہاو باوچہ بے غارتی ستی۔ رنگ تہٕ قیمتھ کم گژھان۔ اتکی مرد
گجری چھِ بلکُل وہ یکھتی زیچھن قمیضن رود پہ سنز بٹن مالہٕ لاگتھ تہٕ خاسی کچھ لاگ لاگ۔ یمے وُچاپہٕ
دلو ہوی باسان یمن گجرہن چھ کاشری۔ بنیاری تہٕ ونان۔

اتہٕ کین رنگین مزاز کاشرہن ہنز باگی گی تہٕ گرٛیسی گی ہُند امتزاج
چھُ ہُند موعص ... تہندہ برجستہ یاوُنگ اظہار بنان ییٚلہ بھدرواہکی مرد وزن دانہٕ رُونہٕ یا
نینہٕ ... خاطرہ جمع چھِ سپدان۔ ییٚلہ ییٚلہ تم رُسل میرٛن، مہجورن، رساصاحبن یا بیٚیہ کاشسہٕ
کاشر ... شاعر سُند کانہہ نغمہ گیوٚو، چھِ ہیوان تیزی یا آٹھی چھُ باسان زن تہٕ وقتُک کاروان
یہ وگنہ ... زن بوٚزِ ہتہ رٔہتھ چیہ گومُت۔ ملازمتہ کین تہند ... عوہارن ییلہ آستہ ہیتھی جفاکش
تہٕ محنتی بھدرواہی کاشری چھِ تتھی زندہ دل تہٕ خود کفیل ہتکی آداب پالن والی کاشر چھِنہٕ
بیٚیہ کُنہ جایہ نظر گژھان۔ بلکہ چھُ وُچھنہٕ آمُت زِ زور حرف پرتھ چھِ کشیرِ ہند ہن اکثر ملازمن کا ڈٹی
تھی خراب گژھان زِ تمن چھُ ینُن بقل پان یا یہ بند وکھو تہٕ کینہہ تام اضافی ہیو ڈان باسان۔
تم چھِ ڈٔور ہن تہ کھن منز کام کرنس تکھ زانان۔ دراصل چھُ بھدرواہین ہُندِس رگ وریشس
منز محنت پسندی ... زندہ دِلانہ جذبن اکھ تیتھ اعتماد پھانپھلو ومُت یُس تمن محنتچ کُنہ کامہ منز
شرم چھِنہٕ محسوس کرنہٕ دِوان۔ ادہ سُہ زین پھالونگ یا بوٹن پاکش کرنُک پیشہ کونہٕ آسہ۔

بھدرواہس چھیٚہ نیتہٕ یورتہٕ کاشرِ کلچرک اکھ اہم مرکزہ کہ حیثیتہٕ کاڑ کڈنچ گنجائش بشرطیکہ اتہٕ کین اُردو دوست دانشورن، شاعرن تہٕ ادیبن ییہٕ کاڑنہٕ منزہ سو غلط فہمی دوٗر کرنہٕ زِ کاشرِ زبانہِ ہنزِ ترقی تہٕ ترویج چھیٚہ اُردوٗکس قیمتس پیٹھ سپدان۔ نہ چھُ کانٛہہ ریاستہٕ کس آئینس منز اُردوس درجہٕ آمُت مقام ختم کرنچ کتھ کران۔ رساہا بنہٕ صاف گوئی چھیٚہ اتھ غلط فہمی ازالہٕ کرنہٕ خٲطرٕ اکھ زبر باوتھ باسان۔ تہٕ کیازِ تم چھہ اُردوس کاشرِ کلچرک اکھ اٹوٗٹ انگ تصور کران تہٕ ونان ے

چھُ رٕٹہس دست گہہ یوٚد کاشرِس منز
زبان محبوب چھُس ہندوستانی

کاشرِس منز یا کاشرِس پیٹھ دستگاہ آسنچ یوٚہ کتھ رساہا بن ونی ہتر چھیٚہ اَسہِ چھیٚہ سیٹھاہ اہم تہٕ معتبر دار، تہٕ کیازِ رساہاب چھُ زانان زِ لہجہٕ زٕ رنگ۔ یوٚد وے ٹکسالی زبان شہر سرینگرچ زبان چھیٚہ اما پوزبیر پانٛژال بلٹ چھُ کاشرِ زبانہِ ہندِ اکہِ تہٕ لفظہٕ راشک امانتدار یتھ تام دسترس حاصل گژھن کاشرِس پیٹھ کامل دستگاہ لبنس برابر چھُ۔ ٹکسالی تلفظ تہٕ لب ولہجہ تہٕ آسُن چھُ تاہم امہِ بہلہٕ کین کینژن شاعرن تہٕ ادیبن احساسِ کمتری ہند شکار بناوان۔ بھدرواہکین کاشرین شاعرن ہُند تعارف ییہٕ تھُتھ اَکس یوٚن بابس منز بیٚین شاعرن لرٕ لوٚر پیش کرنہٕ۔

بھدرواہچ اکھ مقامی بولی یتھ بھدرواہی ونہٕ چھُ یوان چھیٚہ دراصل ہند آریائی زبانن ہنزِ تتھ پراکرت نجرٕ ستی واٹھ تھوان یتھ لہندی ونان چھُ۔ بھدرواہکی قریباً ساری کاشرٕ چھہ پننہِ مادری زبانہِ علاوہ بھدرواہی سمجھتہٕ تہٕ بولتھ ہکان۔ ہمسایہ لوکہ کین لوکہ کین لہندی تہٕ پہاڑی بولین ہُند اثر چھا کنہٕ بھدرواہین ہندِ پننی مزاجچ کانٛہہ خاص تہج زِ رتم چھہ داریاہن لفظن منز اکھ نیرل تلفظ ورتاوان مثلاً اُردو چہ وتہٕ کاشرادنہٕ آمتین "ی" حرفس پیٹھ ختم سپدن والین لفظن ہُند تلفظ چھُ بھدرواہس منز خامخاہ "ی" "اوٚڑ" "ی" نبان تہٕ زن گو بھدرواہکی

کاشرۍ وَنن نہٕ عام پٲٹھۍ کٲپی یا چھُٹی ہیوٚ لفظ پوٚرٕ ہرگز بلکہِ وَنن تہٕ کٲپۍ چھُٹۍ بیترٕ۔

ویسے چھُ بھدرواہس منز کاشرِ ہیوٚ کینہہ تِتھۍ لفظ تہٕ وضع کرٕنۍ یِم اَستۍ لایق آسہٕ باوجود سہٕٹھا دلچسپ چھِ باسان مثلاً اتہٕ چھُ مرٕ ہو آرٕ وَنہٕ یِمن کاشرِ ہنٛدۍ پٲٹھۍ کینژن جاین زنانہٕ مہنوٕ س رو نہٕ مہنوٕ تہٕ وَننہٕ یوان۔ یِتھے پٲٹھۍ اگر کانٛسہٕ ہنٛز زنانہٕ ہنٛدِس پھٹہٕ پھٹہٕ کروٕ نِس یا دٕنس ٹسنہٕ آسہِ کھ ژٕ تُن تہٕ وَنن نہٕ "ازچھُ فلانۍ زنان ستۍ ہیتھ ژرامت" بلکہ وَنن تہٕ "ازچھُ فلانۍ ٹونٹرٕ ستۍ ہیتھ ژرامُت"۔ اگر تِمن وُنن آسہٕ "میہٕ چےٚ وُنۍ چایہِ" تہٕ وَنن میہ چےٚ تِمسے چایے" اگر تِمن وُنن آسہٕ زِ "یتھ لیٹھ پلوس چھیٚیہ ہاے پیٹھ" تہٕ وَنن "یتھ لیٹھ پلوس چھیٚیہ ٹڈ پیٹھ"۔ اگر تِمن وُنن آسہٕ "چایہ چوپچہِ کتہِ تھوٚ دُتھ؟" بھدرواہکۍ کاشرۍ وَنن "ٹوٚز کتہِ تھوٚ وُتھ؟" ادبی سطحس پیٹھ رسا صاحبن "یادآم یادآم" تہٕ یٚیتہِ اردو "یاد آیا" ہنٛک کاشر روپ چھُ تتہٕ چھُ بشیر بھدرواہی سُنٛد "زندگی داوٕ میٚہ لا جایے مگر ہارِتھ گوس" "داوسں لاگنہٕ بدلہٕ داوٕ لاگُن" اکہِ خاص توجہک تقاضہٕ کران۔

یِتھو کینژو عجیب لفظو علاوٕ چھُ کتھ کرن وِزِ بھدرواہکۍ کاشرۍ نادانستہ پٲٹھۍ کینہہ عجیب حرکژ کران۔ مثلاً تِمو منزٕ چھِ کینہہ کاشرۍ کتھ کرن وِزِ بطور تکیۂ کلام "زانتہٕ" یا "ہنز" یا "میانہ لِکھ" ہِوۍ لفظ وَنان تہٕ کلس عجیب یِل دِوان۔ یِتھے پٲٹھۍ چھِ اَکۍ اکثر کاشرۍ کتھ کران کران دوٚ چھہِ اتھک ہنٛتھ تہِتھ پٲٹھۍ گٕلہ وان زٕ بییہ علاقہٕ کس کاشرس یا بہٕ سہو ہیرل کرِ ہِ یا لڑٲے کرِ ہِ یا سِے ادبی ہنٛزٕ اکھ رٲنٛڈۍ حرکت۔ بھدرواہس منز آیہِ ہیرل نقطن ہنٛز مزید فصاحت پیہٕ بیہٕ پانژالے بیلہٕ کین یِتھین کینژن لفظن تہٕ کہاوژن ستۍ یِمہٕ کتابہٕ ہنٛدِس اَکس بیوٚن بابس منز کرنہٕ یِتیہ کروٲسے بھدرواہکہِ کتھ انہارک تعارُف تِہندِس اَکس خاص لہجس باوتھ کرنس پیٹھ ختم۔ سُہ چھُ یہ زِ اگر بھدرواہ کِس کانٛسہِ کاشرِس ازکالس (زمانے حالس) متعلق کانٛہہ ترٛژہ کتھ وَتنۍ آسہٕ یتھ منز "لوگ" یا "یِیج" لفظ کُنہِ فعلیہ لفظس ثُرو تہٕ لگہِ کنہٕ لاگُن آسہٕ، تہٕ ہکن نہٕ چھُٹے تہٕ کٲپی نقطن ہنٛدۍ پٲٹھۍ

سُہ فعلیہ لفظ پُورہ ؤنتھ مثلاً اگر ہمن وَنُن آسہِ "موج لیٔ شُرس بتہٕ کھیاؤ نہٕ"، تم وَتن "موج لیٔ شُرس بتہٕ کھیاون"، یا اگر وَنُن آسہِ کھ "ڈولوال لوٗگ سانہ وایہٕ"، تم وَتن "ڈولوال لوٗگ ساز وایِن" یِتھے پأٹھۍ سُہ لوٗگ گرزھن۔ سُہ لوٗگ شُرن بیتر۔

یہ نشانہ ہی روزِ اڈلیتھ۔ اگر بھدر واہی ین ہندِ بیٚین کاشرِن ہنزِ استادن والہٕ تہٕ وَو شلاون والہٕ خأر پأٹھۍ ذِکر ییہٕ تہٕ کرنہٕ۔ تہٕ زَن گوٗ "وارے چُھکھا؟ اوٗر دوٗر چُھکھا؟" بدلہٕ "تر کٹرے چُھکھا؟" تہٕ "دوٗڑرے چھُکھا؟" پیر پانتراں ہیلِہ کہن عام علاقن ہندی۔ پأٹھۍ وننہ علاوہ یِیلہ تیتنگ میزبان پُترِ حس خأر پأٹھۍ کرنس منز میٹھان چھُ تہٕ أتی چھُس شرین باتَرن ہنز خیر میتھ پأٹھۍ پرزرِ چھتی ہوان "نہض جانے چھوا" "بہن جی چھا جانے۔" "ماج چھوا جانے" بیتر۔ یم جُملہ بوزِتھ چھُ اکھ شر ملار کاشُر بوٗزِتھ اَمِس خلوٗص بوٗزِ تس دوستہ سندِس نیتس بیلہ شک تہٕ کرنہٕ باوجوٗد وَو شلان تہٕ اَمس شریف انسانس کیا ضروٗر ورتہ پییٔ یہ پرزرِ ہنز زبیاں۔ ماج بیٚنہ یا گور چھا جان (مطلب خوبصورت) کِنہ تہٕ۔ حالانکہ بھدر واہی میزبان سُند چھُنہ تہٕ مطلب آسان بہر حال پتہٕ چھُ بھدر واہچہ رنگینی ہُند اکھ رنگ تعارفُک یہ حصہٕ ختم کرنہٕ

بتہٕ وَنہ چھُ بھدر واہس منز بسن والین کاشرِن ہنزن کرامن ہیٹھ اکھ نظر ترأوِنۍ تہٕ دلچسپ باسان یوٗ دوے اَکِھ اکثر کاشرۍ اسلام آباد ضلعہ کیو مختلف علاقو پیٹھ اور گرزھنہٕ سببہٕ عام پأٹھۍ تمے کرامہ تھوان چھ یم پیر پانتراس ہلہ کہن بیٚین کاشرِن سِتۍ یمن مشترک چھیٚہ مثلاً بٹ، ملک خان، لون، راٹھر، وانی، پنڈر، ڈار، مٹی، رینشو، دیو، رنگر، سوٗنہ یاری (سونر) سید، رفیقی تہٕ سہروردی بیتر۔ اما پوٗز کینہہ کرامہ چھیٚہ عام کاشرۍ بوزِتھ اَتہٕ وِکھوتہٕ مختلف باسان مثلاً خطیب، ابدال گنگی، کاشی، دمأنی، موغل، بیگ، بابا، کوکہ، مرزا، فراش، باغوان، ٹھوکر تہٕ زأگی بیتر۔

یتھے پاٹھی چھیہٕ تم کہنیہ ریشرہ تہٕ دلچسپ یم اتہٕ مستقل کرٛامہ چھیہٕ بنیمٕژ مثلاً کیھہ، شال، بسہہ ہاپیتھ، نتٕ آنی، وُچھکھ، لچلیے، کاو، گگرٕ، داند، ہنجاری، ڈانگر، کھلاڑتہٕ ٹھوٗلے۔ بیتر۔ بھدرواہکین بٹن ہنزٕ آسٕ چھیہٕ عام پاٹھی کأشرین بٹن ہٕندی۔ رلان مثلاً کوٗل ہراز دان، درٕ گو کر تہٕ شوگر بیتر۔

---




یہ کتھ آے وننہٕ زِ ضلعن ہندِ ناو ترتیبہٕ سان ہینہٕ مُوجُب اوس میٚہ رام نگر تحصیٖلک ذِکر اُدھمپور ضلعکہٕ توٚسلہٕ تحصیل گوٗل گلاب گڈھہٕ پتے کرُن، تہٕ کیازِ یم دوشوے تحصیل چھِہ ضلعے اُدھمپورس منز شامِل۔ مگر میٚہ یوٚتھ زانِتھ رام نگرٕچ کین کاشرِ ہُند تعارُف بھدرواہ پتہٕ پیش کرُن، تہٕ کیازِ ییٚر یانزالہٕ کِس کاشرِس ہلٹس منز چھُہ اَمِہ تحصیلہٕ کین کاشرِن علاقن ہُند سماجی کیو ثقافتی سِلسِلہٕ سیٚدِ سیوٚد بھدرواہس سیتۍ رلان، بلکہ چھُہ بلاور تہٕ بسوہلی تحصیلن منز بسن والین کاشرِن ہندی پاٹھۍ ہماچل پردیشہٕ کین کاشرِن تہٕ رام نگرٕچ کین کاشرِن تہٕ بھدرواہس سیتۍ سیٹھاہ قریبی ہشر باسان۔

رام نگرُک کاشُر بولن وول علاقہٕ چھُہ بھدرواہکِس جنوٗب مغربَس منز واقع ــــ یوٚدوے رام نگر تحصیلکۍ ماٗئ دآنی تہٕ کنڈی علاقہٕ عام پاٹھۍ غار کاشرِن ہنزِ بستی پیٹھ مشتمل چھُہ، اَما پوٚز اَمہ تحصیلک بالائی تہٕ پہاڑی علاقہٕ چھُہ کاشر آبادی ہُند اکھ سیٹھاہ پیمانہٕ

علاقہٕ ۔ اَتھ کاشُر چھِ عام پاٹھۍ بالہٕ تھوٚنگَن پیٹھ چاروٲے تہٕ تیر رٕچھان ۔ اَتیک پٔرِتھ کانہہ ژوٗسی گامُل چھُ سرسبز گھاسُک مالیُن مانٛنہٕ یِوان ۔ یِمن بالٲئی علاقن مَنٛز رسائی کرنہٕ خٲطرٕ چھُ اَکِس سالہٕ پٔتِس بسنت گڈھ کہ نیابت ہیڈ کوارٹرٕ پیٹھ سکھر تہٕ نیرُن پیٚون روزان ۔ اَمہِ ہیڈ کوارٹرٕ پیٹھ صرف زٕہ کلومیٹر جنوب مشرقس کُن ٹیکِتھ چھُ کاشرٕ آبادی ووٚل پنارا گام بُتھہِ یِوان ۔ اَتھ گامس مَنٛز چھِ قریباً ستتھ گھرٕ کاشرۍ بسان ۔ پنارا پیٹھہٕ صرف اَکھ میل برونٛہہ ٹیکِتھ چھُ لودرا علاقہٕ شروع سپدان ۔ اَمہِ علاقہٕ کِس اَندرۍ بِچھس مَنٛز چھِ قریباً ڈٔہ ڈٕہتھ گھرٕ کاشرۍ بسان ۔ اَمہِ علاقُک کاروبٲری مرکز چھُ پنارا گامے۔

اَتھی گامس مَنٛز چھیہٕ اَکھ لوکٕٹ جامع مسجد اَتہٕ کین مُسلمانن پٔرِتھ ہفتہٕ اَکھ اَکۍ سٕنٛز خبر اَتر بوزنُک موقعہٕ میسر کران ۔ تہٕ چھیہٕ تِہنٛز آبادی اَتہٕ سٕتھاہ مُنتشر تہٕ چھِلہٕ چھانگر باسان۔

بسنت گڈھس تہٕ بھدرواہس پانہٕ وٲنۍ رلاوَن واجینۍ لیسہ وَتھ لودرا پٔرِتھ نہٕ پکان چھیہٕ تمہٕ پٔدۍ وَتہٕ ہندین دۆچھینۍ تہٕ کھووری گامن مَنٛز چھیہٕ دوٗرِ دوٗرِ کاشرِ بستی نظر گژھان مُنتشر آبادی ہُندِ یہِ سِلسِلہٕ چھُ بالہٕ تینٛائِس پیٹھ واقع سیوزح بھکہٕ تام برابر جٲری روزان ۔ اَتھ سرسبز بھکہٕ یا مٲدانس چھِ مقٲمی لوکھ دار سیوزح تہٕ وَنان ۔

سیوزح کُن پکنہٕ بجایہِ اگر اَسی بسنت گڈھٕ نیرِتھ سُدرہ مہادیوی پانٛس کُن پکان گژھو، اَمہِ اَندرٕ تہٕ چھیہٕ اَتھ پہاڑی پٔدۍ وَتہٕ پیٹھ بٔنٛنی ٹاپس تام واتان واتان کینٛژن جاین کاشر بستی نظر گژھان ۔ البتہٕ یُس علاقہٕ بسنت گڈس کھووری ڈڈٕ بسارناو زانہٕ چھُ یِوان، سُہ چھُ اَکھ خاص کاشرٕ آبادی ووٚل علاقہٕ ۔ چنانچہ چھِ صرف ڈڈٕ وکین اَندرۍ ٹیکی گامن مَنٛز قریباً زٕہ ہتھ گھرٕ کاشرین ہِندۍ ۔ عام پہاڑی علاقن ہِندۍ پاٹھۍ چھِ اَتھ علاقس مَنٛز تہٕ لوکھ مال رٕچھنکہ تقاضہٕ موجب دوٗرِ دوٗرِ لبان لہٰذا ہیکہٕ اَکھ شہر باش اِنسان یہِ اندازٕ کٔرِتھ یِمن دوٚن تِمن گھرن ہندس دٔرتادس مشر کوتاہ

بۆڈ رقبہ چھُ کاہچرآلی خاطرٕ ییتھین علاقن منٛز اہمیت ہیٚکہٕ صرف تیٚلی سرٕ سپدِتھ ییلہٕ دٕ دٕ
تہٕ گبوہرٕ راونہٕ خاطرٕ بیٚر یا نژال بلیٹہٕ کیٚن مختلف یالن تہٕ جراگاہن نوین قسمکی گاسہٕ
کاشت کرنہٕ خاطرٕ سرکاری سطحس پیٹھ اکھ باضابطہٕ شروٗع کرنہٕ ییہ۔

بسارتہٕ ڈڈِکین کاشرٕن کیو غار کاشرٕن متعلق چھِ کیٚشہٕ لوکھ یہ شکایت کران
زِ غار اسلامی اثرن چھُ یمَن لوکَن منٛز بد معاشی تہٕ مقدمہٕ بازی ہندِس رجحانس یوٗت پھہر
دیُتمُت۔ اَتھ حدس تام زِ انتہایی اخلاقی گراوٹہٕ ہنٛہ سببہ چھنہٕ اَتہ شراب خوری تہٕ زِنا
کاری وغیرہ نی کارِ ممنوعہ باسان۔ اَمہ اخلاقی گراوٹُک وجہ دریافت کرن وِزِ ہیوٗک
میٚہ کھُن کم کاسہ واتھ دِتھ ییلہٕ اَتکی اکی غار کاشر معتبر انسانن اعتمادہٕ سان اَتھ کتھہ
باوتھ کرٕ زِ اتہ چھُ تھم پیٚتَرن یا تھم شرٕن (مول مرنہٕ پتہ ژوٕرِ وہری یادہن وہری
زِ نہٕ باوجود تہٕ) مالِ ہندِ وراثتہٕ منٛز حصہٕ میلان۔ یوٗدوے باقہٕ بیٚر یا نژال بلیٹ
ییتھو تھم پیٚترِ نسہٕ بچتھ چھُ اما یوٗز ڈڈِ وسنت گدِ علاقس منٛز رایج اَتھ لفظس وِترٕ
کرہٕ نی چھیہٕ دلچسپ باسان۔ دراصل ییلہٕ اَتہ کانہہ زنان موند چھیہٕ گژھان پتہٕ
سوٗ قدیم ہندِ ورِ رواجہٕ موجب دوٚیم خاندر چھینہٕ کرِتھ ہیکان، اَتی چھیہٕ بشری کمزوری
تحت سماجہٕ چھو پابندی لوٗ باوجود سوٗ ژھیپہٕ ژوٕرِ نفسی لوٗ چھِ ژلنا وہکس نتیجی منٛز
بعضے گوٚبہٕ کھوٚرِ روزان تہٕ پتہ ییلہٕ تس موندِ زنانہٕ روٗن مرنہٕ پتہ وہری یادہ تہٕ
وہری شُری ہنا زلوان چھیہٕ سوٗ چھیہٕ پرژہ گار کرن واجنین ہمسایہ زنانن اَتکہ رواجہٕ موجب
یہ وَنان زِ تس کوٚٹھہٕ آو فلانی راتھ تہٕ فلانی رتہٕ رتس منٛز (یعنی نوَن رتن ہنداندازہ
بوٗزِتھ) یَنن روٗن خابس منٛز دِشٹہ ڈے میں آیا) سوٗ کوٚٹھ روز گوٚبہٕ کھوٚرِ تہٕ زام
یہ شُر۔ ییتھنے وٲوہ ٹھولن یا ایٚز لوٗ خوابو ستی ڈمب لگہٕ متن شرن چھُ تھم پیٚترٕ لوان

ونِنہٕ ۔ اَتہٕ کیوٚ کینژ وغاڑ مُسلِم گھر وچھہٕ گُژنس گرٕ ژھنہٕ پتہٕ اتھ بےعزتی سیٖتۍ اَتھ حَدَس تام سمجھوتہٕ کوٚرمُت زِ تِھم تُیر چھہٕ ماجہ خانس منز آمتس مالی سندِ جایدادِ کی قانوٗنی طور حقدار تہٕ قرار دِنہٕ یِوان۔

ہمسایگی منٛدی اُمی اخلاقی گراوٹُن یوٚدوے رام نگرٕکِس بالاۍ علاقن بلکہ تحصیل بلاورتہٕ تحصیل بسوہلی ہِندِس بالاۍ علاقن تہٕ نال چھُہ ووٚلمُت اَمایوٚ نہٕ ــــــ

اگریٚمن علاقن منز کٕنھ، کہ کرتہٕ نیاز سومبراوِنہٕ کٕتھن وآلی کشیرِ منٛدی پیر پنٕن رِزق حلال کرنہٕ خاطرٕ تمِن لوٗکن جٲیز تہٕ ناجٲیز فکرِ تارٕنٕ یا بیٚیہ کانہہ سماج سُدھار تہٕ تنظیم اُوٗکن متوجہ گژھہِ پیٚہ اَمِس ہٕ کانہہ بڈٕ کتھ زِ بدأتی بہدوٗر تہٕ جفاکش اَتھکی کأشری کیتوٗ غاڑ کأشری یَرٲوِہن نہٕ دُبارہ غیر طرح تہٕ اخلاقِ وَتھ۔

ڈِڈوٚکِن اٚنٛدی ٲکِھ کِن موڑن تہٕ گامَن منزِ کأشر آبادی مُتعلق پرٕژھ گاٚر کرٕنس درجواب آو۔ میہ ونہٕ زِ بندول علاقس منز چھہٕ قریب ٲٹھ گھرٕ کأشری بسان، جلیھڑ گامس منز چھہٕ قریب پنژدٕ گھرٕ کأشری آباد۔ بسنت گڈھ خاصس منز تہٕ چھہ پنژہٕ، شیٖٹھ گھرٕ کأشری بسان۔ کھیٚڑ علاقس منز چھہٕ قریب شیٖٹھ گھرٕ کأشری بسان۔ پیٖنار اکیوٗ شیٖٹھو کأشر لوٗگھر وعلاوہ چھہ کدوا علاقس منز قریب پنژہٕ گھرٕ کأشری آباد۔ خاص رام نگرٕس منز تہِ چھہ ترٕہ پانٛژ ترٕہ گھرٕ کأشرن ہِنٛدی۔






سیوزنج بہکہ بنہ طرفہ وسن وول یُس نالہ تحصیل بلاور تہٕ رام نگرس درمیان اکہ سرحد
کام چھُ دِوان، سُہ نالہ تریتھ ہیلیہ اُسی بلاور تحصیلہٕ کس بالائی علاقس منز قدم چھ ترٲوان۔ اتہ
چھُ بنیہ تُسے ماحول نظرِ گژھان یُس رام نگرکس پنارا تہٕ لودرا علاقس اندٕ یکھی درینٹھی چھُ
یِوان۔ اتِکی لُکھ تہِ چھِ عام پاٹھی تیرِ تہٕ گُپن رچھان، تیرِ کھیٚلی تھوان والین ہندی مالدار
چھُ اتہِ مقامی کاشرس منز "گدی" وننہٕ یِوان۔ اتِکی گدی وُچھتھ چھُ کشیرِ ہندین کنجہ
گامن منز جب رچھن والی ڈکھی جل گژھی یاد پیوان۔ بلکہ بارستہ پہلِ تہِ۔ فرق چھُ صرف
یتھ زِ کشیر منز چھُ ہیلین لُکن ہندی تیرِ رچھنی آسان۔ یلیہ زن گدین ہنی تیرو تیتھ
چھُ آسان زِ تمن چھُنہٕ بنیہ کانٛسہ ہندی تیرِ رچھنچ ضرورتھے آسان۔ دل گوو یمن علاقن
ہندی امیر تہٕ آسن والی چھِ بعضے ہیٚنزِ جب تہٕ کھیٚلی رچھنا دِنہٕ خاطرہٕ کینژن ہمسائن ملازمِ
تہِ تھوان ــــ اتہِ کیو گدیو تہٕ کاشرہ لُو چھِ اکھ اَکی سندی دار یاہ الفاظ تہٕ اطوار یانہٕ
ناوی متی۔ بلاور کس بالائی علاقس یتھ ملہار ونان چھِ، تتھ چھُ ازبرونٹھ ینژرہٕ شیٹھ

ڈری ژرارِ شریفک اکھ نفر بنہٕ گومُت۔ سُہ چھُنہٕ فقط مجیدی گامُک زیٹھ بلکہ ساری

ملہار علاقک زیٹھ مانہٕ یوان۔ ڈوٗرِ بیٹھ ہیٚتھ دِٲلس کانہٕ کاشُرس بالیس حشمن منٛز

جاے کرٕنک یُس جذبہ پیر پانژال سلسلہٕ کِن عموماً ساریٚن کاشرِ ن باگہ آمت چھُ،

تمہ تحت آو ژرارِ شریفہ کِس اُمِس خواجہ غلام محمد ناوکِس نفرس تیٚتھ احترام کرنہٕ زِ

وُچھان وُچھان بنیوو سُہ ملہار علاقک سٹھاہ بوڈ عیٚنس تہٕ معتبر۔ اَز چھِہ تمۍ سندی اکھ

زُہ لڑکہٕ ملازمتھ تہٕ کران۔ خواجہ غلام محمدن وُنن چھِہ زِ یُس شوق تہٕ شوق جذبہ مادری بانٛز

ہیٚنڈ توسلہٕ بلاورکِن لوکن کاشرِن ستی چھُ، تمیُک اَندازہ چھُنہٕ وُنہٕ کشیر منٛز بسن والی

سانِٛہ باے کرِتھ ہیکی میتھ۔ میہٕ ییلہ تس وون زِ اَزکل چھِہ کاشری زبردست الفقی

منٛز مبتلا گژھتھ سنٛح بچاوُنہٕ دوران تاہم چھِہ کینٛہ کاشری دانشور تہٕ ہیٚہ متعلق تفصیلا

زانُن یژھان اُمی بُنہٕ تس سالے کراوتہٕ سُہ گو اَسہِ فوج جہ تہٕ ونہہ کن میانہِ ن

سوالَن جواب دِوان۔ بہ ہاوُس اُمِس جذباتی مگر شایستہٕ انسانہ ہنٛزن یژن کتھن

تحریرس منٛز اَنہٕ ہ خاطرٕ اُمی سندِس دِلس اکھ نووُتر کھ وُچھن یژھان۔ لہٰذا اپۍ ژھ

میہٕ اُمِس رام نگرٕ پیٹھ بلاور تہٕ بسوہلی تام بسن والین کاشرِن منٛز خلاقی گراوٹ ہیٚنک

وجہ۔ اُمۍ ژروگوڈٕ اکھ زِلہ ٹھ ووشھ، تمہ پتہٕ ہیوتن ونُن۔ "دراصل حض چھُہ

پرہیٚتھ انسانس اَندر نفسیچ شکلہ منٛز اکھ شیطان ژوٕ رِ ہیٚتھ۔ یُتھے سُہ انسانہ

سندِس ارادہ گژھس کمزور وُچھان چھُہ اُتی چھُہ اُکس گلوانہٕ سندی پاٹھۍ اُمِس لاکم

دِتھ گمراہی ہنٛز وَتہٕ کُن پکہ ناوان تہٕ کیا زِہ گلوانس چھِیہٕ اَتھ وَتہٕ پیٹھ پکنس منٛز

فلاوٕٹھ (دبرابری) آسان۔ اَما پوٚز گژی سندِس اَصلی مالکس یعنے انسانی روحس

چھِنہٕ اَتھ وَتہٕ ستی فلاوٕٹھ۔ اَزکی زمانن حض کرٕ بے شرمی تہٕ بے حیائی عام، یِم سانٛی

ہنگہ زبیٹھی، گوتر ھل تہٕ ٹیپل یاوَن ہُنٛز چھہ شُملہ تہٕ چنارِی گاڈھہ بیتر گرِھتھ تِم تماشہ ہینٛچھتھ یِوان یِمو سیتھ یہ سورُے علاقہٕ بے راہ تہٕ بے روعَب گومُت چھُہ ——"

خواجہ غلام محمدٕ اوس وۄ شاوۄ شاتراونہٕ علاوہٕ بڑونٛھ کنہٕ رَحمٕژ جینٛچر داماہ داماہ تہٕ دِوان تہٕ بُزرگانہٕ شفقتہٕ سان یِنہٕ تجربچہ کنتھ بھُیڈھ کاشرِس منٛز باوان۔ آمہٕ پتہٕ ہیوٚت تمہ وَنُن" ون حض ہیکہٕ ہن یِمَن ہنگہ زِبیٹھین جوانَن کشیرِ بیٹھ یوٚت یِنہٕ وٲلی پیر صاب حلال تہٕ حرام فکرِ تارِتھ مگر بدقسمتی کنٛہ حض چھہ تِم یوٚت فقط کٹھ گاوٕ تہٕ ژادرہٕ سوٚمبراونس کُن لگان تہٕ ژورٕ ژورٕ واکھو نیازٕ وٹنے یوٚت یَنُن فرض زانان" منٛزی خوش گیہ خاطرٕ وَنُنس میہ "وُچھ حض جاجایَڈی اَڈی نیازٕ ژٹتھ چھنہٕ پیر صابن یَنین مُریدن ہندی اَڈی اَڈی اَہری اَکھی یِوان۔

یکبٕتژھا چھُہ یِمَن وُچھتھ اوٚن لاگنگ طریقہٕ پیرہٕ سیاستک طریقہٕ باسیوٚمُت۔ نَتہٕ کُتہٕ ہیکہٕ یُش دریُش تھُندیہ کاروبار ژلتھ۔ میون یہ خوش گیہ گو سیوٚد تہٕ غلام محمدن ہیوٚت بڑہٕ پیر یاترال ہبلٹس نِتھ ہینہٕ والین پیرَن اول وانگُن نوٚن کڈن پتھ یاٹھی" ہتہٕ حض کیا وَنے کیٛتھہٕ ظالم پیر حض چھہ وَندکین رٕتن سانین ہتہٕ بدٕن کو کرن بخش آنان۔ ڈبو وادٕ گیو تہٕ کھیٛلیو وادٕ تیری تہٕ جاروٲے سوٚمیران۔ لہٰزا انخص چھنہٕ تمن یَنین مُریدن دُنیک تہٕ دُنیاہُک زٲرٕ بیٛنہٕ حلالک تہٕ حرامُک پھیرہٕ نکرِہ تاریخ فرصتھے یِوان۔ بلکہ حض چھہ تِم اَسہٕ ترقی ہنزِرٕ تہٕ بدٕاتیچ وَتھ ہاونہٕ بجایہ بعضے بعضے علاقَس منٛز فتنہٕ تُلتھ نیران"۔

مَلہار چھُہ کاشرِ آبادی وول بیاکھ علاقہٕ۔ یوٚدوے اَتہٕ کینٛہ لوکٹین بڈین دوٚ یہ تہٕ ہن گامَن منٛز سما وارتہٕ تراہہٕ ہانہٕ نظرِ چھنہٕ گژھان، اما یوٚزا کہ لوکھ چھہٕ گُنتھی نوٚنہٕ جاے جیوان تہٕ کانگر چھیا تہٕ کینٛہ کاشرین تہٕ ناٲلی نال۔




یتھہٕ پأٹھۍ تحصیل بلاورک کأشرۍ علاقے ملہار تھٔرس بیٹھ کأشرِ کلچرُک ژونگ خطرناک داوہٕ ہالن منز دزوُن تھونس منز کامیاب سپدُمت چھُ، تتھے پأٹھۍ چھُ تحصیل بسوہلی ہندس پہاڑی سلِسلس خاص کٔرتھ بنی نیابتس منز تہٕ کأشرِ کلچرن سیٹھاہ سنحت جان آسنک ثبوت دیتمُت۔ بلاورکین کأشرن ہندی پأٹھۍ چھیہ اتہٕ کین کأشرن ہنز عام گرامہ ہیم۔ گنےٚ پٔڑے۔ رأتھر۔ ڈار۔ وأنی تہٕ رینشی بیتر۔

بنی نیابتس منز چھُ پرٕیتھ ہاکھ بتہٕ کھینہٕ وألس کأشرِس خوچہٕ ونہٕ لوان۔ کأشرِ کلچرکس اتھ بیتھ ونس منز یُس انہار کأشرِ گوٚنک تہٕ ونہٕ وٚنک چھینہٕ چھُ آمُت ہاتمیک اِظہار چھُ پٔژ ہیو کینژ وُڑی یو بیٹھہٕ پندہ (15) اگست تہٕ شتوہ (26) جنوری ستی وابستہ تقریباتن پیٹھ سکولہٕ شُرن ہندِ طرفہٕ خاص بسوہلی منز پریتھ وٕری یہٕ سپدان۔

بسوہلی پینٹنگ ہندِس یتھ فنس عالمی شہرتھ حأصل چھیہ تہٕ یتھ ذأتی طور سام ہینہٕ

خاطرہ ہندوستانس منز امریکہ کہ سفیر پروفیسر جان گلبریتھن ۱۹۶۵ ہس منز یانہ بسوہلی

ہُنارد ورہ کوٚر، تتھ منز چھُہ بنی ہندین کاشرین فنکارن ہُنار تہٕ اہم حِصّہ اوسمُت۔

چنانچہ چھہ امہ پہاڑی پینٹنگہٕ ہندی کینہہ نادِر نموٗنہ مختلف عجایب گھرن منز موٗجوٗد

آسنہ علاوہ املی کینہہ خاص تہٕ نادِر نموٗنہ کشتوار بونہ اَستانہ کین مجاورن نِش وُنہ

موٗجوٗد تہ میہ چھہ کشتوارس منز تم نموٗنہ پانہ وُچھمتی۔

بنی بسوہلی ہندین علاقن منز بیاکھ فن یتھ منز اَتہٕ کاشر وفنکارو بڈشاہ صٲبنہ

دورٕچ یاد تازہ آس کٔرمٕژ، سو گوو شال باٲفی۔ چنانچہ آسی بسوہلی ہنٛدی راجن اَتھ فنس

پوٚچھر دنہ خاطرہ حکومتِ کشمیرٕچ منت ہیتھ تریہ ہیتھ کھوتہ زیادہ کاریگر اوٚت نیمتی

تہ ہیتہ یٲری دوری وان آسی اَتہِ قایم کرنہ آمتی یہ کتھ تہ چھیے دٔنس لایق زِ بسوہلی ہندی کاشری

کیوٚ غارہ کاشری آسی نہ اوترہ تام جوٗنٕچ برتری پانس پیٹھ قبول کران۔ بلکہ چھہ تم ازتہٕ ڈوگرہ

کلچرٕ نِشہ یِنٛژ پان منفرد بیوٗن تہٕ بدٕون زانان۔

ہمسایہ اَثرُک اَکھ نوٚن نِشانہ یُس اَتہٕ جین کاشرین زنانن ہنٛدِس پہجس پیٹھ

نظرِ چھُہ گژھان سہ چھُہ مشینہٕ ستی بناونہ آمت لِکھچھُن رنگہ پوش۔ یتھی پوش چھہ

کینژن کاشرین مردن تہٕ اَتھن تہ ڈیکن پیٹھ نظرِ گژھان۔ یوٚدوے اخلاقی گراوٹک

کُلی کٔرون اَتہٕ کین کاشرین ہندِ غارتہ کس کُس تہٕ اَندرِ کورنہ چھُہ لوٚگمُت۔ تاہم چھہ

یم لوکھ وونہ اِسلامی تعلیماتن ہند بدولتہ مقابلتاً غارتمند باسان۔ اَتھ سلسلس منز چھُہ

تہذیبی یلغار باسہ وُن ۱۹۶۴ ہُک اَکھ واقعہ پیش۔ واقعہ چھُہ یتھہ پاٹھی بیان

سپدان زِ بنی نیا تبکس اکس گامس منز اوس اَکھ راجپوٗت کاشر گامہ پیٹھ

کُنہ بسان۔ تمی سُندِس تیٖمچہ پس گو سور رچھنک شوق تہ اَمی کتہ تام زہ سور رچھیتہ

خاطرٕ ۔ ییٚلہِ کاشُر بوٚزِ یہِ بوٗزتھ زِ ٹھوکُر راجپوٗتس ہیٚتھ شوقہٕ نِشہِ باز اَنٕنۍ کوٗشش مگر راجپوت

تہِ اڑیوو ۔ بہرحال ہم واتی راجپوٗت ہِنٛدِس اَتھ طریقس خلاف احتجاج کران پرٛیتھ

جایہِ ۔ ییٚتہٕ کوٗرُکھ تس خلاف عدالتس منٛز کیس تہٕ ییٚتہٕ پانٛژٕ سٔتھ مُقدمہٕ بازی ہُند

اَکھ زیوٗٹھ سلسلہٕ شروٗع ۔ نوٚبتھ واتہٕ اوٚت ییٚتہٕ زِ آنجارِن ماہنجارِن ہِنٛدِ نارس

ہُرلاگنہٕ سٕتۍ گے نوٚقص انٛکۍ حالات پادٕ راجپوتس پیٚیہِ پنٕنۍ گوٗشرٕ دٕ پتھر واتھ یمن اقہٕ

ہمسایہٕ ہِنٛدِس جذبس برٛونٛہہ کنہِ آن مانٛنۍ ، بلکہ پیوس زِ ژھٔنِن ہِنٛدِ وننہٕ موٗجب کاشرٕ ہِن

ہِنٛدِ جذبک احترام کرنہٕ خاطرٕ سوٚر یِہٕ ؤری ہُند شوق منسوخ کرُن ۔

عام طور نا وہینہ سٕتۍ پیٚیہِ بسولی ہِنٛدِ ن کاشرِ ن ہِنٛدِ شریعتہٕ نِشہِ بے خبر

آسنس تھنہٕ ہیٚمرٕ سوٚ مُقدمہٕ بازی یا دیوٕس میانِس اَکِس کاشرِس جج دٕ ستہٕ سِنٛدِ وننہٕ

موٗجب اتہِ کین کاشرِ ن ہِنٛدِس اقتصادیاتس خراب رنگ لوٚگ ۔ اَکہِ عام مقدمہٕ کہ

نوٚعیتکۍ چھُ آسان تیمِک اندازٕ ہیٚکہِ یہِ کتھ بوٗزتھ لاگنہٕ ییٚتھ

——— زِ گلہٕ چھُ یِنۍ ہُند اَکھ سُہ شخص یُس مقامی عدالتس منٛز یہِ دعویٰ دایر چھُ کران زِ

فاطہٕ چھیٚیہِ تس زنانہٕ ۔ سُہ چھُ دنان زِ فاطس چھُ میانۍ زٕ نیٚچوٗ تہِ زامتۍ ۔ مگر سوٚ چھیٚیہِ

اَزنس نِش بسان ۔ گاہے چھُ دیان زِ فاطِن چھیٚیہِ میانِس شملہ گٔژھنس ییٚتھ میانِس ہمسایہٕ

نِس سٕتۍ زنگ وأٹھ ۔ فاطہ چھیٚیہِ عدالتس منٛز حاضر سپدان ۔ سوٚ چھیٚنہٕ اَتھ کتھہِ اِنکار

کران زِ سوٚ کیٚیہٕ چھیٚنہٕ گلنٛز زنان نہٕ چھیٚیہِ فاطہٕ یہِ دنان زِ تَس کیٚیہٕ چھیٚیہِ گُلن فُطارٕ ہِ عطی

دِرِنٛزِ ، بلکہ چھیٚیہِ سوٚ جَجس برٛونٛہہ کنہِ بیان دِوان جُرمکۍ نیم اعتراف والۍ ہِیتۍ ہوٚی

جملہٕ پنٕنہٕ سٕنٛزِ دنان گرِ ہاں زِ جج صاب اَز برونٛہٕ وُری ڈوٚ ڈاہ دٕ رٛاو گُلہٕ شملہ

مزوٗری کرنہٕ ۔ یہِ اوس وارٕ کارٕ ہیٚتہٕ پتہٕ ژھیٚتہٕ گومُت ۔ گوٗڈٕ ہیٚکن دٕ ن رتن وارِ ثم

گُلِنہٕ نوٚے، نوٚے (۹۰ نمتھ نمتھ) روٗپیہِ۔ تمہٕ پتہٕ روزٕہس بہٕ تہٕ میانٛی زٕہ بوٚ کیتھ (شُری بڈٕ ہس وقتس سیٹھہٕس کالس) اُمی سنٛزٕ روٗپے واتنس ژرارٕ ٹان۔ مگر روٗپے واتنہٕ بدل بوٗزُم نہٕ دٕہ ن، ژرِن رٕہن کانہہٕ کتھ تہِ۔ نہٕ آم ڈاکہٕ وول گُلِنہٕ کانہہٕ چِٹھۍ ہیتھ۔ میے زون گُلہٕ آسہِ جیرٕ آمی کران کران گیلس تل گوٚمُت۔ بہٕ کیا کرہا بہٕ ترٕ سیتہٕ کُسُن (ترن۔ خاندرکرُن) تہٕ بیٚلیہ اَتہِ کُسُن تہِ اکھ بوٚ کتازام' اَدٕہ آو گُلہ ــــ

نِج صاب بہٕ کیا جو کرہٕ ژرٕے وَنتم''۔

دوٚ شوٗنی درِن ہنٛدِ بیان تہٕ دوٚ شوٗنی وکیلن ہنٛدِ جرح بوزنہٕ پتہٕ اوس گاٹُل تہٕ احساس منازج اَتھ سوٚنچس منٛز گیر گرٕ ٹھان۔ یُس سیتی فاطُن غار شرعی تہٕ ناجایز رِشتہٕ کلعدم کران اگر فاطہٕ گُلس پُتشرٕ بیہِ تہٕ تتھ صورتس منٛز کس بیہِ تھم پُترن سیتی رلہٕ وُن ''ڈھول کا پھول'' یعنے کُسُن شہٕ بوٚ کُت دِنہٕ۔ تکیازِ قانونہٕ موجب چھِنہٕ اَمہٕ طریقہٕ زامتِس شُرس جایز اولاد قرار دِنک سوالے۔ رام نگرٕ کین بتھم پترن ہنٛدِ یاڈٕھی چھیِن ببولی منٛز تہِ لسنن بوٚ کیتن بارٕسس پیٚنچ نوبت واتٕنی ہیتیرٕ'' یہ بہرحال قابلِ افسوس تہٕ باعث ترددِ باسان چھیہِ ــــــ

ـــــ اورگٕ ژحَن والین کاشرٕ ہن لالچے پیر صابن نش یا مُقامی مولوی صابن نِش اَتھ وہ ہسس علاج کریٚنچ دوہ میدتھوٗ نی چھیہِ ویرٕ ٹنگ مِنگنس برابر۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھیہٕ وانجہٕ تیچھی تُلن والین واقعاتن ہنٛز کرینیہٕ ہانُکل سیٹھاہ زیٹھ۔ مثالہ یاڈٕھی چھیہٕ فقط بیہٕ اکھ رَتہٕ اوٚش ہارناوَن وول واقعہ پیش یِوان کرنہٕ۔ گُلِنہٕ زنانہٕ ہُنٛسنگا یاڈٕھی لَسَس سٕہ تہٕ نِکاح پَرن دول مولوی یِنٛلیہ عدالتس منٛز اَنہٕ آو تہٕ تَس پیہِ ژرٕ رسہٕ آوزِ گلہٕ زِندہ اسی تہٕ کتھہٕ یاکھی لوٚر رُتھ تہٕ بیہٕ فاطس

ئُسس ستۍ نِکاح ۔ اوَرہ چُھپہ گردنہِ ڈۄ چھُن کُن پھُٹنک آے بناوتھ، یہ سیاہ دِل مولوی تچھِس وَنان ۔"مبہ جناب کیا خبر اُس غا ئب گے ۔ میٚنے خاطرٕ پانہ وۄن زِ کُلس آسہ شمالہ کِس کُنہِ جنگلس منز چرٲی کران کران گیل آمُت، نہ آ رسہے سہ از بتہ ونہلا زِہ رینتھ گرہ آمُت" ۔ ستم ظریف تچھِن پیٚزٕ ژھپہ اُمِس مولوی صابس عادتس تہِ ایجاب وقبولس متعلق کینہہ کتھہ مگر جواب بوزتھ گیس " آپ بھی شرمسار ہو مجھ کو بھی شرمسار کر" وا جہنز شرمندگی ہیٚتھ تکیازِ مولوی ییٚس آس نہ دینہہ چین بُنیادی کتھہ ہنز نُلے کانہہ خبر ۔ نِکاح نامہ بیتر لیکھناوُنک چھُنہ اَتہ رِواج ۔ مُبلغ تہ دانشورن پیٚز رام نگر، بسوہلی تہ بلاورکین پسماندہ کاشرین باین اَمہِ قسمچ جہالت کا بیخ پیٚٹھہ کڈنس کوشش کرٕنی ۔

بسوہلی تہ رام نگرکین مُختلف علاقن منز بسن والین چھُہ وِتھن بیٚہن واریاہن حدس تام اکھ اُکس سٍتۍ رَلان ۔ بلکہ چھُہ ثقافتی لحاظہ تحصیل بلاورک سہ بالاًیی علاقہ تہِ یمنیٚ علاقن سٍتۍ رلان یتھ منز چھِلہ چھانگرہ یا ٹھی کاشر آبادی ہُند تناسب ۔ بہ بیٚٹھ پنژہ فی صد تام چھُہ ۔ دنتہ یاٹھی چھُہ بلاورکِس علاقے ملہارس منز قریباً ترے ہتھ گرہ کاشرِ بسان ۔ علاقے چنڈی یارس منز تہ چھہ قریباً زٕہ ہتھ گرہ کاشرٕ بسان ۔ لوہای علاقس منز چھِہ قریباً دۄن زٕہ ہتھ گرہ کاشرِ بسان ۔ بنی سرِیہ ہندِس اندٕ یکھی کِس علاقس منز تہِ چھِہ ییٚ گرہ کاشرِ بسان ۔ دُمان علاقس منز چھُہ کاشرن ہند گرہ ہتھا زٕہ ہتھ گرہ کاشر آباد ۔ دُمان علاقس منز چھِہ کاشرِ آباد ژھپہ ۔ پسان ، بنیلہ زَن علاقے لانگس منز قریباً ڈہ ڈلتھ گرہ کاشرِ آباد ژھپہ ۔ اَتہِ کین کیٚنٹرن ڈیکھرکاَن منز چھِہ کاشرِ گرہ اکہ دٕہ تہ نظرٕ گژھان ۔ مثلاً ساہنک

گامس منز چھِہ قریَباوُہ گھرہٕ ہٹ گامس منز قریَبا پندہ گھرہٕ تہٕ صنعت لٹھ گامس منز قریَبا ترٛہ گھرہٕ کاشرٕ اکہٕ وٕتہٕ بسان۔ ننگاٹی منز تہٕ چھہ کاشرٕ گھرہٕ ترٛہ مرٛہ بسان۔ بسوہلی خاصس منز چھِہ کاشرٕن ہندی یا ترٛمہ شیٹھ گھرہٕ۔ یمو منز چھِہ ہمف کاشرٕ بٹہٕ تہٕ ہمف کاشرٕ مسلمان۔ یُتوچھِیہ بھدٕر واہکن کاشرٕن بٹن ہندی پاٹھی مُقامی زبانی ہندِس زلس منز کٔرمٕژ وٕنہٕ پننہٕ بجایہ پننی انفرادیت زیادہ بہتر صورتس منز ڈیجہ تھوٕمٕژ۔ یہ چھُہ سہ وہار یتھ دلہ منز لکھنوس چندی گڈس تہٕ جومس منز بسیتھ کینہہ کینہہ ثقافتی شعورہ والۍ بٹہٕ مُشکلاتو با وجود ڈیجہ تھوٕنچ کوشش چھہ کران۔ ثقافتی شعورٕ تہٕ تھون والین ہنزٕ تہٕ چھِنہٕ کانہہ کمی۔ خود کشیرِ منز تہٕ چھِہ کاشرٕ بچن وانہٕ پارٕم ہیچھناوس فخر زانان۔

یہ پردازٕچ نیچ چھیہٕ اکہٕ ثقافتی خودکشی ہُند بیش خیمہ باسان۔ خاص کٔرتھ کشیرِ منز۔ امیک اظہار کوٗر بسوہلی ہنزٕ قابلِ فخر بٹہٕ کور یعنی مسز پرکاش رانی، یوٚسہ اتہٕ وُنہ کین ممبر اسمبلی تہٕ چھیہٕ۔ رانی جی چھیہٕ دِلس منز اتہٕ کین بسمانن کاشرٕن سنتہٕ وار یاہ ہمدردی موجود۔ رانی جی ہندی کاشرٕ اسلاف چھہ شرٛینے پرٛیرٕ وٕنتھ اوٚرت بسیہٕ کانہتی تہٕ زرار کس غلام محمد نی پاٹھی چھکہ اتہٕ کین لوکن منز عزت تہٕ برتری حاصل کرمٕژ۔

بسوہلی اندری بکھو کین کینژن گامن منز بسن والین کاشرٕن ہنز گانہہ واد نشاندہی ہیچھ پاٹھی۔ (۱) ڈگن، قریَبا ڈہ گھرہ کاشرٕ (۲) دلنگل قریَبا پندہ گھرہ کاشرٕ۔ (۳) دوٚہلی قریَبا اٹھ گھرہ ڈگر قریَبا وُہ گھرہ کاشرٕ (۵) بنڈار، قریَبا وُہ گھرہ کاشرٕ (۶) بکھٹاپی، قریَبا پندہ گھرہ کاشرٕ (۷) فتح پور، قریَبا وُہ گھرہ کاشرٕ (۸) ٹپر قریَبا پندہ گھرہ کاشرٕ (۹) پوڈ، قریَبا پندہ گھرہ کاشرٕ (۱۰) باجل قریَبا پندہ گھرہ کاشرٕ

# ہماچل پردیش کین کاشرٕ ین

# متعلق کینہہ کتھ

ہمسایہ ریاستہٕ کین دوٗر افتادہٕ کاشرٕ ین علاقن ہنٛز نشاندہی کرنس

پیم یرہٕ گی روزنُک احتمال چھ ۔ میٚہ چھُ تمن ہُند احساس اما پوٚز امہ کتھِ ہنٛز واقفیت بہم کرنہٕ خاطرٕ

نمٕ ہماچل پردیش منٛز کتھ کتھ جایہِ چھ کاشرؠ بسان ییٚتھ ہیٚہ یہ ڈیپ نمہ تہٕ وتہٕ یکہٕ ذہنہٕ تام اتھ

ریاستس منٛز صدیو پیٹھہٕ بسن والین ہُند نیب نشانہٕ پیٚرزٕ نن یہ توقع تھوٚوِتھ زِ میانہِ نشاندہی پیٹھ کرن

پٔہٕ پکسکی کاشرؠ محقق یمن رآو ہتین دُردانن ووٚن ڈِنگ تہٕ پننہٕ ٹھیک موخہتہ ہاریناوُنک

حق ادا ۔ میٚہ چھُنہٕ ہیٚس یتھ سٔروٚیس مکمل زانٛنک کانٛہہ دعوا ۔ یتھٕ سٔروے کامہ گژھن سرکاری

سطحِچ سہولیژ میسر آسنہٕ یم نہٕ میٚہ میسر چھیٚہ، بلکہ چھُنہٕ تتھین سہولیاتن ہُند عشرٕ عشیر تہٕ میسر تھوٚنہٕ

آمُت، ییٚتھ از بُرونٛہ تقریباً اکھ ہتھ وٕری ہُندوستانچن مختلف زبانن ہنٛز سٔروے

کرن وأل انگریزٕ، محقق جارج گریرسن ہندین معموٗلی ملازمن آیتن آسی تھونہٕ یوان ۔

مطلوبہ سہولیژ روٗس ہیکن نہٕ کٔنہہ موقس پنین تمامن، پروفیسرن تہٕ محققن نش

بڈٕ توقعات پوٗرٕ سپدِتھ۔ میٚ چھُ یقین زِ کاشرِن ہنٕز عالمی شہرت تھون ہوا جِت ذہانت چھےٚ از تہٕ ڈیکہٕ مگر اتھ گوژھ علمی، سائنسی تہٕ تحقیقی کامن ہنٛدِ خاطرٕ بڈ شاہی دورُک ہیو سہولیژ بوٗرت ماحول میسر کرنہٕ یُن۔ غارٕ یہِ کتھ ونہٕ نو ٚدُس یہٕ (سکھ باوجود) ہماچل پردیش کین کاشرِن گامن تام واتھِ نہٕ ہٮ۪کٮ۪۔ شاید چھُ یہ وٕنُن تہٕ ضروری زِ ہماچل پردیش کین علاقن منٛز گژِھتھ تتہٕ کہینہ کال گذارُن ضروٗرتھ پیُٚو ونہٕ خاطرٕ دِیت میٚیہ تاہم ہماچل پردیش گژھن والین خاص کٔرِتھ بیرن تہٕ باپارِن ہیتھ ہوِن لوٚکن وٚڈن تہٕ وٚڈن دِژ یہٕ کآم کٔر میٚیہ سرینگر نوشہرٕ کین ہماچل پردیش گژھن والین بجٕین تہٕ نوٚکین کوٹھ دارن سمکھنہٕ ہیٚتھ شروع۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر مٕ بانہالہٕ کین تیرِ۔ باپارِن تہٕ بھدرواہہٕ کین گدِن پرژھ گآر بہرِ حال مختلف قسمہٕ کین باپارِن ہنٛدِن تجربن وٕلیوٗر ٹلان ٹلان گےٚ میہ اعتمادٕ سان کہینہ کتھٕ ونیٚنہٕ ہیمتھ یادٕ۔ اَمہِ علاوٕ آسہٕ میٚ تہٕ موتی لال ساقی صآبن ۱۹۷۳ء یس منٛز ہماچل پردیش کِس اکِس روزن وآلِس تعرُس نِشہٕ تمہِ دوہٕ کہینہ کتھٕ نوٹ کرٕ ہٕ یٚیلہ کشمیر کلچرل آرگنائزیشنہٕ کہِ طرفہٕ ضلع ڈوڈٕ کِس تمدنی دورس پیٹھ کشیرِ ہنٛدی۔ تروٲہ مشہور تہٕ مختلف علاقن ہنٛز نمائندگی کرن وآلی شاعر سوزنہٕ آیاے تہٕ یہٕ اوسُس تنظیمی طور کلچرل آرگنائزیشنہٕ کِس نآیب صدرٕ سٕنٛدِ حیثیتہٕ اَمہِ وفدُک وِ تہٕ ہاکُک مقرر کرنہٕ آمُت۔ کشتوارٕ پیٹھٕ واپس یِوان یم کتھٕ عبداللہ تارک۔ ہماچل پردیشی ٲتھ نفرن اسہِ ونہٕ وفدٕ کیو اکثر ممبرو بوزٕ تم سیٹھا دلچسپی سان۔ سآنِس وفدس منٛز شآمِل نمائندٕ ادیب تہٕ شاعر حضرات آسی یِم۔ ۱۔ پیر غلام نبی جوہر (ترارِ شریف) ۲۔ رشید نازکی (بنٛڈپوٗر) ۳۔ مشعل سلطان پوٗری (درمُل) ۴۔ فاروق نازکی (سرینگر) ۵۔ فرحت گیلانی (سرینگر) ۶۔ موتی لال ساقی (بڈگام) ۷۔ شریف الدین پرواز (ٹیلوُوم) ۸۔ مکھن لال کنول (سوپور) ۹۔ عبدالاحد حاجنی (حاجن سونہٕ وار) ۱۰۔ ارجن دیو مجبور (کھوٚلہ گوم) ۱۱۔ محمد ایوب بیتاب (شوٗپین) ۱۲۔ جواہر لال سروٗر (مہہ نوٗر بڈگام) ۱۳۔ بنیہ یہٕ (مرغوب بانہالی)۔



پتھر بہتھ :۔ ڈاکٹر مشعل سلطان پوری، جواہر لال سرور، فاروق نازکی، عبدالاحد حاجنی، مجاز
ایوب بیتاب، فرحت گیلانی۔

کرسین پیٹھ :۔ مکھن لال کنول، بجانباز کشتواری، ڈاکٹر مرغوب بانہالی، غلام نبی جوہر
ڈاکٹر رشید نازکی، ارجن دیو مجبور، موتی لال ساقی

وۄدنی (منزہ کنکہ پانژٕ نفر) مُبارک علی شاد کشتواری، شریف الدین پرواز، اُلفت
کشتواری، نشاط کشتواری، بلبل کشتواری۔

ہماچل پردیشکی نفرن یم کتھ اسہ موٗ حفر یا ٹھی وننہ منز آسہٕ تمن ڈرایے تحصیل رام بن کِس تہٕ ڈوبا پارٕن

ٹہٕ ترٛھ گاگر کرنہٕ ستی گیٚنی۔ تموٚ یاپار لوٚ خاص کرِتھ تہٕ ژنگل بانہالہٕ کیو باپار لویوسہ۔ دلچسپ کتھ ہماچل

پردیشس منز روزن والین ساپہٕ بدرن کاشرن ہن متعلق ووٚنی۔ سہٕ آس یہ زِ تم لوٗکھ چھہٕ انتہائی

ماپہٕ لوٗزتی۔ دینچہ پابندی منز چھہٕ تم بانہال تہٕ کشتوار کین کاشرن ہٕ ستی رلان۔ تمن منز چھنہٕ

رام نگر تہٕ بسوہلی ہندین ہنزٕ ہش کانہہ بستی نظر گژھان۔ اتہٕ کین کاشرن چھہٕ پننین ہمسایہٕ غار کاشرن

ستی تہٕ سیٹھاہ رٕتی تعلقات۔ کشیر یا بیٚیہٕ کُنہٕ کاشرِ علاقہٕ پیٹھٕ تمن نش واتن والس کاشرِس ستر وتہٕ

منز چھہٕ تم چشمہٕ وتھراوان تہٕ تس پیٹھ اکس سنز یائے سُند ہیٚوٕ اعتماد کرِتھ تس پننین باترن منز جاے

دِوان۔ رُت میوٚٹھ یہ میسر سپدِ یکھ تہٕ تس کھیاوناوان۔ بھدرواہٕ سوٗ دپیر پانشرالکہ کیلاش بالہٕ

پیٚٹھی یوس وتھ اور گژھان چھیٚیہ سوٚ چھیٚیہ ساروِے کھوتہٕ ژھوٚٹ تہٕ خوبصورت وتھ زانَنہٕ

یوان۔ اتھ وتہٕ منز چھہٕ پدری ہنزِ دلکش مرگہٕ وُسبتھے ہماچل پردیشہٕ کین کاشرن ہندی پہاڑی وٕژن کنت

ہیوان گژھن۔ یتھین بے واپہ گیوتہٕ بیٚنہٕ والین وٕژنن چھہٕ اکھ مُقامی کاشری چینہٕ دنان۔ یہ کتھ

ہیٚکہ خوف تردیدٕ ورآی وننہٕ یتھ زِ بسوہلی ہند بالائی علاقہٕ سوٗ داپارٕ بیٚیہٕ بھدرواہ تہٕ کشتوار اپارِ

چھُ اکھ وُنسی علاقہٕ کاشرن ہنزٕ بستی پیٹھٕ مشتمل یُس پیر پانشرال بیلٹک ساروِے کھوتہٕ دوٗر

افتادہ مگر دلچسپ علاقہٕ چھُ تمن منز کشیرٕ ہندٕ ریاستہٕ نبر آسنک دتہٕ دور ژک احساس چھُ امہٕ کتھِ

تلہٕ ظاہر سپدان زِ ہماچل پردیشس منز بسن وول پر ہتھ شخص چھُ کاشرن باپارن ہنزن کتھن

(تہندِ وتہٕ موٗجب) واَنجہٕ ہندٕ لوکنو بوزنہٕ یتہٕ اکے کتھ وُوشش ترٛاوِتھ دنان۔" واے مِیٚنی طاقتھ تہٕ

فراغتھ پاہتھے یہٕ یمہٕ ہا ماجہٕ کشیرٕ ہند درشنا کرِتھ "یاوٕ یہ گوٚ زِٹھس کشیر وُچھنہٕ یتہٕ مرٕن" اتھ موٗ حفر

جُملس منز کُس ارمان تہٕ کوتاہ سوٗن امار چھُ کھٹتھ تہٕ ہیکن یہٕ کشیرٕ منز بستھ کشیرٕ بے قدری کرن

والی تہٕ امہٕ کِس تعمیرس منز مُجرمانہ غفلت ورتاون والی اندازے کرِتھ۔ یوٚت تام ہماچل

پردیشہ کین کاشُر بوٚدن والین علاقن مُتعلق چھُ یتھ کتابہِ منز یہ پیر پانتراں بیلٕہ چِھنہِ وتن ہِنٛد ذکر کرنس دوران ہماچلی علاقو منز گزُرن واجنین پڈی۔ وتھن شہر تہ نشاندہی کرنہٕ۔ یتیہٕ نس ہیمواسی گعوڈ اتہ کین کاشرین علاقن ہِنٛدی ناوٕ یمہ یتھہ پاٹھی چھہ:—

۱. علاقہ باندل ۲. علاقہ کہی یار ۳. علاقہ ہمگری ۴. علاقہ مکھن چھوٚڑ ۵. علاقہ ٹکری ۶. علاقہ جونٹر علاقہ برمور ۸. علاقہ جسور ۹. علاقہ سوپدر ۱۰ علاقہ سندلہ ۱۱. علاقہ منہ لوہار ۱۲. تحصیل تیسا خاص ۱۳. تحصیل چمبہ خاص تہٕ ۱۴. علاقہ لنگیر۔

یمن ترو دہن علاقن ہندین لوکٹین کیو بڈین قریباً دوون ہتن

گامن تہٕ موٚرن منز چھ کینہہ کاشری گام آبادی ہندِ لحاظہٕ خاص پاٹھی ناوہنیس لایق مثلاً علاقہ باندلک تینگرہ گام چھ تیتھ آباد زِ اتھ منز بسن وآلی قریباً ینترہ وے کاشری گھرہ چھ آسن وآلی تہٕ مالدار۔ امی علاقہ کس جانش گامس منز بسن وآلی قریباً ژٕہ گھرہ کاشری تہ چھ خوش گزران۔ علاقہ کہیارس منز یتھ جایہ پولیس سٹیشن چھُ تتہٕ اندی پکھی بسن وآلی دہ دہ گھرہ کاشری۔ بچین نوٚ تعلیم دِنس منز بڈ باہوش باسان۔ تحصیل تیساکس ہمگری علاقس منز چھِ کینہہ گام جفاکش کاشرین ہنٛزِ بستی ییٹھ مشتمل مثلاً شِلے گامس منز چھِ یتھی وُہ اکووُہ گھرہ کاشری بسان۔ گروہون گامس منز چھِ قریباً ژٕ بجہہ گھرہ کاشرین ہندی۔ گلیل گامس منز تہٕ چھِ قریباً ژٕ بجہہ گھرہ کاشری بسان۔ علاقہ لنگیر کس آہز ھی مرگا ملکی ینترہ وے کاشری چھ خوشحال تہٕ خوش گزران۔ علاقہ ٹکری ہندس جاجو گامس تہٕ جیرڑ گامس منز چھِ الہ پلہ شیٹھ گھرہ کاشری آباد۔ خاص تیسا بازرس منز تہٕ پوٚدوے کینہہ کاشری دکاندار نظرِ چھہِ گژھان اما پوٚز لالاجی ین مقابلہ چھہِ تم اتہ سیٹھاہ یتھ تاہم چھینہ اتھ بازرس اندی پکھی بسن والین کاشرین ہنزٕ کاریگری اتہ کس معاشرس منز نفیس پاٹھی حصہ دار خاص کرتھ کیلی گامس منز بسن والین قریباً ستھن کاشرین گھرن ہنٛد اثر چھُ ہمسایہ بستی پیٹھ

خوشگوار بنہٕ یوان۔ جونٹہ علاقہٕ کین بلےٚ سالوان تہٕ درکوٹ ہیوہن گامن منز تہٕ چھِ وُدہ پنٛژہ

پنٛژہ گھرہ کاشرٕ آباد۔ کاشرٕ ہندی یِتھی گھرہ چھِ علاقے جونٹہ کین پوٚکھر، گیتی، بنی کھیت

ڈنیرا تہٕ باتھری گامن منز آباد۔ بایارہن ہندی پن چشم دید واقعات ٹنہٕ چھُ باسان زِ ہماچل

پردیشکۍ کاشرٕ چھِ واریاہن رسمن تہٕ رِواجن منز باتہالہِ کہ ہونگٹ علاقہٕ کین لوٗکن، ڈوڈہ کہِ بھرت

علاقہٕ کین لوٗکن تہٕ بھدرواہ کہِ بھلیش علاقہٕ کین لوٗکن ستیٚ رلان۔ مثلاً خاندرکین بے تکلف سلسلن

منز یا قریب پیٹھ ژون دوہن چھِ تازہٕ مورس گامہٕ گنڈ گژھنکس سلسلس منز بیتر۔

شاید چھیٚ یہ کتھ وننۍ ضروری زِ بیرِپا تژال ہلٹس منز چھُ جمع فاتحہ بجایہٕ ژورِمہ یا ترٛیمہٕ دوہہ

ختم قرآن پٔرتھ مور ردہ سندِس رۄحس ثواب یوان سوزنہٕ۔ امہ پتہٕ چھِ پکھ وارتہٕ ماسہ وار ہندس

موقعس پیٹھ بیٚہ لوکٕ موکٕ ختم آراتھ کرنہٕ یوان۔ اگر مرن والی سُند وارث کاروبارکس سلسلس

پیٹھ کُنہ دوٗر جایہ آسہ تیلہ چھُ کتھ یا ژھاوُل ختم آراتھ کرنک پروگرام ژورِمہ بجایہ ترٛیمس پیٹھ ملتوی

یِوان تھونہٕ۔ ترٛیمہ پتہٕ چھُ ؤہرِ مور سندِس رۄحس فاتحہ یوان دیاونہٕ تہٕ اتھ تقریبس چھِ

کینژن جاین وہرہ وودونان تہٕ کینژن جاین وہرہٕ وآر۔

اگر ہماچل پردیشس منز لوٗنہ جایہ ورٕ آسے، پھرن، کسابہ، وانکہ، کانگر

تہٕ سماوار بیتر ہوی پرانہ کاشرٕ کلچرکۍ نمایندہ چیز وونی نظرِ چھینہٕ گژھان اما پوز اتہٕ کین کاشرٕ ہن

گھرن منز چھُ ماضی قریبس تام یمن چیزن مُند چلے جاوادسمت۔



# بالہٕ اَپاری مین کشیرِن علاقن منٛز یوٗرپی سیاح

کُنوٗہمہ صدی منٛز اوس ایسٹ اِنڈیا کمپنی ہنٛدِ طرفہٕ اکھ تیتھ پروگرام بناونہٕ آمُت یَتھ تحت ہمالیہ کین تہٕ کشیرِ ہنٛدین مُختلِف پہاڑی عَلاقَن منٛز دَھاتن تہٕ زمینی دولتن وۄن دِنہٕ خاطرٕ اِنگلِستانکۍ تہٕ جرمنی ہنٛدۍ کینٛہہ گاٹلۍ سارے آسایشہٕ آیتن تھوٚوِ اور سوزنہٕ آسی یوان ۔ یِم سرٕوے کَرن وٲلۍ آسی تیتھۍ تہٕ آرتہٕ قوم پرست تہٕ ہُمہ جوٚ یوٗرپی گاٹلۍ آسان، یِم بالَن ژھایِہ پرانین شہرن تہٕ سَرین منٛز بسہ والین لوٗکن ہنٛدِس کلچرَس سام ہنٛس کرِ نوٗ ریٖمہ زمینچہِ یوٗلہِ منٛز تھونہٕ آثرن وسترن تہٕ دہاتن ستھاہ گاٹہٕ بٲپارسان وۄن دُین زانان آسی ۔ یِم گاٹلۍ روٗدۍ گلاب سنگھنس دورس منٛز تہٕ پھیران ۔ یِمتھی نے گاٹلین تہٕ پوٚختہ کار سرٕوے کرن والین بلکہ مَتی لاگیتھ سالہ پتہٕ کھنہٕ والین منٛز چھُ اکھ اَنگریز سیاح جی ۔ ٹی ۔ واینی تہٕ شامِل آسان ۔ سُہ چھُ ایسٹ اِنڈیا کمپنی ہنٛدی

سوٗن تہٕ رٕوپھ ژھانڈنٕکی منصوبہٕ باعمل اَننہٕ خاطرٕ شمالی ہندوستانہٕ چین ڈلہوزی، شملہ تہٕ چمبہ ہِشِن دوٗر جایِن وۄن دِنہٕ پتہٕ پیر پانژال بلہٕ چین کینژن سرین اندٕ پکھی پھیران پتہٕ چھ سٕلداخ، گلگت تہٕ کابل ہِشِن دشوارگزار جایِن تام واتنس منٛز کامیاب سپدان۔ تاہم چھ اَسہِ اَمہٕ زنگی جی۔ ٹی۔ وایِنی سندی سیٹھاہ شکرگزار زِ تمی چھ اَز برٛونٹھ قریباً ڈٕو ڈہتھ ؤری پیر پانژال بلہٕ کین مختلف علاقن منٛز کاشرِ کلچرٕچ موختصر مگر کینہہ اہم کتھہٕ ریکارڈ کرٕنہٕ، تمی چھیہٕ سیٹھاہ غارٕ جانبدارانہٕ پاٹھی اَسہِ تہٕ تِہ واقفیت بہم کرٕنہٕ یتھ کاشر بوٚلن والین ہنٛد اعداد وشمار بدلاونٕچ کوشش کرن والی سَہل سَہل آب ہیکن نہٕ تارِتھ۔ بہٕ کرٕ تمی سندِ سفرنامہٕ منٛز پیر پانژال بلہٕ کین کینژن علاقن متعلق دۄن ژٕون اِقتباسن ہنٛد آزاد ترجمہٕ۔ میہٕ چھیہٕ وۄمید زِ یہ ترجمہٕ پرِتھ باسہٕ پرن والین پنٕن پان اَمِس سالہٕ ہتی سنٛز معاملہ فہمی تہٕ تمہ پسندی ہتھ یِمن تجربن منٛز شامل۔ گوڈنیک اِقتباس چھ جی۔ ٹی۔ وایِنی سندِ سفرنامہٕ "KASHMIR, LADAKH, ISKARDOO" جلد اوّل صفحہ ۱۹۴، پیٹھہٕ یعنے تَتہٕ پیٹھہٕ شروع سپدان ییلہٕ سُہ تمی سندی سیتی باجہ۔ بسوہلی، بلاور تہٕ رام نگر منٛزی چینینی، ہِنٛز دِتہٕ ژٕرٛتھ شمالس کُن واقع اکس تھدِس تینتالس پیٹھ واتان چھ تہٕ تَتھ ڈوڈہ ہِن مختلف علاقن پھیرٕنک یرادٕ کرِتھ اندٕ پکھی نظر تراوان چھ۔ چنانچہ چھ وایِنی لیکھان "اَمہٕ دِتہٕ ہِندِس اِنتہائی شمالس منٛز واقع اَکھ تینتالس پیٹھ وآتہٕ تمہٕ پیر پانژال نفیس نظارٕ ژٕونہٕ کُن یوان ییمی کِشتوارٕ اندرٕ اندٕ پنٕن زال ژواپاری دیرٕ ووت چھ۔ اَمہٕ بتالہٕ پیٹھہٕ چھ دوڈہک قلعہٕ وادی چناب (چناب کہ اندٕ پکھی علاقٕک) ڈیکٕ ٹیکہٕ ہیوٗ لبنہٕ یوان۔ اما پوٚز مے چھ باسان زِ اَتہٕ پیٹھہٕ سیٹھاہ گوشش

کرنہٕ باوجوٗد تہٕ چھُنہٕ برما بال ڈرینٛٹھی ہیکان یتھ

اَتہِ باسیوٚد اَسہِ لازمی زِ اَسہِ رٹو چینا بٲک کھوٗر لوٚکڈ۔ یتھ زَن تریٛمہٕ دوٚہہ ڈوڈہٕ تہٕ ژوٗرِمہٕ دوہہ بھدرواہ واتہٕ تھہِ ہیکوٚ ۔ یتہِ پیٹھہٕ اَسی دوٚدِہر کِہ شمالی دامنہٕ کنہِ نکوٚ۔ یتھہٕ پاٹھی اَسہٕ یہِ وَتھ زیادہٕ خراب اَما پوز اَسہِ آے کینٛژن جاین تنگ پہاڑی وَتہٕ ہُتھہِ۔ ییٛتھہٕ اَسی کینٛژَن جاین کھسہٕ وَنی تہٕ وسہٕ وٕنی لبٕز زیادے وُچاپہٕ تہٕ دوکھہٕ۔ وۄں گو قدرتی نظارَن ہُندٕ نِندِ باہر تہٕ خوبصورتی وُچھتھ تہٕ اَتی منٛز کاَنہہ زَنگہٕ وُزتھ کُکوِ یا پٔچھنہٕ ہُند شِکار کرنہٕ ستی اوسنہٕ اَسہِ تھکن یادے روزان۔ خاص کٔرتھ تمہِ دوہہ ییٛتھہٕ بٔیلہِ منٛے اَتھ وَتہِ منٛز عجیب شِکار وُچھتھ یِکہٕ بٔرے نہٕ پُنہٕ کران آسہٕ۔

وَتہِ پکان باسیوٚد بہتر اَسہِ یہِ زِ اَسی گَژھو بھدرواہ تہٕ تورٕ پھیرِتھ وُچھوٚن ڈوڈہٕ۔ بھدرواہ پیٹھہٕ کولہِ چھُہ بہوٕ ژدہو میلو ہُند سفرہٕ یتہٕ چینا بَس ستی ژُیل گژھان۔ بھدرواہ پیٹھہٕ وَتہِ منٛز ییٛتہٕ والہٕ اکہِ گامُک زوٚنڈدار مگر بیٚلہٕ اوٚندلوٚکھ وُچھتھ آونے دِلہٕ بیٚن اُچھن برونٛہہ ڈکُن اِنٛگلِستانُک اکھ آباد تہٕ پہاڑی ضلع۔ وَتہِ منٛزٕ یہِ گام چھُہ پازرٕ پٔنٛژ

---

۱ بہ چھُس پانہٕ دوہ یہِ کَٹہٕ بٹہٕ وَتھ پیٹھہٕ ڈوڈہٕ تام پیدل گومُت۔ اَما پوز منٛے چھُہ اَتھ سفرس صِرف اکھ دوہہ لوٚگمُت۔ باسان چھُہ زِ وایہنی تہٕ ہمِہ ہنزٕ جماعژ آسہٕ ستہٕ مہادیو چھِہ دَتہِ ہُند تھکن تہٕ مُس کڈنہٕ خاطرٕ دوہس کھنڈس تتھ جایہِ قرار کوٚرمُت ییتہٕ وُنہِ کٹینہ بٹہٕ وَتھ سرِ آباد چھِنے۔ یتہِ چھُہ ممکن زمین زوہن آسہِ ہے بٹہٕ وَتہٕ جنگلک گنٕز تہٕ ڈوڈہٕ پیٹھہٕ وَتہٕ ہُند سفر تیتھ وُچاپہٕ زا اَتھ آسہِ ہے اَز کِہ کھوتہٕ دوہ گنہٕ ژوٚ گنہٕ وَقت لگان۔ ویسے چھُہ وَتہٕ ہنزٕ ژرِ وُچاپہٕ گی ہندٕ جی ٹی وایتی یہ پانہٕ تہٕ اِشارہٕ کوٚرمُت۔ (مرغوب)

اَکھ مشہوٗر شانکھن جاے زانٕنہٕ یِوان ۔ اَتہِ چھہ مێہ دِلچسپی سان تِم والہٕ واش ہموٗسیتہٕ اَتِکی لوٗکھ پٲٹھ زرٹان آسی ۔ تِم والہٕ واش آسی اَتہِ تِتھے پٲٹھی دہرِ تہ تھونہٕ آہتی ہیِتھ پٲٹھی مَدرس شُری بنِیہٕ زال ژٕرِ شکار و خاطرٕ وُہرِ تہ چھِہ تھوان ۔ تِمَن والہٕ واشن منٛز آسی زِندٕ کوتَر پٲٹھ زن یِرم دِنہٕ خاطرٕ لاگنہٕ آہتی ۔ اَتھ وَتہِ منٛز چھہِ جونٛٹہٕ مارن وٲلی پٲز ۔ کارٕ زِ پیٹھی تہٕ یکھہٕ ژھوٚٹی پٲنہ بیِنہِ وارِیاہ قسمکی پٲز نظر گژھان یِم مَشرِقی مُلکن اَندر وَرتاوس منٛز اَنہٕ چھِہ یِوان ۔ وُنِتام یتیاہ علاقہٕ مێہ کُہسٲن یِھیری یِھیرِ دی وُچھمتی چھِہ ۔ اَکہٕ کشیرِ درٲے چھُہ فقط بھدرواہ تِمَن سارنٕے علاقن منٛز پٔرہیتھ جاے کھوتہٕ خوٗبصوٗرتھ باسان ۔ اَوت وٲہتھ وُچھہ مێہ سطحِ سمندرُک تھزر ہاوَن وٲلس شیشس قریٖبا پانژھ ہَس فُٹہٕ تھزر ۔ بھدرواہس چھِہ اَکی کاشری بدر کھہِ وَنان تہٕ اَندٕ گِکھہِ کِین پہاڑن منٛز بَسَن وٲلی چھِس بدُرونان ۔ ڈوڈہ پیٹھہٕ بھدرواہ کُن گژھ وُنہِ وَتہِ چھُہ بھدرواہ کولہٕ ہندِ کھوورِ پیٹھہِ ہَٹھہِ کھسہٕ وُنہِ قدمہٕ یکُن پیوان ۔ یوٚت تام زَن یہِ وَتھ اَکس تھِس تھَدِس مقامس پیٹھہِ کھجریراوان چھِہ ۔ یِمہِ بروٗنٛہ کُنہِ کِس ژٕتھری وٲنی زمینس پیٹھہِ دانہِ ڈٕل وہرنہ چھُہ آمت ۔ اَمہِ جاے پیٹھہِ ہندِس اَندی کِھس منٛز چھِہ سٔتر زمینہ علاوہ اوٚک لابرٕی ہُتھی تامتھ فصلہٕ بوٗرِ تی تظر یِوان ۔ بھدرواہ چھُہ گسنہ آبادی والہِ وار یاہو گامو منٛزس ہیوٗرو ۔ یِم گام چھِہ عام پٲٹھی غلطتہٕ والین دیودار کٔلین ہندِس تھٕلس تَل آباد ۔ بلکہ باسِیٚ مێہِ یِم ہموٗ گامو نِسبتہٕ سیٹھاہ خوٗش حال یِم مێہ اَوت تام باقے پہاڑی علاقن منٛز وُچھمتی چھِہ ۔ یَتھ کالہِ چھُہ بھدرواہکین راجن ہُنٛد کال تام چھِبہ کیٖن راجن کُن باج خراج دِین یوٚمت حال چھاے اوس ۱۸۳۷ ہُرونٛہ دٔہ وٕری یعنے بھدرواہکس آخری راجہٕ سٕندِس دَورس منٛز چِھبہ کٕرِ راجن فوجہٕ لشکراہ نیٖنس وزیرس منٛز سِر برٲہی منٛز بھدرواہس پیٹھ

حملہٕ کرنہٕ سوٗزِتھ۔ تِمَو فوجَن کوٚر بھدرواہٕکِس قلعَس پیٹھ قبضہٕ تہٕ بھدرواہُک راجہ آوٕ بےعار یا ٹھوٚ نیِنہٕ تاج وتختہٕ نِشہٕ محروم کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کینہہ وُری گژھتھ کوٚر دیسا سِنگھن رنجیت سنگھ سِندِ حکمہٕ موٗجب بھدرواہس پیٹھ حملہٕ تہٕ تِمَو کوٚڈ یہ قلعہ چمبہٕ کِس وزیرِ سِند قبضہٕ منٛز۔ بلکہٕ کرنوو رنجیت سنگھن اَتھی وقتس منٛز رلو کِس تتھ قلعَس پیٹھ تہٕ حملہٕ یُس تَمہِ وقتہٕ چمبہٕ کِس راجہٕ سِندِس قبضس منٛز اوس۔ سکھ فوجکو وار یاہ نفر گئے تتھ قلعَس پیٹھ حملہٕ کرنس دوران مارہٕ۔ مگر چمبہٕ ٹیکٕ زیرِ گو اَتھی لڈایہ دوران رنجیت سنگھس نِش تہٕ کوٚرُن تَس ستیٚ تصفیہ زِ رلوٗک قلعہٕ پییہ اَتھ شرطس پیٹھ رنجیت سنگھس دِنہٕ، اگر سُہ بھدرواہس پیٹھ چمبہٕ ٹیک اقتدار قایم روزنہٕ دِیہٕ۔

میٚہ باسیوو زِ بھدرواہٕک قصبہٕ چھُ تَمہِ کشتوارٕ کھوتہٕ دوگنہٕ بوٚڈ۔ یُس دوٚن ترِٛن ہتن گھرَن پیٹھ مُشتمل چھُ۔ یمَن پہاڑی قصبن منٛز آبادی منٛز چھہٕ کاشری لوٗکھ ساروے کھوتہٕ زیادٕ بسان۔ دراصل چھہٕ یم لوٗکھ سکھ گورنرَن ہِندِ وقتہٕ کشیرِ منٛز برپا کرنہٕ آمتہٕ ظلمہٕ نِشہٕ بچنہٕ خاطرٕ پننہٕ گھرٕ ترٛاوتھ اوٗت بسنہٕ آمتی۔

بھدرواہکہ صدر بازرک یاتہِ جین گلیَن ہند حساب چھُ جنوب مغربہٕ ترٛایہ کھسہٕ وُنہٕ قدیمہٕ تتھ قلعَس کُن یکان یُس امہِ سریہ ہندِس تعزرِس پیٹھ چھہٕ نظر گژھان۔ یہ قلعہٕ چھُ اَکھ بوٚڈ شرکو بخل قلعہٕ۔ یُس خاص کرِتھ بجِن پوترَن ہِندہٕ تہٕ ترِژھ چھونہٕ دارمیتر ہِند بناوچھُ آمت، یوس تا یس تہٕ ہوہس منٛز نِنی روزنہٕ ستیٚ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ دران مچیٚ۔ اَمہِ پتہٕ قسمچ میٚترچھہ اَتھی علاقس منٛز یاتھان

یہ قلعہ چھُہ پزٕ پٲٹھۍ بیٚیو سارِوے پہاڑی قلعوٕ نِشہِ زیادٕہ مضبوط باسان۔ اَمہ قلعہٕ پیٹھہٕ کینٛہہ حصہٕ چھِہ اَکہِ نہرِ جنگلن وٕ ولمت۔

کھدرواہ چھُہ زٕو وایٲری کھدلو بالوکھوٕ نہٕ نِشہِ روٗٹمت۔ لہٰذا یوٚد وے یہ علاقہ ہینہٕ ضرورتہ کھوٕ تہٕ زیادٕہ اَناج پٲدٕہ چھُہ کران۔ باسان چھُہ زِ توتہٕ گژھن نہ اَمہِ علاقکۍ لوکھ کینٛہہ فالتوٗ اَناج نیبر سوزنس پیٹھ توت تام رضامند یوت تام نہ یمن اَکھ کاروبارس منز کانٛہہ غیر معموٗلی فٲیدٕہ لبنہٕ ییہ۔

اُکِس موقعس پیٹھ ییلہٕ بسوٗہلی منز دراگ وٕ وٕتھمت اوس اُتی ییٚیو تہٕ کینٛن لوکن کھدرواہہ پیٹھہٕ تیوت غلہ سارن زِ سرکارس ییٚہ غلہ نیبر سوزنہٕ خاطرہ پابنٛدن یدرون پیٹھ باضابطہ گھاٹ قٲیم کرِن۔ دِیان ییلہٕ کھدرواہکیو لوکو غلات نیبر گژھنس کانٛہہ روک لوگ نہ تمِک نتیجہ دراو یہ زِ خود کھدرواہس منز تہٕ ووتھ دراگ۔ دراصل اوس کھدرواہس منز سہ دراگ نتیجہ کھدرواہٕچن ہینہٕ تتھ موقعس پیٹھ خبردار تہٕ دوٗر اندیش نہٕ بننک

کھدرواہہ وُچھ میٚہ اَکھ بُڈ زنانہٕ، یُس لوکو تمی دوہہ اَکھ ڈٲن زانِتھ رٕٹتھ اوس اَنی مژ۔ اَتہ وُچھ میٚہ زِ اَگر کانٛہہ آسن وول امیر مہنیوٗ یتہِ کال بیمار چھُہ پیوان تہٕ یتہٕ تمس منز بیماری دواہو سیتۍ دوٗر چھِہ نہٕ گژھان اَتی چھِیہ تس شخصہٕ سندٕ دوٗرٕ لناوِنہٕ خاطرہٕ کانٛہہ تژھ بُڈ زنانہٕ ژھانڈتھ یوان اَننہٕ ییمۍ سندۍ کھوٕ رٕٹِتھ کُن پھیران آسن۔ یژھ زنانہٕ چھِیہ ڈٲن آسِنچ ہاژھ یوان لاگنہٕ۔ تمہ پتہٕ چھِیہ تس شایدنس یوان ژٹنہٕ یا چھِیہ سو بیٚیہ کنہ طریقہٕ سیتۍ مارنہٕ یوان

بہرحال ییٚلہٕ سوٗ ژٔھتہٕ اٲسۍ ہرٛٹہٕ زنانہٕ میٲنس وٕنٛنس بیٚٹھہٕ میٚنہٕ نش اٲنہٕ آیہ میٚنہٕ باسیوٕ زِ تٔس بیچارِ سنٛز ڈاکٹرن ہنٛز ہمش کانٛہہ ٹاکارہٕ کتھ۔ بلکہ کھوٗژ سۆ میٚنہٕ وِچھتھ حدٕ کھوتہٕ زیادٕہ۔ امایوٗز تٔمۍ شُند خوف سپُد ژٔسہٕ ژٔسہٕ کم ییٚلہٕ تٔس یہ کتھ ژاننہٕ آیہ زِ ژٕھس تٔمۍ سنٛزو کالتھ کران۔ بہرحال سیٚتیٚس کالس پتہٕ اکہٕ سٔریہ منٛز رٕودُس بہٕ گوٚس تٔس بیچارِ ہُنٛدٕ زُو بچاونس منٛز کامیاب۔ ڈاکٹرن یم سزا اَتہٕ دِنہٕ چھہٕ یوان تِمن منٛز چھیہٕ اکھ یہ زِ تِمن چھہٕ ترٛاوِتھ نار ناربناونہٕ آمتۍ یونسہٕ ڈیکس لاگنہٕ یوان۔ [1]

کھدٕر واہ اکھ علاقہ چھُہ ڈوڈہ بیٚٹھہٕ تِمن شینہ بالن تام پھٲلتھ یم کھدٕر واہ سٔریہ پیٚتہٕ کنہٕ اِستادہٕ چھہٕ۔ کھدٕ واہ چھُنہٕ تِمو خاص وٕ تو منٛزہٕ کُنہٕ بجہٕ وٕ تہٕ نزدیک واقعہ یم پیٚر پانٛژال سلسلس باگہٕ آتھ چھینہٕ۔ یم لوکھ لداخ گرتھان چھہٕ تِمن چھُنہٕ کھدٕر واہ کنٛی گُزرُن پیوان۔ بلکہ چھہٕ کھدٕرواہ صِرف تِم لوکھ واتان یم محض اٲندۍ پکھیتک علاقہ چھُنہٕ نیران چھہٕ۔ نتہٕ چھہٕ تِم پھیرہٕ والۍ سوداگراوٕت واتان یم مادٲتی علاقن ہندۍ چیز پہاڑن منٛز روزن والین تام واتناونہٕ خاطرہٕ گھرہٕ نیران چھہٕ۔ کھدٕ واہُک بازر باسیو میٚنہٕ مالہٕ سیٚتۍ برتھ۔ اَتہٕ چھہٕ قریباً ڈلے ہتھ وووُہ وان یمن بیٚٹھہٕ شال ووننہٕ چھہٕ یوان۔ امایوٗز کھدٕ واہس منٛز وونہٕ آمت کپُر چھُہ وٕسی پایہٕ آسان۔ ریتہٕ کالٕد دٕہن منٛز ہیکہٕ کھدٕ واہہٕ بیٚٹھہٕ درامت اکھ شخص ژورن پانٛژن

---

[1] کشیرِ منٛز چھُہ کیٚنژن لوٗکن کِشتوار چین ڈاکٹرن متعلق تہٕ سیٚٹھاہ خوف دِلس بِہناونہٕ آمُت۔ حالانکہ تتہٕ تہٕ چھینہٕ یتھے پاٹھۍ دٕشمنتس تہٕ پتہٕ اتٕس تحت کیٚنژن زنانن رُسوا کرنہٕ خاطرہٕ تِمن ڈاکٹرن آسنہٕ باشرطہ آہستہٕ لاگنہٕ یوان۔ — مرتب

دوہن منز تہٕ تھدِ یالہٕ تیناله بیٹھ جمبہ واتھ یُس نکھہ تلہ کُس پاس عہ ستی تعلق چھ

کھوان ۔ یتھی دوہن منز ہیکہ اکھ شخص بھدرواہہ پیٹھ بسوہلی تہٕ واتِھ ۔ مگر

یتلہ سُہ شخص بیہ اکہ تیناله بیٹھی تر یتھ چاتر ڈ دار چھ وَنان ۔ تمن دوہن آسیم دوہ

تیناڈسے تیتہ ستی بوتھ ین دوہن جنوری ۱۸۳۹ء ہس منز بہ بھدراہس منز

اوسُس.........

بھدرواہہ پیٹھہ چھینورُس پہ ڈوڈہ کُن واپس تہٕ بھدرواہ پیٹھہ کوہ لہ ہند

بُھٹھی پکان ودُس بہ تتہ جایہ ییتہ سو کوہ ل چناپس ستی رلان چھیہ ۔ اَتہ یو ومیہ

چناب اکھ تیتھ خطرناک کدل ترن یتھی کدل ہمالہ یالہٕ کین دری یاون پیٹھ واریاہن

جاین یناو نہ چھ آمت ۔ امہ کدلہ تلک کنہ کھنگراوس قریباً شیٹھ فٹہ نبر کن تہٕ امہ

خونخوار دریاو کہ آبہ پیٹھہ اتھ کدلس تامتھ تھر اوس یُوہے ینتراہ پیٹھہ شیٹھن

فٹن تام ۔ پہاڑی علاقن ہندی یم چس وسراون والی کدل چھ دوٗن قسمن

ہندی آسان ۔ اکھ گوشہ یُس زن ڈوڈہس نش لاگنہٕ چھ آمت ۔ یہ کدل چھ

مضبوط زن ہند بناونہ آمت ۔ تم رزہ چھیہ دری یاو کہ دوشو یواندو کنہ شیلن کن

دری پاٹھی گنڈنہٕ آمژہ تہ ینہ رزن کن چھہ اتہ اکھ ہچہ تخار وٹناو تہ تھونہ آمت

یُس شکلہ کنی لوکٹین شرہن ہند گنڈنکس جھولس ( منز لس ) ہیو چھ ۔ اتھی جھولس

کن چھیہ باتھے رزہ گنڈتھ ین بتھہ پیٹھکی نفر سوار سپدن وارس شخص پتہ تہ

بُرونٹھ لمتھ اور یور تاران چھ ۔ کدلن ہند دوٗیم قسم چھ ییمہ یتھی یکن چھ یوان

۔۔۔۔ سہ چھ اکھ لوکٹ ماداںہ ہن ییتھ منز ڈوڈہ سے بستہ چھیہ ۔ یہ سے

چھیہ چناب کس بٹھس پیٹھ واقع ۔ ییلہ بہ جنوری رتہ تس منز اوت ودُس یہ مادان

اوس تازٕ کھسہ وُنہٕ کنکہ فصلہٕ تہٕ وُشکہ فصلہٕ سیتۍ سبز اسبز باسان ۔ بہر حال ڈوڈہ چھُہ اکھ سیٹھاہ خوبصورت تہٕ نندٕ بون قصبہ ۔ یہ قصبہ چھُہ کشتوارکھوتہٕ لۄکٹے پٕہن ۔ اکتیک بازر تہٕ چھُہ کشتوارکہ بازرٕ کھوتہٕ بہتر باسان ۔ ڈوڈہ سرِ یہٕ اندۍ پکھۍ یم قدرتی نظارٕ چھہٕ تم چھہ یزی یاٹھی شاندار ۔

اکھ سیٹھاہ صاف قلعہ یُس عام ژٕ کونجل شکلہ منز آسہ چھُہ تہٕ یتھ کُنن پیٹھ قبہٕ کھالتھ چھہ اوس دراصل سکھ حکمرانو امہ خاص قصبہ ہنٛزِ کنہ چنابہٕ کس اوکھہ ہٕنٛدِس پیٹھہ بناونہٕ آمُت ..........

ڈوڈہ چھُہ ہمیشہٕ کشتوارکین راجن ہنٛدِس اقتدارس ماتحت اوسمُت مگر ہمے کال ژونہٕ چھُہ اکھ گلاب سنگھن قبضہٕ کوٚرمُت ۔ ڈوڈہ سرِ یہٕ پیٹھہٕ چھیہ چناب دریاوٕچ ژونٛتھ پکنچ وتھ یہ دُلِ زِ تہٕ دُور تہٕ تھ ڈنگ علاقس تام نظر یوان ، یُس بانہالہ کنۍ کشیر ترٛینچہ وتہ منز واقع چھہٕ ۔ ڈوڈہ پیٹھہ تریہٕ ہمیل بون وسیتھ چھیہ اکھ ڈوڈٕ شروع سپدان امہ منزٕ چھیہ سو پدٕ وتھ نیران یوس بانہال علاقس سیتۍ رلان چھیہ ۔ اتھ وتہٕ پیٹھ بانہال تام پکان چھہ اکس وتہٕ گنٛٹس تریہٕ ژور دوہ لگان ۔ کھدرواہچ کول چھیہ کمے نیٛچھہٕ پیٹھہ ڈوڈہ کس رژھا شمالس کُن چنابہٕ کس آبس سیتۍ رلان ۔ اتھ دس گچھہ اجابہ مار ہیۆہ اکھ ترٛٹھ وتہٕ کوکر یوس عام یورپی زائر ہندن وتہٕ کوکرن سیتۍ رلان آس ۔ میٚہ چھیہٕ سو وتہٕ کوکر انگلینڈکس ہوا بندٕ شیشس

---

۱؎ کھدرازانان واپنی یُس کیاز چھیہ یہ غلطی گژھتہٕ ۔ حالانکہ ڈنگ علاقہ چھُہ بانہالہ کنۍ کشیر ترٛینچہ وتہٕ نشہٕ بالکل دلینگ تہٕ دُور واقع (مرغوب)

اَندر رُژھ تھ ٹھوٗر۔ ہیٚہ چھےٚ وٗنہ یادِ ز۔ بحیثیت اَکھ زِندٕہ دِل کِھلاڑی SPORTS MAN سَید یوس بہٕ ہیو وٕنہٕ کوکرِ مارٕ رھٕ سٹھٕ خوش ۔ ڈود ڈہکی روزن والی چھےٚ اُمس ناوِس جل کو کرِ ونان ۔

ڈوڈہٕ والین ہٕند وُن چھےٚ زِ جل کوکر چھےٚ یِنہٕ جایہ شینس نکھہٕ کِتھ کشی کران اَما پوز یہ چھےٚ زیادٕ ہنٛ روزان ۔ یِژھ وٕنہٕ جل کوکرٕ چھےٚ کشیر منٛز تہٕ مگر تمو منٛز ہیٚچھ ہیٚہ کانہہ شکار کرٕ تھ ۔

اَتہٕ یِرونٛہ ٹہٕ اُٹس میانی وَتھ چِناب کِہ ہتھی ہتھی کشتوار تام ۔ اَتھ وَتہٕ لیکان گیہ ہیٚہ وُنہ زیتون تہٕ وُنہ دان عام پاٹھی نظرٕ ۔ وَتہٕ وَتہٕ اسی گامن منٛز مدری لیچی تہٕ ٹینٹھو سنگترٕ تہٕ دستیاب سیدان ۔ خاص کرِ تھ اسی چکری ( CHIKOR ) عام پاٹھی میلان ۔

یُس علاقہٕ ڈوڈہٕ ہس تہٕ کشتوارس درمیان واقع چھُ تتھ چھےٚ مہاہیٚ ناو ۔ کشتوارُک علاقہٕ چھُ سہہٕ گنٹھ ییٚہ شروع گژھان ۔ مہا ہل[1] علاقس چھےٚ یہ ناوکمہٕ نام رٔٹھ ایتہٕ موجب دِنہٕ آمت یوس ہیٚہ اَز یاد چھینہٕ۔[2]

اَتہٕ چھُ اَکھ ہیینچہ وار کٔدل سِٹھاہ بٔڈی سان بناونہٕ آمت ییٚنچ بناوٕ ٹھ تھکنہٕ لایق چھےٚ وَیسے چھُ یہ کدل اکس ترِٹھ سنگلاخ شیلہٕ کُن لاگنہٕ آمت

---

[1] اَتھ کانٛہ رس ناوَس چھُ جی ٹی واینی ین THE LEOPARDS LEAP دِنہٕ کور مُت ۔

[2] دیسے چھُ واینی سٔند یہ انکشاف مزید تحقیقک تقاضہٕ کران تہٕ کیازِ یُتھ کانٛہہ ناو چھُنہٕ عام لوٗکن معلوم ۔

یعو ہیہ اَکھ جایہِ چیاب دُری یاوس ڈکھ رٹتھ چھیہٕ ۔ یہِ کدٕل ترٕی تھےٚ چھیہٕ سوزہٕ ساس
فُٹہٕ چرٕ ھائی شروٗع گژھان یوسہٕ سٹھاہ ٹھکراوَن وانِجہٕ چھیہٕ ۔ اَکھ چرٕھایہِ نِش
چھُہ باسان زَنتہٕ چیاب دریاوِ سَتہٕ گژھِ کھجرہٕ سان دمان عموٗدی تہٕ رَندہ ژراد
سِٹیپہ وِپن دیودارَن منٛز ہینہٕ چھیہٕ آمُت ۔ درٕیاوِچھہ اَتین قریباً شیٹھ فُٹہٕ شرُن
تہٕ اَتیک سُہ کدٕل چھُہ ژرہ دہن ڈکھن بیٹھ دٕرِتھ ۔ یِم ڈکھ چھِہ اَکہِ طرفہٕ محض وٹہٕ ناد
یِمَن ڈکھن ہندی تینتی چھِہ رَزو سِتی پیٹھ مہ اَندہ رَزو سِتی کدٕلکس ژورِس حصس
برابَر جایہٕ رٹتھ ۔ اَمہِ کدٕلہِ پیٹھ ساراہ لگِہ چھیہٕ دیودارِنیٚ ۔ اَمکہِ منٛزِم کوٗڈ چھِہ دمان
بڈِپن گیلِق بناونہٕ آمتی ۔ یِمَن ہندی دہ شوے اَند ڈکھن بیٹھ چھِہ تہٕ تِم ڈکھ چھیہٕ
یَن ہینہٕ جایہِ کَنہٕ یِمَن ہندِس سٹھاہ گوبِس وَزنَس تل بَند ۔
یہِ کدٕل چھُہ ۱۸۲۶ عِس منٛز جوٚمہِ کِس گلاب سِنگھنہِ حُکمہٕ سِتی بناونہٕ آمُت ۔
اَکھ کامہِ بیٹھ آسی ترٕیہٕ ہتھ نفر لاگنہٕ آمتی ۔ دَیان تِمَن ہنٛزہ زہٕ کوٗشِشہٕ آسہٕ تیار
سَپدِتھ لہرنہٕ آہٕرِ ۔ اَمالیوٗ زِچھِہ باسان زِموجوٗدہ کدٕل روز ینٛن کارٕی گرَن ہنٛز
ہوٗرمندی تہٕ جفاکشی تصدیق کرناونہٕ خاطرہ یِتر کالس موجوٗد ۔
اَمہِ کدٕلہِ بیٹھ ہیکِنہٕ اِنسان اَکہِ سے دہِ ہس منٛز کِشتوارواتتھ ۔ بہرحال یہ
شونگس راتس بےوایہ پاٹھی تتھ گامَس منٛز یِیہٕ اَکھ مشہوٗر دیوی یاترا ابتروٗ (یاروتی
ناڈک اَکھ ہیٚندی پوتُل چھُہ ۔ یہِ چھیہٕ سوے دیوی یَس اَرداہ نرٕ چھیہٕ ہاونہٕ یوان ۔
میہٕ آو اَکھ دار شرٕ آوِتھ تَس دیوی کُن وُچھنُک اِجازتھ دِتہٕ ۔ تَس اوس تُتھ معموٗلی
تہٕ کرٕہیچ تہٕ تَنہِ بیٹھ اوسُس اَکھ زنانہٕ کوٹھ ۔ اَمالیوٗ زاتھ استھانس منٛز گوٚہٕ میہٕ
کانہہ تیتھ چیز اَنظرِ یُس اَتھ چرٕھایہِ گھنٛنگ تھکُن تُرلہٕ ناوِتھ ہیکہِ ہیے ۔

تاہم چھیہٕ اَمِس دیوی ہٕنٛز شکتی سارِہٕسے پہاڑی علاقَس منٛز سیٹھاہ مشہوٗر زانٛنہٕ یِوان۔ بلکہٕ چھِیہٕ پنجابہٕکین مَیدٲنی علاقَن پٮ۪ہ دِلی زِ تہٕ لاہورس منٛز تہٕ اَمِس دیوی ہٕنٛدی پوزاکرن واٲلؠ موجوٗد۔ ہیٚنٛدٕ ہٕندوٗن چھُہ زِیہ پوٗتل اوس ژٕ کہِ اَکھ کُنٛز۔ ییمہِ اُکس گاڑِ ہنٛدِ پِہ نکہٕ کراماتہٕ سٟتی موجوٗدہٕ شکل پٮ۪راوٕژ چھےٚ۔

سنٛزرہٕ سان ہےٚ بوزو تہٕ کشتوار چھُہ اَمہِ جایہِ پیٹھٕ صرف سَتھ میٖل دوٗر۔ مگر یوٗس وَتھ اَتہِ بٕرُ ونیٚھ ژھُنٛاہٕنی چھیہٕ پیوان۔ سو چھیہٕ سَنٛخ کٔڈ رتہٕ تُلی تُلی یکہٕ ونہٕ دٔرِیاوہٕ نشہِ چھُہ اَمہِ وَتہِ ہٕنٛد تھزر قریباً اکھ ساس فٹ ہٕ نَتہٕ پنٛداہ شتھ فٹ تام باسان۔

کشتوارِچہِ وَتہِ ہٕنٛدی قدرتی نظارہٕ چھِہ سیٹھاہ شاندار تہٕ نقشدار۔ اَمہِ وَتہِ اَندی اُکھلی سبزر اَبنز گام بیٚنہِ دَجہٕ تہٕ ڈٔوری چھِہ وُچھنس لایق۔ ییتھ حدَس تام اِنسٲنی سونچ واتِتھ ہیکہٕ برابر توت تام چھےٚ اَمہِ وَتہِ ہٕنٛدٕ تینا لین زنگا برنگی ژھایہِ تہٕ ترٲیہٕ باگنہٕ آشرہٕ۔ اَکی ہُکھی تہٕ بیرہٕ چھِہ ژٕ واپاری۔ بیرہٕ گرتہٕ دھونی ہوی۔ یٮ۪لہٕ زَن اَکی سٲری کولہٕ رادپین کلہٕ چھِیادَن واٲلی زور اور تالہٕ چھِہ باسان کشتوارکی بالہٕ تھوٗنگیم ہمیشہ دُنلہٕ تہٕ شینہٕ سٟتی وٕلتھ چھِہ۔ روزان تم چھِہ اکثر تھزو جایوٕ پیٹھہٕ سیٹھاہ صاف تہٕ ٹاکارہٕ پٲٹھی لبنہٕ یِوان۔ بلکہِ چھِہ تم تھوٗنگی ژھو جایو پیٹھٕ تہٕ صاف نظرِ یِوان یِم جایہِ اَتہِ کین گنٛین تہٕ دوٗر تام پھہلمیتین وَنن منزو دبیہ ممتر چھیہٕ۔ یترہٕ تھزِ جایہِ چھیہٕ عام پٲٹھی بنٛز کُلین تہٕ مورہٕ کُلین تَل باسان۔

بہرحال یہ دِلکش وَتھ چھیہٕ چھیکرس اُکس یکین واٲلِس تتھ جایہِ واتناوان یتہٕ پیٹھہٕ کشتوارکی مَیدان تہٕ کشتوارٕچ سرے نظر چھِیہٕ یِوان۔ کاشرِی چھِہ اَتھ ( اندازِ نہٕ واجبیٖ وَتھ آسنہٕ سببہٕ ) کرٕچ ژارہٕ تہٕ وَنان۔ کشتوار چھُہ قریباً

زٕ ہیل کھوٗل تہٕ پانٛژھ میل زیوٗٹھ۔ تھزرٕ وچھنک شیشہٕ آزماوِتھ تہٕ بیٚنہٕ بیٚیاداراُچھ ستۍ اَندازٕ لاگِتھ۔ ییٚہ چھاوٕ بگوٕ سٕہ ووٗن تدم وچھِتھ لوگ میٚ اَندازٕ زِ کشتوار گرٛژھِ سطح سَمندرٕ نِشہٕ کھیٚرواہ کھوتہٕ اَکہ ہتہٕ بیٚٹھہٕ ڈوٚہ ڈٕہتھ فُٹ سطح سَمندرٕ کھوتہٕ تھزرس پیٚٹھ واقع آسُن۔ کھیٚدواہ چھِ سطح سَمندرٕ نِشہٕ قریباً پانٛژھ ساس فُٹہٕ تھوٚد۔ باسان چھُ زِ کشتوارُک زمین ترٛکُل چھُ اَکِس تھہٕ دار شیلہٕ (پیٚرہٕ) پیٚٹھ وہراونہٕ آمُت۔ میٚ باسیوو چھاوٕ کہ اَندٕ زَنتہٕ کشتوار اَتھ ڈری یاوَس سام ہیٚنہٕ خاطرٕ اَکِس لبرس پیٚٹھ بیہِتھ چھُ۔ یہ زمینہٕ ترٛکُل چھُ مغربہٕ اَندٕ وہرنہٕ آمُت تَتھ ماداَس سیٚدِ سیٚود دیٖس اَکِس کھنگر دار لبرس منز قریباً اَکھ ساس فُٹہٕ سَنٛرس منز چھُ۔ یم بال کشتوارس ژور واندو تھاہِ تھلہٕ وچھان چھِ تِمن سارنے بالَن چھُ قدرتن تھٕدِن بنٛزرٕ کلکین تہٕ سدا بہار وچھٕنِ ہندِ سبزارُک وردن ناٛلی ژُرو مُت۔ ویسے چھِ یِمن بالَن ہُندی تیٚنالٕ شیٚنہٕ ژادرِ علاوہ رٲلیو ستۍ تہٕ پٲراونہٕ آمِژ۔ یم سارٕی قدرتی چیز چھِ کشتوارکس آب و ہواہس پیٚٹھ رُت اَثر تراوِتھ بیٚنہٕ کھٕتروٗژ جوٗدُک احساس پاداہ کران) ..........

کشتوارٕ پیٚٹھٕ یم شیٚنہٕ بال شمال مشرقی اَندٕ نَظرِ چھِ یوان، تِمن مُتعلق آو میٚ وَننہٕ زِ یمے چھِ تِم ہیٚر بال یِم پٲری کشیرِ گرٕ ھنج وَتھ چھیٚ۔ اگر یہ گٔتھ پوٚز آسہِ تیٚلہٕ ہیٚکہٕ ہیٚر بالہٕ پیٚٹھٕ اَکِس رٕتِس وَتہٕ پاوِکِ سِنٛدِ ندوٕ ستۍ کشتوار چھِ سَریہ مُنٛدرُت نظارٕ وچھنہٕ ییتھ۔ سِنی گام ییٚس ہیٚر بال تھوٗنگچہ وَسہٕ دُنہٕ وَتہِ منز چھُ یوان، سُتِہ چھُ ہیٚر بالہٕ سیٚود نَظرِ یوان .....

اَکِس سالہٕ مُتی سِنٛدِ خاطرٕ چھِ کشتوارٕ پیٚٹھٕ دَچھِن تام ژورن دِہٕ ہِنز

وَتھ۔ اَتھ وَتہ پیٹھ بْرونٹھ کُن ہِہیٛن ہُتھ چھُہ چناپ ہو ہراے مو کلان تہ اَمہِ یدٕلہٕ چھیٚہ کھِسہ
وَنِس قدٕم کٕرِتھ رٔڑلیو واڑون کوٚلہٕ ہنٛز گرٕہ سیتی یکان۔ یہ وَتھ چھیٚہ بْرونٹھ
تہٕ شُمالی سٔنزٕ رٔس کُن نیران، یُس اَتھ وَتہٕ کشتوار اَڈُون باگہِ چھیٚہ آمٕت۔ اَمہِ وَتہ
ہُندٕ ہموار قدم چھُہ برابر تو ت تام جاری یو ت تام موڑہٕ کُلین تہ ہنٛزٕ کُلین ہنٛز دٔنج اُکِس
یارِہ وَنِس منٛز تبدیل چھیٚہ سپدان۔ رٔڑلیو واڑون علاقیچہٕ نرگہٕ تہ وُڈرہٕ چھیٚنے زیادٕ
تنگ۔ اَتنِکی کوٚلہٕ ہُٹھی چھُہ زیادٕ وُچاپہٕ تہ ووکھہٕ ........ بہرحال رٔڑلیو واڑو وَتہ
وَتہٕ چھیٚنے سٔخ مُشکل بلکہ سیٹھاہ خطرناک۔ کینژن جاین چھیٚہ یم وَتہٕ کھنگرو بیٚیٹھی کوٚٹھن
ہندِ یدٕرٕ بناوتھ تہ پاوِ کھٕنیتھ بْرونہہ یکنا وِنہٕ آمٕژٕ۔ یہ وَتھ چھیٚہ کینژن جاین
اَمہِ خونخوار کوٚلہٕ ہندِ تیز چھٕوٚلن نکھہٕ سیٹھاہ بوٚن وَسان تہ کینژن جاین دُبارہٕ
سیٹھاہ تھزرٕس تام واتان۔ بہٕ پوٚکُس یموٕبرٕ زٕ ریتو منٛز ۱۸۳۹ سنہ عس منٛز جنوری ہٕندِس
رِتِس اندرِ یلہٕ اَتہٕ یِژ تیتھ اَندرٕ شیٖنِس شیٖن اوس۔ وولُ گوٚ شیٖنِس اوسنہٕ زیادٕ
سٔنیٛر کٔسنہٕ ۔ اَمہِ اَندرٕ چہ واریاہ کوٚلہٕ چھیٚہ سیٹھاہ تھزرٕ و بیٚیٹھ کلہٕ واری وَسان تہ
چِنابس سیتی رٔلان۔ اَکھ کوٚل وُچھوم یمہِ خاص کرِتھ آبادی سیدٕ سیو داکِس ترٕتھ
پاٹٕرادٕرہٕ ہنٛز شکلہِ منٛز وَسان یمیک تھزر قریباً ہتھ فٹہٕ چھُہ۔ یاسان چھُہ زٕرٕسہ
زٕسہٕ نگہٕ وٕنِس شیٖنِس وُزٕہ وُن اَمہِ کوٚلہٕ ہُنٛد آب آسہ آگرس پیٹھٕ تہ تیتھ
آبشار بنان یُس کُنہ رٔنگہٕ وُسی یا بہٕ آسنہٕ۔
یہ رٕکوٚدم وَننے زٕ کشتوارٕکی گام چھُہ اُکِس مادانی علاقس اَندِ اَندِ چھکرتھ۔
یم ساری گام چھِہ زٕ رٔنٛد ورٕوس وہرنہٕ آمٕتین ڈارن تہ ڈُورِن منٛز یاگ یم ڈار
چھِہ دُڈرٕ زمینن پیٹھ دُرتھ تہ یمن سگونہٕ خاطرٕہ چھیٚنے کینہہ لوکچہ کوٚلہٕ یم مشرقہٕ کہٕ اندرٕ

وٕسان چھِ یہِ ۔ یِمن زمینن منٛز چھِ کنٛکھ، وُشکہٕ تہٕ خال خال دانہٕ تہٕ وو یدان۔
میٚہ آدوٕنہٕ زکِشتوارس منٛز چھِ میوٕ یاٚ داوار و علاوہٕ تیٚتھ شاندار کھونگ تہٕ وو یدان
یَتھ مُقابلہٕ کُشیر ہِندِ کھونگ تہٕ وٕسی پایہِ باسان چھُ ۔ ییٚتھ چھِ کِشتوارس منٛز ژونٹھ
ٹنگ ۔ گوشہٕ بُجہِ ۔ ژیرہٕ تہٕ بمہٕ ژونٹھ سیٹھاہ مزہ دار تہٕ ڈآفرو وو یدان۔
شہر کِشتوارس چھُ نہٕ ازسو حالتھ ڈبہٕ یوس تھ بیٚنِن تِمن حکمرانن ہِندِس
وٕتِس منٛز آسمژ چھیہٕ، یِم شاہ آباد ویرناگہٕ کین مُلکن ہِندی پاٚٹھی پانس ایرنہٕ
کیس شہنشاہ نوشیروانہٕ سِندِ لواو لاد و منٛزہ زانان آسی تہٕ یِمن ہُندِ بڈہٕ بب۔
کِشتوارُک گوڈُنیک مُسلمان راجہٕ او سمُت چھُ ۔ مُوغل بادشاہن چھُ کِشتوارکین
تِمن راجن سیتی رُت اخلاص او سمُت تہٕ کیازِ تِمو آسی یِمن کُشیر منٛز تہٕ جاگیر
دِتی متی ۔ تِم جاگیر آسی سِکھن ہنٛز حکوٗمت شروٗع سپدنس تام کِشتوارکین راجن
ہِندِس قبضس منٛز۔
عبداللّٰہ خان ییلہٕ کُشیر ہِندِس گورنر سِندِس حیثیتس منٛز پننس آغس تیموٗر شاہس
بیتھی پھیر سپدُ اُتی اوٚن تمی بھدواہ پننس قبضس منٛز تہٕ سُے کوٚر ن کِشتوار کس راجس
حوالہٕ ۔ اکہٕ وقتہٕ آسی کِشتواری راجوار کِس سرحد لداخس سیتی رلان ۔ ییلہٕ ژن مرٛہ بو
واڑونس تہٕ سرو علاقس ییٚتھ تہٕ قبضہٕ اوس کرنہٕ آمُت ۔ کِشتواراوٚن جونکی گلاب سنگھن
تہِ حکمتِ عملی سیتی پننس قبضس منٛز بیتھ گوڈہ بادتھ کرنہٕ آیہ ۔
سِکھن ہِندِ حملہٕ تہٕ قبضہٕ کرنہٕ پتہٕ وآژ کِشتوار چہ چنگہٕ ہنٛز آمدنی موژان موژان
صرف کینژن ساسن روپین تام ۔ کِشتوار کِس راجہ سُند گھرہ چھُ اکس زیٹھس تلاوس اندر
اَز کل چھُ امہٕ قلعک اکھ حِصہٕ جیل خانہٕ بدلہٕ تہٕ استعمال سپدان ۔ میٚہ وُچھی امہٕ جیل خانہ

چھِن لبن تَل کینہہ قیدی بہتھ ۔ تِمن آسہ گوٚبہ بٔریڈ تراونہٕ آمٕژ۔ تِمن قیدیَن منز گوٚمتے اَکھ باگہٕ بوٗرٕت عُمرِ ڈیاد مانٛطرِ، مینہ سوٗزِ بێن ہمشی تَس شخصَس یہ پرٕژھنہٕ زِ سُہ کُس چھُہ ۔ پرٕژھ گارٕ پتہٕ نیتو اَسہ زِ سُہ اوس کِشالی علاقُک اَچھ ۔ کِشالی علاقہٕ چھُہ پرونژ ھس تہٕ جہلم قصبس منٛز باگ واقع ۔ مینے گوٚ تَس راجہ سُندناو مُشتھ، اَمایوٗ زِ سُہ اوس گلاب سنگھن گرفتار کوٚرمُت تہٕ تسنٛز آن نہ مانُنہٕ سببہٕ اوس سُہ اَتہِ قیٖد تھوونہٕ آمُت ۔

سِکھو چھیٖ کشتوار کِہ شالہ مارٕژ سہ رنگہٕ مندوٗری تہٕ وُجارہٕ کرٕ مٕژ، لیوس کشتوارکی برونٛہِم راجن ہێنٛن یہ توٗٹھ باغ بناونہٕ وَقتہٕ شہر کہِ مشرقی اَنٛدٕ اَکس طراوت دار تہٕ شہلی دار ناگہٕ ژادٕ کِس ہٕھس بِبہٕ تعمیر کُرمُت اوٚس ۔ وو نی چھپے وُجارہٕ کرنہٕ یِتہٕ اَمہ رنگہٕ مندورہٕ ہنٛز بنیاد تامتھ ختم کرنہٕ آمژ ۔ یہ کاروائی چھیٖ دراصل گوڈنکہٕ راجوارٕژ یاد تامتھ نہونہٕ خاطرٕ کرنہٕ آمژ .....

مُسلمان آبادی چھیٖ کشتوارس منٛز ہینٛدٕ آبادی کھوتہٕ کُہیا زیادٕ ۔ کشتوارٕچ مقبوٗل ترین زیارت چھیٖ قصبہٕ نِبر مُلک ژوٗرِم حِصہٕ لوتاہ دوٗر ۔ یہ زیارت چھپے چوگانہٕ کِس شُمالی اَندس نکھہٕ واقع ............ ( وچھنچہ وَتہٕ ہُند ذکر کران چھُہ وانیٖ لیکھان ) واریاہ مَن جایَن آسہ مانہٕ وُستھ آمٕژہ ہوٚ مانوٚاس یا تہٕ وَتھے ڈوٚتھ ہیمٕژ تہٕ اوسُکھ وَتہٕ ہندِس پژھ پٔڈی گھس بٔرٕ ژ رکوٚرمُت ۔ یتھہٕ رکنہٕ لم ہیوٚن اَلونٛدٕ گامتس بالس ہتہٕ بٔڈی شینہٕ پٔڈی ژٹھ تِتھو مانہٕ گُہونٛزری تٔرونہٕ یکَن اوس، ہیوٚ مانہٕ وانہٕ چھہ وَتے ڈوٚتھ واجنٛز آسہ ۔ اَکھ سُہ نغریس گلاب سنگھہ سُندِ حکمہٕ موجب مدد کرنہٕ خاطرٕ مینہ سیتی دِنہٕ اوس آمُت ۔ سُہ آسہ ہے اَکِہ کَنہٕ کھنگرٕ پیٹھو ہتہٕ واڈنٛن ہِنٛدِ تھرٕ رہ پیٹھہٕ نکھہٕ تلپچہ خونخوار کھہ لِہ منٛز لاینہٕ آمُت ۔ اَگر تتھ اِنتہائی نازُک موقعس پیٹھہٕ تَس اَکس ہوٚکھس تہٕ زِہھس گاسہٕ تھوٚلپن تھپھ آسہ ہے نہٕ تجٕزدی ۔ اَکس جایہٕ زیعول ہٹے پانس تتھِہ پانٹھی کھور نیر تھ زِ: یہ ہیتروٚ نس سُمہ

ییمہِ ورٲے اَکہ کَنہِ کھنگرٕ ہیٚچھی تیزی سان لُون واتُن ........

دَچھِن چھُیہ اَکھ گام مگر اَمہِ کِس اَندی پکھی علاقَس تِہ چھُہ یوٚہے ناو۔ کاشرِس منٛز چھُہ اَمیُک مَعنہِ دوٚچھُن اَند۔ اَمہِ پوٚزاَتہِ چھُہ یہِ ناو تِمَن دوٚشوٕنی اَندن ہٕندِ بالن پیٹھ لاگوٗ یِم اَتہِ کِس دٔری یاوَس ژٕرہ لوٗ پیٹھہٕ کِشتوار تام دوٚیو طرفو واقع پیٚہ۔ دَچھِن گام چھُہ اَکِس زمینہٕ ژکلس پیٹھ آباد۔ سُہ زمینہٕ ژکُل چھُہ تقریباً ڈوٚڈ میل زیوٗٹھ تہٕ دٔدن میل کھوٚل۔ دَچھِنکی مکانہٕ چھِہ صرف ہیچہِ تختَن واٹھ دِتھ بناونہٕ آمِتی۔ اَتہِ چھُہ دٔری یاوَس اَکہِ رزہٕ کدلہِ پیٹھی تَرٕن پیوان، یُس اَکِس کَنہِ کھنگرِس پیٹھ بناونہٕ چھُہ آمُت۔ اَتہِ نَس چھُہ دوٚن کوٚلَن ہٕندِ پانہٕ واٹھِ زَلنہٕ سِتۍ آبہٕ چھوٚل زیادے دکہٕ سان وَسان۔ یِمو منٛزٕ چھُیہ اَکھ کوٚل ہمسایہ مرگہٕ ہٕندِ اَندٕ وَسان تہٕ دوٚیمہِ کولہٕ ہُند آگُر چھُہ برماباس پیٹھ اَکھ لوکُٹ آبہٕ سَرٕ اَنہٕ پیوان ........ دَچھِنہٕ پیٹھہٕ ژٕرہ لو تام چھِہ دوٚن دوہَن ہٕنز وَتھ۔ مُقابلتاً چھیہ یہِ وَتھ ژٕرٕ ہا سَہل۔ ژٕرہ لوٗ تہٕ اَمِکِس اَندی پکھِس منٛز چھِہ زٕ ترٕ گام سِتھاہ نَنرَس پیٹھ واقع۔ لہٰذا چھُہ یِمَن گامَن ہُند نظارٕ ٹاکارٕ پایہٕ ہٕچھی لبنہٕ یِوان۔ ژٕرہ لوٗکی گامی تِہ چھِہ ہیچہِ تختَن ہٕندِ بناونہٕ آمِتی گھرَن منٛز روزان۔ اَتھکی روزَن واٲلی چھِہ عام پاٹھو گریسی یِم بَنیَن اوذقہٕ زمین کماوِتھ تہٕ چار واٲے ژھِچھ زینان چھِہ۔ ژٕرہ لوٗس منٛز چھےٚ بِکھ اَکھ جنٛگی تِہ تھوٗ ہٕژ۔ اَکھ مادان یُس ژٕرہ لوٗس مَشرقہٕ طرفہٕ چھُہ تیار چھےٚ زانسکارَن وَتھ گَژھان۔ ییٚمہِ آو وَتنہٕ زاتھ وَتہِ پیٹھ دوٚن دوہَن پَکِتھ چھُہ اَکھ وَتہٕ گتھ گرِکہٕ وُنِس گندکھ ناگس (تتہٕ وٲنِس) پیٹھ واتان۔

ژٕرہ لوٗکہِ مغربی طرفہٕ چھُہ سُہ تینتول ییمہِ پیٹھی سُنی گامُن وَتھ تیران چھےٚ یہِ وَتھ چھیہ پوٚتُس ہیر بالہٕ کِنی کشیر واتان۔ ییٚمہِ گُرزور ۱۸۳۸ عُک گرِسمس دوہ

(۲۵ ردسمبر) مڑلوکس اکس ہچہ تحتن ہندس ہمیتس گھرس منز۔ ییتہ بہ اکس شدید شینہ شوویہ اندر ٹھہراونہ آس۔

سُہ علاقہ یتھ آتکی کاشرِ مڑلوواڈون تہ آتکی بوٹہ وُٹن منڈی نان چھہ۔ چھہ دراصل دون دوہن ہندس سفرس بیٹھ مڑلوواڈونس تام شتمل۔ واڈون چھہ ہچہ تحتن واٹھ دتھ گھرہ نباون ودل بیاکھ گام یُس کشیر ہند طرفہ بالہ اپور تہ تھ نوک بالہ کس دامنس منز واقع چھہ۔ اکھی علاقس چھہ اکبر بادشاہ سندِ وزیر ابوفضلن پننہ کتابہ " ایئن اکبری " اندر مرواردن ناو کورمت۔ کینژن ہیتن جاین ہندی پاٹھی ییمہ آیہ ابوفضل مڑلوواڑونک ذکر کران چھہ۔ تمہ تلہ چھہ ییہ یقین سپدان زِ تمی چھنہ یم گام زانہہ تہ پانہ وُچھمتی۔ بلکہ چھہ باسان زِ تمی آسہ اکس بیس نش بوزِتھ یمن علاقن ہند حال لیوکھمت۔

مڑلوواڑون چھہ ترکہ اکس تنگ مرگن ہندس علاقس ناو۔ امیک اوندپوکھ چھہ سنخ اوک لابر تہ جنگلو ستی وُلتھ۔ اتہ کہن جنگلن منز چھہ عام پاٹھی رایل کلی نظر گژھان۔ ویسے ییلہ اسہ مڑلوگامہ بیٹھہ واڑون کن کھسن ہیوت اُتی وُچھ ییہ تم کلی تہ سیٹھاہ تعداد اس منز یمن چوب پاونہ چھہ یوان ......۔ چوب پاو کلی چھہ کشیر ہندین مغربی اندہ کہن باین ہمعین منز تہ عام پاٹھی نظر گژھان.....۔ ییہ وُچھی یم کلی بھدرواہس منز تہ مگر ڈوڈہ کس جنوبی اندس کن کینہم نہ کنہ نظر۔ دراصل چھہ یم کلی ساڑن پانژن ساسن فٹن ہندس تھرس تام وُدہ یدتھ ہیکان.....۔

بانہال کن گژھن داجنہ وتہ ہنز کھسہ وس چھینہ کینژن جاین سنخ وُچھا یہ تہ ٹھکراون واجنی۔ ییلہ زن بانہال علاکی عام خدوخال تہ کشتواڑس ہیوی چھہ۔

منے وُچھی بانہالہ منز وتہ نزدیک۔ کینہہ گرٚایسی مگر میٚے تِہ کیتھ یوٚزنی زِ تِم کتھ توٚس سیتی اُسی تعلق تھوان۔ اُندی کِنی کیٚن جنگلن منز چھ شکار تہٕ پھٔنزی سِٹھاہ نظر گژھان۔ ڈنگس تہٕ کھہلہٕ اِگوٗل گلاب گٔڈس، منز روزن والی لوکھ چھہ سِٹھاہ وحشی باسان۔ اکہ دٔہہ وُچھہ میٚے اکچہ وتہ منز ترٚے زنانہ۔ میٚے باسیوو زِہ یہنزن وحشی شکلن بخشہ آمت حُسن دوٚیلہ کاغدس پیٹھ سِٹھاہ جان۔ لہٰذا اسوٗزی میٚہ یمن نش پٔنٚنہٕ نوکر تہٕ یوٚزتھم زِ تِم گژھ یمن زنانن زِہس کھنڈس میٚے برونٹھ کنہ ٹھہراوتھ ہیکہِ۔ مگر سانہ اکلا کوشِشہ ڈرادنہ کانہہ تہٕ تر۔ تہٕ کیا زِ دُنہ اُس میانین نوکرن کوشش کرنے زِ تِمو زنانو تھوو دگ تہٕ ژلان کھٔر تمہٕ تیزی سان نکھہ تلہ کِنی کلین تِہ پاٹھی یِنہ کلین کُھٹتھ ہیکان چھہ یِم زنانہٕ آتہ ؤژھ تہٕ پوٗنسہ ہاوتھ تہٕ حفاظتک یقین دِتھ تہٕ یوٗن........ ہروگک قلعہ چھُہ اُکس کوہٕ ہُنٛھس پیٹھ بناونہ آمت۔ یہ چھیٚہ سوٗکول یوسہ یوٗن وُستھ چناپس سیتی ژلان چھینہٕ۔ دٔنگیہ وتھ تہٕ چھیٚہ امہ نالہ برونٹھ پکان........ اوت وانِتھ چھُہ چناب پٔننہ وتہ ہُند سارِٕہ کھوتہ مأری موٚند نظارہ بناوُنچ کوشش کران..... ڈنگہ پیٹھ پکہ نہ گُوڈ، جوٗم وائس تہٕ تتہ پیٹھ گژھہ راز دیرپکن روانہ.......

یہ اوس ژور جولائی ۱۸۳۵ء ییلہ بہ جوٗمہ پیٹھ اکھنور کُن وراس بوٚ یمن سنج گرمہ کِراَیے ژٔٹراوِتھ، اماپوٚز میٚے کوٗر نہ امیک کانہہ پرواے۔ سانی وتھ اُس جنوبی اندِہ اکہ جنگلہ منزی نیران، یوسہ مادانی علاقہ یتہ اکہ چھمبہ منز شروع چھیہ گژھان........ دوٚیمہ دٔہہ ییمہ علاقہ منزی سوٚن سفر شروع سپُد بہ ہیکنہ ڈٔنتھے زِہ امہ علاقچ قدرتی خوبصورتی کاژاہ نہ رلاُس۔ خاص کرتھ ییلہ اسہ بالہ ہتنالہ پیٹھ برونٹھ یتہ وائس علاقس کُن نظر راوٗ۔ یم رائیلی کلی اتہ برونٹھ وتہ اُندی

ییکھی آسہِ تِمَن کُن وُچھتھ اوس یاسان زَنتہٕ چھیٚنے اَکہ لوکٕٹہِ سو درٕچہ خونخوار ہِرہٕ الغا یہٕ

خیٚوٚنہٕ کٔنِن ہِندِ ین یالَن ہٕٹھِن منٛز تبدیل سَپدان ........ یہٕ آسہا بیٚیِر دوٚیِمہ

شانَس ضرور رازویرِ وومُت اَگر زِن اُکِس ناکِس سٕہلاب کھَسنہٕ سَببہٕ میٚنے دوٚیِمہ

دوٚیِمہٕ تہٕ اُکِس زمیندار گھرَس منٛز شران جایہِ ژھیدُن ژھانڈنہٕ خاطرٕ مجبور سَپدُن

آسہے نہٕ یوان ........ رازویر چھیٚنہٕ اُکِس تِژھہِ جایہِ واقع یتہٕ تِس پیر پانژ اُلک

اَکہ دُری یاد تہٕ مغربی اَندہٕ وَسن وول اَکہ نالہٕ یانہٕ وآنی زَلان چھہٕ۔ رازویرِ سرٕ یہٕ

ہِندِس جنوبس منٛز چھیٚنے راجہ سِندِ محلچہ تھٔز دیوارٕ تہٕ اَمکی ژُکوٚنجل پژنگ دوٚری نظرٕ

یوان۔ اَتھ محلس پیٹھٕ چھُہ دوٚیِمہ دُری یاد چہ گریز ہِند رومانی اثر پیوان۔

رازویر قصبس منٛز چھہ قریباً پانژھ ہتھ گھرٕ بسان۔ یِمو گھرو منٛز چھہ کینہٕ میٚژرِ کوٹھ

تہٕ کینہٕ چھہ سیٚرِن ہِندی بنیمتی۔ رازویرِ منٛز چھُہ اَکھ رُت بازر تہٕ نظرِ گژھان۔

اَمایوز رازویرِ قصبکی آثار چھہ وَنان زِ مو غلن ہِندِس وقتس منٛز آسہے اَتہٕ ازکھوتہٕ

واریاہ رونق۔ رازویرِ قصبس اَندی اَندی چھہ لوکٕٹ لوکٕٹ بال یمو منٛزٕ اَکثر پیٹھ گھنہٕ

جنگل چھہ۔ خاص کٔرِتھ یُس وَن قصبہٕ کِس جنوبس منٛز کوہِ اَیارٕ واقع چھُہ تتھ متعلق

چھُہ وَننہٕ یوان زِ اَکہِ یِدی وَتہٕ وَرانے چھُہ اَتھ وَنس تام واتُن ناممکن۔ توے چھُہ

وَننہٕ یوان زِ قصبس پیٹھ کانہہ حملہٕ سَپدنہٕ کِس صورتَس منٛز یمکہِ راجہ سُند محل خانہٕ

حِفاظتس منٛز تھَونہٕ خاطرٕ اُوری سوزنہٕ یتھ۔

ینایہِ اَسی بڑادیوی ہِندِ ین تِمَن باغَن منٛز ژٲے یِم رازویرِ قصبس مقابلہٕ بناونہٕ

اَسی آمتی، اَتہِ بنو اَسہِ یرادٕہ تَوت تام ٹھہرنک یوت تام اَسہِ دُری یاد وَس

تُرئِژ کانہہ سَبیل بنہِ۔ بہر حال یامتھ بیانہو مہنوِ یو میون بِستَرٕ تھَونہٕ خاطرٕ اَتہٕ کانہہ

صاف کٔہن جاے ژھانڈنی ہیٚژ نامٕتھ ورأوا کھ کاشُر مہنیوٗ بُتھہ ژوٗکرأوِتھ تہٕ نرٕ گٔلہ وان نیبر تہٕ ژٔنِن یہ شیچھ زِ تمیٚ وُچھ اتہٕ اکھ سُرکھ۔ تمِ دِیت میٚیے پننہِ جایہِ تیار روزُنک مشورٕ ہ تہٕ ژٕن سُہ اُمِس سرپھس ژٕیر پرٕ دِتھ نیبر نِنس پیٹھ مجبوٗر کرِ۔ یِیلہ سُہ مہنیوٗ تہٕ بیٚیہ اکھ زٕ ہ نفراتھ کمرس منٛز ژاے، امہِ پتہٕ کیٚمے کال گژھتھ ژٕرادِنہٕ ینہٕ کرُن اکھ بوٚڑ بارٕ سٕرکھ لَبہِ اندر نیٚبِرِ نِنہِ واجہِ منٛزٕ نیبر تہٕ خطرناک طریقس منٛز آو پتھر لاینہٕ۔ میٚہ لاٚے تس فوراً گوٗلی۔ امہِ پتہٕ وُچھ میٚہ تہٕ میانیو مہنیوٗ بیٚیہ زٕ ترٛے سرکھ تہٕ۔ یِم امہِ ژٕرانہٕ باغہ چیٚو دیوار منٛزٕ نیرِتھ اندٕ یکھچ کِس زیٹھس گاسس منٛز ژاے.......

راژٕ ویرِ ہُندراجہٕ رحیم اللہ شاہ اوس پانہٕ دٕرِی یاوکِس تھٔبِس پیٹھ میانِس اِلوٗرتہٕ نِس ژٕاران۔ یِتس اسۍ وارِیاہ حلق اندٕ یکھچِ تمیٚ کوٚر میٚہ وٕتھرِو اَنجہ اِستقبال تہٕ بہ کھوٚلنس یکدم پننہِ محلہٕ کِس تھدِس چبارس پیٹھ۔ امہِ چبارٕ پیٹھ اوس اندٕ یکھچک خاص کٔرِتھ شُمالی اَندُک شاندار نظارٕ ہ یِوان، بلکہ اُمس اَتہِ پیٹھہٕ دٕرِی یاوٕ کِس اندٕ یکھچِس پیٹھ تھوٚن (تھنہ منڈی) تام نظر پیوان تہٕ تہٕ سیٚتی اُمِس تِمن تھدٕ ین تہٕ سبز بالَن پیٹھ تہِ نظر پیوان یِم تھنہ منڈی ہِندِس پُشتس پیٹھ پیر پانژالہ کِس تھٔذ شینہٕ تینتالِس سیٚتی رلان چھِہ یُس ژوٗویارِ پننہِ تھزرٕ ک تہٕ بجرٕ ک باس چھِہ دِوان۔

راژٕ ویرِ ہُند راژٕ رحیم اللہ شاہ چھُہ قریباً شیٹھ پانژٕ ہاٹھ وُہُر۔ سُہ چھُہ سمِہ قدٕ اَمایوٚز نٔظرِ چھُہ باگِہ بوٚرٕت تہٕ طاقتور لیوان۔ ....... بہ چھُس ژٕھن مختلِف موقعن پیٹھ اُمِس راجہٕ سُند مہمان بنیومُت۔ اَمایوٚز تمیٚ تہٕ تمیٚ سِندیو شُربوٚ چھُہ پژٕھ وِزِمیٚہ عہ سیٚتی مہربانی ہُند سلوٗک کوٚرمُت .......

میٚہ چھُہ یقین زِ راژٕ ویرِ ہُند علاقہٕ اوس اورنگ زیبن موجودٕ ہ راجہٕ سِندِس

ڈبہ بیس بطورِ جاگیر دیتمت ....... اکہ دوہہ ہاوی میہ اُمہ راجن تریہ اصلی پٹہ

یمن منہٕ اورنگ زیبہ سُندتہ تہٕ سندِس شیچوس بہادر شاہ سُند دستخط موہر وسان موجوٗد

اوس۔ تم پٹہ اُسی سیٹھاہ خوبصورت تہٕ دلچسپ آیس نئر فارسی پاٹھی لیکھنہٕ آمتی خو د

کفالتہٕ روس کافی وقت گزرنہٕ سببہٕ تہٕ بِکھن ہند قبضہٕ کرنہٕ سببہٕ چھ راز ویرہٕ ہند ک

سرحاد تہٕ مالی ذرایع وٹھہس حدس تام رُکھو کیمژِ۔ حالانکہ اَمِچہ آمدنی ہُند محض اکھ حصہٕ

اوس باہ ساس خار تہ ومل آسان۔ یہ تہ ومل اوس تمن کشیر سند طرفہٕ تران۔ اُمس راجہٕ

سندِس قبضس منز چھ وُنہٕ زیبہٕ پورس نکہ اکھ گام بطورِ جاگیر۔ راز ویر ماتحت ییس

علاقہٕ او سُمت چھ سہ چھ ترکہٕ پروشہ بیٹھ جوم تام کھیلتھ او سمت۔

میہ پرژھ اُمس راجس زِ سہ کتھ پاٹھی چھ پننہٕ راز دانہٕ ہندِس ناوس تلفظ

کران۔ "رجور" اوس تمی سُند جواب۔ تمی سندِ تلفظک نہ وراوس پتہٕ مس حرفس

پیٹھ۔ راجورک معنہ چھ راجہٕ سُند قلعہ۔ نتہٕ چھ اَمیک مطلب راجہ وار یا راجتیک

علاقہٕ ....... راز ویرہٕ چھ مشرقی اَندہٕ اکھ تتہٕ ووفی۔ بہٕ گوس اَمہ ناگہٕ کس اَندی

پکھی علاقس منز شکار کرنہٕ۔ اَتھ موقعس پیٹھ گومیہ تھرما میٹرہٕ اُتی کنہٕ تام ژٕشتھ

بہٕ ہیکہ صرف یہ وُنتھ زِ اَمہ ناگک ترٕ آسہ ہے ۱۲۰ ڈگری تامتھ۔ یہ ناگ چھ دراصل

اکہ میترِ دارکنہٕ شیلہ اُندرہ نیران۔ اَمہ کس آبس چھ گندھکہ ہزہ۔ تہٕ یوت

یوت آب برونہہ پکان چھ تیوت چھ اَمیک گندھک بترس لاران۔

اَمہ جایہ پیٹھٕ ترتھہ پانژ تاجی فٹہ دوٗر چھ بیا کھ توت ناگ واقعہ تہٕ یمن دون

گر بکہٕ وینن ناگن منز باگ چھ اکھ ترن ناگ تہٕ نیران۔ میہ آو یتہٕ وننہٕ زِ یہ گر بکہٕ دُن ناگ

چھ رِیتہٕ کالہٕ ترنہٕ ناگہٕ کھوتہٕ ہوند آسان۔ میٹھ چھ اَنگی روزن والی۔ اَمہ آبچن تن

صاف کرنہٕ چھین خصوصیژن پوٗرٕ پاٹھۍ واقف تہٕ کیازِ تم چھہ دوٗرِ تہٕ نزدیک جایو پیٹھٕ اوٗت سران کرنہٕ یوان۔

پرٛونژھہ چہ وَتہٕ ہندی قدرتی نظارہٕ چھہ قریب تھَمِ پھٔکۍ رازویرِ منزٕ وَتہٕ منز نظرِ گژھان چھہ پرٛونژھچہ وَتہٕ کشیٖرِ ہِنٛس دوران ژٕر دمیوٗن گوڈنکہ دُہک سفر بِمبر پیٹھٕ سمٲنی گاہس تام...... دوٚیمہ دُہک سفر اوس سمٲنی پیٹھٕ درمسال وٲتنس پیٹھ مشتمل.....

اوٚل مئی ۱۸۳۵ عکہ دوہہ کوڈ اَسہ درمسال پیٹھٕ کھوئی روٗٹ تامتھک سفر۔ کھوئی روٹ علاقہٕ چھہ بناہ ضلعس منز واقع۔ یہ چھہ اکھ آباد تہٕ رَژھ علاقہٕ وسیع وٚل مٲدٲنی علاقہٕ۔ یہ علاقہٕ چھہ ژور پانژھ میل کھوٚل تہٕ اَتھ اَندۍ پھٔکۍ چھہ واریاہ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ بال واقع۔ اَتھ علاقس یُس دٕری یا وسگوان چھہ، سُہ چھہ پرٛونژھچہ کوہِ پستی کوٹلہ بوٗن ہٮ۪ن رلان۔ یہ ووتُس اَتھ سنگچہ جایہ تام دوٚیمہ دوہ شامَس ....... پرٛونژھہ تام گژھنچہ وَتہٕ ہندٕ ترٛیٚیم ہیوٚ حصہٕ کوٚر مےٚ دوٚیمہ دوہہ طے۔ یہ طے کرنہٕ خاطرٕ توٗرُس بہٕ اَکس مٲدانس اپور یمہٕ منزٕ کیٛٲلی علاقس کُن وَتہٕ گژھان چھےٚ۔ کیٛٲلی علاقہٕ چھہ پرٛونژھس تہٕ جہلمس درمیان واقع۔ اَمی علاقک اکھ راجہ یا سردار وُچھو مےٚ گلاب سنگھنہٕ دٕسی کِشتوار کِس محلس منز قٲد کھوتہٕ آمُت....... پرٛونژھہ چھنہٕ پنہٕ کنہٕ خاص کینہہ خاطرٕ تھفکن لایق۔ یہ چھہ رازویرِ کھوتہٕ سٹھاہ لوکٕٹ تہٕ زن گژھ کوٹلی کھوتہٕ چھہ یہ رَژھا بوڈ۔ پرٛونژھکۍ مکانہٕ چھہ رازویرِ ہندۍ مکانن ہیوٚی۔ اَتھکۍ لوکھ باسیہ نہٕ مےٚ کنہہ اہم تہٕ دِلچسپ چیز نِش باخبر۔ مےٚ زَن بہٕ اَتہٕ زیادس کالس ٹھہرن یژھ ہا۔ لہٰذا کوٚر مےٚ فوراً پانس کھٔنک سفر شروع........ یہ کرہ وٕنۍ پرٛونژھہ پیٹھٕ تھنہ منڈی گژھن وجنہ وَتہٕ ہند اکھ جایزٕ پیش۔ تھنہ منڈی چھےٚ رازہٕ ویر وادی ہندس اَندس پیٹھٕ واقع

اَتہٕ بیٚٹھ چھیہٕ دٔرِیاوہ بٔٹھی بٔٹھی اَکھ نفیس تہٕ کُشادہٕ وادی شرُوع سٔیدان ۔ دٔرِیاو چھُ عام پاٹھۍ اَمہٕ ٹٔلۍ ٹٔلۍ لِکان، یُس اَتہٕ بیٚٹھہٕ کیٚہ بٔڑو نٹھہٕ نیرتھ کھوور طرفہٕ کین بانن سٔیدِ سیوٗد چھکرنہٕ یِوان چھُ ۔ اَپاری چھیہٕ تورٕ مادان کُن اَکھ وَتھ نیران یوٚس کٔشیٖرِ کُن گژھان چھیہٕ ۔ ۱۸۱۴ عس منٛز آس رنجیت سِنگھن اَمی وَتہٕ کٔشیٖرِ اَتھ رَٹنٕچ کوٗشِش کٔرمٕژ ۔

پٔروٚنژھ نیرتھ شوگٔنکس مٔنٛز اَکس راژٕسٔرن کوٹہٕ ہیٚبہٕ زَن اَکھ پٔرون تہٕ سَفید محل اَکس کھٔلہٕ مادانس منٛز بناونہٕ چھیہٕ آمُت۔ سٔرن کوٹُس اَنٛدۍ کھۍ چھہ لوکٕچ لوکٕچ بال یِم جنگلو سیٖتۍ وٕلِتھ چھہٕ ۔ اَمہٕ پٔتہٕ زانہٕ چھہٕ سارے کوٗلہٕ چھیہٕ میانہٕ اَندازہٕ کٔمہٕ سٕغرہ پیٚتہٕ پٔروٚنژھکس دٔرِیاوس سیٖتۍ رَلان ۔ یِمن کوٗلن ہُنٛز کٔشِش چھیہٕ خاصے تھکنہٕ لایق باسان ۔ خاص کٔرتھ یمن نظارن مدِ مقابلہ یِم اَکھ علاقس ژوٚپاری باگہٕ آمٕژ چھیہٕ ۔ یوٚس وَتھ ہرم گوٗل کُن اَتہٕ نیران چھیہٕ، تہٕ یِیاری زَن دٔرِیاوٕ لِکان چھیہٕ سوٚ وَتھ چھیہٕ دراصل کھوورِس علاقس کُن گژھان ۔ اَتھ برعکس یوٚسہٕ وَتھ تھنہٕ مٔنٛڈی کُن کھسان چھیہٕ سوٚ چھیہٕ ژوٚ چھینس اَنٛدس کُن واتع ۔ بہرحال اَکھ ٹھکراون وول سفر کٔرِتھ بیٚلہٕ بہٕ بالہٕ تھوٗنگس پیٚٹھ ووٚتُس میٚہ وُچھ اَتہٕ شیٖن موجوٗد۔ اَمہٕ تھوٗنگکس مُقابلس منٛز چھیہٕ اکبر بادشاہ سٕنٛد دَقتہٕ بناونہٕ آمُت سرٕے موجوٗد ۔ رازویرہ ہنٛز وادی گٔڈ میٚہ اَتہٕ پیٚٹھہٕ یکدم نظر ......... رازویرہ ہنٛز وَتہٕ نکھہٕ وُچھ میٚہ گُلن پیٚٹھ سیٹھاہ ٹینٛزری ۔ اَتہٕ کٔمن جنگلن منٛز چھہٕ کٔکٕر KAKUR یعنے چھنہٕ دِنہٕ وول رٕوس، وَنہٕ سور تہٕ خرگوش تہٕ نظر گژھان ۔ یمو علاوہٕ چھہ ہاپتھ تہٕ ترونزہ تہٕ بلکہ چھم منٛزی منٛزی مادانی علاقن ہنٛد سیٚبہ تہٕ دُچھینس منٛز یِوان ۔ بیٚلہٕ زَن شال پٔنٛژھ لاوی

تہ رامہٕ ہوٗنی تہٕ عام پاٹھی اَتھ علاقس منٛز موٗجوٗد چھہٕ۔

دموٗل بٔلیہ اُسی رازویرِ پیٹھٕ کُن پکان چھہ اُتی چھیہٕ رازویرِ پیٹھٕ کھن میلن ہندِس دوٗرِ پِس پیٹھ تھنہٕ منڈی یوان۔ اورکُن گژھنہٕ وَتہ چھیہٕ اَکہ شتر مادانہٕ منٛزی گُزران ییمنہٕ کِہ داہنٛز داہنٛز دُری یاوِ پکان چھُہ۔ اَتھ دُری یاوِس چھُہ دوٗن ترٛن جایَن منٛزی تُرن پیوان۔ میانی کُری تُلی تَتھ جایہٕ سیٹھاہ احتیاطہٕ سان قدم تُھن جایہٕ وَتہٕ منٛز زیچھہٕ پوترِ اَویزان گاٹرہ چھیہٕ تہٕ بیتہٕ ہِمو پوترِ پوٗ واریاہن جایَن وَتھ ژُٹرٕ چھیہٕ اَتھ وَتہٕ منٛز چھیہٕ وُجارہٕ گاٹرہٕ تِم یاوی دارٕ ہیرہٕ وُنہٕ موٗجوٗد ییم اکبر بادشاہ سٕنٛدیو وَتھ شیرَن والیو کاری گرو بناوِہٕ مٕترہٕ چھیہٕ۔ ہیرہ علاوِہٕ چھیہٕ اکبر بادشاہ سٕنٛدِس دوٗرِس منٛز تَھنہٕ منڈی نکھہٕ بناونہٕ آمٕژ دوٗہٕ زجن سیرن ہنٛز سرائے تہٕ کولہٕ ہنٛدِس دُچھنس مُٹھس پیٹھٕ وُنہٕ ناکارہٕ پاٹھی موجوٗد۔

تَھنہٕ مُنڈی ہندی مکانہٕ چھہ اِکہ دٕٹہ رٕلتھ تِمَن دَسیاب زمینن ہندِس پہاڑی سِلسِلَس اَندر یتھ جایہٕ نَظرِ گژھان، یِم دُری یاو بیٹھ کِہن کُنہٕ کھنگرن الاندی ہیتوی گاٹہٕ باسان چھہ۔ یِمَن زمینہٕ ژکلن پیٹھ چھہ ڈُوٗنی کُلی تہٕ تکہٕ کُلی سیٹھاہ لوٗبہٕ وُنِس آیس منٛز یِنٛن شہل رچھان۔۔۔۔۔۔۔ ہیہٕ وُچھِتھ تَھنہٕ منڈی منٛز اَکھ بڑ بوٗنی تہٕ ہیہٕ چھُہ یقین زِ بوٗنی چھنہٕ ماداَنی علاقَن نکھہٕ کُنہٕ جایہٕ نظر گژھان۔۔۔۔۔۔۔۔
رازویرہٕ ہنٛز آبادی منٛز چھہ ساروے کھوتہٕ زیادٕ گاشری۔ تَھنہٕ منڈی ہندی ژرٛینہٕ ژور منٛزٕ کاتِ شدری گُھرہ چھیہٕ یِنٛن اوزن، دوٗدری کام کرِتھ زینان۔

تھنہ منڈی چھیہٕ تھزرہادنہٕ والہِ شیشہِ مُطابق سمندرِ نشہٕ پانژ دہ ساس فُٹہٕ تھزرِس پیٹھ واقع چھُہ قریباً یہِ سُے تھزرِیُس کشیر ہنٛز وادی باگہٕ آمُت چھُہ۔ ژُوٗدامِہ

جولائی ہٕندِ دۄہہ صُبحچہ سَتہٕ بجہ ووت تھرمامیٹرُک پارُ دٲیِتہ ۷۰° درجہ حرارتَس تامتھ۔

تھَنہ مَنڈی ہٕندِ دَرمیانی علاقَن مَنٛز چھِیہ چن، پیالہ بناونٕچ میٚژ تہٕ اَبرق پٔٹہٕ عام پأٹھۍ دَستیاب سپدان۔ ...... مادانی علاقو ہنٛز وچھانو پیتہٕ چھہ اَتھ علاقَس مَنٛز تختہٕ دار چٹانن ہنٛدی بال شروٗع سَپدان۔ یِم لوکٕٹۍ بال چھہ اَتہٕ مَندچھان ہوی باسان۔ خاص کرِتھ اگر اَسی یمَن ہُند مُقابلہٕ تِمَن بالَن سیتی کرَو یِمہٕ ہِندِس دامنَس مَنٛز تھنہ منڈی واقع چھِیہ۔ یِتھے پأٹھۍ چھہ بلکہٕ مادانی علاقَن ہنٛدِ لوکٕٹۍ وَن مَند چھِیتھ نابوٗد ہیٚوی گژھان۔

یِیلہٕ اَسی تھنہٕ مَنڈی ہنٛدِ ہِن کار تھدِ ہِن یارِ وَنن کُن نظر چھہ تراوان.......

...... اَتہٕ چھُہ پیر پانٛژال سِلسِلہٕ کین بالَن اَکہٕ ترِٹھ پٔدی وَتہٕ کٔنی کھسُن پیوان یوسہٕ نندن ہرہٕ کٔنی کشیر گژھن واجنہٕ وَتہٕ سیتی رَلان چھِیہ۔ یہٕ وَتھ چھِیہ پوٚتُس تھنہ منڈی پیٹھہٕ قریباً زٕہ میل تھزرَس تام واتان۔ میٚہ وُچھ نہٕ یہٕ وَتھ پانہٕ زانہہ تہٕ مگر دِلَس چھُم یِتھہٕ زِ سو گژھِ اَکھ رژ پہاڑی وَتھ آسنۍ۔ دراصل اَسہٕ یہٕ وَتھ اکبر بادشاہ ہنٛدِ وقتہٕ استعمال سَپدان۔ تہٕ کیازِ تمَن دۄہَن اَسنہٕ موجوٗدٕ وَتھ یعنے بہرم گلہٕ کٔنی گُزرن واجنۍ وَتھ عام استعمالَس مَنٛز۔

پانٛژالہٕ کِس کُشادٕہ مادانَس مَنٛز واتِتھ چھُہ اَکھ وَتہٕ گَتھ تِھو۔ پانٛژو سَرو کٔنی گُزران یِم اَکھ اُکِس نِشِ اوڈ اوڈ میل نَتہٕ تِمہٕ کھوتہٕ کم دوٗر رَس پیٹھ واقع چھہ۔ یِمو سَرِ مَنٛزٕ چھُہ گوڈنِیُک ننٛدن سرییٚنہٕ سَببہٕ اَتھ وَتہٕ تہٕ لوٚہے ناو چھُہ پیومُت۔ یِمو سَرو مَنٛزٕ نیٚرَن والی نالہٕ یِیلہٕ پانہٕ وأنۍ رلان چھہ اُتی چھہ تِم ہیر پورکہٕ دٔری یاونٕچ (اہرِ بلچ) شکل تراوان۔ ہرہٕ پورُک یہٕ دُری یاو چھُہ کینژ ولوکٕٹو بالو مَنٛزی کشیرِ کُن وَسان۔

یِم بال علی آباد سرایہٕ مُقابلہٕ پیر پانٛژال تھوٚنگہ کہ دۄیو تمہٕ طرفہٕ پانٛژھ میل دوٗر

چھہ ۔ ۱۸۱۴ ہس منز سوزایاے رنجیت سنگھن اَمی نَندن سرچھ وَتہ دہ ساس سکھ کشیرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ ۔ مگر پٹھان حکمران آسی کشیرِ ہندِ طرفہٕ تمن فکرِ تارنہٕ خاطرٕ پوٗرہ پاٹھو تیار تہٕ تمو رُڈ سکھ شو بیٛنیس نکھہٕ پنجار ماٗدانس اَندر تیٚنس گیرس منز ۔ بیٚٹھہٕ پیٛلہٕ زور چوٗرٕ دٕ شرانیو سکھن ہندی بندوٗق تہٕ بے کار بناوی اُتی بیٚوٚد رنجیتہٕ سٕندِن فوجن شکست کھتھ والیس نیٖرِن ۔ حالانکہ اکھ لڑایہ منز گیوٚ دیٛپٹھانن ہند فوجی جرنیل تہٕ مار ۔ اَمہ پتہٕ کرِیوٚ رنجیتن توسہٕ ماٗدانہٕ کنی کھٕسِتھ بیا اکھ حملہٕ میٚتہٕ سٕ کشیرِ ہندی گورنر محمد اعظم خانن اکھ زبردست شکست کھیاوٕنایوٚ ۔

راتس تھہ منڈی منز شو نگنہٕ پتہٕ ہیوٗت میٚ دُبارہ پرانہ سرایہ کنی کشیرہ ہنزٕ مُستقل وَتہ پیٹھٕ رتن شاہ گھاٹھس کُن کھسُن ۔ اَتہٕ بیٚٹھ چھیٚہ چڑٕلے شروٗع گرٕھان تہٕ اکھ وَتہٕ گَتھ چھہ جلدی پنٕز وَتھ جنگلہٕ کھوٗڑ ھایتھ منز گُزران وُچھان ۔ اَتن یوسہٕ دولہٕ وَتھ پرٕونٛٹھ کُن گرٕھان چھیٚہ سو چھیٚہ اَتہٕ پیٛٹھہٕ کھوٚوٕرُن ۔ تہٕ زن گورتن شاہ وَتھ چھیٚہ شُمالس کُن بالس تام نیران ۔

کوہ ڈُنیاک وُچھنَس لایق چیزن منہٕ اکھ وَتہٕ منز نظرٕ گوسہٕ ادس اکھ کیوٚر پیٚتھ اَندی یٚکھو کنین پیٹھ گرٕ سوارن ہند اکھ نظارٕہ کھننہٕ چھہٕ آمُت ۔ اَمہ پتہٕ اُکس موڑس پھیرِتھ گیہ منہٕ کینہہ پرٕانی موٗٹی درٕوٗڈ پلو وَتہٕ اوٚک طرف ہیٚمٕچ نظرٕ ۔ اُتی وُچھ منہٕ اکھ اِنسانی کھوٗ رتہٕ تمہ اِنسانی جٔسمک باقےٕ حصہ اوس شالو، وَنہٕ ہونیو تہٕ گریدِ وتھیل ہیٚہٕ کھیو مُت ۔ آدم کھاو لوٗکن ہندِ وُنُن چھہ زِ اِنسانی جسمک سارےٕ کھوٗ تہٕ ہزٕ دار حِصہٕ چھہٕ اَتھٕ ماوتہٕ تکہٕ پوٚت آسان ۔ اَتہٕ برعکس چھُ وَنہٕ پوان زِ ہونی چھہٕ کھوٚدٕ لیوٚ تانو درآے پرٕ پتھ کانہہ تان کھیوان ۔ اَمہ پتہٕ اوس وُنہٕ اکھ دوٗہہ گُزرنے زمینہٕ باسیوٚد

یَنٛن پان کٔشیٖرِ ہنٛز یٔدی وَتہٕ بیٚیٹھ ہیٚیہٕ آیہِ۔ اکبر بادشاہ سٕنٛز سَرا یے اَکھ نِشانہٕ مٔنٛز اَکھ چرٛاپہٕ تلہٕ کٔنہٕ نظر ییٚتھ پیٚتھ ییٚم پہاڑی سِلسِلہٕ مَنٛز اوٚت تامتھ پٔدراوی مٔتۍ آسہٕ۔ تم تہٕ اَسہِ اَتہٕ بیٚیٹھ دوٗر مٲدانی علاقن تام نظر لوان۔ اَیاری وُچھ سۭے نظارہٕ تقریٖبن زٕ نٕتہٕ وُچھِمٕت باسان اوس۔ اَمہِ پتہٕ گوس بہٕ ییٚر یاتراہکِس نظارَس کُن مُتوجہ۔ بیٚیہ گوس تمہِ وٕنسی سنٛزِ کُن مُتوجہ یمو مَنٛزٕ مَنٛزٕ وُنی گُزرُن اوس۔ سُہ تھونٛگ ییٚتھ تَتہِ کوٚٹی ونان چھِ تہٕ یُس اَتہٕ کیٚن روزن والین ہِندِ وَننہٕ موجوب شیٖشہٕ کیٚنٛن ہِند بنیومُت چھُ یِہنہٕ اوس ٹاکارہٕ پاٹھی بیٚین تھونٛگین مَنٛز باگ واقع۔ یُس یَزی پاٹھی یمو نِشہٕ تھز موجوب یَنٛن یان سٕہرل آیہِ بدوٗن گٔدِتھ اوس۔ اَکھ سو اَچھی ییٚتھ یالَن باگہِ آہتی قُدرتی نظارہٕ وُچھنہٕ یال آسنہٕ سو تہِ گٔرِتھ اَتھ وُچھِنہٕ گوشتہٕ مَنٛز نہتھ۔ میٚیہ ٹھہرووا یِہ ییٚتھ شاندار نظارہٕ وُچھنہٕ خٲطرٕ قدم۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرُم بہرام گَلَس کُن وَسنک سَفر شروٗع ........ بہرام گوٚل چھُ اُکس بَرمٲدانس مَنٛز تتھ پرونٛژھ دٕری یا وِکس مغربی ہٹھس پیٚٹھ بالکُل الگ جاییہ واقع یُس یِنہٕ آگرٕ بیٚیٹھ ہیٚرِتھ اَکہِ اَنہٕ کٔنٹہٕ تہٕ سَنہٕ درہ اَندرٕ ہیٚرہ وَسان چھُ۔ تہٕ یُس اُکس مَنھتہٕ فٕٹہٕ تھز مضبوط شیلہٕ پٮ۪ٹھ ہِندی کھور چھِلنہٕ پتہٕ اَمہِ گامہٕ سٮ۪یدِ سیوٗد یکدم دُچھن کُن پھیران چھُ۔ تہٕ یُس اَمہِ پتہٕ یینہِ وَتھ لوکٹو بالو مَنٛزی پرونٛژھ تہٕ کوٹلی کُن بناوان چھُ........

ہیٚچہٕ تخنتَن ہِندی نکانہٕ وول اَکھ گام چھُ بہرام گلہٕ بیٚیٹھ کیٚمے دوٗر ییٚتھ زٕ نٛدر مانا وٕ چھُ پٮ۪یٚمیک مطلب نٔون چھُ۔ میٚیہ توٚگ نہٕ بوزُن زِ اَتھ کیازِ چھُ یِہ ناو دِنہٕ آمُت شاید اَدِ موکھہٕ زِ اَتہِ آسہٕ زوٗن نٕسری مَنٛزی نظر لوان یا شاید اَتہِ آسہٕ کیٚمے کانٛس تاپھ روزان۔ ............ میٚیہ چھُ باسان اَتہِ نَس چھُ بیاکھ لوکٹ گام ہیٚچہٕ

تھنن ہٕنٛدِ یو مکانو کو لہٕ نٕھُس بیٛٹھ نوٗن کوٗڈ مُت، کُمے بروٛنٛٹھہٕ یہٕن نٕر تہٕ چھیہٕ اکھ

دَتھ کھوور بٕھٹہ بٕھٹہ اَتھ تنگ وادی کُن پھیران تہٕ اکھ ٹھکہٕ راون واجنی جڑ ئے

کھسنہٕ پتہٕ وُچھہ یہٕ یٕنن پان پوشُن گامہٕ کین ہیٛچہٕ تھنن نیاو تہٕ آمتین مینٛزٕ کوٗٹھن منز باگ۔

پوشُن چھہٕ قریباً ساڑہٕ نوساس فُٹہٕ تھزرس پیٛٹھ واقع۔

پوشُن گام چھہٕ بہرم گلہٕ کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ اَتھ منٛز چھہٕ قریباً اکھ ہتھ گھرہٕ بسان۔ یمن

گھرن ہندی یٚتھ چھہٕ کو لہٕ کُن دُبہٕ پھیرِہتی یاسان۔ یتھن یِتہٕ ترٛاے دِنہٕ کہٕ بدولتہٕ چھہٕ امہٕ گامکی لوکھ

کُنہٕ حدس تام یمن گھرن شینہٕ طوفانہٕ نشہٕ بچاوِتھ ہیکان۔ یہٕ گام چھہٕ سُتھ ہس حدس

تام وَنہٕ کین سرحدن سیتی واقع۔ اَما پوز گامس نکھہٕ چھےٚ کُلی نظر گژھان۔ پوشنہٕ

پیٛٹھ چھیہٕ پانژ اَس کُن زرہٕ وتہٕ نیران۔ اکھ چھیہٕ کو لہٕ ہنٛدِ دچھنہٕ ہٹھی ہٹھی پکان۔ چونکہ

یہٕ وتھ چھیہٕ اکس تھدِس تہٕ دریبہٕ ہٕتس منز واقع لہٰذا چھہٕ میہٕ یہٕ ممکن باسان زِ

اورنگ زیبہٕ سنٛدین یمن ہتھین ہندِ ذکر برنیرن کوٗرمُت چھہٕ تِم آسہٕ ہن امی ہٹھ

پیٛٹھ بٕہون نالس منز پیمتی۔ میہٕ توگِنہٕ زانن زِ سوہ ہٹی دُترناونج جاے کتہٕ نس

گژھہٕ اَتہٕ آسنی۔ یُمیک ذِکر ابوالفضلن تیتھہٕ پاٹھی کوٗرمُت چھہٕ زِ کُس تام بادشاہ اوس

پننی کینہہٕ ہسی اَتہٕ نس اوٚرہٕ موکھہٕ ڈُلہٕ تراوان یُتھہٕ زن سہٕ تہنٛز کرکہٕ لوٗزِتھ وقتی طور

خوش اوس سپدان ......... پوشنہٕ پیٛٹھہٕ اکہٕ گامتک سفر کرِتھ ووتس

یہٕ ہاروِ کھوتہٕ ہٕنیٛمہٕ یُتھہٕ اَنبارچہٕ ڈُندرہٕ نش۔ سو ڈُندر اُس اَتہٕ ژُرہٕ ہتیس آبس

بَیمٕتر تہٕ پتوٚ اکس نالس پیٛٹھہٕ لُجِترہٕ دریمتر۔ اَتہٕ پیٛٹھہٕ ہیکہ پوشُن جنگل زٕرتھ زٕرتھ تنن۔ اَما پوز

سبزوٚ بخہٕ آسہٕ وُنہٕ ژوایاری نظر گژھان۔ آروٚ لہٕ گلاب تہٕ بلبُ واریاہ جنگلی

پوش اُس برجستہٕ پھولمتی۔ تیناتس نکھہٕ یُس لوکُٹ یال چھہٕ سہٕ چھُہ کُلہو ویوٚشہٕ

خالی ۔ یتھ جایہِ شیٖن تُلگمت اوس تتھن اوس نفیس دٔرمُن نظر گژھان ۔ وُچھان دُچھان
وونُس بہٕ پیر پانژالہ کِس تیناتیس بیٚٹھ ۔

پانژال چھُ اکھ فارسی لفظ یُس بائن ہندِس اُکِس سِلسِلس باوتھ کران چھُ ۔ کاشُر
چھُ اکھ پانژال تلفُظ کران یُس صحی پاٹھۍ اُکِس تھٔکِس ٹُکرَس باوتھ کران چھُ یتیٚن وتہٕ گژھن
چھینہٕ خاطرٕ آب وسیاب آسہِ سپدان ۔ اکہ عقیدٕ موجُب چھُ مُسافرَن ہیٚرزِ وتہٕ منز واقع اکھ بالس
اوٚرہ یوکھ پیر پانژال وَنان تہٕ کیازِ پیر چھُ سُہ بُڈ تہٕ بزرگ انسان تہٕ گوٚہِن ہندِس تو بس
کُن تھوٚن وول مُرشد یُس اُتھی تیناتیس بیٚٹھ بسان چھُ ۔

تیناتہٕ یپارِ پھیرِتھ بیلہِ اکھ وتہٕ گژھ کُٹیرہ ہندِ اندہٕ بون وسان چھُ اُتی چھس گوڑ
بُتھ علی آباد سرٲے لوان ..... علی آباد سرے چھیہٕ وتہٕ ہندِ کھوور طرفہٕ واقع ۔
یہٕ سرائے چھیہٕ بالہٕ تھوٚنگہ کہ گُنبد بیٚٹھ زٕ پانژھ میل دوٗر پاسان ۔ اتھ سرایہِ مُقابلہٕ چھیہٕ ہو
گلی یمیہِ منزٕ سِندن سرِ کنہٕ کول وسان چھیہٕ تہٕ اُتھی جایہِ چھیہٕ اکھ یدٕ کدتھ بجہٕ ثوبین
سٹرکہٕ سیتی زلان ۔ وَنہٕ پھٔرستن منز نظارٕ چھیہٕ اتی بیٚٹھ نظر ہوان یی ۔ اتہٕ بون برابر سرٕ دپور
تامتھ چھہٕ سارِی پال خاص کرِتھ مشرقی اندکہ پال یارِ جنگلو سیتی ڈلیتھ ۔

راتھ علی آباد سرایہِ منز گزارنی چھیہٕ مُفید پاسان ۔ بلکہ دِہہ بہٕ وتہٕ گژھن رٕتہٕ
کاڈ دوہِن منز یہِ شوق پانہٕ ناونک مشورٕ ۔ یُتھ زن تِم اتہٕ بیٚٹھ کینژن ہمسایہِ تھوٚنگن
کھسِتھ ہیکن تہٕ یُتھ زن یمو تھوٚنگو بیٚٹھ تِم کُٹیرٕ ہندِ بیٚنہ اندکین نظارن تہٕ لُطف
تُلِتھ ہیکن ۔ اَیہ یتہٕ چھیہٕ بُتھِ لال گولمُک گُنبد لوان تہٕ اَمہ برونہہ دِتھ چھیمتس گُنبدکس دوٗسے
لال گولمُک گُنبد چھُ گوڈنیک مُقام یمیُک سیوٚن توجہ زیوٚن ۔ پیر پانژالہ چہ اکھ جایہِ
چھہٕ سکھ حاکم بینہ چینگایہ بدل استعمال کران آسی میتی

بہٕ چھُسَن ہنہٕ سو پانژادر ( آبشار ) پٔرزناوِتھ ہیکان ییٚمیُک چھوٚل برٛنیرن

وٕثرھنوٚ وُنت چھُہ۔ ییٚہٕ پانژالچہ وَتہٕ وُچھو میٚہ اَکھ پانژادَر یوٚس بَہٕ رَم گکٕس نِشِ واقع اُس۔

اُماپُوز سو چھِنہٕ برنیرٕ سٕنزِ وثٕرھنےٕ سیٚتی رَلان۔ شایَد گٔژھِ سو اہٕ زلچ پانژادرا ہٕ آسنٕ یوٚس

ہیرٕ بوٚ رِس نکھہٕ چھیٚہ۔ تَھزرہٕ ورٲی چھُہ اَمیُک پٔرہٕ یتھ کانہہ حِصہٕ برنیرٕ سِندِس بیانَس سیٚتی

رَلان ....... ہیرہٕ بور چھُہ اَکھ لوکُٹ گام یتھ اَندیٚ اَندیٚ وَن پھٔہلِتھ چھُہ۔ شوٗپیٚن

چھُہ ہیرہٕ پورہٕ پیٹھٕ ساڑدہ پانژہ میل دوٗر۔





# پیر پانژال ہبلہٕ کِن



# کاشرِ ن علاقن

# گرٕھن و اجنہٕ وَتہٕ



شینہٕ وول پیر پانژال چھُ تہٕ فقط کشیرِ ہندِ ن پوشہٕ بہارَن سگونٕک تہٕ دانہٕ زمینن تر تازہٕ تھونک ضامِن بلکہٕ چھُ یہ کارِ وٕ ن ژکُن پہاڑی سِلسِلہٕ یُس تمی وارِ ہندِس رنگین کلچرس تہٕ حُسنہٕ گنجس اَکِس بادِ وٕ تہ شہ مارہٕ سنٛدی پاٹھی اَندی اَندی آرہ کونڈل بناوِتھ تیٚژ کال تامتھ حملہ آور ونِشہٕ رٲچھی کران آمُت ۔ اَمہٕ رٲچھدر بالچہٕ کارِ تھنِ سنگرمالہٕ تہٕ اَچہٕ وِچھہٕ وٕ ن گنہٕ وُنہٕ چھے یِژ کالس تہذیبی یلغارَن ژھوٚٹس تہٕ خاکس سیتی رَلاوِنہٕ خاطرٕ وُچایہٕ پَتن ہُند رُوٗپ ارٲن روزِمُت ۔ یموٚ تو چھنہٕ یِژ کالَس حملہٕ آوَرن کشیرِ منٛز اَژنس وَتھ دِژمٕژ ۔ بییہٕ طرفہٕ چھِیہٕ یمہٕ پہاڑی وَتہٕ کینٛژن وسیع نظرَوٚن تہٕ ترقی یافتہٕ تہذیبَن ہندِ طرفہٕ بییہٕ والین صحت مند اَثرَن تہٕ یِژ کال تام کھُوٚر بینمٕژ ۔ کشیرِ ہنٛد تواریخ چھُ گواہ زِ مولِ ہندیس کارِگر حملس تام کشیرِ مینٛز سیاسی حملہٕ آورن ناقابِلِ عبوٗر باسنہٕ باوجوٗد چھے یمہٕ وَتہٕ اَندری مینٛز مہاراجہ للتادِتیہ تہٕ سُلطان

شہاب الدین ہِوِین ولہ وِیرِن رازدٲری سان اُندۍ نِکھس منز وُترِہ ہُنٛدِ تُلکُس ٲسی کران روزان۔

بیر یانٛترالہٕ چین ہِیُن دُشوار گزار وَتن ہُنٛز نشاندہی کرنہٕ خٲطرٕ اولہٕ اُسی راول پِنڈی ہۍ وَتھ تہٕ بانہال کارٹ روڑ (موجودہ نیشنل ہائی وے) بنہٕ بروٚنٛہہ استعمالس منز روزان وَتن ہندۍ کینہہ اہم پڑاو زیرِ نظر یِتھ زَن سہ کیٛبھی بھوٗلی ہوئی منزل بھی یاد آتی ہے راہی کو موجب سانہِن ژیتہٕ وُترہِن تہٕ تحت شعورن منز پننین اسلافن ہندۍ ہوبہ آہٹ کینہہ تمدّنی تہٕ تہذیبی نقوش تازہ سپدن۔ اَسی کرو یمن وَتن ہُند ذکر یِتھ کالہ پیٹھ مشہور روزِ مُغل وَتہ پیٹھے شروع یتھ سانٛہ مورخ مُغل روڑ ناو تہٕ دِوان چھہ۔

## ۱۔ شوپیَن۔ راز ویر وَتھ (مُغل وَڑ) مُغلن ہندِ لو حملو تہٕ پیٹھ کشیرِ ہِنٛز

خود مختاری ختم سپزِ، اَتھی کٔر مُغلو پنُن قبضہ مضبوط بناونہٕ خٲطرٕ کینٛژن وَتن سترٲویخ تہٕ کشیر ہِنٛزن کونہ وارِن تہٕ تھوٗنڈ کرن والین ہسی کاروانن لایق بناونٛچ پٕز پٕتھ ممکن کوشش۔ جایہ جایہ آیہ سرٲیہ تہٕ ہنٛٹھ بناونہٕ یمن ہندۍ کھنڈرو نہٕ کینٛژن وَتن دٔرِ چھینٛج۔ کھوٗرِ پرٲنی داستان باوان چھہ۔ پٕرِ ھووَتو منز چھیہ ڈوگرہ دورِ حکومت شروع گژھنس تام راز ویر کنٕہ کشیرِ ینہٕ واجنہٕ وَتھ ساروے کھوتہٕ اہم اکھ خاص کٔرِتھ شوپیَن ہیرہ پور کنہٕ یِنہٕ واجنہٕ وَتھ۔ ڈوگرن ہندِس دورس منز بانہال کارٹ روڑ بننہٕ پتہٕ تہٕ جرمنی انجینرن اَتھ بیر یانٛترالہٕ کِس سیٛنس جواہر ٹنلہٕ ہِنٛز شکلہٕ منز گوٚڈ کرنہٕ بروٚنٛہہ تام چھپے پیٛدۍ وَتن منز شوپیَن وَتھے سرِس اسمہٕ۔ یہ اوٚگ ڈٕرے وَنہٕ

زِ اَمہ وَتہ ہُند ناو چھُ کشیٖرِ ہٕندین مُختلِف توٲریخن منٛز مغل شاہراہ یا مغل روڑ ناوَس
تحت ہیٚنہٕ آمُت ۔ اَمہ وَتہِ ہٕنٛز نِشانہ دِہی کرنہٕ خٲطرٕ انوکھ اَسی کٲشرٕ ن علاقن ہٕندِ ین
سرحدن تام اَنٛکِہ پانٛژ اَکھ پڑاو تہٕ تٲریخی اہمیَتھ تھوَن وٲلی گام زیرِ نظر۔ اَگر اَسہِ کٲشرِ
کلچرُک سارِوٕے کھوتہ بڈٕ مرکزٕ تہٕ کٲشرٕ قومکہ سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ کاروبٲری شہر سرینگر
پیٹھہٕ پیر پانٛژال ہیلہِ اَکس مشہور سدیہ پرونٛژھ تام مشہور مغل وَتہ گژھن
آسہٕ تیلہ ین اَسہ بُتھہِ یم پڑاو۔

(I) سرینگرٕ کہ گورنمنٹ بَس اَڈٕ منٛزٕ ہیکو اَسی کُنہ تہِ ساعتہٕ شُپیَن خاص کُن روانہ
سپَدِتھ۔ خاص کرِتھ اَگر رِتہٕ کٲلی دو بہ آسہ تہٕ اتھ پرانہ وَتہ سام ۔۔ ہٕنٛکس
یَرادس لرِ لورٕ رکانہہ سالہٕ مُتی یا شِکٲری پرِوگرام آسہِ۔

(II) شُپیٖنہ پیٹھہٕ ہیرہٕ پور تام ہیکو اَسی پختہٕ سٹرکہٕ ہُند فٲیدٕ تُلِتھ ۔ تہ زن گو
سرینگرٕ پیٹھہ اوٚت تامتھک سفر ہیکو اَسی بسہِ منٛز طے کرِتھ ۔ یہِ سفر چھُ قریباً ترٛجہہ میل زیٛٹھ

(III) ہیرہٕ پورچہ سرایہ پیٹھہٕ زہ ڈاے میل ترٛونہہ پکِتھ واتو اَسی گندک بالہٕ کِس اَنٛدٕ
پکھس منٛز سوختہٕ سرایہ نِش۔

(IV) سوختہٕ سرایہ پتہٕ پیہِ اَسہ ترٛونٛھ علی آبادٕچ سرایے۔ علی آبادٕچ سرایے
چھےٚ کُنہِ حدس تام وَرتاوس لایق تہٕ کیٚنہہ مُسافر چھُ وُنہِ اَتہِ راتھ گُزاران۔ اَتھ مُقابلہٕ
چھےٚ کشیٖرِ ہٕندِ اَندچہ ساری سرایہ وُجارٕ باسان۔

(V) علی آباد پیٹھہٕ قریباً پانٛژھ میل ہکِتھ چھُ اَکھ وَتہ گتھ۔ اَمہِ اَندٕ پیر پانٛژالہ
کِس تیٚنتٲلس پیٹھ واتان۔ پیر پانٛژالہکِس اَتھ تھونٛگس منٛز چھُ لُکو کھٕہ وَنِس ناوس
پیرٕ ہٕنٛز گلی ناد کورمُت۔ کینٛژن لُکن ہُند وَنُن چھُ یہِ زِ اَتہِ چھُ راتھ کیٚنتھ اَکثر اَکھ پیر

مرونارزالیتھ اور یورپکان تہٕ نظر یوان ۔ یِژھ دلیل چھینہ بانہٲیبالہٕ کِنہٕ اکثر
تھوٚنگن ہنٛز متعلق عوٲمی سطحس پیٹھ اَندی پکھی کن علاقن منز مشہور ۔ مثلاً بانہالہ کہٕ ڈٕلیگام
یِتہٕ کِنہٕ کِس بالہٕ تھوٚنگس یِتھ کِنہٕ آرٕ ؤنان چھ یا ہومنگتہ اندہٕ سونٛدر نار تھوٚنگس
متعلق تہٕ چھُ اَمہٕ بالہٕ کِس موکلہٕ سِندیا خود بیر یا تراہ سِندِ لشہٕ ڈٕہر ہیتھ راتس
پھیرنک اتعہ مقامی بہلین تہٕ گُجرن نِش بوزُن یوان ۔

(VI) بیرہٕ سنزہٕ گلی پیٹھ چھُ وُسنہٕ وُن قدم شروع سپدان تہٕ وَتہٕ دوٚچھنی کھوٚری
چھیہٕ واریاہ ریتہٕ کاڈٕ یکہٕ نظر گژھان ۔ حُسنِ فطرتُک نظارہٕ وُچھان وُچھان قریباً
دہ میل وُستھ چھِنہٕ یِژھ تریچ سو مشہور پوشہٕ مرگ یوان یِتھ تھنڈی مر (چنڈی مڑ) ونان چھِ ۔
تھنڈی مرس منز بناونہٕ آمژ موغلن ہنز سرائے تہٕ چھیہٕ بلکل خستہ گامژ ۔

(VII) تھنڈی مر پیٹھ قریباً ڈوڈ میل ہیکتھ چھنے پر ونتریچ سو مشہور جاے یوان
یِتھ نور جہانہٕ ہنز خاص تھکہٕ پینڈ آسنہٕ کنہٕ نوٗری چھمب وننہٕ او، یُس یوان زمانیٚ
ستم ظریفی وُچھتو زِ نور جہانہٕ ہنز تھکہٕ پینڈ زانتھ یارنہٕ آمژ یہ پہاڑی جاے بنیہ
شہنشاہ جہانگیرس آخری تریتہٕ گول پیٹھ یہ فٲنی دُنیا ترأونہٕ آخری تھکہٕ پینڈ
تہٕ چنانچہ اُسس تہنز لاش اَتہٕ پیٹھ جلد از جلد لاہور واتناونہٕ آمژ ۔

(VIII) نوٗری چھمبہٕ پیٹھ میل کھنڈ ہیکتھ چھنے بیاکھ تأریخی جاے بہرام گول یوان
"آئینِ اکبری" تہٕ "تزکِ جہانگیری" ہِشن کتابن منز چھُ اَمیک ناو بیرم گلہ لیکھنہٕ آمُت

(IX) بہرام گلہ پیٹھ قریباً اٹھ میل برونہہ ہیکتھ چھنے کاشر کلچرچ اکھ مشہور تھکہٕ
پینڈ یوان ۔ یتھ مقٲمی کٲشری تھون تہٕ پارِم لُکھ تھنہ منڈی وَنان چھِ ۔ تھوٚرنہٕ
موغل سرائے چھنے وونی بلکل وُجارہٕ گامژ ۔

(x) کھوٚنہٕ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ساسہ میٖل یکٔنہہ چھےٚ بڑونٛٹھہٕ بیاکھ وُجارہ سرائے یوان یتھ

کاشُرہ ساز سرائے تہٕ پانٛدرم ساج سرائے ونان چھہ۔

(XI) سازسرایہ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ژور میٖل یکٔنہہ چھےٚ بڑونٛٹھہٕ فتح پور سرائے یوان۔ یہ

سرائے تہٕ چھےٚ خراب تہٕ خستہ گامٕژ۔

(XII) فتح پورہ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ژور میٖل بڑونہہ یکٔنہہ چھےٚ رازویرہٕ مشہور سٔر

یوان۔ اَتہٕ بیٚنٛٹھہٕ چھےٚ پرٛدُشہ تام اَکھ پوٚختہٕ سڑک تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔

## (۲) اَچھ نار برآری سٔروتھ یعنے بڈگام بڑونٛٹھہ وَتھ

بیٚنٛٹھہٕ پانٛٹھ اَسی سار وٕے کھوتہٕ بجہٕ موغل وَتہٕ شیٖپیٖن رازویرہ وَتھ تہٕ ہکو وُنہٕ

یینٛٹھ نِشانہٕ ہی بیٚنٛٹھہٕ کَنہٕ کرنہٕ آیہ۔ تِتھے پانٛٹھ ہکو اسی موغلن ہنٛز دوٚیمہ وَتہٕ بڈگام تہٕ پرٛدُشہ

وَتھ تہٕ وُنہٕ۔ اَمی وَتہٕ کٔنی چھہ رنجیت سنگھن کشیٖر بیٚنٛٹھہٕ گوٚڈنیک بوٚڈ حملہ کوٚرمُت

تہٕ تو سہ مادان یُس اَتھ وَتہٕ منٛز یوان چھہ سُہ اوس سکھ فوجن ہُند أزکی پانٛٹھ تیٖرکاس

اہم پڑاو زانہٕ یوان۔ بہرحال اَمہٕ اہم وَتہٕ ہنٛز نِشانہٕ دِہی چھےٚ یِتھ:

(i) سرینگرہٕ کہ لال چوکہٕ منٛز بَسہٕ کھٔسِتھ چھہ اِنسان قریٖبن دوٚن گھنٹن منٛز نو میٖل زیٚنٛٹھ

سڑک طےٚ کٔرِتھ بڈگوم واتان۔ بڈگامہ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ڈلاے میٖل بڑونہہ یکٔنہہ چھہ اَکھ گام وُتان۔

یتھ گام بڑونٛٹھہ چھےٚ قریٖبن ترٛیٖنہٕ میٖل تام یعنے کٔرمہ شر تام تہٕ عام بَسہٕ پکان۔ کٔرمہ شر بڑونٛٹھ

اڈٕ میٖل کھنڈ یکٔنہہ چھےٚ بیٚنٛٹھہٕ بگرٹ ناوچ جاے یوان۔ اَتہٕ یُس دوٚن وقت چھہ تہٕ چھےٚ اَکھ

وَتھ دوچھن کُن نیران یتھ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ترٛیٖنہٕ میٖل یکٔنہہ خان صاحبن ناوچ جاے واقع چھےٚ

اَتہٕ بیٚنٛٹھہٕ یوس وَتھ کھووری کٔنی نیران چھےٚ تتھ بیٚنٛٹھہٕ قریٖبن ترٛیٖنہٕ میٖل بڑونہہ یکٔنہہ چھہ رایتھن

یِوان ۔ خان صٲبُن تام تہٕ اوٚت تام تہٕ چھےٚ پوٚختہ سٹرک ۔ گویا بسو ہنٛدِ ذٔریعہ چھےٚ یم ساری علاقہٕ

شہرٕ سرینگرس نزدیکے باسان ۔

( II ) راتھِین برٛونٹھ قریباً ترٛیٚیہ میل اکتھ چھےٚ سو جاے یَتہِ ئبن وُڈرٕ ونان چھہ ۔

( III ) ئبن وُڈر پتہٕ قریباً داے میل اکھ چھہ پلہ ماٗدان یِوان ۔

( IV ) پلہ ماٗدانہٕ برونٹھ قریباً ترٛیٚیہ میل اکتھ چھےٚ متر کھنن جاے یِوان ۔ اَتھ جایہ

تام تہٕ چھےٚ اکھ کچ سٹرک کھسان یَتہٕ پتہٕ جنگلہ منٛز بے دردی سان لکر والنہٕ خاطرٕ ٹرکہٕ رات

دوہ پکان چھےٚ آسان ۔

( V ) متر کھنن برونہہ قریباً اکھ میل اکتھ چھےٚ سنٛزن پتھر تہٕ تتہٕ برونٹھ قریباً

اکھ اکھ میل دٗور رس پتہٕ چھےٚ نزمر ۔ لسہ پتھر ۔ گرٛ وکھ تہٕ داں ٹھنگ جایہ یِوان ۔

( VI ) داں ٹھنگہ برونٹھہ کنہ چھےٚ توسہ ماٗدانس ہش اکھ زیٚتھ تہٕ کھجی مرگ

یِوان ۔ یوٚس بجایہ خوٗد توسہ ماٗدانکے اکھ اَنٛد چھےٚ باسان ۔ مقامی لوکھ چھہ اَتھ

مرگہ زیٚسی کھل ونان ۔ زیٚسی کھلہ دوٚچھِن کُن چھےٚ کشیرِ ہند پوٚ یارٕ حکمرانو اکھ تھکہ پنٛڈ

بناوِمتہ تہٕ اتھی تھکہٕ اکس سَرس چھےٚ پرٛانہٕ بسکپنو کینہہ کنہ مُرترٕ بناوِمتہٕ ۔ اَتھِ جایہ چھُہ

گوٗری وان سرناو ۔ عام لوکن ہُند خیال چھُہ زِ یتھہ کالہ کتھ تام پتہٕ اکس زمانس منٛز چھیہ

مُرترِن ہنز شکلہ منٛز نظر گژھن والی نفر ترکہ زٕ آبہ راوکی آسی متہٕ یم اَتہِ وٹسی چھہ گاہتہٕ ۔

( VII ) زیٚسی کھلہ برونٹھ قریباً ترٛیٚیہ میل اکتھ چھےٚ بڈگام علاقچ سارِوے کھوتہٕ

خوبصورت رتہٕ کالی بہکھ یِوان یَتہٕ اچھہ تار ونان چھہ ۔ اچھہ تارکس موغل قلعس

چھہ مقامی لوکھ تہٕ پہلی بیتر بدشاہ صٲبنہٕ وتنک قلعہ زانان ۔ اچھہ تارس نزدیکھے

چھُہ سُہ زلوٚپھ آرٕ واقعہ یُس شالہ گنگاکولہٕ ہنٛدِ پوشکہ شا ٹھوٗا یاری وہرو مُت چھُہ ۔

(viii) اَچھہ تار نالہٕ ترٛتھہ تہٕ قریب آٹھ میل ترٛونٛتھ ٹِکِتھ چھِنہٕ اَکھ بالہٕ ڈُکھر لۄان یتھ لوکھ برار سرونان چھہ۔ مقامی بہکہٕ والین ہندٕ ونہٕ موجب چھِنہٕ برار سرا اَکھ ترٛتھہ جاے یَیتہٕ زَن از وٕہمہٕ صدی ہندس آخری ڈہلین دوران تہٕ منٛزی منٛزی ترٛیِن ہندونُن کِنن گرتھان چھہ۔

(ix) برار سر ترٛونٛتھ میل جوراہ ٹِکِتھ چھہ تحصیل بڈ گام مُک آخری کنٛجہ گام لۄان یتھ نوٗرہ پورونان چھہ۔

(x) ترٛا لکہٕ نوٗرہ پورہ نِشہٕ بالکل مختلف اَمِہ نوٗرہ پورہٕ ترٛونٛتھ چھہ وسہٕ وُن قدم شروٗع سیدان تہٕ اَتہٕ بیٛٹھ اَکھ گانٹہٕ ٹِکِتھ چھہ اِنسان ترٛونٛتھ کِین کنٛجہ گامن ہنٛز بستی منٛزواتان۔ اَتہٕ بیٛٹھ چھہ خاص ترٛونٛتھ تام گُل بل ہے زٕہ ڈاے گھنٹہٕ لگان۔

# ۳۔ نوٗس ماداںٕج وتھ، یعنی

## بیرٕو ترٛونٛتھ وتھ

شہرِ سرینگر بیٛٹھ ترٛونٛتھ راز ویر گرتھنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ اَکھ بٔڈ وتھ بیرٕو تحصیلہٕ منٛزی تہٕ نیران۔ اَگر اَمہٕ وتہٕ ہندین مختلف پڑاون تہٕ گامن ہنٛز نشاندہی کرٕنی اَسہٕ تیٛلہٕ پیٛیہٕ اَسہٕ جایہٕ جایہٕ سیٛدی نا ویٹر تھان تہٕ نوی نوی گام وچھان یمہٕ طریقہٕ پیٛنہٕ سفرُک پروگرام بناوُن۔

سرینگرکہٕ لال چوکہٕ بیٛٹھ قریب ساتھ آٹھ میل بٔبہٕ منٛز سفر کرنہٕ پتہٕ بیٛیہٕ اَسہٕ میرگونٛڈ جایہٕ وسُن۔ ویسے چھِنہٕ سرینگرکہٕ بٹہٕ مالیٛ اَڈہٕ بیٛٹھہٕ بیرٕو آری زال تہٕ

گوندی پۄر آر زال بہ تہ نیران ۔ یمن منز تہ ہیکو اسی پونزو وانتھ ۔

۲ ۔ میر گوند پیٹھہ قریباً اکھ میل کھور کن ئکیتھ چھہ برونٹھہ نصراللہ پور گام یوان ۔

۳ ۔ نصراللہ پور پیٹھہ سڑکہ قریباً زٕہ میل ئکیتھ چھہ اسی ژوندپور واتان ۔

۴ ۔ ژوندپورِ پیٹھہ زٕہ ڈاے میل برونٹھ ئکیتھ چھہ ییتھ ژارن گام یوان ۔ اتھ یتہ چھہ اِنسان پندہن وہن منٹن منز وٹلہ گامس منز واتان ۔

۵ ۔ وٹلہ گامہ پیٹھہ قریباً اوڈ میل برونٹھ ئکیتھ چھہ اسی گوندی پور واتان ۔ اتہ پیٹھہ قریباً اوڈ میل دۄچھن کُن چھہ بیرو خاص واقع ۔ اَما پوز اَسہ چھہ گوندی پورِ نش نسیتہ سیود برونٹھ یکن پیوان تہ ییتہ پاٹھو چھہ اسی اکھ میل کھنڈ ئکیتھ سوہ نہ بیہ جایہ واتان ۔

۶ ۔ سوہ نہ بیہ پیٹھہ قریباً زٕہ میل ئکیتھ چھہ اسی کونڈر گامس منز واتان ۔ کونڈرٕ پیٹھہ اکھ میل ئکیتھ چھہ ییتھ سیل گام یوان تہ نالہ اپارِ پیٹھہ زآنی گام یوان ۔

۷ ۔ سیلہ پیٹھہ اکھ میل ئکیتھ چھہ برونٹھ یوہ نہ زآنی گام تہ اتہ پیٹھہ اکھ میل برونٹھ ئکیتھ چھہ ییتھ نالہ اپارِ پیٹھہ زآنی گام یوان ۔

۸ ۔ پیٹھہ زآنی گام پیٹھہ میل جوراہ برونٹھ ئکیتھ چھہ ییتھ پونزو گام یوان ۔ پونزو یتہ چھہ اکھ بوڈ سکیہ آرہ ترن پیوان ، ییتھ لوکھ بیرو آرہ ونان چھہ ۔

۹ ۔ بیرو آرٕ ترِتھ چھہ ییتھ کشیر ہند اندہ آبادی ہند آخری گام یوان ییتھ زوگو ونان چھہ ۔

(۱۰) زوگو برونٹھ چھہ جنگلی علاقہ شروع گژھان ۔ اَمہ جنگلہ منز بیہمہ اندٕ وتھ برونٹھ کھسان چھیہ تتہ چھہ لوکھ وامین ونان ۔ اتہ چھیہ اکھ وتھ ڈرنگہ کنی تہ اکھ زوگو کنی

کھسان۔ ییلہٕ زن شہرِ سرینگرٕ پیٹھٕ بیاکھ اَکھ بَس ژٕروس کھاگہٕ کِنۍ ڈرنگ تام جاری چھِنے۔

(۱۱) وارِیہٕ پیٹھٕ قریباً زٕہ میل بٕرونٛہہ ٹٕکِتھ چھُہ اَکھ سرسبز علاقہٕ یِوان یَتھ لیدٕ مادان ناو چھُہ۔

(۱۲) لیدٕ مادانہٕ پیٹھٕ قریباً زٕہ ژور جریبہ بٕرونٛہہ ٹٕکِتھ چھِنے پیر پانٛژالچ صحی چرٕائے شروع گژھان۔ چرٕائے شروع گژھنہٕ کِس اَتھ پڑاوَس چھُہ وَتہٕ گٕتو شالہٕ کنٛز ناو تھووٕمُت

(۱۳) شالہٕ کنہٕ پیٹھٕ ترٛیہٕ میل ہیوٚر کھٕسِتھ چھُہ بٕرونٛہہ وَتہٕ منٛز اَکھ قلعکۍ کھنڈر نَظرِ گژھان۔ بناوٕٹہ تلہٕ تہٕ عام لُکن ہٕنٛدِ وَننہٕ موجُب چھُہ یہ قلعہ مغلن ہٕنٛدِ وقتُک۔ اَتھ قلعس چھُہ دَمدَمن قلعہ ناو۔ یہ چھُہ اَکھ خوبصورت جایہ پیٹھٕ واقع اوسمُت۔ چنانچہ اَتہٕ دوٚیہ چھُن کُن واقع ڈوٚرِن کد لٕہ پل علاقہٕ چھُہ سیٹھاہ دِلکش علاقہٕ تہٕ کھوٚور اَتہٕ نٕچ گُجرٕ بہک تہٕ چھِنے سیٹھاہ خوبصورت۔

(۱۴) اَمہٕ گُجرٕ بہکہٕ بٕرونٛہہ چھِنے وَتھ مِلٹری کیمپہٕ مَنٛزٕ یکِتھ توسہ مادانہٕ کِس تَتھ جھس منٛز واتان یَتھ لوکو کرتام یَتھ کالہٕ شہر ناو چھُہ تھووٕمُت۔ اَتھ جایہ چھِہ دمادمنہٕ قلعہٕ کین کھنڈرن ہٕنٛدۍ پاٹھۍ اَکھ قلعکۍ کھنڈرٕ نَظرِ گژھان۔

(۱۵) توسہ مادانک قریباً پانٛژھ میل زیٖوٹھ تہٕ قریباً زٕہ ڈاے میل کھوٚل مادان چھُہ چھُہ اوٚت واتن والس شہرٕچ ہٕے تہٕ زٕے بییہٕ سرَین ہٕنٛدِ دوٚکھ تہٕ ڈادی کینٛٹرس کالس مشتھ گژھان۔ کشیرِ ہٕنٛز فطری خوبصورتی ہٕنٛدِ یہ مارٕی موٚنٛز ناشہکار چھُہ فوجی چھاونی تل آسنہٕ باوجود باشندن ہٕنٛدِ سینہٕ کھٕجرِک تہٕ وسیع دِلک اَکھ نمایندٕ ماوران باسان۔

(۱۶) توسہ مادانہٕ منٛزٕ بٕرونٛہہ ٹٕکِتھ چھِہ ماچھہامی دَجہ ہٕنٛدِ اَندٕ زٕہ ترٛیہ نالہٕ ترٕٛنیٖ بیوان تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ چھِہ آسی قدرتکین رنٛگین نظارن ہٕنٛد بہار وُچھان وُچھان

قیٖمتدار جاے واتان۔

(۱۷) وَتہٕ دارِ پیٚٹھ چھُ گانٛدربار ناوٕ کِس آرس تَرن بٔچوان۔ اَمہِ پیٚٹھ چھُ اَکھ نیٚوٕ ڈلے ہیٚل بَرونٛٹھہٕ کنہِ ژٕہ مرگ واتان۔ باسان چھُ یہِ ژٕنتھ اندرٕ کاشرِ کُھار آہن جنگلاتہٕ دٲلین ژٕوٗرِ اوٗسے کٔمٕ ژالنہٕ تہٕ ژٕہ بناوِنہٕ یوان۔ یتھ نِشہِ اَکھ جایہِ پیٚٹھ یہِ ناو پیوٗمُت چھُ۔

(۱۸) ژٕہ مرگہٕ پیٚٹھٕ ہیٚل کھنڈ برونہہ کنہِ چھُ اَسی سوٗسی ماٚدان واتان۔ یہِ خوبصورتھ ماٚدان چھُ تحصیل اَیِل پُرہ تہٕ تحصیل پونٛژھ کِنِس مالدارن تہٕ بٔہِلین ہُنٛد اَکھ ٹکٕم۔ حالانکہِ یِہے ماٚدان چھُ یِمَن دۄن تحصیلَن درمیان اَکھ سرحد تہٕ مانٛنہٕ یوان۔

۱۹۔ سوٗسی ماٚدانہٕ پیٚٹھٕ کنہِ برونٛٹھہٕ کنہِ چھُ اَکھ خوبصوٗرت سَر یوان، یتھ زمام سر ناو چھُ۔ ووٚنہٕ یا گژھے مو غلونٛپین تھکہٕ پیٚنٛچن ہٕری یا تھٕگ بِنہٕ دِل بہلاے تہٕ پُشس کَنہٕ مناہرہ اَتہٕ ہرس شَر اَکھ کنُوٗ ناو بناوٕ۔ مگر آثار چھُ سیٹھاہ پرٲنہٕ تہٕ زَن گوکرتام پیٚٹھ کالہٕ چھِنے اَتہٕ مُژہ بناونہٕ آمژ۔ یِژھن سارنے مُژن متعلق چھِیہ اتھ کینٛہہ خانہ بدوش لوٗکن دِلس یہِ گیہ بیٚتھ زِ کیٚنہہ تام پرزِ تِکس زمانس شر چھُ ہم سادہ منوش آذراد آسی ہیٚتر یِم کمہِ تام غلطی تہٕ گوناہہ سببہٕ خدٲیی قہرہٕ سیتہٕ وٹھ چھِ گامِتہٕ۔

(۲۰) زمام سرہ پیٚٹھٕ چھِنے وَتھ پرونٛژھ گلی کُن نیران تہٕ مو بُجہ بَلہ بیٚٹھ چھِنے پرونٛژ ہیچ بَستی برونٛٹھہٕ کنہِ باہتھ ہیوان بلکہِ چھُ بٔہلین ہُنٛد وٗنٛ زِہم چھُ پرونٛژھ کِہِن کنٛجہ کانَن ہِندین کوہ کرن ہنز بانگ اَتہٕ کِہِن بالہٕ کھٹوٗنگین بیٚٹھ سیٚود بوزان۔



# (۴) اَپھرٕ وٹھٕ وَتھ یا

# ٹنگہٕ مرگ - پرٛوٚنٛژھ وَتھ

پیٖر پانٛژال بلیٛٹہٕ چھیٚن پٲرۍ وتن منٛز چھیٚنہٕ یہ وَتھ سیٹھاہ اہم تہٕ ژھوٚٹ زانہٕ یوان ۔ اَمہٕ وَتہٕ ہنٛزِ اہمیتس ہُرِ پرٛسیدنُک اکھ بوٚڈ وجہ چھُہ حاجی پیٖر وَتہٕ ہُنٛد ۱۹۶۵ ء کہ جنگہٕ پتہٕ بنٛد سپدُن ۔ پیٖر پانٛژالہٕکس شُمال مغربس منٛز دۄیو طرفو یَن وٲلین کاشرین ہنٛز رِشتہٕ داری تہٕ پانہٕ یارس آسہٕ کانٛچھ پہٕ وَتھ چھیٚنہٕ کِنہٕ حدس تام سوٚدِتھ پوٚرکران ، یُس حاجی پیٖر وَتہٕ ہنٛدِ بنٛد سپدنٕ پتہٕ چھیٚنہٕ کرٕمٕژ ۔ تاہم چھُہ ییٚمِ وَتن بیٚنٛھ یکِن وٲلین سیٹھاہ ہِراس محسوس سپدان ۔ تہٕ کیازِ اَتہٕ بیٚنٛھ چھِنہٕ عارضی جنگ بنٛدی لاینہٕ زیادٕہ دوٗر تہٕ دۄن سٔرنٛدن درمیان زنٛدگی پٲٹھۍ مۄتھ ییٚنک چھُنہٕ کانٛہہ اَندیشہٕ روزان ۔ دۄیو طرفو یَن وٲلین کاشرین ہنٛدِ مُشترکہ کلچرُک بقا کانٛچھنہٕ خاطرٕ چھیٚنہٕ یِمن وَتن پننٛی خاص اہمیت آسمٕژ ۔ توے چھُہ باہمی رشتہٕ داری ہُنٛد احساس تہٕ اوٚن محبتھ دۄن طرفن ہندین لوٗکن یِمن وَتن بیٚنٛھ ٹُلہٕ تیٚریتہٕ یکنٛج کٔل وُنہٕ یادٕ کران ۔ مگر اَتھ پٲٹھۍ سرحد ژھُنٛڈنٕچ کوشش کرن وٲلین چھُہ بہر حال اَکِہ یا بیٚیہِ طرفہٕ کیٚن فوجن شکوٗک باسنہٕ سببہٕ مارٕ گژھنُک خطرٕ روزان ۔

دَیان اَمہٕ رنگہ چھیٚنہٕ ٹنگمرگہٕ ہنٛز وَتھ حاجی پیٖر وَتہٕ کھوتہٕ وارِیاہ محفوٗظ ۔ ٹنگہٕ مرگہٕ بیٚنٛھ پرٛوٚنٛژھ تام چھِہ اَمہٕ وَتہٕ ہنٛز مُختصر تٲرٟخی چھیٚنہٕ پتہٕ یا ٹھی ۔

(۱) سرینگر بیٚنٛھ ینکہٕ اکھ وَتہٕ گژھ گانٛٹس ڈۄڈس گانٛٹس منٛز ٹیکسی یا بسہٕ

اَمارٕ نٛگمرگ وٲتِتھ ۔

(۲) ٹنگہٕ مرگہٕ بیٹھہٕ ہیٚکہٕ اِنسان نُنٛری ہٕہاین گامہٕ کٕنٛز یا سیوٚد ہوٗرٕس نش فیروز پور نالکہ ہٹھی ہٹھی پوٚ دٕیِہ راوان ٹرٛونٛژھہ کُن روانہٕ سٕپدِتھ تہٕ اکہٕ کانٹٛہ کھوتہٕ کم وقتس منٛز واتِتھ ڈٕرنگ فیروز پور گامس منٛز ۔

(۳) ڈرنگ برٛونٛہہ چھِہ جنگلی وَتہٕ شروٗع سٕپدان ۔ یہ وَتھ ژھنٛڈان ژھنٛڈان ییلہٕ اَکھ مُسافر فیروز پور نالہٕ کِس آگرس تام یعنے پیر پانٛژالہٕ کِس تھوٗنٛگس تام واتان چھُہ توٚت تام چھِہ دٕچھنہٕ کھوورِ کانہہ خاص بستی نٔظر گژھان ۔

(۴) پہاڑی وَتہٕ تھوٗنٛگس تام کھسان کھسان چھُہ اَکہٕ اَندہٕ کھلَن مرگہٕ تہٕ اُہِ پھِر ہنٛد علاقہٕ سیٹھاہ لوٗبہٕ وُن باسان تہٕ بیٚیہٕ اَنہِ چھُہ دوٗر تام توسہٕ میٚدانک علاقہٕ نٔظر یوان۔

(۵) اَپھر وَتھ پالہٕ کِس مُقابلس منٛز برٛونٛہہ یکان یکان چھُہ واریاہن جاین نٛگی نالک وِہہ بٔلن وول نظارٕ دِل مُہتھ نِوان ۔ پیر پانٛژالہٕ کین دٕ ون طرفن بٔن والین ہنٛدِ مُشترکہٕ کلچرکی پایہٕ ٹھی چھُہ اَمہٕ شینہٕ بالک ہوٗنٛدر آب دوشونی طرفن نٛگی ناوہٕ مشہور تہٕ زنِ گوٚ پرٛونٛژھکہٕ اَندہٕ وَسن وول نالہٕ تہٕ چھُہ نٛگی نادٕ مشہور ۔

(۶) پالہٕ ہُمہٕ اَندہٕ چھُہ کینہہ میٖل وٕستھ اِنسانس کاشُر کلچرک اَکھ خاص رنٛگ رٔچھن وول گام ہُتھ یوان یتہٕ پوشن نا و چھُہ ۔

(۷) پوشن گامہٕ بیٹھہٕ منٛڈی سٕرے تام واتنہٕ پتہٕ چھِہ سعے وَتھ ٹرٛونٛژھ تام گژھان پیٚنٛچ نِشاندہی بیٹھہٕ کنہ کرنہٕ آے ۔



## (۵) حاجی پیٖر وَتھ

یوٗت تام جنوٗبی کشیٖرِ پیٹھٕ شمٲلی کشیٖرِ کُن مغربی اَندٕ پکنک تعلق چھُ یا بیٚیِن لفظَن منٛز یوٗت تام کوٗلہٕ گامی تحصیلچ تہٕ شُپیٖنہٕ تحصیلچ رازویر ستۍ رلہٕ وِنہٕ سرحدٕ ہُند تعلق چھُ، یہٕ سرحد چھےٚ پیرٕ پانژالہٕ کِس شمال مغربس کُن یانیبرٕ مہٕ اَندٕ پیرٕ وٚنژھ تام واتان تہٕ یہ پٲرٕ مہٕ اَندٕ چھےٚ کلگامی تحصیلہٕ تہٕ شُپیٖنہٕ تحصیلہٕ پتہٕ پلوامی تحصیلس، ژوڈوری تحصیلس بڈگامی تحصیلس، بیٖرو تحصیلس، ٹنگمرگ تحصیلس. وَرمُلےٚ تحصیلس تہٕ اوڑی تحصیلس تام اَتھیک دٲیرٕ وسیع سپدان مگر وَتہٕ گژھی شمٲلی اندٕچ آخری اہم وَتھ چھےٚ حاجی پیرٕچ وَتھ زانہٕ یِوان ـ یہٕ وَتھ آس ۱۹۴۷ء یس تام شمٲلی کشیٖرِ ہنٛدِ کاروبارٕچ اکھ اہم وَتھ مانہٕ یِوان ـ اما پوز ۱۹۶۵ء کِ جنگہٕ پتہٕ چھےٚ اَمہِ وَتہٕ ہنٛز دِفاعی اہمیت ہُرنہٕ ستۍ اَمِچ کاروبٲری اہمیت معطل گامٕژ ـ لہٰذا چھےٚ اَمِچ نِشاندہی مُمکن بٲسان ـ وَن گوٚیشٕر ہَن ہکوٚ وَنِتھ زِ یتھٕ چھےٚ حاجی پیرٕچ وَتھ تہٕ پوشن گامہٕ منٛزٕ نیرَن واجنہٕ ٹنگمرگ وَتہِ ستۍ رلان تہٕ پتہٕ چھےٚ توٗرن علاقہٕ منٛزٕ پکِتھ منڈی کِنۍ پرٕ وٚنژھ واتان ـ

## (۶) سِنتھن کِشتوار وَتھ

اَچھہٕ وَل تہٕ کوٚکرناگ ہٕوِن کشیٖرِ ہنٛدِن سیر گاہَن ہنٛز وَتھ ژھٹِتھ بیٚلہٕ اکھ سالہٕ موٗت علاقے برنگٕ کِس اَکِس پتھ وَنس کُن نیران چھُ تہٕ کوٚکرناگہٕ ہیوٗر وٲیل کٔڈ لِس ترٕ تھ کھوٚ ورِ نِر ستر کہٕ بیٛٹھ ژھونہٕ لیکان چھُ اتی چھُ سہٕ تتھ پرٕ فضاجایہِ واتان یتھ ڈکسُم

وَنان چھہ۔ ڈکسم کُن گڑھنہٕ بڑونٹھ چھُہ دِلوٗس جایہِ اَکھ دُوٚوٚت لیوان، ییٚتہٕ اَکھ
وَتھ نبوٚک کنِہ مڑیوٚ وآڑون چھیٚے گڑھان تہٕ بیاکھ وَتھ ڈکسم کُن گڑھان چھیٚے۔
بیاکھ وَتھ چھےٚ سیوٚد کشتوارکُن نیران۔ گویا پیر پانژالکہٕ جنوب مشرقی اندہٕ
یوٚس وَتھ کشیرِ تہٕ کشتوارَس یانہٕ وآنہٕ رلاوان چھیٚے تہٕ ییٚمہِ وَتہِ کنِہ اکبر بادشاہَن
تہٕ جہانگیرَن قوم پرست کاشرِ بن ہنز آخری تحریک دباوَنہٕ خاطرہ یعقوب ژکہٕ سنزن
کاروآیَن روک لاگنچ کوٗشش کرٕمژٕ اَس تتھ چھُہ اَکھ ناو ڈکسم کشتوار وَتھ تہٕ۔
یہِ سڑک چھےٚ اَز کل تعمیر سپدنہٕ کین آخری مرحلن منز۔ اَتھ چھُہ اَزِ ستھن کشتوار
روڈ ناو کھونہٕ آمُت۔ ویسے چھےٚ کشتوار تحصیلِہٕ کِس مڑیوٚ وآڑون علاقس کُن
بیاکھ ژھوٚٹ وَتھ تہِ وآیِل برنگک کَدل تَرِتھ دوٚچھنی کنِہ اہلن گڈول علاقہٕ
منزٕ نیران۔ اَتھ چھُہ سنگپور وَتھ وَنہٕ یِوان۔ سنگپور وَتہِ ہنز نِشاندہی کرٕنہٕ
بڑونٹھ کروٚ اَسی ستھَن وَتہِ ہنز نِشاندہی یوٚس ییتہٕ پاٹھی چھیٚے۔

(۱) کشیرِ ہندِ اندہٕ ڈکسمِہ پیٹہٕ یُس پڑاو یِوان چھُہ سُہ چھُہ لداخ وتہٕ ہندِ
اِبتدآیی پڑاوکی پاٹھی بالہٕ تَل ناوہٕ مشہوٗر۔ اَتہِ پیٹھٕ چھےٚ کھسوٚنہٕ ژوتھِ صحی
ترکجار ہن محسوٗس ہیوان سپدنہٕ۔

۲۔ بالہٕ تَلہٕ پیٹہٕ چھُہ تمِی مرگن ٹاپک اَکھ اَند بُتھِہ یوان یُس سنگپور چہ وَتہ
بڑونٹھ کنِہ واقعہ چھُہ۔ پیر پانژالک یہِ ٹاپ تہِ چھُہ مرگن ٹاپکی پاٹھی سیٹھاہ
سوٚنٛدر تہٕ لوٚبہٕ وُن۔

(۳) امہِ دلکش ٹاپہ پیٹھٕ قریباً ستھ آٹھ میل پکتھ چھُہ بُتھِہ ستھن یوان۔ اَتھ
جایہِ چھُہ محکمہ جنگلات کہِ طرفہ بناونہٕ آمُت اَکھ آرام دِہ ریسٹ ہاوس تہٕ واقع۔

(۴) سنتھن پیٹھہ میل جو را بڑو نہہ یکتھ چھہ ہتھ ژٔنی گام یوان تہ ژٔنی گامہ پیٹھہ مزید زہ ڈاے میل یکتھ چھہ ہتھہ ڈمبر گام یوان ۔

(۵) ڈمبر گامہ پیٹھہ قریبا پانژہ میل برونٹھ یکتھ چھہ اِنسان اَمہ علاقچہ مرکزی جایہ یعنے چھاترو واتان ۔

(۶) چھاترو پیٹھہ چھہ صرف اڈ میلہ کس دوٗرِ رِس پیٹھ موغل مآدان واقع ۔ اَتہ پیٹھہ قریبا زہ ڈاے میل یکتھ چھہ اِنسان تتہ گامس منز واتان یتہ شونگی ترونان چھہ ۔

(۷) شونگی ترِ پیٹھہ میل تارہ یکتھ چھے ہتھہ ڈ ڈ بیٹھ جاے یوان اَتہ چھہ چھاترو نالہ ترِ نہ یتہ اِنسان میل کھنڈ یکتھ کٹرے گامس منز واتان ۔

(۸) کٹرے پیٹہ چھہ چناب دری یا گ ژٔندر نالہ ترن پیوان تہ یتھہ پاٹھی چھہ اِنسان قریبا زہ میل یکتھ بنڈار کوٹ واتان ۔ بنڈار کوٹہ پیٹہ چھہ چناب دوٚیم حصہ یعنے باگا نالہ ترن پیوان تہ یتھہ پاٹھی چھہ اِنسان بندرابن واتان ۔

(۹) بندرابنہ پیٹہ چھہ اِنسان ڈوگاچہ وَتہ پوچھہ ہال علاقس ستی ستی یکتھ گیری نگر واتان ۔

(۱۰) گیری نگر جایہ پیٹھہ میل کھنڈ برونٹھ کُن یکتھ چھہ اِنسان سنگرام باٹہ واتان اَتہ پیٹھہ چھہ کشتوار تام میل کھنڈ مزید یکُن پیوان ۔

## ۷۔ سنگپور ۔ مڑیوہ واڑون وتھ

تحصیل اننت ناگہ کِہ برنگ علاقہ پیٹھہ تحصیل کشتوار کس مڑیو واڑون علاقس منز ترینچ پہ ژھوٹ وتہ چھے یتھ کالہ پیٹھہ زیرِ استعمال رُوزمژ ۔ یہ چھ موخصر نشاندھی

یتھ یاٹھی سپد تھ ہیکہ۔

(۱) ۔ واَیل کدل تِہ تھ چھُہ دٔہ چھینی کنہِ ارحال گامہ نزٔری قریباً ژورمیل ہیکتھ اِنسان گڈول واتان۔

(۲) گڈول پیٹھہ میل جوراہ بڑونٹھ ہیکتھ چھُہ اِنسان اہلن گامس منزواتان۔ تتہِ پیٹھہ چھُہ کھووٗر کُن یعنے مشرقس کُن ہیکتھ اِنسان پچھو گامس منزواتان۔

(۳) پچھو پیٹھہ چھُہ قریباً پانژہ میل ہیکتھ انسان کرٛبودرٗن گامس منزواتان۔

(۴) کرٛبودرٗن پیٹھہ چھُہ کمے ہیکتھ انسان ہیر پانژالہ کس ٹاپس پیٹھ واتان تہ تتہِ پیٹھہ چھُہ اکہ دوہنی وتہِ وسوٗن قدم تُلتھ انسان مڑوعلاقس اندر داخل سپدان۔

## ۸ - نبوک وتھ

سنگپور وتہِ تہ سنتھن وتہِ درمیان چھیہ بیاکھ وتھ تہ کشتوار تحصیلس کُن گژھن والین عام استعمالس منز روزمرٕہ یتھ نبوک وتھ وَنان چھہ۔ یہ وتھ چھیہ در حقیقت برنگ واَیل کدلس تِہ تھ ڈکسم وتہِ دیوس جنکشن جایہ دٔو چھیٚن کُن نیران۔ اتھ وتہِ چھُہ سٹرکہ ہندِ ذریعہ مڑوواڑونس ستی رلاونک پروگرام جاری۔ امہ وتہِ ہندی کینہہ اہم پڑاو چھِہ یم۔ ا۔ دیوس جنکشن۔ کھرٹ۔ لارٗن۔ ستھر۔ نبوک ٹنگ وُنی بیوس گُرٛی درٛمن۔ بوہنہ متہِ ہُند۔ ہیرمتہ ہُند۔ گادرن۔ لیہنووان۔ ناوکن۔ مرگن ٹاپ مڑوواڑون۔

## ۹ - بانہال وتھ یعنے نیشنل ہائی وے

کشیر ہِ ستی بیبر ہس دُنیاہس یاپنہ رلاون

واجنہٖ یوٚس خاص وَتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ ہندوستانکہِ مرکزی سرکارن سیٹھاہ شیر پأرکرِتھ قوی

وَتہِ ہنز شکلہِ منز تعمیر کرُسہ چھنے بنِہ آتی ڈوٚگرن ہندِ وقتیچ بانہال کارٹ روڈ۔ جرمن

انجینیرن ہنز ڈیسی پیر پانژ اَلکھ سپنہٕ ژٹنٲوِتھ یوٚس نوٚٹل بانہالہِ نکھہ تعمیر کرناوٕنہٕ

آمُت چھ یمہٕ ستۍ سپنہٕ زایاری سفر کرن والین وارِیاہس حدس تام سہولیتھ حاصل۔

ویسے چھ بانہالہِ ہنز وَتھ زیرِ استعمال آہنکہِ سیٹھاہ پرأنی تأریخی ثبوت تہِ میسر سپدان۔

چنانچہ مغلن ہند کشیر پیٹھ قبضہ کرنہٕ بروٚنٹھ تہِ چھ کینہہ سادات آمِہ وَتہِ یوان گژھان

رُودی ہٕنز ییٚنچ شہادت آنکہِ مقأمی آستان تہِ دِوان چھ۔ پتہٕ پیٹھ حضرت ایشان

شیخ یعقوب صرفیؒ صٲب تہِ آمِہ وَتہِ دِلہ گأہچ۔ تہٕ خاص بانہالہِ منز تہِ چھ تمو قیام کوٚرمت

وَں گوٚیہِ وُنی چھ انہ ناممکن باسان زِ تمِن دوہن کوٚتیناہو پیٹھو آسہٕ ہے اَمِہ وَتہ

یکُن یوان تہٕ ژندر باگا یہ بیٚنچ کمن رزگٲرن آسہٕ ہے ترٚن یوان۔ حالانکہ اَز چھنے

یِہے سڑک کشیر ہند کاروبارُک واحد بڈ وَتھ۔ دُنیاہکو مختلف ملکو پیٹھ کشیر ینہٕ وٲلی ساینٹسی

چھ ہوایی وَتہِ علاوہٕ صرف اَمی وَتہ کنی کشیر تران۔ ییر پانژ الہٕ ہیلیہٕ کین مختلف

علاقن ییٚنچ گژھنچ خاص وَتھ تہِ چھیہٕ یہے۔ مثلاً بانہال۔ بھدرواہ۔ کشتوار۔ ڈوڈہٕ

پرونژہ۔ رانزویر۔ گلاب گڈھ بیتر جاین کن گژھن واجنہٕ سارے بسہٕ چھیہٕ سرینگر

پیٹھ رَوانہٕ سپدِتھ اَمی وَتہ کنی یمن جاین گژھان۔ فرق چھیہٕ صرف یہِ زِ گوٚل گلاب

گڈہٕ کُن گژھن واجنہٕ بسن چھیہٕ رام بن واتِتھ ہٕنٹل ہای وے کہ دوٚچھنہٕ اَند منز بس

کُن اکس لنکہٕ وٕرس پیٹھ رَوانہٕ سپدان نیلہ زن ڈوڈہٕ۔ کشتوار یا بھدرواہ گژھن

واجنہٕ کانہہٕ بس بٹوتہ واتِتھ کھوٚرُکن ہٕنٹل ہای وے کہ مشرقی اَندہٕ اکس خاص وَتہ پیٹھ

روانہٕ سپدِتھ یمن جاین واتان چھیہٕ۔ رانزویر تہٕ پرونژہ ہٕشن جاین واتنہٕ خاطرٕ

چھ اَکِس کاشرِس جوٚمہِ بیٹھہٕ ہِس بدلاو وِتھ بٲیا کھ زیٹھہِ زلۆٹھ سفر طے کرُن پیوان۔ جوٚمہِ بیٹھہٕ ہِیَن علاقَن گژھَن واجنہِ سٔڑکہ چھِنہٕ عام استعمالَس منز تہٕ تیٚتہٕ مصروف زِیَن ہُنہٕ نشاندِھی کرٕنۍ چھِنہٕ یِیتہٕ نَس ضرورت باسان۔ اَمہِ پٲۓ زیِٚن علاقَن بیٹھہٕ پیر پانتراں بیلہٕ کِینٛ کاشرِ ہِن علاقَن کُن گژھَن واجنہِ پٔدۍ وَتہٕ ہِکَن نہٕ کُنہِ صورتہٕ نشاندِہی کرنہٕ نِشہٕ رُچھہٕ قرار دِنہٕ یِتھ۔ خاص کرِتھ تم پٔدۍ وَتہٕ یِم بھدرواہ تہٕ کِشتوار بیٹھہٕ یا بٹوتہٕ بیٹھہٕ رام نگر۔ بلاور۔ بسوہلی تحصیلَن ہِندِ ہِن کاشرِ ہِن علاقَن کُن یا ہماچل پردیشہٕ کِینٛ کاشرِ ہِن علاقَن کُن گژھان چھِیہٕ۔

## (۱۰) پتنی ٹاپ۔ رام نگر وَتھ

بٔٹہٕ وَتہٕ ہیوٚر ییلہِ پتنی ٹاپ جایہِ اَسی واتان چھہ۔ اَتی چھہِ جنیبی (ژُناہُنہٕ) کھورِ کِنہٕ باڈِ یا لِاکھ پٔدۍ وَتھ نیران۔ یہِ وَتھ چھِنہٕ ہِندِ ہِن ہُنہٕ متبرک جایہِ سُدہ مہادیوی کِنہٕ گزران۔ اَتھ وَتہٕ منز بسنہٕ وٲلیٚن کاشرِ بستی یَن ہُنہٕ نشاندِہی ہیٚکہٕ یِتھ یا ٹھی کرنہٕ یِتھ:۔

۱۔ تینی ٹاپ بیٹھہٕ زٕہ ڈٲے میل پہاڑی وَتھ ہِکیتھ چھہِ اَسی کرلا گامَس منز داتان۔ اَتہِ چھہِ اُدھمپور ضاصہ کِینٛ کاشرِ ہِن کرالَن ہِندی یا ٹھی پانژھ آٹھ کاشرِ کرال بسان۔

۲۔ کرلا بیٹھہٕ میل ڈوڈا بر ونہٕ ہِکیتھ چھِہ بتھہِ گوری کھ نٲڈ یوان۔ اَتہِ چھہ زٕہ ژور گھرہٕ کاشرِ بسان۔ اَتہِ بیٹھہٕ زٕہ ڈٲے میل دۆر چھِہ ژور پانژھ گھرہٕ کاشرِ بسان۔

۳۔ بجھلہ بیٹھہٕ میل جوراہ ہِکیتھ چھِہ سُدہ مہادیوی ہُند مندر یوان۔ بتھہِ چھِنہٕ وَتھ شرار گانہٕ ہُنزی نیران تہٕ اَتہِ بیٹھہٕ قریباً زٕہ میل ہِکیتھ چھِنہٕ بتھہِ مانتلا جاے یوان۔

اَتہِ چھہ کاشرِ ہِندِ سَتھ اٹھ گھرہ واقع۔

(۴) مانتلا ییٚتھ شُراہ سَراہ میٖل پہاڑی سَفر گٔژھ چھُہ بنہِ بندول یوان۔ یہِ علاقہ چھہ بیشتر کاشر آبادی ییٚتھ مشتمل۔ یوٚہے چھہ اَندی پکھی کین واریاہن کاشرِ علاقن ہُند مرکز تہِ مانہ یوان ہے۔ اَتی یوت چھےٚ اَکھ جامع مسجد واقع۔

(۵) بندولہِ ییٚتھ قریباً پنشرہ میٖل یِکتھ چھُہ بتہِ جکیھڑا علاقہ یوان۔ اَتہ چھہ قریباً دُہ گھرہ کاشر آباد۔

(۶) جکیھڑا ییٚتھ قریباً پانژہ میٖل دوٗر چھُہ ڈُڈو علاقہ واقع۔ یتہِ چھُہ کاشر کلچرک اَکھ اہم مرکز اَتھ علاقس منز زانہ یوان۔

(۷) ڈُڈو ییٚتھ قریباً اٹھ میٖل یِکتھ چھُہ کاشر آبادی وول بیاکھ بوٚڈ علاقہ بسنت گرٕھ یوان۔ یہِ چھُہ رام نگرک آخری کاشر علاقہ اُدھمپور ضلعس منز۔

## (۱۱) بھدرواہ۔ بسوہلی وتھ

بھدرواہ ییٚتھ بسوہلی کُن سَکھرتھ نیرِن والیس ییٚتہِ بھدرواہ ییٚتھ قریباً پَنداہ میٖل وَتھ طے کرِتھ گوڈہ لانگ علاقس منز واتُن۔ اَتہِ چھہ کاشرِ ہِندی قریباً ڈوڈ ہَتھ گھرہ۔ لانگہ ییٚتھ قریباً اٹھ میٖل یِکتھ چھُہ ڈُگن گام یوان اَتہ چھہ قریباً وُہ گھرہ کاشرن ہِندی۔ اَتہِ ییٚتھ اَکھ زہ میٖل یِکتھ چھُہ بیاکھ کاشر آبادی وول گام دنگل یوان

دنگل یتہِ چھُہ خالِص کاشر آبادی وول گام دمان یوان۔ اَمہ یتہِ چھہ یم کاشری گام وَتہِ منز یوان (۱) ڈُگر (۲) دوہلی (۳) جُنڈی یار۔

اَتہِ ییٚتھ چھُہ اِنسان کاشر آبادی والیس بنی علاقس منز واتان۔ یتہِ چھےٚ وَتھ

کاشرِ آبادی والین یِن گامَن کُن نیران ۔ بنڈار ۔ بکھائی ۔ فتح پور ۔ ٹپر تہٕ بانجل ۔

بانجل پیٹھ چھُ انسان پانژھ تٕسے میل پکتھ چھُ تو ڈوداتان ۔ اَتہِ پیٹھ چھُ میل پنداہ پکتھ اِنسان بسولی خاصس منز واتھ ہیکان ۔

## (۱۲) کشتوار ۔ چمبہٕ وَتھ

یہ وَتھ چھیہ سٹھاہ دشوار گزار اما یوٗ زِ یتھ کالہِ پیٹھ چھنے ربتہٕ کارس دوران پارن ہندس استعمالس منز روزمرٕ ۔ اَمکۍ مختلف پڑاو چھِہ ہماچل پردیش کس سرحدس تام یتھ پاٹھۍ یوان ۔

۱۔ کشتوارہ پیٹھ قریباً ژوداہ میل پکتھ چھِہ اَکھ ڈول گامس منز واتان ۔

۲۔ ڈول پیٹھ قریباً پانژھ میل پکتھ چھِہ بتھ پڈیارنا گام یوان ۔

۳۔ پڈیارنا پیٹھ میل جوراہ پکتھ چھُ گلہ ہارنالہ یوان ۔ جیپ ورٕچھِ وتہِ اوٚت تامتھے قابلِ استعمال ۔

۴۔ نالہ اپارہ گلہ ہار پیٹھ قریباً ستھ میل دوٗرِ رس پیٹھ چھُ لدرارٹی واقع ۔

۵۔ لدرآرٹی پیٹھ قریباً پانژھ میل دوٗر چھُہ شاشو واقع ۔ اتہِ چھِہ جنگلاتک اکھ ریسٹ ہاوس تہِ بناونہ آمُت ۔

۶۔ شاشو برونٹھ قریباً ستھ اٹھ میل دوٗر چھیہ کجایی گام واقع یُس خالص کاشر گام چھُ ۔

۷۔ کجایی پیٹھ کیٛہ دوٗر چھنے کدیل جاے واقع یُس اکھ زبردست تہٕ ودلی تہٕ مشہور سراے واقع چھیہ ۔

۸۔ کدیل پیٹھ میل جوراہ پکتھ چھِہ اَسہِ علاقے پاڈرکس مرکزس منز واتان یتھ ناد چھِہ اَتھولی ۔

۹۔ اَڈھولی ییٚتھہٕ اَکھ میل ہٕرونٛتھہٕ ییٚکِتھ چھُہ اَتیک گُلاب گڑھ گام لِوان۔ اَتہِ ییٚتھہٕ اوڈ میل کھنڈ ییٚکِتھ چھِہ مٹی جاے واقع۔

۱۰۔ گُلاب گڑھ ییٚتھہٕ زہٕ ڈلے میل ییٚکِتھ چھِہ اَسی لیوٗنڈی واتان۔ اَتہِ برونٛتھہٕ کُنہٕ کِس گامَس چھُہ ڈیوٗنڈی وَننہٕ یِوان۔ اَتہِ برونٛتھ قریباً ترٛیِیہ میل ییٚکِتھ چھُہ مُسّو واقع۔

۱۱۔ مُسّو ییٚتھہٕ قریباً باہ میل ییٚکِتھ چھِہ اَسی مجیل گامِچہ پولیس چوکہِ نِش واتان۔ مجیل کھوٗرُکن چھُہ ہانگو ہلوتی۔

۱۲۔ مجیل ییٚتھہٕ قریباً زہٕ میل ہٕرونٛتھ ییٚکِتھ چھِہ اَسی ڈنگین واتان۔ اَتہِ ییٚتھہٕ میل ڈلے ہٕرہ ہٕرونٛتھہٕ ییٚکِتھ چھُہ جشیٹری جاے واقع۔

۱۳۔ جشیٹری ییٚتھہٕ میل ڈیڈا دور چھُہ سُم جال گام واقع۔ اَتہِ ییٚتھہٕ صرف ڈیڈ میل دوٗر چھُہ مشہوٗر نیلم کان واقع۔ نیلم کانہٕ ییٚتھہٕ چھُہ اَکھ وَتھ زانسکارُکن تہِ نیران۔

۱۴۔ اگر نیلم کان وُچھنہٕ ورٲے یچھِو آسہٕ گژھُن تیلہٕ ییٚیہٕ اَڈھولی ییٚتھہٕ تمہٕ ہٕل گامِچ وَتھ رٹنہٕ یِیوہٕ۔ اَتہِ ییٚتھہٕ قریباً شَتھہٕ میل دوٗر چھُہ۔

۱۵۔ سوہل ییٚتھہٕ قریباً کُنوُہ میل ییٚکِتھ چھِہ اَسی اشتہاری گامس منز واتان۔ اَتہِ ییٚتھہٕ صرف ژور میل دوٗرٕ چھُہ ریاستِچ سرحد شروٗع سیدان تہِ یِمہٕ ہِچہ وَتہِ منز چھُہ اَمہِ ژرفِچ گوڈنِچ بُستی یِوان ییٚتھہٕ پانگی وَنان چھِہ۔ اَتہِ ییٚتھہٕ چھِہ اَکھ تمہٕ ڈوہ خاص یمہٕ تام واتہٕ نس لگان۔

## ۱۳۔ پدٕری باندلہٕ وَتھ یعنے

### بھدرواہ ییٚتھہٕ ہماچل پردیشکِس کاشرِن علاقن تام وَتھ

یوٗنوٗسے بھدرواہس تہِ ہماچل پردیشس درمیان اَکھ پوختہٕ سڑک تہِ زیرِ تعمیر چھُہ۔

اُماپوز کاشرہن علاقن ہنز حالت وُچھنہٕ خاطرہ پزِ اُکس ساَلہٕ ہتس کوہستانی وَتن ترجیح

دِنی۔ تہٕ کیازِ اَمی کوہستانی وَتہِ پکان ہیکہ کاشر کلچرک مُشراونہٕ آمت علاقہٕ تہٕ کاشر

زبانی ہُند سارُے کھوتہٕ دُور پیومُت علاقہٕ وُچھنہٕ یاَتھ وُچھنہٕ یِیتھ۔

دِبسے چھِنے ہماچل کرٕ ہینُخ سوٗ وَتھ زیادہٕ آرام دِیتہٕ یوس بسوہلی گرٕھان چھِے۔

بسوہلی کنی گرٕھن والین پزِ ریگہ علاقس کن پکُن تیلہ ہیکہ سہٕ کُدکس تِرتھ ہماچل پردیشہٕ کین پاہین

علاقس منز جلد واَتِتھ۔ یِتہٕ ہیکہ بالاَئی علاقس کُن پرٕژھ گارکران نِکتھ۔ بیاکھ صورتھ

چھِنے زاکھ ساَلہٕ ہوٗت گرٕھِ لکھنپور تتہٕ کھسہِ بسوہلی بسہ تہٕ بنادِ برٕونٹھ پکنُک پروگرام۔

ترٛیئیم تہٕ ہموٗ دوہوٗ کھوتہٕ بہتر صورتھ چھِنے یہ زاکھ ساَلہٕ ہوٗت گرٕھِ سیوٗد پٹھانکوٹ تتہٕ

پیٹھہٕ ہیکہ سہٕ ڈلہوزی ہنز وَتہٕ اُزی چہ نو روپیہ کرایہ دِتھ شامنس چمبہٕ خاص واَتِتھ تہٕ اَتہ

پیٹھہٕ ہیکہ سہٕ کاشرہن علاقن ہندِ نکہ تہٕ سام ہُنک پروگرام بناَوِتھ۔

نتہٕ یوسہ وَتھ وَتھ کھلِتھ سیدِ سیوٗد کاشرس علاقس منز واتناوان چھِنے تِمہ ہیکہ

یِتھہٕ یاتھ نشاندہی سیدِتھ۔

۱۔ تھنالہ چھُہ جنوٗب مشرقی اَندہ بھدرواہک آخری گام یُس بھدرواہ خاصہٕ

پیٹھہٕ قریباً پانژھ میل دُور چھُہ۔ اُکس ساَلہٕ ہتس ہیٚیہ اَمی گامہٕ وَتھ ژٹھ برونہہ پکُن۔

۲۔ تھنالہ پیٹھہٕ زٕہ میل برٕونٹھ چھِنے بھدرواہ تہٕ ہماچل پردیشچ مُشترکہ رٕتہٕ کلہ

بہک پدری واقع۔ اَتھ بہکہ منز چھہٕ دوہ شوٗقی اندن ہندی گُجر (یمن بنیاَری تہٕ وَنان چھہ)

پنُن رِتہٕ کول گُزاران۔

۳۔ پدری برٕونٹھ قریباً ژور میل نِکتھ چھُہ ہماچل پردیشُک کھنڈی مرال علاقہٕ

یِوان۔ اَتھ علاقس منز چھِنے بیاکھ رِتہٕ کاَلی بہک یتھ منز چمبہٕ کس راجہ سندی ترٛجاسی

رَچھنہٕ یوان ۔ اَتھ ہِکہٕ چھُ اَز تہٕ راجہٕ ہٕندِ نِسبتہٕ راجہ کاڈیر اہکٕے نٕہ یوان ۔

۴ ۔ کھنڈی مرا نہٕ پیٹھہٕ قریباً زہٕ میل بُرونٛٹھ پکتھ چھُ اُسی لنگیرا علاقس منٛز واتان ۔ لنگیرا خاصس منٛز یوٚدوٕے گٕدی ، گُجر کہ تہٕ غار کاشُر ے زیادہٕ نظر چھہٕ گڑھان ۔ اَما پوٚز اَندٕ نِکھہٕ کین گامَن منٛز چھہٕ کاشِرے تہٕ بسان ۔

۵ ۔ لنگیرا پیٹھہٕ قریباً زہٕ میل ہٕکتھ چھُ اَکھ ساٹھ ہوٚت پُرنگل گامس منٛز واتان ۔

۶ ۔ پُرنگل پیٹھہٕ میل تارٕ ہٕکتھ چھُ بُتھہٕ سہٕ شِنگڑ گام یوان ، یتھ منٛز تِچی پیٹرا گھرٕ کاشِری چھہٕ بسان ۔

۷ ۔ شِنگڑ پیٹھہٕ میل جورا ہٕکتھ چھُ اَکھ وَتہٕ گتھ باندلا علاقس منٛز واتان ۔ یہ چھُ ہماچل پردیشک اَکھ مشہوٗر کاشُر علاقہٕ ۔

۸ ۔ باندلا پیٹھہٕ میل تارہٕ بُرونٛہہ پکتھ چھُ جانش گام یوان ۔ یتہِ چھ اکثر آبادی چھیہٕ کاشرِ ین پیٹھہٕ مُشتمل ۔

۹ ۔ جانش بُرونٛٹھ میل جورا ہٕکتھ چھُ اَکھ ساٹھ ہوٚتے بییِس مشہوٗر کاشِرِس علاقس کھِچ یارَس منٛز واتان ۔

(۱۰) کھچ یارکہِ پولیس تھانہٕ پیٹھہٕ قریباً پینٛتراہ میل دوٗر رٕس پیٹھہٕ چھُ تحصیل تیسلہٕک مشہوٗر کاشُر علاقہٕ ہمگری واقع

(۱۱) اگر ہمگری علاقہٕ کین کاشرِ ین گامَن ہُند سال تہٕ کرِن آسہٕ تیٚلہ بیہِ اَسہٕ ہمگری خاصہ پیٹھہٕ میل کھنڈ ہٕکتھ گرٛوہون گامس منٛز واتنہٕ یتہٕ بیاکھ میل ہٕکتھ گلیل گامس منٛز واتَن ۔ تہٕ پیٹھہٕ میل تارہٕ پکِتھ واتو اُسی شلیٕ گامس منٛز تہٕ یا قِے گامَن کُن گژھنچ وَتھ کرِ تہٕ بُرونٛٹھ اَسہٕ پانے استقبال ۔

۱۲۔ ہمگری ہیتھ قریباً پانژھ میل ہکیتھ چھ بیاکھ کاشُر علاقہٕ چھوٗڑ لوان۔ مکھن چھوٗڑ
کیٛن اُندۍ ہُکھی کیٛن گامن منز چھ قریباً زٕہ ڈاے ہتھ گھرٕ کاشرۍ بسان۔
۱۳۔ مکھن چھوٗڑ پیٹھہٕ ستہ اٹھ میلن چھ اکھ سایہٕ موت ٹکر علاقس ہنز واتان۔ وَرِتہ
چھ اکھ چھلہٕ چھانگرہ کاشُر علاقہٕ تہٕ اَمہٕ کیٛن گامن منز تہٕ چھ قریباً زٕہ ہتھ گھرٕ کاشرۍ بسان۔
۱۴۔ ٹکر علاقہ پیٹھہٕ قریباً ستہ اٹھ میل دوٗر چھ بیاکھ کاشُر علاقہٕ واقع، یَتھ
مندلوہار علاقہٕ مقامی ناو چھ۔
۱۵۔ مندلوہار پیٹھہٕ مختلف کاشرۍ گام وُچھان وُچھان تحصیل تپساکس مرکزس
تام واتنس چھنے دَہ باہ میل پہاڑی وَتھ طے کرٕنۍ پیوان۔ یتیلہ زن سٔید سیوٗد واتٕ
گژھنہٕ خاطرٕ اکھ ژھوٹ وَتھ قریباً ترٕ یَہ میل پکنۍ چھنے پیوان۔
۱۶۔ تپسا خاصہ پیٹھہٕ چمبہ تام چھے اکھ کارٕ سڑک تہٕ بناونہٕ آمژ۔ قریباً پانژھ روپیہ
کرایہ دِتھ چھ انسان اَتہٕ پیٹھہٕ چمبہ واتان۔
۱۷۔ چمبہ پیٹھہٕ چھیہ اُکس پوکھرناوِ کس کاشرس علاقس کُن وَتھ کھسان۔ یہ علاقہٕ
چھ چمبہ پیٹھہٕ باہ ترواہ میل دوٗر۔
۱۸۔ پوکھر پیٹھہٕ چھیہ اُکس بڈس کاشرس علاقس کُن وَتھ کھسان۔ اَتھ چھہ
علاقے جونٹر وَنان۔ جونٹرٕ علاقس منز چھ کاشر کلچرُک مرکز سالوان ناوُک گام۔ اَتہٕ
چھ قریباً اکھ ہتھ گھرٕ کاشرین ہندۍ۔
۱۹۔ جونٹر علاقہٕ پیٹھہٕ چھیہ اکھ وَتھ سٔیدِ سیوٗد باندلا علاقس ستۍ رلان
یمن وَتن ہُکیتھ چھنے ہماچل پردیشہٕ کیٛن کاشرین علاقن ہُنز مکمل سام ہیٛنۍ ممکن۔



# بالہٕ اپارِ مہٕ کاشُرکی
# مختلف پہلو

بێیمہٕ ترٛونٛھٕمس حصس منٛز آو اتھ کتھ کُن اشارٕ کرنہٕ زِ یتھ کالہٕ چھێیہ
کٔشیرِ نیبر گژھنچ وتہٕ سیٹھاہ دُشوار گذار آسمژٕ ییمہٕ کنہِ وادی ہنٛدی اَندرِمی علاقہٕ عام پٲٹھۍ تہٕ
بیرِ پانٛترال ہیلہِ کنہِ علاقہٕ خاص پٲٹھۍ دوٚیو پرتمدنی اثرو نشہِ ٲسۍ کالس بچیتھ روٗدی ۔ مگر یێلہِ
وقت گذرنس سیتی سیتی بیرِ پانٛترالہِ پیٹھۍ کینہہ کاروبٲری وتہٕ جٲری سپدییہٕ تہٕ یێلہِ نیبرِ میلہٕ
کلچرن سیتی کٲشرِ کلچرکہٕ لازمی لین دین کرِس نتیجس منٛز یہٕ پوٗشہٕ وٲر ثقافتی طور بێیہٕ ہن رنگین بنییہٕ
اَتی اُسی کٔشیرِ کینہہ نوی چیز مگر وار یاہ پرٲنۍ چیز رٲوِس ۔ خاص کرِتھ یێلہِ تہذیبی اثر نسلی امتیاز
ورتاون والین حاکمن ہنٛزِ ہس گھمنڈس تحت اکھ تہذیبی یلغار بنٛتھ ہیوٚتن ۔ اَتی گٔیہ کٲشرٕ
حملہٕ آورن مقابلہٕ اکہِ قسمکہِ احساسِ کمتری ہنٛدی شکار تاہم بێیو وتہٕ کٲشرِ زبٲنۍ پنجٲبی ییٚنہٕ
ڈوگری لفظن ہنٛد تیتھ کانہہ اثر ییتھ سنسکرتن تہٕ فارسی ین اتھ ثروت مت چھُ ۔ اگر کٲشرِ زبٲنۍ ہندس مزاجس منٛز
اکھ زندہٕ زبان آسنچ زبردست توژھ موجوٗد آسہٕ ہے نہٕ تیلہِ چھُ یتہٕ ممکن زِ یہٕ کسِ وۄنہٕ سندی پٲٹھۍ آسہٕ ہے ونہِ وزیرِ کٔشیرِ

رٲژ سیدی شُروزۍ باتو منز کُنہ اکہ زبانی اڈ جاے پۆرہٕ پاٹھۍ رٹِتھ۔ بہرحال اگر زن ایرانی کلچرکۍ
اثرن کشیر ایران صغیر تہٕ ناو دیت تہٕ کاشُر زبانی نو کلچرکین ہتھ بدھن فارسی لفظن ہُند برژرتہٕ
سُند امایوٗز پیر پانژالکۍ۔ یہ کام رُودی کشیر کھوتہٕ زیادے یہن کاشُر زبانی ہندِ بن قدیم لفظہٕ
سرمایہ تلمیحن تہٕ کہاوژن ہٕتھ کاشُرس رنگس منز رٲچھ کران۔ رٲچھ ہندیہ فرض چھ پیر پانژال
بیلٹ از برابر پرانی پاٹھۍ پۆرہٕ کران حالانکہ جدید سائنسی دورس منز دنیاہکۍ مختلف مُلک
اکھ اکس نکھہ یِنہٕ برعکس چھ مختلف وجوہاتو کنہِ پیر پانژال بیلٹکۍ کینہہ کاشُری علاقہ پننہٕ تمدنی مرکزہٕ نشہٕ
برونٹھ کھوتہٕ زیادہٕ دوٗر ریہی۔ باسان ییٚمہ اکھ مثال سرینگر نشہٕ پرونژھک، رازویر ہُند تہٕ گوٗل
گلاب گڈُک دوٗرن چھ۔ یہ کتھ گنڈ کڈنہٕ خاطرہ چھ کھروٗل ژُکس اکس شخص متعلق ونہٕ یوان
زِ سُہ اوس سحرس گرِ نیرتھ شام تام پرونژھہ ییتھ بیرتھ یوان ونہٕ موجب اوس سُہ صُبحس
گرُس ییتھ روانہٕ سپدِتھ مالیسمہٕ سرینگر کس اکس کاندرس نِش چاے چینہٕ پتہٕ کینہہ ژوچہ وتہٕ کٔرِتھ
ستہٕ مُلان مگر سُہ اوس پیشہٕ برونہٹھے پرونژھہ واتتھ تہٕ ملازمتھ کرن واپس پننس نیچوس
تو مل بیتر چیز حوالہٕ کٔرِتھ (پیلیشنچ چاے چیتھ) واپس سکھران تہٕ شامہٕ شام اوس پننس گرِ واتان تیہ کتھ
آیہٕ برونہٹھے ونہٕ ژرحاجی پیر ہشہٕ پئی۔ وتہٕ بند سپدِ تہٕ برونہٹھ اوس پرونژھہ سرینگرکہ تمدنی مرکزہٕ
ییتھ طرف اڈُو بچہ وتہٕ ہتر مسافت زانہٕ یوان یلہ زن از سے ترونژھہ جو ئی کنی گژھن واجنہٕ وتہٕ موجب
سرینگر نشہٕ قریباً ژورہتھ میل دوٗر چھ۔ یوہے حال چھ رازویر۔ گلاب گڈہ، بلاور، بسوہلی تہٕ ہماچل
پردیشک کین کاشُرہٕ ہُند تہٕ بیٚیہ طرفہٕ موکلیو وبیدل پکنگ رواج شہرس منز تعلیم پرنہٕ پتہٕ چھینہٕ کوہستانی
لوکن پانس منز یاں ژھنڈ ریخ ہیکتھ تہٕ ہیمتھ باسان۔

بہرحال کتھ اَس ہٕتھ لفظہٕ راہیچ تہٕ تمتھ رٲچھ کرنکہ فرہیچ
چلان۔ یہ فرض پۆرہٕ کرنک ٹاکارہ ثبوت یوٗد وے اکھ دۄیہ مثالو ستی۔ تہ میلتھ ہیکہ تاہم

---

۱؎ کاشُر زبانی ہندِس مشہوٗر شاعر "ذِنبہ کھاورن" آبائی علاقہ۔

کرو۔ اسی مُشتے نموٗنہ از خروارے تِمن کہاوژن لفظن تہٕ ترژن ہندی۔ مختلف نموٗنہٕ پیش کٔرِتھ

چُھنتِھ یہ احساس گژھان چھُ زِ کاشُر کلچر کِس ساری دوٗر ہیتی علاقہٕ چِھ ترانہو پانٕس آلی۔ وتوبدلہ

جدید لِنک روڈن ہندِ ذریعہ سرینگرس سیتی رلاونہٕ یِنک فوری تقاضہ کران۔

یوٗت تام پیر پانتزال بیلٹس منز ژھرٕ تِہ آمتِن لفظن ہُند تعلق چھُ۔ مثالہٕ پاٹھۍ

وُچھو اسی کشیر منز وزِ وِزِ راۓج سپدِ ہیژن کھیلن ہُن۔ یِمو منزٕ از کشیرِ ہندِ ہن گامن اندر کبڈی،

سِنز تنگس، لٔٹھی کِجہ لٔٹھس تہٕ ٹینکن گِندنہٕ ورآئے کانہہ کھیل زندٕ روزمِت۔ چھِنہٕ پیٹھ ژِن مینٕ پیر پانتزال

علاقس منز پنٕنس لو کچارس دوران یِم کھیلہٕ پانہٕ تہٕ گِندان وُچھِتھ چھیۓ تہٕ اکثرن منز پانہٕ تہٕ حصہٕ نیومُت

چھُ۔ یِم ییتھ پاٹھۍ چھیۓ۔

۱۔ ترِھلہٕ گِندُن ۲۔ ہیرِ سِ گِندُن ۳۔ لال بندس گِندُن ۴۔ ہٕژی تھپہٕ تھپہ گِندُن ۵۔ ژٕرپنہٕ ژِر ژِرن

گِندُن ۶۔ کیری کچس گِندُن ۷۔ چھچہٕ گانگھنہٕ گِندُن ۸۔ بم پتیلس گِندُن ۹۔ مرژہٕ پِپینہٕ گِندُن ۱۰۔ ہالہٕ گِندُن

۱۱۔ چھنس گِندُن ۱۲۔ شمشیر بازِ گِندُن ۱۳۔ کان بآزی گِندُن ۱۴۔ لُنگی لُنگس گِندُن ۱۵۔ ژھپہٕ ژھپرس

گِندُن۔ پیر پانتزال بیلٹس منز چھِ ٹینکن گِندنس ٹینچن گِندُن ونان۔ ویسے چھِ پہاڑی کاشرس منز کینژن

لفظن منز "ک" بدلہٕ "چ" حرفٕچ ورتاونہٕ یِوان مثلاً تہٕ چھِ ہٹہٕ کرنس ہٹہٕ کِچہٕ کرنہٕ ونان۔ تہٕ ٹکلس

چھِ ٹچل ونہٕ یِوان۔ اسی ہیوٗدٕ دوٚیم مثال تِمن کاشرین ہٕنزٕ ہیژن ریتھن تہٕ سادن ہندس دوٚپل

ہاکھ کھنس دوران عام کاشری کھیوان آسی متی چھِ تِمن دوہن آسنہٕ ۂژ گوٚبی، بند گوٚبی

رُوانگن تہٕ وانگن کشیر منز عام پاٹھۍ وٕدہٕ پدان، بلکہ آسی تِمے سِنی کھینہٕ یِوان یِم پیر پانتزال بیلٹس

منز یمو ناوٕ وٕز تہٕ کھینہٕ چھِ یِوان مثلاً ۱۔ ہوٚبل (اوٚرچ) ۲۔ سوٚتہٕ ژٕل ۳۔ مرژٕل ۴۔ ژروب ۵۔ پٕژ سٕڈر

۶۔ ڈُڈ ۷۔ آبچہٕ ڈُڈ ۸۔ وآتی ۹۔ ننٕز ۱۰۔ ژروکہٕ ژرنٕی ۱۱۔ ڈگدٕ گیچ ۱۲۔ ہمش ۱۳۔ مسلین ۱۴۔ شِنچہ ہاکھ ۱۵۔

گنہار ۱۶۔ کوٚنہٕ ۱۷۔ لیسہٕ ۱۸۔ ون پالکھ ۱۹۔ ون ژیران ۲۰۔ ون رن [illegible] ۲۱۔ ون جاوِین ۲۲۔ ون

وانگن ۲۳۔ کاوِ لآر ۲۴۔ وٹہٕ ژرم ۲۵۔ کژالہٕ موٚنڈ۔ ۲۶ کژالہٕ ہیٚوٗل ۲۷۔ ژرٚوکہٕ مآٹھی ۲۸ وستہٕ ہاکھ۔
۲۹۔ ژروکہٕ دژٚو ۳۰۔ ژرِ ہاکھ ۳۱۔ ئینٛشری اِفرہٕ نگیج ۳۲۔ گرٚٹہٕ ژرِکیج ۳۳۔ ہیڈٚر ۳۴۔ **واہتہٕ** ۳۵۔ پٕکیچھ (کیتہٕ
گچھہٕ) ۳۶۔ کھٔرِیلہٕ ۳۷۔ مازٕ کھٔرِیلہٕ بیتر۔

ہیتھی ہوٚوی کیتاہ لفظ چھِ کاشرِ ڈکشنری منز شامِل سپدنے روزان۔
نمبر ۱۔ ازٕ ہِنٛدین چھپنہٕ مشکل تھاو کرِتھ سیٚلہٕ یمن علامن ہندی لسانی نمائندٕ : توجہ تہِ اما کالہٕ ہیٚچھ منز شامِل تھونٕ چھپنہٕ آمتی۔
پیر پاشرال بلٹس باگہٕ آمژن کاشرِین تلمیحن، کہاوژن، الگہٕ کتھن تہٕ محاورن متعلق اعتمادہٕ سان یہ کتھ وَننیہٕ ہیکو
زِ یمو چیزن ہنٛز سوٗمبرن کرِتھ گژھِ یژھے ہِش بیاکھ دلچسپ تہٕ اہم کتاب تیار۔ فلحال کرِو یہٕ یٔمہٕ کتابہٕ منز
کیٛژن دلچسپ تلمیحن تہٕ کہاوژن ہنٛدی عنوان درج۔ یم یتھہٕ پاٹھی چھِ ۱۔ اشہِ خانٕنی براتھ ۲۔ احد ژوٗر
سنٛی ننٛدہٕ ر ۳۔ اکھنور چ سوٗ آدر وپے ۴۔ بیگہٕ ہنٛز گُرہ ۵۔ بلہٕ نائیز بجایہٕ ہمت شاہ ۶۔ پیر پاشرانٛنی نظر
۷۔ پھوکہٕ دم سُند موقدم بٹُن ۸۔ تاج دپنن تہٕ نوٗر عالمن بحث ۹۔ ژرارس ابوٹرار بٹُن ۱۰۔ جنس کوجن
متُن ۱۱۔ ڈینگُک پہہ ۱۲۔ جیب متیُن مار ۱۳۔ مُصہٕ خانٕن کوٚستوٗر ۱۴۔ مال دِٹیلہٕ ہُند شہمار ۱۵۔ کرِم خانُن ڈینگہ
۱۶۔ قاسمُن آیہٕ ۱۷۔ قادر شیرُن۔ قُمراہن پیُرن ۱۸۔ میر مآلیہ ہیٚون ۱۹۔ سیف اللہ خانُن شہر وچھُن ۲۰۔ شیروُن
دانہٕ ۲۱۔ حسن وانٕنی ہِکہٕ ۲۲۔ نبٔری۔ کاکنہٕ منزِم یائزر ۲۳۔ علی وانیُن باآتھ ۲۴۔ تچھ کھہٕ ہُند یکرُ ۲۵۔ عارفنی
ترٛشِش بیتر۔

چونکہ یمہٕ کتابہٕ ہنٛز مقرر کرنہٕ آمژ حد ییٚژن معوکلنی۔ لہٰذا چھیٚیہ یمن کہاوژن ہنٛز
وشرھنے یٔیتہٕ نس پچھہٕ یوان تراونہٕ یہ زانہٕ باوجوٗد زِ یمو منز چھِ اکثر تلمیحہ ترٛژھ یم کُل کشیر ہندس سطحس
پیٹھ مقبول تہٕ مشہور رٕکن سپدہٕ تھ۔ بیٚیٹھ چھیٚیہ یم تلمیحہ بانہالہٕ ہنٛدین حرف اُکس دوون گامن منز دٕری
یافت کرنہٕ آمژٕ۔ ڈوڈہ، کشتوار، بھدرواہ، پرٕونژھ تہٕ راز دیرِ منز چھیٚیہ امہٕ کھوتہ ژٕرِس تبعداس
منز یژھ درجن واڈہ تلمیحہٕ ہم سپدہٕ یچ وووید۔

یوٚت تام کاشرٕ پن پٔرژن ہُند تعلق چھُ، کٔشیرِ ہنٛز وعام پٔرژھو علاوٕ چھیٚہ اتھ

معاملس منٛز تہٕ پیٚپر پاشژان بیلیٚچ انفرادیتھ ذٔر ینیٛٹھ یوان۔ یہ کرٕ عام کٔشُو خاص پٔرژھو أندٕرٕ میسر سپدن واجنہٕ کینٛہہ پٔرژھ تہٕ تہندی جواب ییٚتہٕ نس درج۔ یم ییٚتھٕ پاٹھی چھیٚہ۔

۱۔ اُڈگر ماہنی ڈوڈ گز پوٗتر (ہٕشرن تہٕ پَن) ۲۔ بالس پیٹھ کالہ سُرپہ لٹ تہٕ کلہٕ ملہٕ ناو تھ۔ اورٕ آے کینکہٕ ٹ تمہٕ نیو کہٕ ناوِتھ (کُلف تہٕ کوٗنژ) ۳۔ بردِتھ خرنژان (گرٕٹہٕ) ۴۔ ہٕنوٗل گنڈِتھ بٹلِ نژان (لٔرمٕل) ۵۔ اسمانٕ پکان کرکا یازنگن ڈلتھ کرِ مایا، اسہٕ دوٗپ یہ کوٚس پٔرژھ بایا (وُزمل یا گٔنج) ۶۔ اپنے اپنہٕ لبہٕ زیر، کابُلہ پیٹھ واتہٕ ملکُ کشیر (بُنلہٕ یٔٹھ) ۷۔ ینہٕ گرٔژھ ہے بنہٕ نس منٛزٕ چھُس بال (آبچھ تہٕ نس) ۸۔ بالس پیٹھ مُنہٕ مُرٕ اوٚش ژراوان (بتٕکُ چھاو یا پھیاربتہٕ لیٚنج) ۹۔ ووزلِس وارس گھتی کچہٕ پوٗتی (مازبیرٕ تہٕ دند) ۱۰۔ نیٚبرٕ وُچھس آب، انٛدرٕ وُچھس نار، سُے سخی حاتم کاشرٕ پن ہُند یار (سماوار) ۱۱۔ موٚنگ وودیا وموٚنگہٕ ڈلس راتس وٚوٚدِتھ صُبحس ردو (تارکھ تب) ۱۲۔ ہٹہٕ رٚوٗستُے جاناوار کرِکھ چھہٕ لایان زورادار (بندوٗق) ۱۳۔ ٹوٗپہ چھُ دِوان سُرپہ چھُنہٕ۔ نیٚول چھُ پوٗز ہاکھ چھُنہٕ (سوٗیہ) ۱۴۔ ڈیڈبس ڈبس گنِد وٕنج صوٗرتھ آبس پیٹھ، حالس لوٗبُن ناو بدل نقش وُچھُم خابس پیٹھ (تُلہٕ کٔترٕ) ۱۵۔ سہہ چھُ پکان روگہٕ روگہٕ ترٕہہ، چھُ کران جنگ شسترٕ وچھس لاکم تہٕ گاسُود چھُس ڈنگ (ینِدرٕ) ۱۶۔ ہچوٗرس گرِس زچوٗزپن تس کُس کھسے ممی دِپن (کھڑاو) ۱۷۔ اہٕیرِ دوٚتھ پٔنڈِتھ زنگہٕ زٕ گنڈِتھ (زٕنی بور) ۱۸۔ اہٕیرِ دوٚتھ گرٕ داند ژروکہٕ دِوان (سہلاب) ۱۹۔ شُپہٕ شُپہٕ ہنٛدٕ وند۔ شراکہٕ سِتی کیٚٹھ بیٚیہٕ تِتھے سپدن (قبر) ۲۰۔ سوٚنہٕ سنٛز لیٚچ روٚو یہ سُندٕ ٹھان، یُس چھِٹراوِ سُے پہلوان (ٹھوٗل) ۲۱۔ کوٗترجوٗرٕ شِیا کیا چھیٚہ جان ژوٗرن طرفن تِم ژران، پننہٕ جایہٕ پیٹھ چھینہٕ وودھان (أچھ زٕ) اِتھوٗن لایا اُتھوٗن گیا کشیر پنجاب وٕتھ شِیرِ دِیان یسلیاں گنٛڈ کران چھیٚتھ (ووڈرٕ وان) ۲۲۔ کٔشیرِ چھُ یوان پوٗز کاشُر چھُنہٕ ہلوچھس ناگہٕ پوٗز انسان چھُنہٕ، آب چھُس منٛز پوٗز بانہٕ چھُنہٕ گُلس پیٹھ چھُ یوٗٹھان پوٗنجانوار چھُنہٕ (کھوٚیرٕ)

وِدہ نی ترٲو وٲسۍ تِھقِن کٲشرِن لفظن ہیٚتھ اکھ ڈُڈوٕنۍ نظرِیم کاشُری ـــــ

ٲسۍ تھ عام کاشرِن معلوم چھِنہٕ رۄدمتۍ۔ امایوٗز پیپر پانٛژرال بلاٹس منز چھِنہٕ فقط ژٕ ژھرتہٕ آمتۍ۔ بلکہ چھہٕ برابر ورتاوس منز تہٕ مثلاً ٲسۍ ٹُلوکھ تم ترٛشٕنۍ لفظہٕ یمن ہیتۍ۔ ہیتھ کالہٕ عام کاشرِن تعلُق ادسمت چھُ اکھ گو توٗسی پیپرٕ یا دوشُن، دوٚیم گو ہرگنہٕ چاروو۔ ترٛیم گے نیرِ گاسہ تہٕ نیرِ۔ پوش یم دۄہن تہٕ لگان ٲسۍ۔ توٗسی رٔنگلُک چھہٕ کٔشیرِ منز عام پانٛچھ۔ اکھ مطلب نہٕ یوان رُوگوٗنکہٕ رنگ مگر پیپر پانٛژرال بلاٹس منز چھہٕ اتھ رنٛگس تہٕ قسم ینا وِنہٕ آمتۍ گویا اکھ توٗسۍ گونلہٕ توٗسۍ (یُس سوٗری رنگہٕ آسہ) دوٚیُم توٗسۍ گونابد توٗسی اتھ چھُ شالہٕ توٗسۍ تہٕ وننہٕ یوان۔ یہ رنگ چھُ ترٛھی لادی رنٛگس ہیٚوٗ آسان۔ ترٛیُم توٗسۍ گو پانٛز توٗسۍ۔ یہ چھُ ماتٛز رنٛگس رلہٕ وٕژن آسان۔ ژوٗرِم گو کرٛہنہٕ توٗسی اتھ چھُ پھکہ توٗسۍ تہٕ دننہٕ یوان یہ چھُ مٔیژر رنگ ہیٚوٗ آسان۔ یٔتھۍ دلچسپ بیاکھ رنگ چھُ ہور۔ امایوٗز اتھ تہٕ چھِیہ پیپر پانٛژرال بلاٹس منز واضح تہٕ ٹاکارہٕ درجہ بندی کرنہٕ آمژ مثلاً یِیتہٕ ہرگُنگ مطلب اُردوٗ چیٚکبر ایا فارسی ابلق لفظس ہیتۍ رلان چھُ۔ تیتہٕ چھہٕ "ہور" لفظس ہیٚتھ یم لفظ تہٕ ورتاوس منز انٛنہٕ آمتۍ

۱۔ کانٛٹہٕ ہور۔ (دأر یامٔس کاتھہ ژُم سفید گژھنہٕ پیٚتہٕ ہیتھ کٔشیرِ منز ہارہٕ کونٹ ونان چھہ ۲۔ ڈپہٕ ہور (سہہ یا گُنہٕ ہیوٗریُس جٔژ ہیٚتھ سفید تہٕ کرٛہنۍ داغ ہوِ چھہ آسان) ۳۔ ٹیٚچہٕ ہور (مثلاً سنٛت) ۴۔ چھیٚپہٕ ہور (مثلاً یِنہٕ پوٗنپرُ یا دچھہٕ پوٗنپرُ) ۵۔ کریٚنکہٕ ہور (مثلاً کابراسٕر پہہ یا ستہٕ نیٚچ) ۶۔ اچھی ہور (گرٕی نکھیٚپہٕ ہیتر)۔

یوٗت تام پانٛژرٲلی پوشن تہٕ پانٛژرٲلی گاسن ہُند تعلق چھُ یمن ہندی کیٚنٛہہ عام قٕسم چھہ یم:۔

پوش:۔ ۱۔ منگٲلی پوش ۲۔ چھتہٕ بتہٕ پوش ۳۔ گیوٗ پوش ۴۔ گرٛیزنۍ پوش ۵۔ کہربان پوش ۶۔ پرگو پوش ۷۔ ہمبرزلی پوش ۸۔ بُلبُل کانٛف پوش ۹۔ ہاپتھ پھولکِ پوش ۱۰۔ یم ترالہٕ پوش ۱۱۔ سیٚبھ ژرٛدرٕ پوش ۱۲۔ موٗمران پوش ۱۳۔ انٛسدی پوش ۱۴۔ ژہ انسدرٕ پوش ۱۵۔ وٹ پھٹی پوش (گلِ شقایق)

۱۶۔ نیلہِ پوش ۱۷۔ نیاوی پوش ۱۸۔ ہی پوش ۱۹۔ اَرنہٕ پوش ۲۰۔ آروٕلہِ پوش ۲۱۔ ٹینگی پوش

۲۲۔ گُگہٕ پوش ۲۳۔ بُنفشہ پوش ۲۴۔ تُرٛدٕلی پوش (Touch me not) ۲۵۔ ہَندہِ پوش

۲۶۔ شولرِ پوش ۲۷۔ مکری پوش۔

گاسہٕ :- ۱۔ نابد گاسہٕ ۲۔ برارِ گاسہٕ ۳۔ دوٕدٕ بیُرن ۴۔ گلہِ پوٹ ۵۔ گُکلہِ پوٹ ۶۔ رٕآنٛٹھ ڈروب

تہٕ ڈروب ۷۔ دٔرمن رٕآنٛٹھ ۸۔ بالہٕ ہَند ۹۔ نیری ہَند ۱۰۔ شہتر ۱۱۔ کرٛیسی ترٕ ۱۲۔ رۄبیل

۱۳۔ گیوتھر ۱۴۔ گگرٕ ڈنٛزٕ ۱۵۔ ژروکہٕ ژرٕنی ۱۶۔ سوٕے (سوٕلی) ۱۷۔ اَگُرٕ ۱۸۔ مرٕزُل ۱۹۔ سرپھہٕ گاسہٕ

۲۰۔ آگار انٛٹھ ۲۱۔ کاوِلارہٕ رانٛٹھ تہٕ مختلف ہِن۔

کتھ ژھوٚپہٕ راونہٕ خاطرٕ کرٕ وأسی کینٛژن تمن ٹھیٹھ کاشرین لفظن ہیٚتھ

ابجدکہ ترتیبہٕ سان نظرٕ ترٛاونچ کوشش یم پیٚر پاٹھرٕ ال بیلہٕ کین مختلف علاقن منٛز ورتاونہٕ چھ

یوان تہٕ یموٕ منٛزٕ اکثر کاشرِ ڈکشنری منٛز شامِل چھینہٕ یا اگر کانٛہہ چھُ تہٕ تتھ چھُنہٕ ٹھیٹھ کاشر ییک دوٚیم

مطلب دِنہٕ آمُت مثلاً :-

ا:- اتھٕ ، انوٕرٕ ، ادمیار ، اَنٛی ، اڈکھو ، اوازٕ آری ، اٹاوٕ بٹاوٕ ، انہٕ فصل ، اَنرٛیٚے۔

ب:- بیَال ، بےٚ وال ، باس ، بُلرٕکون ، برٕ اشد ، بُتوٕ ، بووٕلہٕ ، بنگہٕ بیوٚنٛژ ، برٕ آزدر ، باقرُ ، بوم

بوطِیمار ، بُتھآرٕ ، بامُن۔

پ:- پوٕیہٕ ، پن کرٕ ، پیُٹھ ، پُتھٕ ، پُلَم ، پآنتھَن ییٹہٕ مہراتٕ ، پُرٕ چھل ، پنٛزٕ سدٕر ، پُہرٕ ، پَنٛگلے

پسارٕ ، پنٛزوان۔

پھ:- پھرٕ دو ، پھرِیش ، پھنڈٕ ، پھش وآر ، پھکہٕ ناتھ ، پھآنگرٕ ، پھپھا کُٹی ، پھنیٹھ شآج

پھلاوٕ ٹھ۔

ت:- تھے ، تمبی ، ترٛدمرٕ ، ترٛوٚنٛژ ، تنٛمل ، تولرٕ۔

تھ:۔ تھر، تھار، تھج، تھوگ۔

ٹ:۔ ٹوز، ٹڈ، ٹچل، ٹھوان، ٹھ، ٹھج، ٹوشرر۔

ٹھ:۔ ٹھیور، ٹھبا، ٹھلیو۔

ج:۔ جلۂ، جنگل، جونہ۔

چ:۔ چچر، چیھن، چونکھٹرن، چنگ تراون، چوڈش کھیون۔

چھ:۔ چھنج، چھنگ، چھنجہ پوت، چھرٹ نیرن۔

د:۔ دور، (شورہ) دژوب، دژگرُ، درینھٹے، درآنکھ، دوڈ سہ

ڈ:۔ ڈونگ، ڈبی، ڈٹھ، ڈونٹھ، ڈنگر، ڈواٹھ ٹلن۔ ڈینگہ

ر:۔ رونہ ہیو، روحن پوش، رکس، رُواَی، ریکھ۔

ز:۔ زئی، زارو زاری، زاڑ، زوگر، زاڑن۔

ژ:۔ ژئور، ژکھر، ژونن، ژہیونگ، ژپندر۔

ژھ:۔ ژھاپے، ژھاگی ڈکھ، ژھنگہ، ژھمر ھویے۔

س:۔ سگلہ، سندر، سبل، ستہ پنج، ستہ زاو، سورہ منڈل، ساون، سپنہ بند، سلیٹہ پش سُوہ، سوئے، سرائے، سوتھر۔

ش:۔ شتھ، شل، ششہ، ششر ماس، شونتہ، شیل، شولر۔

ک:۔ کاد، کانگل، کاژن، کٹہ زرن زرن، کراس، کنالہ، کورہ لگن، کسیانہ، کنہ وٹ، کائن کچ پرت: (اندیشہ)

کھ:۔ کھیتر، کھرلہ، کھوتہ، کھہ خمن، کھوند، کھاز، کھوچ، کھرٹکھ۔

گ:۔ گنی، گلی شنی (گل ین) گاٹمکھن، گونڈ (گوڈ) گدی، گاگری گرشن، گوئیے،

گاران، گرٕ جن، گامہِ خار اتھ۔

ل :۔ لڑی جایہ، لگن چیر، لُلہ ودو، لٹ کٹ رِیخ، لومبکھ، لوٗڑ، لیب (رُوایی) لیتر (کاد)
لادی، لاد، لگ لاگ۔

م :۔ مازن، مرٕژل مشانڈ، مرٕزہ پیٚتن، متر (میانی کنیٖ) مُتہ موٗر، مُنی، منڈل، مانگو
مُنیٖ مُر

ن :۔ ننگہِ (کٔنٛزِ ننگہِ) ننہدن، نانگرٕ، ننگرٕ، نودکھ، نیل پٔت۔

و :۔ ودتر، وہیتھ، وُزِ، ووٗنج (ژروچہ ورُتی) سوٗنچ، وُتار، وٹہ کرم، وانی، ووٗدو
پیاو، وُتاوٗلی، وُڑدی، وتھرُن۔

ہ :۔ ہکہ، ہرٕ، ہل، ہلرٕ، ہرٕ یچھ، ہوٚیہ، ہم ستی، ہوگ، ہام، ہعو نجہِ بکر۔

ی :۔ یگ، یک لسری، یٹ۔

یہ اَقریبا گڑاے ہیتہ اصطلاح تمو ہتہ بدلو۔ لفظو منٛزہ بطور نمونہ
پیش کرنہ یم پیر پانژال بیلٹہ کین کنیجہ گامن ہندس کاشرس تہ کاشرِ بن بولین
منٛز زندہ چھہ تہ باضابطہ پاٹھی ورتاونہ یوان چھہ یمو اصطلاحو تہ لفظو علاوہ چھہ کیٛنہہ محاورہ تہ تہ
یمو منٛزہ اکثر کشیر منٛز رائج چھینہ مثلاً اوڈر کرنی، بوم کھسُن، ہیموٗن ہٕہن، رپھ اینی، داندہ موٗرن
گرٕ ٹھن تہ سرٕن مؤرہ ہیتھ ین۔ بوطیمار بنُن، پانیتن گرٕ ٹھن، کھنڈ آپراوُن، اُچھر دالن کُن
بال رودٕنُن، کھونہ دٕہ کھوڈ کھنُن، یٔڑ واہینی، نٔر دارِنی، اُیچھ دٕنی، ہشی اربہ دِین
پاتھر لاگن۔ اُچھن وہنہ دِہل کھسُن، کنس کٔشن، اٚسس پٹوہ بنُن، اتھن پھو کھ دِوان
نچُن بیتر۔

ڈوڈہ ضلعہ

# کاشر کلچرک رٔوژنہ منزل

## تہٕ اکھ کینہہ

## نذرِ اظہار

یوٚدوے کاشرین علاقن ہنٛز نشاندہی دوران ڈوڈہ ضلعکین مختلف تحصیلن ہنٛد عام تعارف پران تہٕ ییتھ کتابہ منٛز پرن والین کاشر کلچرکہ اہم رٔنگہ منٛز پرتھ شرٛوٚنہ رایکنن گاشر آسہ۔ امایوٚز کینٛژ خصوصیژ چھہ اتھ ضلعس امتیاز بخشمٕژ ییمہ کنہِ بالہٕ اپارکیوٚ بالہٕ یپارِ سارنے کاشرین اتھ ضلعس سیتٕ زبردست جذباتی لگاو باسان چھُہ۔ بلکہ اگر یہ کتھ اکھ مبالغہ زانہٕ ییہ نہٕ تیلہٕ ہیکو اسی ونتھ زِ ییتھ پاٹھی جام جمشیدس اوہ موکھہ جام جہاں نماونہٕ اوس یوان زِ سہ جام تھرن والی فنکارن آمتی تتھہ منٛز جمشیدسنٛز دِلہ دُبراے ہنٛز سونتھ تہٕ بناوٹھ تھوٚر یوس اتھ جامس منٛز شراب برنہٕ سیتی وُچھن والس تتھ ذٕنی اَیس بخشان زِ سہ اوس کُل عالمچ شیچھ خبر وٕنی ہیوان۔ تتھے پاٹھی چھیہ ڈوڈہ ضلعچ ثقافتی ازتھ لوکٹ اتھ تہٕ کاشر کلچرچ اہنہٕ دار نہ صرف اوہ موکھہ زِ خود للہ دید تہٕ شیخ العالمٕ سنٛز زبانی ہنٛد آگر تہٕ چھیہ۔ می ضلعچ زبان بلکہ چھہ از تام اتھ کاشر کلچرک

کلاسیکی رنگ ڈنجہ آسنہٕ علاوٕہ اندی کِھ تِمن سارنے تہندِ ہی سرگرمین ہنٛد اثر تہٕ تُوجُودیم زمانے قبل تاریخہٕ پیٹھٕ گویا ناگن تہٕ پشاچن ہنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕ سانِس جنتِ نظیر وطنس منٛز وۄتلیمٕژ چھے مثالاً قدیم ناگا تہندِ پہِ کین عقیدن و یُو پارن رٲچھ کرن وول سراز علاقہٕ چھُ کشیرِ ہنٛزن قدیم ترین تہذیبن ہنٛد امانت دار۔ یتھے پأٹھۍ چھُ اتھ ضلعس منٛز عام لوکن ہنٛز زبان کأشر آسنہٕ باوجود کأشرِ زبانی ہنٛدی سارے کھوتہٕ پرأنی اِظہار رچھن والی لوگی تہٕ کشتوأری ہیوٚڈے لیکٹہ سأنِس پرأنِس نقطہٕ راشٕنس رٲچھ کرِتھ۔ اتھ ضلعس منٛز سارنے زأژن تہٕ سارنے مذہبن ہنٛدین لوکن ہنٛد سنگم بأسے یارِ ہنٛدی پأٹھۍ لسن بسن چھُ سارِ ہے برِ صغیرس منٛز مثألی تہٕ قأبلِ تقلید۔ امہِ ضلعہٕ کین مختلف اِظہارن پیٹھٕ اکھ وڈٕ ونی نظر تراونہٕ خأطرٕ سپد اسہٕ اتہٕ چین مذہبی، سمأجی تہٕ فنی رنگینی ین ہنٛز سیٹھاہ رِھوٹ پأٹھۍ یأری زان یتھٕ کنۍ حأصل زٕ اُسی وُچھو ترین مختلف عنوانن تحت امہِ ضلعکۍ کینہہ سرل رنگ تہٕ اِظہار یم یتھٕ پأٹھۍ چھِ۔

۱۔ مذہبی رنگ

اتھ ضلعس منٛز چھِ یہٕ اکثریت کأشرین مسلمانن ہنٛز۔ لہاذا تراوو اُسی گوڈٕ نظر تِمنے پیٹھٕ کشیرِ پیٹھٕ اوت گرٕ ھتھ بسن والین متعلق آے یہٕ کتھ برِ و تیٹھے ونہٕ زِ تِمو منٛز چھے اکثر کشیرِ ہنٛدِ تِم ذمہٕ دار تہٕ حساس اِنسان اٲسی یم کنیٚرو سیأسی حالاتو تہٕ نیبرٕ میوٚگا زِ دأزرو گھرٕ تراونس پیٹھٕ مجبور اٲسی کری متی۔ نتہٕ اٲسی تِم یمن گأزِ دارن ہنٛز آن مانِنہٕ بجایہٕ تِمن خلاف پنٕنۍ طاقت یکجا کرنہٕ خأطرٕ اوت گرٕ ھان۔ مگر یتھو سُنۍ مسلمانو علاوٕہ چھے اتھ ضلعس منٛز تِمن مسلمانن ہنٛز تہٕ اکھ بڑٕ آبادی یم بڈٲتی پہأڑی ہنٛدی اٲسی تہٕ یم حضرت فرید حضرت شاہ اسرارؔ، حضرت شاہ غلام الدین۔ حضرت لالہٕ باب صأب تہٕ تہندین خلیفن ہنٛد ذریعہ یا عالم شاہ صأب ہوٚہن بیٚین بزرگن ہنٛدِ ذریعہ مُشرف بہ اِسلام سپدی متی چھِ۔ ساداتن

ریشن تہٕ بزرگن ہند ذریعہٕ اسلام قبول کرٕنۍ لیوسہٕ رلوایت کشیرِ منز کُنہ زور زبردستی ورأے محض ابلاغ

و تبلیغ تہٕ افہام و تفہیم عکہ ستی قایم سپنز ترٕ اَتھ سوٕ رلوایت پھٲنچھلیہ ڈوڈہ ضلعہ کین مختلف

علاقن منز دوستانِ خدائن ہندِ ذریعہ مثالہٕ پاٹھۍ نمون اُسی باہٕل علاقہٕ ۔ اتہٕ کین گامن منز

کشیرِ ہندین عام گامن ہندی پاٹھۍ ساداتن تہٕ بزرگن ہندی آستان چھہ ازتہٕ مبلغن تہٕ دوستانِ

خُدائن ہندین مبلغانہٕ مشنَس توکلس تہٕ صبرس یادٕ تھ کران ۔ بطورِ مثال چھُہ اکھ سارٕہے پہاڑی

علاقس منز حضرت بل ذکرس حضرت لالہ باب صاٮ۪بن پیدل پھیرن تہٕ لوکن ڈلچ کھے کاسان

تمن نور اسلام بخشن از تہٕ لوکن زیون پیٹھ ۔ تہندِس یادِس منز چھہ از تہٕ ترٕل داَتھ شاہر

باس کر آلہ چہ بالہٕ ورین تل بنکوٹہ تہٕ ٹانکہ بیتر جاین کینہہ تھکہ پینچہ ترٕھ رتھ تہٕ آمر نمن

پیٹھ بہتھ لالہ باب صاٮ۪بن لوکن دین اسلامچ کتھ فکرِ تارٕن چھیہ ۔ یتھے پاٹھۍ یلہ اُسی

باہٕل خاص یعنے دیلو گوس منز عالم شاہ صاٮ۪بن آستان ، ترنجاہ حبیب شاہ صاٮ۪بن آستان ،

درشی پورہ باقر شاہ صاٮ۪بن آستان ، زرلہ داٮ۪یم شاہ صاٮ۪بن آستان کسکوٹ سید

شرف الدین بخاری صاٮ۪بن آستان ٹھارسہ دصاٮ۪بن آستان ، نوگام سید سخی سرور صاٮ۪بن

آستان وُچھان چھہ اُتی چھیہ اَسہ کشیرِ منز ساداتن ہندِ مقصد ترٕ تہٕ طریقچ یاد تازہ سپدان

یمو روحانیتکہ زورہ کشیرہ ہندس کلچرس انقلاب اُتھٕ راج ترنگنی لیکھن وٲلس کلہن

سنز یہ پیشن گوئی پوٗرٕ اَس ثابت کٔرٕ زِ کشیر ہیکہ نہٕ روحانی طاقتہٕ ورأے بیٚیہ کانہہ

طاقتہ مسخر کٔرِتھ ۔

یتھین ولی ین تہٕ بزرگن ہند تعارف اکہ اکہ پیش کرنہٕ خاطرٕ پییہ اکھ بیون

کتاب لیکھنی ۔ لہٰذا اکرہ بہ ییتہ نس اَمہ ضلعہ کینن صرف دون ترٕون مسلمان آستانن

ہند موختصر ذکر کرنس پیٹھ اکتفا ۔

ضلعہ ڈوڈہٕک اَکھ مشہوٗر آستان چھُ کشتواڑک ہیرہٕ آستان یتھ منز حضرت شاہ فریدُالدین بغدادی صاب پانہٕ بیتہٕ تہندی نہ نامدار فرزند حضرت اخیارالدین تہٕ حضرت انوارالدین دفن چھہ۔ یوٗدوے یمنٛو روحانی کمالو کنہِ شاہ فریدالدین صابنیٛ فرزندِ ارجمند شاہ اسرارالدین صاب پیٛٹہٕ جورہٕ، یکتاہٕ بے مثال آسمٕتی چھہ تہٕ تہند آستان سارِوے کھوتہٕ زیادٕہ مشہوٗر چھیہ تاہم چھُ تہند تعارُف تہِ یِیتہِ لِس تہندِس بابہٕ صابنِس تعارفس منز شامِل زانُن مُناسِب۔ حضرت شاہ جیلانن ہنٛدِ خاندانکۍ چشم و چراغ حضرت شاہ فریدالدین صابنِس متعلق توٲریخی تفصیل چھیہٕ یہ کتھ ظاہر کران زِ اکھ غیبی اِشارہٕ لبتھ ترووٕ تمو پنُن وطنِ مالوف بغداد شریف تہٕ کُڈرِن پہاڑی سفرن لول بران واتی تم راجہ جے سِنگھ سِندِس وقتس (۱۶۵۶ء - ۱۶۶۴ء) منز کشتوار۔ حالانکہ بیلہِ تم بغدادہٕ پیٛٹھہٕ ہجرت کٔرتھ ہندوستان واتی، دِلہِ منز کوٚر وقتکۍ مغل شہنشاہ شاہِ جہانن تمِن پانہٕ استقبال۔ تہند روحانی کمال وُچھتھ یوٗت شاہجہانن زِ امس بزرگہٕ سِندِ بابرکت تشریفہٕ ستی گژھہ راز دالی شرف لبنہٕ۔ چنانچہ آو تمِن حضرت نظام الدین اولیاَ سِندِ زیارتک ہیوٗ بیا کھ لنگر خانہٕ قائیم کرنہٕ خاطرہٕ وقتہٕ کین طالبن ہندِ طرفہٕ درخاست تہٕ کرنہٕ آمایو زِ روحانی سلطنتکۍ امی شہنشاہن کورہٕ دلہِ منز قیام کرُن قبوٗل نہ ہیٛرکھ شاہی اِنتظامیہ طرفہٕ آیتن تھونہٕ آمٕژ کانہہ سوٲری ستی نِنہِ متہٕ۔ تمو کوٚر شاہی ضیافتن ہنٛزٕ منت قبوٗل کرنس انکار تہٕ وشکہِ ژوٚٹ کھنس پیٛٹھے کوٗرکھ اکتفا۔ راز دیر ہنز وتہٕ گے تم خاکس منز ہاونہٕ آمٕژ جایہ کُن یکان۔ ڈوٚنگ ٹیلس منز کیٛژس وقتس قیام کرنہٕ پتہٕ نیوٗ تمو باناکِس کھرِ دِش علاقس منز تہٕ تشریف۔ تتہٕ پیٛٹھہٕ واتی تم راج گڈھ چہ وتہٕ ڈُوڈہٕ یُتِہ کاتس فریدآباد (ڈُوڈہٕ) ہس منز اقیام کٔرتھ تہٕ اِسلامی خدمتھ انجام دِتھ سیٛدی تم کشتوار کُن روانہٕ یتکہِ راجن کوٚر تمن وَتھہِ واتِجہٕ استقبال کرنہٕ پتہٕ اسلام قبوٗل تہٕ یتھہٕ پائیٛ کھی

رۆدی حضرت شاہ فریدالدین صاحب پننہِ نمنمتھ[99] وۄزشہ زندگی تام کشتوارس منز یارِ خدا تہٕ خدمتِ اِسلام کران۔ تہٕنزِ اَمہی سعیہ پژوو کشتوارکی راجن اَندی اَکھ پوکین راجن پیٹھ اِمتیاز تہٕ وُچھان وُچھان بنیوو کشتوار اِسلامی ثقافتہٕ چین سرگرمین ہُند اَکھ نوین قسمُک مرکز۔ حالانکہ اَتہِ یم کراماژ حضرت شاہ اَسرار صابن اَنجام دِژہٕ تموسعتہٕ ووُربیہ اَکھ علاقس منز روحانیتس لِرہ لگہٕ مرازِ چہ ثقافتی ہیجہ تہٕ۔ مثلاً سپورٹس مین حیثیتہٕ اوس تِمن ہالہِ گِندُن تہٕ سیٹھاہ پسند تہٕ مُروجہ کھیلہٕ گِندان گندانے دِژہٕ تموکینہٕ سیٹھاہ عجیب کراماژ اَنجام۔ اَکہٕ لکہِ مُوجُب ییلہِ تم اَکہِ دوہہ کشتوارکس مشہور چوگانس (ہالہٕ مادانس) منز گِندان اَسی، اَیہ اَری دراو اَکھ تیتھ گُری سوار یَس تعلق سعتہ باجن شاہ اسرار صابس ووّن زِ یِحض چھِ کشتوارُک بے مِثال سوار تہٕ یِحض چھُ تہٕسِ منز چوگانس (قریباً زہٕ میل زیوٗٹھ) اَکہِ اَندہٕ بیٹھہٕ بئیِس اَندس واتان۔ شاہ صابن دوٗپکھ زِ اَمس شہسوارس پژھو میہٕ سعتہ کرِ یامانہٕ مان۔ سعتہِ باجن اوس خیال زِ شاید ماکھسہ شاہ اسرار صاب سوارہٕ سِندِس گُرِس تہٕ تیز پکناوُنچ کانہہ نُو مِثال کرِ قایم۔ مگر ییلہِ شاہ سوار مانہِ مانٛز پیٹھ تیار سپد تہٕ چاوہٕ سان بُرونٹھ گُن ووت تہٕ شاہ اسرارس ووٗنُن لوکٹ آسنہٕ سببہٕ زِ ہیکہٕ نہٕ میانس گُرِس کُن وُچھتھ، سوارِی کرُنچ چھینہٕ کیتھے۔ شاہ صابن ژھوٗدس اَسنا تہٕ ووٗنُنس، سنچ چاوتھے گُری سُند، یکھ تمہِ اَندہٕ بیٹھہٕ کرو مان شرُوع۔ میہٕ چھِ پننی گُر اَتہٕ تیار۔ دِیان اَمہِ اَندہٕ اَمس وُسی بیمتہِ مکانُچ اَکھ دیوار۔ شاہ صاب بیٹھ اَکھ دیوارس بیٹھہٕ تتھے یاٹھی بیتھہٕ یاٹھی سوار گُرِس پیٹھ بہان چھُ۔ اَمہِ بیتہٕ پژ ژھُک سوارس چھکھا تیار کھ دورناو گُر۔ خدایہ سنزِ قدرت زِ سوار اوس وُنہٕ سکھرأنی زِ شاہ صاب واتی سُہ دیوار ہیٹھ چوگانہٕ کِس بئیِس اَندس۔ دِیان سُہ دیوار اوس پژ کال تام بطور یادگار

چوگانس منز موجود تھوو نہ آمت ۔

بیاکھ واقعہ چھُہ یِتھہ پاٹھی بیان یوان کرنہ زِاکھ ہانٹھ زنانہ واتھ حضرت فریدالدین صاحبنس خدمتس منز تہ سِنز و دُن رُون کرِتھ تمِنس رچھ ۔ مگر استخارہ کرِتھ تہ خدا تعالیٰ ہس کُن رجوع کرِتھ فرمووُکھ شاہ صاحبن تس زنانہ کُن زِ تژیہ نہچھے خدائن کانہہ اولاد لیوکھمُت، لہٰذا مہ کرتژ اتھ خدائی مشیتس زیادہ ہچھی لاگے۔ دپان یہ کتھ بوزتھ گیہ سو زنانہ مہنو سِنز دِل ملول تہ اوش وتراں و تراں دڑاے گرہ کُن واپس نیر کینہ اوس شاہ اسرار صاحب امی وقتہ ہالہ گندنہ ڈرامت ۔ تمہ پرژھ اُمس زنانہ مہنوس تژہ کیازِ چھکھ وداں ۔ امہ ووننس زِ جانی بابہ صاحبن دو ینم تژیہ چھے نہ اولادے لیکھتھ لہٰذا چھم وول ومبرخِہ وُمی تہ واروِ بچ بے واری ژالنی ۔ شاہ اسرار صاحب وونُس شری پاٹھی ”اَدہ خُدا صاحبس تگِن نا وعدہ فی جاینس قسمتس منز اولاد لیکھنی“ دپان یی ونان دونینس ”ماجی، اگر تژہ اوش وترتھ گرہ گژھکھ یمژہ بازہ یہ ازگندہ، تژیہ آسنے تیتی گبر۔ ہانچھہ زنانہ آدیہ کتھ بوزِتھ اُسنا تہ ڈرائے پانس ۔ دپان رحمت خدائے آے بجوشس تہ منزہ وری گژھتھ آسوے زنانہ یدس شاہ صاحبس نیش ینن زوُنہ ادمیو نیچو کھوو نہ ہیتھ تہ وونس شاہ اسرار صاحبن واقعہ ۔ امہ پتہ کوٗر مالی منتس تہ قلندر گوبرس قدرتہ کین معاملن منز مداخلتہ کرنس کتھاکھ“ مگر مینژہ گو کچھے کال زِ شاہ اسرار صاحبن اکھ سِتی بوچ یُس اکھ ہیندی کوٹ اوس یُسے گو جاتھ مرگ ۔ دپان کالہ شاہ صاحبس سِتی گیندنا کرتھ ییلہ سہ ہیندی کوٹ راتھے موُدتہ صبحس ییلہ شاہ اسرار صاحب گندنہ ڈراو ایاری دچھِن لوکھ اکھ ارتھی ہتھ آورنہ کُن یکان ۔ پرژھکھ ”یہ کُس چھُہ ؟ لوکو دوننس فلانی ہیندی کوٹ چھُہ ۔ شاہ اسرار صاحبن ووٗنکھ

یتھے پأٹھۍ چھ امرانٕ اُمس چھینہٕ میانہٕ واریاہ بازہ وُنہٕ نکہٕ والنۍ۔ بہر حال شاہ اسرار

صأبنِس وَننس ہیتھ ترأوکھ ارٕتھی بتھر تہٕ شاہ صأبنہٕ قُم باذن اللہ وننہٕ سیدسٕ مردہ زندہ

تہٕ اَمی وقتہٕ ہیوٚ شاہ صأبن سیتۍ پأج چوگانس کُن پانس سیتۍ تہٕ ہیوتکھ گندن۔ شہ مقدہ اکشید تہ دُہر

دٕپان یہ بوزتھ فرموٚو شاہ فریدالدین صأبن زِ شاہ اسرار گوٚ ژھینہٕ تُھدٕ رکی ستأری راز فاش

کرُن لہٰذا امیوٚ نگکھ دُعا تہٕ اَمہ پتہٕ گژھے شاہ اسرار صأب کشیرِ ڈٕہی۔ یہنزِ وأنس اُمس تمہ

وقتہٕ صرف ارٕداہ وُری (انا للہ و انا الیہ راجعون ؕ) بڈس شاہ صأبن ووٚرُس چھہ

پرٕتھ وُریہ بکری سنہٕ موجب ستمہ ہاڑ تہٕ شاہ اسرار صأبن ووٚرُس پرٕتھ وُریہ پنژہمہ

کتکہ کشتوارس منز مناونہٕ یوان۔ یِمن بزرگن ہنزن ناول کرامأژن ہندی پأٹھۍ چھہ

یہندی ووٚرس تہ سادگی تہٕ دِلکشی ژنگی سیٹھاہ ناول طریقس ہیتھ مناونہٕ یوان۔ اکھ

موقعس ہیتھ چھینہٕ خاص قسمیٚہ ژوچہ پأکرنہٕ علاوہ خاص قسمکہ کوٚنگیچ، خاص قسمکہ زیرٕ تہٕ ژٕ،

خاص قسمکہٕ سوٚرٕ ژ، خاص قسمچہن نماز تہٕ انگجن تہٕ خاص قسمہٕ چین کملن تہٕ کنہٕ گچھن ہنزہ

ڈالہ اور یورہنس لایق زانہٕ یوان۔ اَمہ علاوہ چھہ اَتہٕ اکھ کچھ ووٚ بدان سیتھ مُنی ستہٕ

سیسکی دَنان چھہ۔ یہ چھینہٕ اکھ خوشبودار ڈالہ زانہٕ یوان تہٕ شرٕہن چھینہٕ یڈ بمارن

علاجس رٕکان۔ خاص کرِتھ چھُہ یہ کچھ بے ضرر زانہٕ یوان۔

ووٚرس کین تہٕ آستان پرستی ہندین رسمن یوٚدوے اسلامس منز اہمیتھ چھنہٕ

یوان دِنہٕ اما پوٚز کشیرِ چھہ یمو رسمو پتہٕ وَتھ نال ووٚلمت تہٕ یہے رسم کشیرِ ہندین مُسلمانن

کینژن معاملن منز ہیٚن جایِن ہندین مُسلمانن نش بدوٚن کڈان، تتھے پأٹھۍ

یتھہٕ پأٹھۍ کشیرِ ہندی بٹہٕ ہیٚن جایِن ہندین ہند بوٚنش واریاہن معاملن منز

بدوٚن چھہ زانہٕ یوان۔ علامہ اقبال چھہ اسلام دوستی ہنزن یِمن رسمن طنز

کرِتھ وَنان سے

کٲشری کہ بابندگی خوٗ گرفتہ　　　بُتے می تراشد زِسنگ مزارے

مگر ضِلعہ ڈوڈہ کِس لوٗکن ہُنز اکھ خاص تعداد چھیہٕ تَتھ یِم بُزرگن ہِند مقصد چھِ یاد اوارِ ہی تہٕ عقیدتہٕ سببہٕ یِمن رسمن کم اہمیتھ دِتھ روٗحانی فیض بَنیچ کوشش چھِ کران ۔ یِتھی لوٗکھ چھہ یِمَن بُزرگن ہُنز وتھ پرٲوِتھ تزکیہٕ نفسچ یعنے پننِ نفس پاک کرنچ صحی کوشش کران ۔ وٕنی کوٗیِمن بزرگن ہند بدَولتہٕ چھیہٕ ڈوڈہ ضلعس منز بَسن والین ہندین مزارن اَندر عشقِ رسوٗلن شیقہٕ پاٹھی جاے رٹمٕژ ۔ توے چھُنہٕ اَتھ علاقس منز اَز تام تھ کانہہ ساد مکار وتہٕ تلِتھ ہیوٚکمُت ۔

یوٚت تام عام مسلمانَن ہِند سادہ عقیدُک تعلق چھُہ ۔ یہِ ضلعہ چھُہ کٲشِر ہنزِ ریشی وارِ مُقابلہٕ اکھ بیرہٕ وأر روٗدمُت ۔ اتھ چھِنیاز کھاو کاشرِ ہِن پیرن ہندہٕ اثرہٕ بانہالہ پیٹھہٕ کشتوار تام تہٕ ختم عام پاٹھی یوان چھِہ پرناونہٕ یِم کٲشِر منز پرناونہٕ یوان چھِہ ۔ وٕنی گو ڈوڈہ ہس تہٕ بھدرواہس منز چھِہ خاص کرِتھ ختم شاہ اسرار تہٕ ختم درود نجات پرناونسے گوڈہٕ النوارِ دِنہٕ یوان ۔ ساریسے ضلعس منز بلکہ گول گلاب گڈہ ۔ راز ویر تہٕ پروٗنترٹھکہ منڈی علاقہٕ ہیتھ چھیہٕ اَتھ کینہہٕ مشیدہٕ یُہ صبح وشام درود حضورٕ سیتی تیتھے پاٹھی گرزان ییتھ پاٹھی کٲشرِ ہندین کانَن منز مشیدہٕ گرزان چھیہٕ ۔ بلکہ تہٕ درود حضورس سیتی محموٗد گامی ۔ عبدالاحد نادِم ۔ ناظم تہٕ احمد بانہالی سُندی فارسی تہٕ کاشرِ نعت تیتھے پاٹھی پرنہٕ یوان ییتھ پاٹھی اَتہٕ دُعاے صبحس منز ثناالله کریری سُند سہ

ہا واوہٕ وانکھ ناتوٚتے بیتہٕ ڈاف ترأوتھ مُصطفےٰ ﷺ

احوال میانی نَس وَنکھ سے ہو کرِ یم دادِ ہِن دوا

پرٛنہٕ یِوان چھُہ ۔ ویسے چھ اَتھ ضلعس منٛز زیارتن ہُند تعمیر کشیٖرٕ ہنٛدِس طریقس پابند سنہٕ

باوجوٗد کینٛژن کتھن منٛز مختلِف باسان ۔ مُختلِف تعمیرک بٔرونٛت چھُہ سرٛن کوٹ کہ شاہ

سمار صاحبنہٕ آستانہٕ تہٕ پرٛونٛژھکہ دستگیر صاحبنہٕ زیارژ پاٹھۍ بیٚیہٕ راز ویریٛنہٕ

شاہدرہ شریفکۍ پاٹھۍ بھدرواہ کین سید صاحب ۔ صدیق صاحب ۔ ڈوڈہ کین قاسم

صاحب تہٕ پیر محمد شاہ صاحب یا خاص ڈوڈہکس شاہ فریدالدین صاحبنس آستانس

منٛز تہٕ نظر یِوان ۔ کینہہٕ دلچسپ پہلو چھ اَمہٕ ضلعچہ زہٕ مشہوٗر گوپھہ تہٕ پیش کران یِمو منٛزہٕ

چھیٚہ اَکھ بنٛدٕ ارکوٹ کشتواڑ ژ گوپھ یتھ منٛز عشقِ معاکہ تہٕ بنٛدٕ آتی کشتوارکۍ زینہٕ شاہ

صاحبن باہن ورٕین عبادت تہٕ ریاضت کٔرمٕژ چھیٚہ ۔ بیاکھ گوپھ چھیٚہ کراوہ

بانہالچ داہتھی ہوٗیے یتھ منٛز لالہٕ باب صاحبن ژ کالس ریاضتھ کٔرمژ چھیٚہ تہٕ

ییٚمیک زچھر کالسہ ہی پاٹھۍ معلوٗم ہیوٗکنہٕ کٔرتھ ۔ بانہالہٕکس اَتھی کٔر اوی گامس منٛز

چھ شرٛینہٕ معولچ نوادراتھ زٕژھرِ تھ تھوٗنہٕ آمژ ، یِمو منٛزہٕ دٕون نوادرن ثقہ

سند تہٕ سیتھ چھیٚہ ۔ تاریخ حسن تہٕ تاریخ اعظمی ہِشن کتابن منٛز چھیٚہ یِمن نوادراتن

ہُند ذِکر سپدمُت ۔ یِمو منٛزہٕ چھُہ اَکھ تھٔکُن لایق بوٗڈ تبرُک حضرت دستگیر صاحبن سُنٛد

موے شریف یُس چشمِ ویدٕ گوہن ہنٛد وننہٕ موجب اَزتہٕ زروٗدہ بوٗز تھ وُچھِس

منٛز یِوان چھُہ تہٕ اکھ بجھ پھیرتہٕ شیشس منٛز بنٛد اَمہٕ موے شریفچ حرکتھ وُچھتھ اَتھ

زِندہٕ کرامتھ مانٛنس پیٹھ مجبوٗر رٕچھہ سپدان ۔ دروٗدہ بنٛد سپدنس پیٹھ چھُہ یہ

موے شریف یکدم قبلس کُن رجوٗع کٔرتھ بے حرکت سپدان تہٕ یتہٕ چھُہ عام پاٹھۍ

بے حرکتھے روزان ۔ دوٚیم تبرُک چھُہ اَتہٕ امام الاعظم صاحبُن کُلاہِ مُبارک تہٕ ترٛیم

سیٹھاہ اہم تہٕ تھٔکُن لایق چیز چھُہ حضرت شاہ ہمدان صاحبنۍ ینہٕ اَتھہٕ لیکھمتی

اوراد شریفکۍ کینہہ ورق۔ یم چیز چھہ عقیدت مندن پزی پاٹھۍ عرفانک سورمہٕ لاگان

تہٕ یمن زیارتن سیتۍ چھہ مسلمانن ہندی پاٹھۍ اتہٕ کینہہ ہندین تہٕ زبردست عقیدت۔

ڈوڈہ ضلعس منز چھےٚ ہندین سارؠ کھوہ تہٕ ہرل انہار تھون واجنی

زیارت کشتوار ہٕچ سرتھل دیوی۔ ادّتہٕ چھہ کٹر ہیچہ وشنو دیوی ہندی پاٹھۍ سیٹھا دور

جایو سیٹھہٕ لوکھ یاترا کرنہٕ یوان۔

یوٚد وے ڈوڈہ ضلعس منز سرتھل دیوی علاوہ بیین قیسمن ہنز یاترا تہٕ سیٹھا مشہور

چھیہٕ۔ مثلاً سرن سیتۍ تعلق تھون واجنین یاتراہن تہٕ ناگا طریقہٕ چین پوزاہن منز چھےٚ

بھدرواہکہ کیلاش سرٕ چ یا کیلاش کنڈٕ چ یاترا تہٕ پوزا سارؠ سے ریاستس منز سرس

مانہٕ یوان۔ مگر یوس اہمیت سرتھل دیوی زانہ چھیہٕ یوان سو چھےٚ بالکل ہرل۔ یہ

چھےٚ بیاکھ کتھ زِ شار کا دیوی ہندس ناوس کُن چھہ سرینگرک ہار پربتھ تہٕ منسوب

یوان کرنہٕ۔ مگر شار کا دیوی چھےٚ اکہ یا بیہ بہاہ تتہٕ زٕ لتھ سرتھل واتمٕژ۔ جے۔ این

گنہار چھہ اُکس لکھ کتھ ہنز شکلہ اتھ پزرس پیٚنہٕ تتھ کتابہ منز یاد تھ کران، یمیک ناو

ییٚمہٕ کتابہ ہندس دوٚیمس بابس منز ہیٚنہ آمت چھہ۔

سرتھل دیوی ہنز یاترا چھیہٕ تقریباً ستھ ساس فُٹہ تھزرس پیٹھ واقع۔ اتھ یاترا یہ

تام چھیہٕ اکھ وتھ ڈوڈہ کنہ تہٕ گرتھان۔ یمیک زیچھر قریباً تنتر (۳۷) میل چھہ۔ بیاکھ وتھ

چھیہٕ ٹھاٹھری پیٹھہ اور نیران یوس قریباً باہ میل چھےٚ۔ سرتھل دیوی ہندس

سالانہٕ مالہ کس موقعس پیٹھہ یس ہرل نژن اتہٕ باونہ چھہ یوان تمیک ذکر ییہ

ییٚتھو بابس منز بروٚنٹھ پیٚھن کرنہٕ۔

ڈوڈہ ضلعس منز چھیہٕ اکھ لوکٹ مگر اہم بستی بدھ مت پائن والین ہنز تہٕ بسان

تہنزن سرگرمین ہُند مرکز چھُ پاڈر علاقہٕ ۔ جوٚ می صوٗبس منز چھنہٕ پاڈرہٕ ورأے بُدھ مت

مانن والۍ امہ آیہٕ کُنہٕ جایہ لبان ۔ پاڈرُک شہوٗر بُدھ وہار تہٕ گُنپا چھُ ہانگو بلوتی گامس منز

واقع ۔ ہانگو بلوتی چھُ پاڈرچہ مرکزی جایہ اٹھوٗلی پیٹھہٕ قریباً پندہٕ میل تہٕ مچیل کہٕ پولیس تھانہٕ

پیٹھہٕ چھُ یہ گام قریباً بازہٕ میل دوٗر۔

اَتہٕ کین بُدھن ہِنٛز اُندی پکھی علاقن منز لوٚکٕہ وُنان چھُ تہند مذہبی اُنہار چھُ

باڈرنس رتس منز صحی پاٹھۍ وٕ تلتھ بروٚنٛہہ کُن یوان ۔ یہ رتھ چھُ تم ساری مذہبی

فریضہ نکھہٕ والنہٕ خاطرٕ مشخص تھوان  تہٕ امہ پتہٕ یم مذہبی رسم انجام چھہٕ دِنہٕ یوان

تِمن چھُ اکھ تقریب آسنچہ شکلِ منز سُچانادِنہٕ آمت ۔ سُچا مناونہٕ خاطرٕ چھُ پرٛتھ

گھرٕ منز پاڈر شروع گژھنہٕ بروٚنٛہہ اکھ نفر تیار نہٕ یوان ۔ تہٕ سُہ چھُ چار وأے ہیتھ

اوٗہ موکھہٕ ہکہٕ پیٹھ سوز نہٕ یوان یتھ زَن اکہٕ رتس تہندِس دہانس پیٹھ گوٚوک

یا دٕ ڈُک ناو گژھنہٕ ۔ بلکہ یُس شخص دٕ دٕ دِنہٕ واجِنن خاص قسمہٕ چین ترٛنور گاون

دِمِن کلہٕ عام اگا وِسیتہ زرِلہٕ وُن تہٕ لوٗٹ گُری سُند ہیو آسان چھُ ) تہٕ خاص قسمہٕ چین

زانہ کار تھاوِجن سیتہ سوز نہٕ چھُ یوان تمی سِنٛز نظر نہٕ گژھنہٕ اکہٕ رتس منز گرٕ کین

باتن پیٹھ ییٚنی ۔ سُہ شخص چھُنہٕ پانہٕ تہٕ اکہٕ رتس دٕ دِیاگیو کھوان ، بلکہ نہٕ چھُ سُہ

اکہٕ رتس سران کران تہٕ نہٕ شیو ۔ یوٗ دوے اکہ پابندی منز رتہٕ کھنڈرمی چھین

ہیٚتر مژ سپدِ فی تاہم چھِیہ یہ کتھ ڈنجہ زاگر گھرٕ کِڈھتہ رُھنہٕ آمتس شخصس اپنچ

یابیہ کُنہٕ چیز نچ ضوٗرورتھ پینیہ تیلہٕ چھُ گوڈے مُعرکرِتھ تھونہٕ آمژ اکس جایہ

( یوسہ بہرحال اصلی گھرس اُندی پکھی آسان چھیا ) تام گژھان تتہٕ چھُ ہکہٕ پیٹھ پانس

سیتی اونمت گیو پاٹھنچ بند بہ تہٕ یا پانس منز تھوتھ اَتہٕ راشن بیتر ہیو .....

کانہہ چیز یانس کیتھ تُلان تہٕ بییہ لوٗتی پاٹھی بہکہٕ کُن تیران۔ اَمہ ریتچہ پابندی چھیہ تتھے زاگر تَس شخصَس کانہہ حادثہ تہٕ پیش ییہ، سہل سہل گژھنس پَنُن مذہب یابَن وٲڑگھ کرباژ نکھہ مگر باڈرن رِیتھ موکلیتھ چھیہ اَکھ خاص تقریب بلکہٕ اَکھ خاص جشن منا وِنہٕ یِوان۔ اَمہ دوہہ چھیہ اَتھی علاقس مَنٛز بناونہٕ آمتہ شرابکہِ دور چلان۔ یہ خاص قسمک شراب چھُ چھنگ ناوہٕ سیتی مشہور۔ یُس اَتھ شدید سرد علاقس مَنٛز یان گرم تھونک واحد ذریعہٕ زاننہٕ چھُ یِوان۔ گویا سَاوَن رِتک گوڈنیک دوہ چھُ بوٹن ہنٛز بدمستی ہُند دوہ آسان۔ تِم چھِ اَمہ دوہہ تِہی جوش تہٕ سیتی گیوان تہٕ نژان ییمہٕ جوشہٕ سیتی بیساکھی ہندِس موقعس پیٹھ پنجابکی جاٹ سکھ بھانگڑا کران کران گیوان تہٕ نژان چھِ۔ اَمہ دوہہ چھِ دوہکی دٕری یا وِہاری سَپدان، بلکہٕ چھُ گیوتہٕ دامہ دامہ چینہٕ یِوان۔ اَتھ موقعس پیٹھ گیونہٕ ییِنہٕ والین یا ڈری باتن تہٕ چھُ اَکھ نرل جوش باگہٕ یِوان۔ یِمن باتن مَنٛز چھُ اکثر مہاراجہ ہری سنگھ سُندِ کشتوٲڑ وِتھ ژٕلُنک تہٕ گاشرن ہندِ عوامی راچک ذِکر کرنہٕ یِوان۔

## (۲) سماجی رنگ

یوٚدوے مذہبی رنگ سماجی رنگہٕ نِشہ بیوٚن ہیکنہٕ

زاننہٕ یِتھ امایوٚز کینہہ کتھ چھیہ تژھہ تہٕ سماجس مَنٛز انجام دِنہٕ یِوان یِم خاہ مخاہ مذہبَس کُن منسوب چھِنہٕ سپدان۔ یِتھوٕے سماجی مالو منٛزہ چھُ اَکھ بھدرواہک پَٹ مالہٕ۔ اَتھ مالس چھُ اَکھ مقامی ناو بیہٕڑو کُڈ تہٕ تھونہٕ آمت۔ کُڈ چھُ دراصل اَتھ موقعس پیٹھ ہاونہٕ ییِنہٕ وٲلِس نژن پاٹھس تہٕ ونہٕ یِوان۔ امایوٚز چونکہ اَتھ نژنس مَنٛز چھیہ فنی اہمیتکہِ کینہہ آثار تہٕ نظر گژھان لہٰذا کرو اَسی اَمکی خدوخال

یِمہٕ بابہٕ کِس فنی رنگس مَنز پیش۔ یِیتہٕ لَس چھُہ یہ وَنُن ضوٗروٗری زِ سماجی سطحہٕ کِین

مالَن مَنز چھُہ کھدر وانِک یِٹ مالہٕ ساری ہیے ریاستَس مَنز منفرد۔ اَتھ چھِہ پرانہٕ

وَقتہٕ کٔشیر نَنز لگن واجنہٕ بڑٕ سوار سیتی تہٕ کم کاسہٕ تہٕ اَنہار رلان تہٕ یِڑانہٕ وقتہٕ جوٗنس

مَنز رام نومی ہِندِس موقعَس پیٹھ لاگنہٕ یِنہٕ والین یاترن سیتی تہٕ۔ دراصل چھُہ

یہ مالہٕ کیلاش یاترا مکمل سپدنہٕ چھِہٕ وارِ پیٹھ یعنی پندآہمہٕ دوہہٕ شروع

سَپدان تہٕ اَیِمہٕ ہے تہٕ زَے چھِیہٕ ترٕین دوہن وُچھنی لایق آسان۔ کیلاش یاترا

چھِیہٕ عام پاٹھۍ اگست یا ستمبرہٕ ریتَس مَنز لوان کرنہٕ۔ اَتھ مالَس چھیہٕ مذہبی

سَطحس پیٹھ واسک ناگہٕ پوٗزاہِ سیتی تہٕ اَکھ نِسبتھ دِنہٕ یوان۔ اماپوٗز سماجی

سَطحس پیٹھ چھُہ یہ کھدر واہہٕ کین ہِندِین، مُسلمانن۔ لوکٹین۔ بڈین۔ شُرین تہٕ زنانن

ہُندا اَکھ عوامی جشن باسان۔ یہ جشن چھُ مقرر سپد تمیتَن ترٕین دوہن پیٹھ پرٕ ہتھ

دوہہ ترور یاترٕ نِجہٕ شروع سپدِتھ شامنَس دٔہ بجے تام جاری روزان بلکہ چھِیہٕ

بعض اوقات اَیِمہٕ گُڈ ناچ محفل گرم سپدنہٕ سببہٕ تہٕ تقریب رات کیتھ زیرتام

جامھی روزان۔ بڑدہہ کالہٕ چھِہ اَتھ ترٕ لَس مَنز مرد تہٕ زنانہٕ اَکہٕ وَکہٕ حِصہ نِوان

اُسو متِہ۔ مگر کینژ کالہٕ پَتہٕ چھِیہٕ ترٕ نِجہٕ محفل مردن ہنز کُنہٕ بیوٗن جایہ لگان تہٕ زنانن

ہنز کُنہٕ بیوٗن جایہ۔ یِٹ چھُہ دراصل موغل بادشاہَن ہِندِ وقتہٕ کھدر واہکس

زِٹھس دِنہٕ آمتہٕ خلعتک اَکھ عوامی ناو تہٕ اَمہٕ مالِک بنیاد چھِیہٕ اَتھی خلعتس پیٹھہ

پیمِژ تہٕ مالہٕ کہٕ دوہہ چھِیہٕ اَمہٕ خلعتہٕ بجایہ اَکھ زنگاہ رنگی عَلَم تہٕ اَمہٕ مالِک علاقہ

بناونہٕ یوان۔

ڈوڈہ ضلعس مَنز یُس رَد یِپ بالے بند تِکی جذبَن ابتدا پیٹھہٕ پرٕ ووُمت چھُہ

تتھ تحت ییلہ اَز تہِ کُنہِ جایہِ اَمہِ ضلعکۍ زٕ ہ اَنزان نفریاہ وآتٕ سمکھان چھ تہٕ تِمن

معلوم سپدان چُھ زِ تِم چھ اَمہِ ضلعکۍ روزن وٲلۍ تِم چھ یتِس بیٹھ اَکِس سٕنز باے

شُند ہیو اعتماد ظٲہر کرٕتھ تَس ہنٛزِس گھرس منٛز جاے دِوان ییلہ زَن اَتھ برعکس

وو پرجایہ بیٹھ آمتِس ہم مذہب شخصس تہٕ تِم ہنٛزِس گھرس منٛز سہل جاے دِوان چھنہٕ

اَمہِ باے بند تٕنک مُظاہرہ چُھ خاص اَمہِ ضلعہٕ کِس دوٗر گامن منٛز مرنہٕ کَس

تہٕ زینہٕ کس موقعس بیٹھ سپدان ۔ تہٕ زَن گو اگر اَتہٕ کانہہ شخص مرِ تہٕ سوری گام چھُنہٕ

فقط تتھ ماتمس منٛز شٲمل سپدان بلکہ چھ عملی طور مرد ہٕ سنٛز قبر تیار کرنہٕ خٲطرٕ

اَتھو کٲم کران ۔ یوٗ ڈوے اَتھ کامہِ تٕز رٕ رے یا نژِ ے نفر تہٕ کٲفی چھ آسان اما

یوٗ زسارۍ گامکۍ قریبا ہتھ زٕ ہتھ نفر چھ تا اَکِ شُنِک تہٕ رۄ ڈُک پرواے کرنہٕ

ورٲے مرگ اَرس بیٹھ حٲضر سپدِتھ جنازس منٛز شٲمل سپدان ۔ تہٕ یہِ چھ ترٕن دۄہن

ہمسایہِ انوارہِ بیٹھ ماتم زدہ گھرہ کِس باتہٕ رَن کیتھ کھین چین اَنان ۔ یتھے پأٹھۍ

چھُ ؤنہٕ شرۍ زینہٕ کس موقعس بیٹھ اَتھ خوشی منٛز سوری گام شریک سپدان تہٕ

آسن وٲلۍ گھرہ چھ اَتھ موقعس بیٹھ دہ دہ ہٹہ رس کنھی، یلو بیترتہٕ لوسہ کیتھ

گبھ بیترِ اَنِنکھ ؤرتاو کران ۔ اَتھ ؤرتاوس چھُ وہ ڈیہین (دیپیا ونین)

وَننہٕ یوان ۔

باے بند تٕنک تہٕ لُنُک بُنُک مُظاہرہ چُھ کانہہ تعمیری یا حفاظتی کٲم کرنہٕ کس

موقعس بیٹھ تہِ ڈرینٹھۍ یوان ۔ تِھۍ آسوزنان زِ اَمہِ علاقکۍ لوکھ چھ اکثر کھنو منٛزہ رِزق

کڈن وٲلۍ ۔ مکایہ فصل لکماونہٕ خٲطرٕ چھُ تِمن جنگلی جانوارو بیٹھ موسمی حالاتن تام سٕنٛز

مُشکلاتن ہُند مُقابلہ کرُن پیوان ۔ تِھندِ ین مُشکلاتن ہُند صحی اَندازٕ چھ اَمہِ ضلعہٕ کِس

دوٗر گامَن کُن گژھتھ دۄہن موٚسمَن خاص کٔرِتھ وہرآتھ تہٕ ژھٔس ہٕرٕدس دوران سیٚدانِ

یِمَن دۄہن موٚسمَن منٛز اَکھ اَکھ چشم دید مثال پیش کرنہٕ برونٛہہ ژیرھہٕ بہٕ اَکھ علاقس منٛز تعمیر

سیٚپدَن والین کوٚٹھن ہُند اَکھ منظر پیش کرُن یٖلہٕ اَتہٕ کانٛسہٕ ماٚلِس ہینہٕ ہیچوٚن بوٚن لٔڈرِ

ضروٗرَتھ پیوان چھیٚہ، سُہ چھُہ تِمَن گوڈٕ پانَس کُنِتھ بیوٚن مکانہٕ بناونُک منٛز کران۔

گامہٕ وٲلؠ چھِہ اَتھ موقعس پیٹھ وٕزھِ وٲنِجہ (یِتھ کالہٕ پیٹھ جارٕی تھوونہٕ آمٕتہٕ رِواجہٕ موجب)

اُمِس پٔرتھ رنٛگہٕ مدد کران تہٕ عملی طور یِلزٕنہٕ گژھان۔ یِلزٕنس چھِہ اَتھ علاقس منٛز ساڈُن

وَنان۔ گویا تِم چھِہ اُمِس جوانَس اَکھ اَکھ زٕہ زٕہ دۄہ ساڈِتھ ہفتس منٛز زٕہ ترٕیہ کمرٕ

وول اَکھ مکانہٕ بناوِتھ دِوان۔ ساد نہٕ آمتین دۄہَن چھِہ تِم اُمِس نِش کانہہ مزدوٗری

رٔٹان۔ کینٛہہ وٕری برونٛہہ اوس ہیٚتِس موقعس پیٹھ پننِس ہمسایس اَکھ اٲرؠکش لکرِ جیران،

چھیان دارِ دَروازٕہ گٔران تہٕ دوسِل اُمی سُنٛزِ فرمائیشہٕ مُطابق دیوار کھالان۔ یہ سورُے

سِلسِلہٕ اوس اَکہٕ لحاظہٕ مُفتے آسان۔ وۄں گو اَکھ معاوضہٕ چھُہ اُمِس شخصس پننِہ اَتھ برادری

کُن دِیُن پیوان۔ یعنے یٖلہٕ مکانہٕ تیار سپدِتھ اُمہٕ کِس میٚثرِ کوٚٹھس فقط میٚثر شیرنی باقے آسہ

اُتی چھُہ صاحبِ مکانہٕ ساڈن والین سانٛہِ ہمسایَن اُمہٕ دۄہہ باضابطہٕ سال کران

تہٕ حسبِ ضروٗرَتھ چھُہ اَکھ کٹھ یا ژھادُل مارنہٕ یِوان۔ ویسے چھِہ اَتہٕ کٹس تہٕ ژھاوٕلس

تہٕ چار ووے وَنان۔ چنانچہ یٖلہٕ از ژٕ دۄہہ کینٛہہ وٕری کٲشُر ہِندین ہٕہن شاعرن تہٕ ادیبَن

ہُند اَکھ وَفد کشمیر کلچرل آرگنایزیشنُک نائب صدر آسنہٕ سببہٕ منٛیہ سیتی ڈوڈٕہ ضلعہٕ کِس

دورس پیٹھ سوزنہٕ آو، تِمَن سپُد خاص ڈوڈہس منٛز یہ بوٗزِتھ سخ تعجب یٖلہٕ مرحوم رسا

صابنہٕ سربراہی منٛز اَسہٕ استقبال کرن والیو مقامی شاعرو منٛز اَکی اَتھ کتھہٕ انکشاف

کوٚر زِ سانہٕ ژٕ پرواتنہٕ سببہٕ پیو تِمَن شام ملِتھ چار ووے مارُن۔ چار دوے

لفظ بوزِتھ بیٚلہِ ارجن دیو مجبور صابن، موتی لال ساقی صابن تہٕ مکھن لال کنول صابن

میٚہ بُتھہ بُتھہٕ وچھِن ہیوٚت ۔ میٚہ ژِ لوٚن تہُند مُدعا کیا چھُہ ۔ اصل کتھ واضح کرنہٕ خاطرٕ

پرٛژھ میٚہ ڈ ودٕ ہِکس میزبان مشتاق فریدی صابَس زِ یہِ چار ووے مارُنگ

تکلیف کیازِ کوٚر سانہِ میزبانو؟ تمو دوٚن درجواب "حضرت کوٚ کرِتھ یہِ تہٕ بییہ ہَن

اَتھو قیمتَس یہِ کتھٕ یہِ کٔٹھ مونگرہن اَسہِ تلو ہیوٚت ۔ چار وٲلیس کٔٹھ مونگر بنان بوزِتھ

نوٚ بتیو و میانہِن دوستن وٲنجہ بار ہیوٚ تہٕ اُمرِ انکشافن کرٕ وقتی طور ساٲنی محفلِ سیٹھاہ

گرم ۔ خاص کٔرِتھ بیٚلہِ رشید نازکی ۔ فرحت گیلانی تہٕ فاروق نازکی ہو لو دوستو

ساقیس ووٚن زِ ژے ہاڈجوٚ ے بلہٕ بُتھس رنگ ۔ بہر حال کتھ اَس تعمیر مُکمل

سپدنہٕ چلان ۔ بیٚلہِ سارے ہمسایہ جمع سپدِتھ اَکھ مکانس میٚتر سیتران چھ

اُتی چھُہ میٚترِ کوٹھہٕ تیار سپدان ۔ اُتھی کوٹھس چھُہ تم مقامی طور لوٚڑ یا لڑٕی جاے

تہٕ وَنان تہٕ میٚتر شیرنہٕ کِس اَکھ تقریبَس ہیمیک سنز بیٹھیٚم میٚترِ تہٕ ترا ونہٕ خاطرٕ

کرنہٕ یِوان چھُہ اَکھ چھُہ اَتہِ ژھاپے وَنان ۔ کینژن جایَن چھس لاڈی تہٕ وَنان ۔

موسمن ہنز کتھ تُلنہٕ برونٹھ یِمہٕ بہٕ تہُند توجہ اَتہِ کِن کٔرِ لِن تہٕ مالدارن ہندِس

گھاسہٕ لونہِکس خاص نظارس کُن ۔ تہِ زَن گو بیٚلہِ گھاسہٕ لونُنگ وقت واتان

چھُہ، اَکھ وقتس چھُہ اَتہِ گھاسہٕ لایہٕ ہُند وقت وَننہٕ یِوان ۔ یِتھہٕ پٲٹھی دانہٕ

لونہِکِس وقتَس دال لایہٕ ہُند وقت وَننہٕ چھُہ یِوان ۔"لایہٕ" لفظ چھُہ واکھ لفظُک

برعکس مفہوم پوٗرہٕ کران ۔ تہِ زَن گو وایہٕ چھُہ وُوُنُک موسم ظاہر کران تہٕ لایہٕ

لونُنک موسم ۔

باے بندٕ تُک تقاضہٕ رٔچھنہٕ موجب چھُہ اَکھ علاقس ہنز فصل لونُنس وران

تہ اکھ اُکس سادُنک تہ پلزنک رِواج خاص کرِتھ چھُ گاسہِ لوٗنک موسم اَتہ سٹھاہ

چِکہ جاوٗک موٗسم باسان ۔ تہِ زن گو ییلہِ کانٛسہ گرٕس گاسہِ لوٗنُن چھُ آسان سُہ چھُ

کالے گامچہ برادری یارے دیاوناوان ۔ یارے دِنٕس چھِ اَتہ وُڑدی دِنی تہ

وَنان ۔ اَمہ پتہ چھِیہ صُبحے نوٗوُڑدی ڈول واتِتھ شروٗع سپدان ۔ ساری نوجوان

چھِ پنُن پنُن دٕروت ہیتھ ڈولہِ واتِس اُندی کھیٖ جمع سپدان تہ گھاسہ لوٗنچہ خاص

جایہ کُن رِوانہ سپدان ۔ گھاسہ لبرس یا گھاسہ مادانس چھُ اَتہ رکھ وَننہ یِوان ۔

اگر کاشٕرِ یرٛیتھ کانہہ مَنز وَرتاوُن ہیکھَن مییہ چھِیہ پرٛہ زِ تم ہیکہن پننی حالات

کتہ کوٗر بدلاوِتھ ۔ خاص کرِتھ پننہ آرام پسندی تہ تن آسانی ہندی حالات ۔

کشیر نیبر وندس زوٗری کرنہ گژھن والین تہ ییلہ مہ نہ سو دربدری جاری تھونی یوسہ

تمن نکھن بیٹھہ رزٕ ہکٕنہ تہ کنہ ووٗٹ ہیتھ ہاٹریاٹر بھِرناوان چھِیہ ۔ گھرہ دوٗر گژھتھ

شدید محنت کرن والین ہیتھ ننین تہ ڈیٹھ جاے جینہ والین مزوٗرن کشیر اندر ۔

آلرٕ تھ وُچھتھ چھُ انسان حاران گژھان ........ کتھ اُس ڈوڈہ ضلعہ

کھن گامَن منز گھاسہ لایہ ہنز جیلان ۔ ییلہ ڈولہ وول پننہ فنک ظاہرہ کران

کران کھمکین یوٗرہ جوش کھالان چھُ تمو منزہ چھِنہ کینژن ذکرے یوت یِوان بلکہ چھِ

تم ڈولہ کس حد ہس بیٹھ تمہ طریقہ ذراتن حرکتھ دوان تہ گاسہ دتھ گنڈتھ پتھ کُن شراوان زُ وُچھن وول

چھُ ہیہ بنگہ روزتھ گژھان ۔ اتھ ہم آہنگی منز چھِ یہ وُچھتھ زیادے تعجب سپدان زِ بعضے ساعتہ چھُ اتھ گامس منز

زوٗرہ آسن واتِس ربھس ذراتہ ستی کلہ اُکس طرفس تہ پان بییس طرفس تراٛوتہ آسان آمُت (پہاڑی

علاقس منز چھِیہ سرِ پہ ستھاہ آسان مگر اکثر چھِ کم زہرہ والی آسان) ڈولہ کِس

حد ہس ستی اَتھ تلنک تہ تراونک یہ سلسلہ چھُ صُبحہ بیٹھہ شام تام جاری روزان ۔

صرف ژھُ ڈیہرس گانٹس کھنڈس یوان تھکھ کرنہٕ ۔ یتہٕ اتھ دوران ژھُ کملین عام پاٹھو

مکایہ ژرٕ ٹ تہٕ گرٕس کھیاوناونہٕ یوان ۔ البتہ ژھُ خاص کھین اتھ برادری شامنس

دِنہٕ یوان ۔ تہِ زَن گوشامنس ژھُ عام پاٹھی کارِتھ گیو تہٕ مازبتہٕ کملین عام پاٹھو

کھیاوناونہٕ یوان ۔ کینہہ نفر چھِ اتھ موقعس پیٹھ گیو گلہِ چیوان ۔ مےٚ چھُ اکھ

موقعس پیٹھ اکھ نفر وُچھمت ترٚیہ پاوہٕ گیو چیوان ...... شایداوسُس تقلیس

اِکہٕ وٚتہٕ صحت بناوُنک خیال ۔ یتہٕ لوٗزُم تس اُس ذرہ کھ پھیرہٕ تہٕ دوہ ن ژون

دوہن اوس بیمار تہِ گوٚمُت ۔ امہٕ طریقہٕ گھاسہٕ لوٗنس ژھُ ڈوڈ ہکین کینژن علاقن

منز کادوٗتنہٕ یوان ۔ ۱۹۴۷ ہُک اکھ دِلچسپ واقعہ چھُ رام بَن علاقس منز

گھاسہٕ لایہِ ہندِ توٗسلہ لوٗزن لایق ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ یَلہ انگریزن ہندِ ژٕلہ

برِصغیرہٕ کِس ہندین تہٕ مُسلمانن پانہٕ وٲنی پھاس پاوُنک سَبب بَنیہ ۔ اُتی وِزِ

اَمیک اثر جوٗم صوبہٕ کین کینژن علاقن تام تہِ ۔ چنانچہ یَلہ کینہہ غنڈہ پرچاریہٕ شُد

تہٕ جن سنگھ کِس اِشارس پیٹھ مُسلمانن قتل کرنہٕ کِس مقصدس منز ہینہٕ آے اُتی سپنہٕ تِہنز

اکھ جمع کھ تیز شمشیرہ ہینہٕ ہینہٕ رام بن کِس اُکِس گامس کُن رَوانہٕ ۔ اَنکی سرداران

لوٗکھ اَسی پننہِ منزرہ گھاسہٕ لایہِ سیتہٕ آوری تہٕ اُکس جایہِ پیٹھ اوس ڈولکس

حَدہس پیٹھ دراتھن ہندن ترٕلہ تراو حسبِ معموٗل جاری ۔ دیان ژوٗرس چھُ دُنیا ژور

یوان نظرِ ۔ تِمن پرچاریہٕ شُدین یا سیوزِ یم چھِ کمتام قبٲیل ہنز شمشیرن ترٕلہ تراو

کران ، تہٕ کیا زِ دراتی آے تِمن دوٗرِ پیٹھہٕ سٹھاہ پرزلوِنی نظرِ ۔ کملین قبٲیل

زٲنتھ پوٚت کھوٚرِ ژٕن والین کینژن نفرن ، گیٚ پننہٕ شمشیرہ تہِ وٲتی مشتھ تہٕ ژلان

ژلان وٲتی تِم اُدہمپور ۔

ڈوڈہ ضلعس منز چھُہ وہراتھ ہُند موسم بڈہ صبر آزما موسم باسان ۔ اَتہ چھُہ وہراتھ رُودُ
سیتی نالَن تہ نیچ سیلاب کھسان نِ باسان چھُہ زندگی ہُنز سارے وَتہ گژھَن ختم
اگر کانہہ ہمتہ ہوول نوجوان کانسہ رِشتہ دارس کھِنس کیُتھ کانہہ چیز واتناونہ بَبہ
وہراتھ رُودس دوران یَمن نالَن ترُنگ خطرہ مُلی چھُہ ہیوان سُہ چھُہ یا تہ وُلتھ یا ٹھُکھ
زخمی سیدان نتہ چھُہ اِنسانی ترقی ہِندِس یَتھ دورس منز تہ (ییلہ آرم سٹرانگ
زُونہ پیٹھ اِنسانی ترقی ہُند جھنڈہ دِیاوِتھ آو) سُہ جوان وَتی مارہ گژھان یمیہ
چھُہ یانہہ صرف تریہ وُری برونٹھ بانہالہ پیٹھ مہومنگت گژھَن واجنی سڑک نامکمل آسنہ
سَببہ اَکھ دُوہ ۲۰ وُہ جوان وہراتھ منز اَمی بہانہ مَران وُچھمُت ۔ یہ اوس بِلکل سُے وُری
ییلہ اِنسانو یِنزِ قدم زُونہ پیٹھ تراوی ۔ مگر مہومنگت لِنک روڑ چھُہ از (۱۹۷۵ ہس)
تام نہ کٹیو ورآے تہ نامکمل ۔ یھِین لِنک روڑن ہُند مکمل سَپدُن کوتاہ اہم تہ فوری
توجہ منگن وول اِنسانی مسلہ چھُہ، شاید چھُنہ تمیُک احساس وَتہ کینہہ کانہہ ۔

وہراتھ موسمکو ہاٹھو چھُہ یِردِس منز تہ ضلع ڈوڈہ کِنس کملین مختلف مشکلاتَن سینہ
دارُن پیوان ۔ یِمو مشکلو منزہ چھُہ اکھ یہ زِ یَتَن کم قلیلا پہاڑی فصل بچاونہ خاطرہ چھیہ
تِمَن راتَس ہا یَتَن تہ شیلَن سیتی دب کرِنی پیوان ۔ تہ دہ ہَس چھکھ یِنترہ ن
لارہ لار کرنی پیوان ۔ یِنترہ لو تہ ہایتو نِشہ پہاڑی جایَن ہُنز مکاے بچاونہ خاطرہ
کرنہ یِنہ واجِنی یہ کشمکش ییتراہ مشکل چھےٚ یترے چھیہ عام وُچھَن واٹس کرِتھ یہ
کشمکش رُوُمان یرورتہ بنان ۔ چنانچہ چھُہ یتھ کانہہ زمیندارَن ینس زمینس
منز اکھ خاص قسمُک نتا نکھن جاے بناوِتھ تھاوان، تتھ چھُہ اَتہ ڈونگ وَنہ یوان ۔
ڈنگس پیٹھ چھُہ ینِنہ ۔ بچاوہ خاطرہ مکہ تہ بوریتر تھونہ علاوہ ڈدل یا ٹین تہ تھونہ یوان ۔

گژھِ وُچھِن رات کیُتھ بیلہ پرینتھ اَندہ رٲچھِوکرن وٲلۍ ڈول، یِٹن تہٕ پوگ بیترٕ وٲتِتھ ہاپتن دوٗر تھوٚپنٕچ کوشش چھِہ کران ۔ یہٕ کیُتھ عجیب ماحول چھُہ باسان ۔ دیان مکایہ بڑادیوٗت ہاپتھ چھِہ زیادٕے ظالم تہٕ وُچایہ آسان ۔ یہٕ چھُہ بعضے ساعتن ڈولن تہٕ پوگن ہِند پرواے کرنہٕ ورٲے مکایہ ڈارس منز اژان تہٕ بعضے ساعتہٕ ڈنگس الہٕ ڈلہٕ کرِتھ رٲچھِ کرن وٲلس نفرس ٹنگہٕ ڈالنٕچ کوشش تہٕ کران ۔ مگر تم ماجہ ہندی گبر تہٕ چھِہ زوٗ اتھس کیتھ ہینتھ دراہمیٕ آسان ۔ تم چھِہ یتھس مغروٗر ہاپتس بعضے ساعتہٕ لٔشہ دِژِھ ہیتھ لار کران تہٕ بعضے ساعتہٕ چھس لور لوٚسیتی زوٗ تہٕ کڈان ۔ یہٕ چھُہ یا تہٕ نیل علاقس منز یڈ رہار خاندانک اَکھ تینتھ نفروٗ چھُمت (شاید اوٚسُس حمد یڈ ہارناو) ییمۍ وُنسہ ہاپتن ستی دبدب کُرمژ اُس تہٕ صِرف لور لوٚسیتی اُس سٔتھ ہاپتھ مٲری میٚتۍ ۔

کینژن دوٗرجاین لبنہ یِنہ وول اَکھ نیرل سماجی اَنہار چھُہ اَکھ ضلعس منز پرٛون طریقِ علاج تہٕ مانتھرن بھوکن ہِندرِواج ۔ شاید اوس اَمی سِلسلن یتھ کالہٕ کشتوارس ڈاکٹن ہِند علاقہٕ ناوکر نووٗمت ۔ حالانکہ ڈاکٹن متعلق چھِہ سوٗے کتھ پوٗز یوس جی ۔ ٹی ۔ وائینی ین وُذ ہرچھیہ تہٕ یوس یتھ کتابہ منز شامل تھوٕ چھیہ آمژ ۔ یتھ روٗد مانترن ہند رِواج تہٕ پرٛون طریق علاج ، پرانہٕ طریقیک علاج ہیوٚتن پرٛیتھ جایہ ہندی یاکھیٕ اکھ ضلعس منز تہٕ ژھوکن ۔ تہٕ کیازہ نہ روٗز عام لوکن بڑیہ ممبوٗش تہٕ شفستانن بیٹھ پرٛزہ تہٕ نہ روٗد خود حکیمن ہِنس حکمتس پیٹھ اعتماد ۔ انگریزی دوہِن ہِندس مُضر اثرس تہٕ سایڈ افکٹس SIDE EFFECTS چھُنہٕ کانہہ سنان ۔ اَمہٕ ستی سپدن وٲلی فوری آرامن کوٚر بےضرر تہٕ مفید

دیسی علاجُک سلسلہٕ ختم ۔ ماتھرن متعلق چھُ میٲنۍ ذاتی یقین صرف یہ زِ ییٚن منٛز چھُ کانٛہہ

جادوٗیی اثر آسنہٕ بجایہ نفسیاتی اعتمادتہٕ (RESISTANCE) بحال کرنُک

زبردست قوت تہ اوسمت ۔ مثالہ پاٹھۍ موا ٔسی ملکے ہوٚنی ماتھر یا سر پھہٕ ماتھر ییٚن دن

ماتھرن ہندس کَس پنٛز کرنہٕ چھِ اہل یکتھ ذہنس منٛز تھونی ضوٗروٗری زِ کشیر ہنٛزن اکثر سرچھِ زاتن

چھُ بڑاے نام زہر آسان یتھے پاٹھۍ چھُ افواہ کاتہٕ اکثر ملکاری ہوٚنی عام ہوٚنی آسان ۔ لہٰذا

ییلہ یتھیس سر پھہٕ کُھچی میتس نفرس یا ہوٚنی زٲلی والس نفرس تُرکہ وہمس نفسیاتی علاج

سپدان چھُ ۔ یتہٕ چھِنہٕ تَس کُنہٕ دٲنی ضوٗرٕتہ بلاٹے روزان ۔ ممکن چھُ ییٚن ماتھرن

منٛز آسہ کانٛہہ جادوٗیی اثر تہٕ آسان مگر ییٚن ماتھرن ہندِ ن لفظن پیٹھ غور کرِتھ چھُ

اِنسان یہندِس نفسیاتی پہلوٗوَس اصلی اہمیت زانٛنس پیٹھ مجبوٗر سپدان ۔

یمن ماتھن یرن والین ہنٛز دلچسپی خاطرہ تہٕ تم اَتھ نفسیاتی تجربس منٛز

شامل کرنہٕ خاطرہ کرِ بہٕ ییٚن دٕ شوٗنی قسمن ہنٛزن ماتھرن ہندی الفاظ یتہٕ نَس

درج تہٕ اتھی سیتی تھوو ٲسی وہ میدٕریم ماتھرہ یرنہٕ سیتی رچھہ اَسہ خداتعالا

یمن دو شوٗنی بلاین نِشہ ۔ یعنے سرپھن تہٕ ملکاری ہوٚنین نِشہ ۔ یہ ملکاری ہوٚنی ماتھر چھِیہ

میہٕ ینہٕ یونیورسٹی ہندِس فارسی شعبس منٛز جانہٕ مرگ سپدن والس مرحوم ڈاکٹر محمد

امین قادری سندِس بابہٕ صابس یعنے پیر میرک شاہ قادری صابس نِش نقل

کرمٕژ ۔ تہٕ ڈوڈہ کِس غلام رسوٗل ٹاک صابس نِش چھیم ہوٗبہوٗ یہے ماتھر لوزمژ

یوس بہٕ ییٚتہٕ نَس درج کرِنی چھُس یِژھان ۔ ویسے چھُ اَمس پیر صابس پرورتھ

پیٹھ کشتوار تام مرید پھیلتھ لہٰذا چھیہ پیر یا نژال پیلتس منٛز یہ ماتھر کماونٕ

ہشی تربیت کیو اجازت حاصل ۔ یتھے پاٹھۍ لوسہٕ سرپھہٕ ماتھر بہٕ ییٚتہٕ نَس

درج کرٕ سو چھینہ میٚہ بانہاہ کِس حاجی مولوی غلام احمد صابُن نِش نقل کٔرِتھ یُس اکھ
ریٹایرڈ اُستاد آسنہٕ علاوٕ اکھ مشہوٗر حکیم تہٕ چھُہ تہٕ طبیعت موزوٗن آسنہٕ کِنۍ یُس
شعر و شاعری سیٚتۍ تہٕ سیٹھاہ دِلچسپی چھینہ ۔ بہر حال ہلکٲیہ سٕنٛزِ ماٛنتھر ہٕنٛدۍ مُروجہ بول چھِم

"اُتی کُت، اُتی کاتھ، اُتی چھیے دژوگ ناتھ، ہل متل پاری

کُت کُت آوی ۔ پھٹ پھٹ سٕواہا، کُتا کی کُتاکات، برگوٗدی ہات

ہل مت کی ۔ اگنی جادی۔ کتا پھسِتھ چھیے۔"

یہ ماٛنتھر چھیہٕ پیر صابنہٕ ونُنہٕ موجوب ترٛیِ ہٕنٛ دوہ ہٕنٛ کماونہٕ یِوان۔ امہٕ
پتہٕ چھیہٕ وقت ضروٗرتھ استعمال یِوان کرنہٕ ۔ طریقِ استعمال چھُہ یہ زِ یہ ماٛنتھر پٔرِتھ
بٔرونٛتھ چھیے اکھ طرفہٕ گرٛٹھ میٚٹر پیٚتھ زورٕ چہ ماٛنڈتھ برونٛٹھ کنہ تھوونہٕ یِوان ۔
بیٚیہ طرفہ چھُہ کُنہ بانس منٛز ساڑھ ترٛیہ تولہ گور تہٕ ساڑھ ترٛیہ تولہ رُہٕن رلاوِتھ
معجوٗن ہِش بناوِتھ تھوونہٕ یِوان ۔ امہٕ پتہٕ چھیے بیٚیِم ماٛنتھر اکتاجی لٹہٕ پٔرنہٕ یِوان
تہٕ یِمن دۄشوٛنی قسمیٚن چیٖزن چھُہ پھوکھ دِنہٕ یِوان ۔ یتھ توٚن چھیے سٕتھ گوگُلک آسان
بناونہٕ آمژ یمو منٛزٕ اکھ اکھ وقتہٕ بیمارس کلہٕ پیٚٹھۍ مناونہٕ چھیے یِوان تہٕ باقے
شُمیٚہ گو لکہ چھیے بیمارس شین دوہ ہٕنٛ صبحس صبحس کھینہٕ آسان۔ یمو زورہ میٚٹرہ چُھو
منٛزٕ چھیہٕ اکھ پھُٹرتھ وُچھنہٕ یِوان تہٕ یہ چھینہٕ اکھ حاران کُن مگر چشم دید کتھ دپیر
صابنہٕ ونُنہٕ موجوب) زِ اکھ میٚٹرٕ پھُٹرتھ چھیہٕ موقعس پیٹھٕ لگان زہوٗن چھا
ہلکٲری کُنہٕ نہ۔ تہٕ زن گو ہلکٲری آسنہٕ کِس صوٗرتس منٛز چھیہٕ امہٕ ماٛنتھر پھو کھ
دِژمٕژ میٚٹرٕ چہ اندرٕ یمی رٕنٛگ چھِتھ نیران ییمہٕ رنگہٕ ہلکٲری ہوٚن اوسمت آسہ ۔ اگر ہلکٲری
آسنہٕ نیلہٕ چھینہٕ چِتھ وتھ کینہٕ نیران ۔ میٚہ چھُہ باسان چِتھ آسہٕ گوڈنکس صوٗرتس منٛزٕ تہٕ نیران

وۄں گوو کاشِر کہاوَژ مۆجُب "پیٖر نہٕ بوٚڈ یقین بوٚڈ" یتھۍ اکھ بیمار آسہٕ ژھان

زِ جبتھ دراے نہٕ کیٛنہہ تَس آسہٕ سیٹھاہ حوصلہٕ ہُران۔ ویسے ہیکنہٕ یہٕ پیرِ صابنس کارٕ

پاٹھۍ جبتھ کَڈِتھ دِنہٕ کَس دعواہس تردید کٔرِتھ، تہٕ کیازِ تم چھِہ امہٕ کتھہٕ ہُندٕ کارٕ

ثبوت دِنہٕ خاطرٕ پرتھ کانہہ چیلنج قبول کرنس تیار۔ سیٹھہٕ چھِہ اُمس پیرِ صابنٕ زِ

ایم۔ اے پاس فرزندا مہٕ کتھہٕ منز چشم دید گواہی دِوان زِ اَسہٕ حقٕ چھیٖنہٕ پانہٕ میٚز

ٹچومنزٕ ہوٗنی سندِ رنگہٕ جبتھ تیران وُچھمژ۔ تاہم چھُنہٕ یہٕ معقول شک دُورِ سپدان زِ میٚز

ٹچہِ منز جبتھ کَڈنی چھا خود پیرِ صابُن کمال آسان کِنہٕ میٚز یہن دٲلس بیٚرہٕ صوٗفی شند۔

بہرحال دۄیمہِ مانٛتھرِ منز چھیٖنہٕ "اُتی چھُے وَرد گناتھ ہوی کاشرِ جُملہ نظر

گژھان اَما پوٚز زاجِہ صابہٕ ونہٕ مۆجُب چھیٖنہٕ یہٕ سَرچھہٕ مانٛتھرٕ پیٖر پاٹرال ہٕ بیٛلٹکن

مختلِف علاقَن منز لبنہٕ ینہٕ واجنین گژھنَن۔ تہٕ یمن ہنز ٹوٗنہٕ تہٕ شرطیہ علاج کران

تہٕ بلکاری ہوٗنی یا بلکاری شالہٕ سندِس ژِپس تہٕ۔ امہٕ سارے دادِ گُنے دوا باسَن

واجنہِ مانٛتھرِ پیندِ کماوُنک طریقہ تہٕ چھِہ بیٛیھڑٕ مَہ مانٛتھرٕ سِتی زلان۔ وۄں گواتھ

منز چھُہ مختلِف مذہبن ہندِ عجیب امتزاج نظر گژھان۔ چنانچہ چھُہ اَتھ منز نام

خدا تہٕ نام رسول خدا صلی اللہ علیہ وسلم ہیتھ علاوہ دروُدہ تہٕ شامل۔ بلکہ امہٕ

علاوہ کتھن مسلمان بزرگن ہندِس ناوَس کرِ لوٚر "ماتا کی دُعا" تہٕ وننہٕ یِوان۔

مانٛتھر چھیٖنہٕ یتھہٕ پاٹھۍ۔

" اوّل ہدا۔ خدا کا، دوجا ہدا رسول کا، تیجا ہدا

چار یاراں کا، چوتھا ہدا قرانِ شریف کا، پنجا ہدا پیر

دستگیر کا، چھیما ہدا پیر حبیب اللہِ محل خلیل کا، ستما ہدا

سید شاہ ولی عالم کا، آٹھما پُدا بغداد شریف کا، ایک سو ستر

سیوں کی ذات۔ ایک سو آٹھ بچھوں کی ذات، چپا گدڑی

کتی ہلک ٹِڈی مرے، دُعا ماتا کی، دُعا پیر اُستاد کی، دُعا

جُوان یاراں کی، دُعا پنج تن پاک کی، دُعا چوداں خانوداں

کی۔ یا حضرت پیر حبیب اللہ مجل خیل جے اِس آزار نال

کوئی مر جائے، روز محشر خون تمہارے سر ۔"

کماونہ یِتہ چھیہ یہ ماتھر ضرور ژرتھ پننس پیٹھ تمہ دوہہ خفتن نماز

پتہ اکتاجی لٹہ پرٔنی پیوان تہ اکتاجی لٹہ چھُس ہرُونٹھ تہ پتہ درُود مشہور پرُنے

پیوان۔ آخرس پیٹھ چھُس دُعا منگنہ برُونٹھ رلاوِتھ تھوونہ آسِتس گورس تہ مرژس

پھو کھ دِنہ برُونٹھ اکہ اکہ لٹہ دعاے قنوت، سورہ فاتحہ تہ سورہ اخلاص پرُن سان۔

پتہ چھُ سُہ مرژ تہ گور بمارس ژِتجی مَن دوہن کھیون پیوان۔ اکھ ماتھر تہ اگر ژھٹھ

میٹرنچ برُونٹھہ کنہ تھونہ پیہ، تمہِ منز تہ چھیہ ہونی سند رنگہ جتھ نیران۔ عام پرن

والین ہندِ خاطرہ چھیہ یہ کتھ وَنُن دِلچسپ باسان زحضرت حبیب اللہ مجل خیل

چھُ اکھ دوستِ خدا او سمت۔ اُمس دوستِ خدا یعنے حبیب اللہ مجل صابُن آستان

چھُ اکھنورس منز۔ تمی بزرگ دوستِ خُدا سِنز چھ پننس وَقتس منز ساسہ بدن

بمارن دوہ کھتہ دآدی کاسِی ہتہ تہ تموے چھیہ پَنَن مُریدن ماتھرہ ہندِ یم بول

امہ ترتیبہ سان پرٔنچ تربیت کرٔہ ژ۔ ویسے چھیہ جوٗمی علاقس منز سرِ یچھہ ٹھ یہ

وآلس یا ہونی ژلِہ وآلس از تہ اکھنورس سوٗ اَدر دپے بطورِ نیاز سوزٔنی پیوان

یہ سوٗ اَدر دپے چھیہ عام پاٹھی آستان شریفکِس مُجاورس منی آرڈرکہِ ذریعہ سوزنہ یوان

# فنی رنگ

اَمہٕ احساسہ باوجوٗد زِ ضلع ڈوڈہ کین
نرل انہارن ہُندیہ دلچسپ تعارُف۔

ہیُوتُن زِبیٹھِن، تاہم ہین اَکھ زہ کتھہ اَتھ ضلعس منز پٔزٕ بیتھیمتین فنن متعلق تہٕ ونٕہ یوٗ دوے اَتھ ضلعس منز رسا صاب ہوین شاعرن ہُند کلامہ تہٕ ڈولوال صاب ہٕہ ہوین ساز ندرن ہُند ساز بجاے خو دائہ کہٕ فنک مکمل تعارُف باسان چھُہ۔ تاہم چھیہ یہ کتھ ونیٕ تہٕ دلچسپ باسان زِ اَتھ ضلعس منز چھیہ مُرزہ گری ہنز اَکھ سیٹھاہ نرل مہارتھ تہٕ ونہ کڈنہٕ آمٕژ۔ خاص کرِتھ یِم مورٕژہ پوگل پرستان۔ راج گڑھ۔ ڈوڈہ بھدرواہ تہٕ کشتوار علاقن منز لبنہٕ آمٕژہ چھیہ۔ مُرزہ گری علاوہ چھیہ اَتھ پہاڑی پینٹنگ خاص کرِتھ بسوہلی آرٹ رِوایتھ تہٕ رٕٹھ کھالنہٕ آمٕژ۔ چنانچہ چھ اَمہٕ فنکی کینٛہہ نرل نموٗنہ اَز تہٕ کشتوار بوٗنہٕ آستانہ کین مُجاورن نِش موجوٗد تہٕ میٚہ چھ تِم نموٗنہ پانہ وُچھمتی۔

ڈوڈہ ضلعس منز چھ مذہبی تہٕ نیم مذہبی مائن ہند بدولتہ نژنہٕ کیو مختلف طریقو تہٕ فنک درجہ لوٗبمت۔ کشیرِ منز دمبالہ وراے یژھ کانہہ رِوایت موجوٗد نہٕ آسنہ کنی ہیکو اَسی وُنیتھ زِ اَمہ رِوایژ ہندی نرل انہار چھ صرف ڈوڈہ ضلعس منز چھینہٕ آمتی۔ یمو منز نوٗنمژ چھ خاص کرِتھ کشتوار چہ سرتھل دیوی ہنزِ یاترا یہ پیٹھ ہاونہ یِنہ والہ نژ، بھدرواہس پیٹ مائس پیٹھ ہاونہ یِنہ والہ نژ تہٕ پاڈرس منز سُچا رینتھ موکلیتھ ہاونہ یِنہ والہ نژ فنی اہمیتھ ناوہ ہینس لایق۔

سرتھل دیوی ہنزِ یاترایہ ہندس موقس پیٹھ چھ کینٛہہ سادتہٕ گوسائی نارس پیٹھ نژان۔ کھور ننواری نارہ تیٚنگلن پیٹھ نژ نک یہ منظر چھُ عشرت کشتواری

یَسِند مُوجُب لۄنا نہٕ کیٛن نارس پیٹھ نژن وٲلین آتش پرستن ہُند ہیوٚ آسان۔ چنانچہ پیٚلہ مقدونیہ ہَس منٛز اتھنز یونیورسٹی ہِندیو ماہرین نفسیا تو کیٛنہ لوکھ نارہٕ وِہس فرشَس پیٹھ نژان وُچھی، تِمَن تجُر صرف یہ گیٚتھ وۄنُکھ زِ دراصل چھِیہ منٛزِ رس تہٕ بے خودی ہِندِس حالتَس منٛز یِمَن نژن وٲلین ہِندِس جسمَس کیٛنہہ تژہ لہرہ نیران یِم یِہنٛدِس جسمَس دوارہ واتنہٕ نشہِ بچاوان چھِیہ۔ عشرت صٲبن وَنُن چھُ زِ تِمو وُچھ پانہٕ اَکہ راتھ اَکھ جیلہ اَتہ نارس پیٹھ ننہٕ ووے نژان۔ دَپان نارس پیٹھ نژُنُک یہ فَن چھُ دَہَن پَندہَن دوہَن اَکہ خاص قسمُچ رِیاضت کرِنہٕ پتہٕ حٲصل سپدان۔

بعدر واہکہ پَٹ مٲلہ کِس موقعس پیٹھ ہاونہ ینہٕ وٲلین نژن چھِہ زٕ قسم اُکس چھُ وَنی داکھوٗ ڈانس وَننہٕ یِوان تہٕ بیٚیس گرٕ ے ڈانس۔ یِتھ کالہ آسی کیٛنہہ لوکھ یِمَن دوہ شونی اَکے ناو یعنے گُڈ ناچ وَنان۔ نژ نہٕ کِس اَتھ قسمَس منٛز چھِیہ کُن زٕوُن نژِتھ ہیکان بلکہ چھُ داکھوٗ اُکس جمٲژ ہِندِ اکہ وَٹہٕ نژُنُک ناو۔ اتھ منٛز یوٗ دوے بھانگڑا نژنکی تہٕ داس نژنکی کیٛنہہ اَنہار تہٕ شٲمِل چھِن سپدنی ہیٚتی ہیٚتی تاہم چھُ یہ نژُنُک اَکھ بِلکُل بدوٗن قسم باسان۔ جمٲژ ہِندِ یہ نژُن چھُ صرف شامس ممکن سپدان تِہ کیازِ اَتھ چھُ منٛزِ نارہٕ الاو آسُن ضروٗری تِمیٚ تے چھِہ نژن وٲلی ڈولچہ آوازِ پیٹھ بیٚنِن اَتھَن تہٕ کھوٚرن خاص قسمچ حرکتھ دِتھ نژان اَتھ نارس اَندی اَندی پھیران۔ یہ نژُن چھُ سیٹھاہ رُومان پرور تہٕ فنی اہمیتُک مُظاہرہ باسان۔ یہ کیتھ آیہ وَننہٕ زِ بروٚنہہ آسی اَتھ منٛز مردتہ زنانہ اکہ وَٹہٕ شموٗلیتھ کران مگر وۄں چھِیہ زنانہ اَمی قسمُک نژن۔ یوٗن نژان تہٕ تِتھ چھُ گرٕ ے نژن وَننہٕ یِوان۔ یِتہ چھُ برابر فنی اہمیت تھَوان۔

پاڑرہ کِنہِ بوٗٹھن ہندِس نٹرنَس مَنز تہِ چھہ بنیادی شرط اَکھ جمانٛد آہنٛگ تہ سعے کرتھ خاص اِشارَن پیٹھ اَکِس دٲیرِس منٛز نژُن۔ اَتھ نٹرنس چھُہ "ناڑ" ونہٕ یوان اَتھ تہِ چھہ یُنِ اَکھ ہرل فنی انہار رچھِن تھوِ کُمُت۔

ڈوڈہ ضلعہ کہ فنی رٛنگ یاوتھ کرو اُسی " جادو وہ جو سر چڑھ کر بولے" مُوجب موسیقی ہندِس اَکِس تھِس ہرلِ انہارس پیٹھ ختم یتھ اَنہارس سأرے کیشر لول بأگران چھِپے۔ موسیقی ہندسہ اَنہار چھُہ چلنت۔ چَلنت کیتھ وَنو، دراصل چھُنہٕ اَمیک ثقہ مطلب وُنہ مُقرر ہیوکُمت سَید تھ۔ لہاز اینہ اَتھ لفظس سٕے مطلب نیٚن یُس مطلب عوام اَتھ نوان چھہ۔ یعنے غلام نبی ڈولوالنی اَکھ ہرل تہ موسیقارک۔ دراصل یوسہ فرق ڈولوالنس لہجس تہ بیٚین کأشرِ ین فن کارن ہندس لہجس چھِیہ سوے فرق چھیہ چلنتس تہ چھکر منز۔ ساز مأ ہیم تھوِتھ گوہ نہ ماتہ سندِن موسیلین لفظن لُلہٕ کھوٗل کرِتھ فکرِ تار زنح اَکھ فنکارانہ کوشش چھیہ چلنتچ بنیاد تہ یتھ لُلہٕ کھوٗل ہنکہ صرف اَکھ یا نہ گو نہ ماتھ آسن وول یا سو خن شناس آسن وول یا کم ازکم یوٗرمُت فنکار ہے یوت انجام دِتھ۔ اَمہِ طریقہ کِس گیونس منز چھُنہٕ کُنہ سازس شعرس پیٹھ سوٗر سپدُنک اِجازتھ دِنہٕ یوان۔ حالانکہ اَمہِ کِنہ سازن منز چھُہ طبلہ، ہارمونیم تہ نے ہوی غأر کأشرِ ساز شأمِل آسنہٕ علاوہ اَکھ ترامہِ گلاسہٕ خاص طریقہ سیتی وأیِن تہ شأمِل آسان۔ مگر مجال چھا زِ ڈولوال دِیہ یِمن غأر کأشرِ ین سازن کأشراوِنس منز معمولی پھیرہ فرق تہ یِنہٕ۔ یہ چھیہ بیاکھ کتھ زِ یِنہ فنی کمالچہ مستی منز چھُیہ تِمس بعضے ساعتن یِنُن یان تہ مستہ گرتھان تہ وُچھِن وألی چھیہ اَہنٛزن جِسمأنی حرکتن ہیڈُن ہیوان۔ دراصل چھُہ جسمأنی حرکتن ہُند یہ سلسلہ مستی تہ

بےخودی ہنٛز پٲنٛی پانے سپدان ۔ یہ چھیہٕ سوٗے کیفیتھ یوٚس ہندوستانہٕ کین کینژَن پوٚختہٕ کارقوالن تہٕ طٲری چھیہٕ سپدان ۔ ویسے چھُہ ژٕلنتس منٛز اجمیرچہ قوٲلی ہُند تہٕ کٲشرِ ہنٛز صوٗفیانہ موسیقی ہُند اکھ عجیب امتزاج محسوس سپدان ۔ مگر نہ چھُہ اتھ منٛز صوٗفیانہ موسیقی ہُند خواب آور سوٚ ترٕ رتہٕ ٹھیکرٕ ہُند جوش آور وُتھ ممکن ۔ توے چھہ ژٕلنتس کینہہ جانباز کٲشرؠ ہنٛز ایجاد گرٕ مژرے تہٕ وَنان ۔ مشہور شاعر رحمان راہی چھہ ژٕلنتکِس بٲنی کار غلام نبی ڈوٗلوالس یِمن لفظن منٛز خراجِ عقیدت پیش کران ۔

"پٔزؠ پٲٹھؠ چھہ اکس موسیقارس ظُلم سپدان، ییلہٕ نہٕ تسٕندِس فنس قدر دِنہٕ ۔ دَپان قدیم یونانس منٛز اوس اکھ مُرژہٕ گورٕ سٹھاہ باکمال ۔ امس مُرژہٕ گرِس اوس اکس کورِ سٟتؠ عشق ۔ اکہ دۄہہ ہیوٚ امہِ سٕے پنٕنہ (محبوب) ہُنز ہنٛز موٗرتھ گرُنک ظون ۔ موٗرتھ گران گران کوٗرُن خوٗنِ جگر صرف ۔ یہ کٲژاہ کمال اوس تہٕ آزموٗدن تہٕ ییلہٕ اکھ عظیم تہٕ مارٕ مٕنٛز موٗرتھ تیار سپدِ ہیٚژن تس آو خیال زِ یہ بناوِ اُہندِس اتھس منٛز اکھ تیٚتھ دَچھہ گرُن یُس پٔزؠ پٲٹھؠ دَچھہ گرُن بابِہ ۔ دَچھہ گرُن بناوان بناوان گوٚسہ تیٚتھ خوتہٕ موٗت زِ تس روٗدنہٕ پنٕنہ ہُنز ہُند خیالے ۔ اکھ اکھ دَچھہ پھوٗل گوٚرُن تیٚتھ پٲٹھؠ زِ یاسان اوس اصلی دَچھہ چھُنے ۔ بہر حال موٗرتھ گےٚ تیار تہٕ آیہ شہرکِس اَڈس چوکس منٛز استادٕ کرنہٕ ۔ لگاہ صُبحے ییلہٕ شہر باش سٟتؠ گیہٕ ۔ سورُے شہر آو مُرژہٕ گری سُند کمال وُچھنہٕ ژُستہ ۔ سبحان اللہ ۔ یُس اکھاہ وُچھان گوٚسہ گورٕ روٗزِتھ ۔ پرٛیتھ کانہہ اوس دَچھہ گرُنس تعریف کران ۔ اُتھی منٛز آیہ بُلبُل جوٗرِیاہ تہٕ دِہ شوٗے لگیہ کٔنہ دِس دَچھہ گرُنس تیٚتھ کُنیہ دِگہ دِنہٕ زَنتہ یہ اصلی رانٹھ ہیٚنٛز دَچھہ آس ۔ لوکو ییلہٕ بُلبُلن

ہُند فریب نظر وُچھتھ لگی مرزہ گرِس شاباش تہٕ مرحبا کرنہٕ ۔

فنکارن ییلہ یہ حال وُچھ تمیٚ ژھٹ وَدن باکھ ۔ ییلہ پُرژھس وَدان کیازِ چھُکھ ؟ دوٚپنکھ یہ چھُس ییٚنہِ فنس منٛز ناکام گومُت ۔ میٚہ اوس خیال مورکھ وُچھتھ کرن لوکھ میانِس ہنٛرس یعنے محبوبہ ہندی تعریف ۔ مگر تم چھِ دَچھہ گُرِنس ہتی گاٹہٕ لوکن چھُس میانہِ محبوبا یہِ کُن نظرے پیوان تہٕ تم چھِ چھیرادچھہ گُرِنس واہ واہ کران جانباز صٲب تُہی چھِو یمِس فنس منٛز ہرگز نہٕ ناکام، بلکہ چھِیہٕ تِمن لوکن ہنٛز ناداٗنی یم چِھ نہٕ زیٚو کاٗنسہٕ ہنٛدی شعر بوزتھ دچھہ گُرنکی پاٹھی صرف شاعرس تعریف چِھ کران تہٕ اَتھ شعرس رَتھ کھارن وول موسیقار چھُکھ مشتہِ گژھان ۔ میانٛی کنہ یوس ناماداٗری تہٕ قبول عام رسا صٲبس پاتھیو تتھ منٛز چھُ جانبازنہٕ فنک تہٕ سٹھاہ عمل دخل رودمُت ۔

یہ چھُس ہجور صاٗبنہ ییٚمہ خیالک قاٗیل زِ ؂

یم زہ یوٚد باہم رلن اَدہ کوہ الن جنگل ژرسن
دَردہ ہُتی یم میانٛی آلو، سازتے سامانہٕ چون

توتہٕ چھُس بہٕ غالبس ہوِس محشر بداماں تہٕ معجزہ کار شاعرس ستی آواز رلاوتھ تہٕ رویہِ سخن ژیے کُن کرِتھ وَژہ واٗنجہ ونان ؂

ڈھونڈے ہے اس مغنیِ آتش نوا کو جی
جس کی صدا ہو شعلۂ برقِ فنا مجھے!

جانباز اگر نہٕ بہ ییمکے ژیٚیہ قدر کرِتھ ژہ مہ ہار دِل ۔ چون گرتہ سوخنٕ زیتھ بےٚ احساس دُنیاہس منٛز چھُ حاٗفظس ہوِس بہلہِ پایہِ کِس شاعرس

پیوٚمُت وُنٕن زِ ے

ہُنر بے عیب حرماں نیست لیکن

زمن محروم تر کے سایلے بود

تہٕ غالبس تہٕ چھیہ یہے باکھ ییمہٕ شرٕ ہٕٹنی زِ ے

ہمارے شعر ہیں اب دِل لگی کے اسد

کھُلا کہ فایدہ عرضِ ہُنر میں خاک نہیں

ویسے چھیہ یہ اکھ حقیقتھ زِ ہوٚنہٕ اگر تھٔدِ پایہٕ آسہٕ تمہٕ چھُہ سِلسلہٕ نتہٕ زیر ضوٚرُ رموٚل کھسان تہٕ میہٕ چھُہ پوٗر یژھ زِ زمانس ییہٕ چھاپی قدر کرنی۔

بہٕ گوس اوتر کہٕ مُلاقاتہٕ تیُتھ مُتأثر زِ میہٕ چھیہٕ دِلس منٛز اکھ نظم گٔژھہٕ مارٕن یتھ منٛز چھوٗن دِل، چھاپہٕ ہوٚنہٕ تہٕ چھوٗن شعر ترٛتیشو نہٕ ہنرٕ دُبرائے جمع سپد۔ انشا اللہ۔

یہ چھُہ راہی صابنہٕ تمہٕ خطُک اکھ اقتباس یُس تمہٕ غلام نبی ڈوٚلوال جانبازنس کشتوارِ ۱۹۷۲ءیس منٛز سوٗزمُت اوس۔ امہٕ پتہٕ چھُہ راہی پننہٕ سو نظم تہٕ جانبازس ۱۳ اپریل ۱۹۷۲ءکِس خطس منٛز بطورِ نذرانہٕ سوٗزان۔ یوس جانبازس تہٕ تمہٕ ہندِس فنس سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ خراجِ عقیدت باسان چھُہ۔ اُسی کرو چیلنتک یہ تعارُف راہی صابنہٕ اُتھی نظمہٕ سیتھ ختم۔ نظم چھیہ عنوانہٕ سان یتھہٕ پٲٹھی۔

## "غلام نبی ڈوٚلوال جانبازنہٕ ناوہ"

اکھ یتھ وَن تمہٕ اُس ژھوہ پہ شوبخشتر

واٚنسن واٚنسن ہُند ہوٚند ژہُل

نیلین جائن لیدر یار پھران
لیدرن وسی پیتھ بسی بنہ تیران
تھہ تھہ لر ترآوتھ ہتہ بدی وق
نہ وتھے تہ نہ وتہ پیٹھ زاگیہ کاتھہ
نہ بڑمے نہ پھر کھے نہ جرم نہ گمان
نہ ادا نہ زبان ، نہ سزا ، نہ گمنڈ
ژھیہ منز ژھو پہ ژھایتہ منز ژھایت
گانگلہ کھیتمی سرہ ساوی طرح
یُس راتھ ژھرہ رُسے کونہ گوب وٹھ
نہ اچھن منز شانت سودر جیلان
نہ وُٹھن پیٹھ سونتک گمہ مدران
گوتم بدھ مرتی منز موُمت

دکھ کرا پھ کرتھ پیوو دوہ دا راہ
انگہ انگہ زمن ہنز ہو کھیہ ژیتھ
گہلیو گہلہو منز دُشر نگہ کوٗرتھ
ژھاین ژھاین اچھی گاش بنتھ
یتھ ون واتھ پیہ تاپہ زژاہ
تتہ نا یاہو ، تنہ نادر تن

یِوتَمبہٕ لیوٗو دِل، کھُیٚٹھ تھَرِ بامَن

ژُکلو ژھوٹ کو، لَبِنہٕ لَبِنہٕ دُیت یَل

ژُترٲٹھ ہیوٚت پھیرُن دُبہٕ دُب بوٗلُن

ہوٗہَس وُشنیہٕ اَتھہٕ، ففھَس تَن

طرفات سَمبیہٕ گُوژھ مُشکہٕ یَر

ٲتھی ناو کوٗرُکھ جانیازِنی

رَحمان راہیؔ

۱۳ اپریل ۱۹۷۲ء



# بالہ اپارٕ

# واقع علاقن ہندی

# کأشِری شاعرٕ تہٕ ادیب

پیر پانژالہٕ کین مختلف علاقن منٛز یۄدوے مختلف زبانن تہٕ بوٗلین منٛز طبع آزمایی کرن والین شاعرن ہُند فہرست سیٛٹھا زیوٗٹھ چھُ۔ مگر کتابہِ ہندس موضوعس ماتحت رۄزتھ چھُس بہٕ صرف کأشرس منٛز طبع آزمایی کرن والین ہندی۔ ناو شأمل کرنس مجبوٗر۔ حالانکہ میٚہ چھِ یمن علاقن سیتی تعلق تھوون وألی۔ اردو، گجری، بھدرواہی تہٕ سراجی تہٕ باڈری بیترِ زبانن تہٕ بوٗلین ہندی۔ ۱۔ عشرت کاشمیری ۲۔ ارمان کشتوأری ۳۔ ماسٹر چونی لال ۴۔ بالکرشن چوہان ۵۔ امرچند ہستیتی ۶۔ ماسٹر چیڑھت سنگھ ۷۔ ماسٹر بھگت رام ۸۔ ہری کرشن تکو ۹۔ سوامی راج ۱۰۔ صابر مرزا راجوری ۱۱۔ ملک محمد شفیع بالم بھدرواہی ۱۲۔ کنول نین نگہت بھدرواہی ۱۳۔ سعد اللہ شاد فریدی ۱۴۔ فدا کشتواری تہٕ ۱۵۔ غلام رسول شاہین بانہالی ہوی کینٛہہ قابلِ ذکر شأعر تہٕ نظرِ تل مگر چونکہ میٚہ ہیوٚکہٕ نہٕ کُنہِ بہانہٕ یہٕ ژھُنِتھ زِ یم حضرات کیا چھِ زانہہ کأشرس منٛز تہٕ شعر ونان آ ۔ لہٰذا چھُس بہٕ کاشرِین شاعرن ہندس ییتھ فہرستس منٛز تہندی۔ ناو ژھُنہ ترأونہ خأطرٕ تمن سارنٕے معذرت پیش کران۔

پتھ رُوزی کاشرس منز شعرو ننداکی بڈی تہ لوکٹی شاعر۔ اتھ

سلسلس منز تہ چھُم یہ وٗنُن زِ یمین شاعرن ہندین کلامن متعلق تنقید کرِتھ کتھہ دِ پننہ تہ چھنہ

یتھ کتابہ منز گنجائش لہٰذا یہ محض سرسری تعارفس پیٹھ اکتفا کرنہ تاہم ہیکہ اتھ موضوعس

پیٹھ مزید تحقیق کرن والین یہ نشاندہی تہ کم کاسہ مدد کرِتھ۔ تعارفک یہ سلسلہ کرہ بہ پننہ خاص

علاقہ بانہالہ کیو گوتہ ماتو پیٹھہ شروع دائنہ منز ترتیبہ موجب چھہ بانہالہ ہندی کاشر

شاعریم:۔

# مولانا احمد بانہال

کاشرِ زباتی ہندس عظیم شاعر رُسل میرس اوس مولانا احمد صاب

جانی یار تہ وستاد تہ۔ جانی یار آسنکہ حیثیتہ اوس رُسل میر مولانا صابس بانہال کوسکوٹ

گامس منز بسن واجنہ تس موختس ستی عشق آسنک راز تام و نان یس متعلق تمی اکہ لکہ کتھ

مطابق تیمہ مطلع ستی شروع گرٕھن واجنہ غزل ونہ:۔

موختہ ہار واگنڈ تھو ہٹہ لولو

یعہ ختہ کار ویتا اکہ لٹہ لولو

رُسل میر اوس احمد صابس ستی پوگل پرستان تہ گومُت۔ وستاد آسنکہ

حیثیتہ اوس فارسی ترکیبن تہ فارسی آمیز شعرن منز رُسل میرس احمد صابن ادہ یاتہ

دِنہ حتمی سند باسان تمن دون شاعرن ہندِ باہمی اخلاص اوس ییتو تیتھہ آسے لوٗ بت

زِ رُسل میرن آس پننس ٹاٹھس فرزندس تعلیم پرنہ تہ تربیتھ پراونہ خاطرہ بانہال گژھنہ

تہ احمد صابنس شاگرد رشید ڈولی۔ گامہ کِس مولانا رُسل شیمس نشِ وانسج وصیت کرِ متر۔

بہرحال مولانا احمد چھہ عربی تہ فارسی زباتی ہندی تھدِ پایکی

عالم تہٕ شاعر آسنہٕ علاوہ سٹھاہ صاحبِ دل بزرگ آسی مٕتی۔ تہندٕ سٕہ مقبول نعت چھُ کشیرِ ہندس بیرہٕ تھ علاقس تہٕ پرٕتھ مشہدس منز درُودِ حضورٕ رس سٕتی۔ پرنہٕ یوان یٕمیُک گوڈٕ ت یہ چھُ۔

سیّدا روے دا لضّحےٰ داری

موے والّیل اذا سجیٰ داری

از بروٗنہٕ تھ ستھ وری کوٗر میٚہ پنیٚ ہوان تہٕ دوٚن دِوان سٹھاہ زٕھ آنڈ پتہٕ احمد صابُن سٕہ فارسی بیاض یٕتنہٕ کٕس ذیلدار ثناء اللہ سنٛدِ گھرٕ، حاصل یٕمیُک کینہہ ورق میٚہ بانہالہٕ منز حاجی غلام احمد صابس نش ئِتھ مٕتی آسی۔ پروفیسر غلام محمد شاد صابس نش تہٕ چھُ اتھ موضوعس متعلق معقول مواد موجود۔ مولانا احمد صابُن سٕہ کاشُر کلامہٕ یتھ کُن تہندس فارسی کلامس منز تہٕ اشارہٕ میلان چھُ پتہٕ یٕمیُک کینہہ شعر میٚہ لوکن نش تہٕ بوزی مٕتی۔ چھ ہیٚوکنہٕ زٕھ آنڈ باوجود دُنہٕ میٚہ دستیاب سپدِتھ۔ احمد صاب چھُ بانہالہٕ کس کوسکوٹ گامس منز بسان اوسمُت۔ تہند مول مولوی محمد جو چھُ امہٕ گامہٕ کس رئیس خوجہ حمزٕ ن دوستہٕ خاص اوسمت۔ یٕمیٚتہٕ نس کرہٕ بہٕ احمد صابنہٕ اکہٕ زیٛھہٕ تہٕ مُتشکل بحرٕ منز ونمتہٕ فارسی منقبتُک سٕہ بند نمونے کلامہٕ ژٕنگی پیش یتھ منز بُرس اندر فارسی ہٕشہٕ میچھرٕ زیٚوِ بیٛٹھ ماجہٕ زیٚوِ ہنز برتری تسلیم کرِتھ کینہہ کاشرِ شعر تہٕ ونہٕ چھ آمتی۔

منقبتُک بند چھُ پیش:۔

رحم فرمائے بحالِ من پُر غم یا غوث

داغدارم ز غلامانِ تو ہستم یا غوث

گر نیایم بدرت پس چہ کنم، وائے بمن

دگرے نیست مرا جز تو بعالم یا غوث

آفتابم بہ سرِ کوہ رسید است، دریغ

روی بر پای شریفِ تو نہادم یا غوث

تنگ شُد قافیۂ فارسیم وقتِ ضعیف

لفظِ کشمیر چو سہلست بگویم یا غوث

## کاشُری شعر

مُھس بہ لاچار سپھٹاہ، جان وندے پیرہ یتیم

پیوس بر خاک تہ پیٹر ھ پنٕنہٕ اتھہ رٹھم یا غوث

کنہ بوزُم بہ ونے حال، سپھٹا گوس خراب

ییِنہ زآوم میٖنہٕ پنٕنی تنہٕ سیٖنہٕ حقیر پیم یا غوث

ونتہٕ کمیٖ اغم چھُ تمُس، آ پہ شرے ہیٚنہ پیر پیٖمس

یُس ونان آسہٕ بہر لحظہٕ دما دم یا غوث

پیر پیران مددے، حضرتِ میران مددے

شیئاً للہ، بر احوالِ فقیران مددے

مولانا احمد صاحب چھ ۱۳۰۱ھ ہجری یس منز رحمتِ حق سپدتھ کو سکوٹ گاہ ہے منز دفن سپدی متھ۔

# عبدالرحیم اعما بانہامی

اعما صاٗبنہٕ زندگی تہٕ شاہکار مثنوی گلبدنہٕ متعلق چھُ میٖہ اکھ تعارُفی مضمون یُرُس لیٖوکھمُت یُس کلچرل اکاڈمی ہندس جون ۱۹۷۵ء کِس کاشُرس شیرازس منز چھپیو مُت چھُ۔ بہ کرہ شیٖتہٕ نس نمی مضمونہٕ منزہ کینہہ سطرہ نقل:۔

"ہیٚنہٕ مادری زبانۍ وُسعت تہٕ پوچھر دِنہٕ یتھ کوشِشہٕ کاٗشرِ ادبکۍ رۄٗدکی

یعنے کشیر سنٛدی نامی تہٕ گرامی گوٚو نہٕ ماتھ محمود گامی ین دس تُلمُت اوس تہٕ یوٚس کوشِش

دوٚیِمو زبانو پیٹھٕ عشقیہٕ داستانن تہٕ جنگ نامن ترجمہ کرنہٕ شکلہِ منٛز رٹتھ کٔھتٕر تمی کوشِشہٕ

ہنٛدی ارتقٲئی قدمن کرٕ اسہٕ باتھہٲلی۔ بالہٕ پیارِ مقبول شاہ کرالہٕ واریُک سنٛز گلریزٕ ہِش شاہکار

مثنوی تہٕ باتھہٲلی۔ بالہٕ ایارِ عبدالرحیم اعماسنٛز گلبدن ہِش شاہکار مثنوی پیش۔ چنانچہ ہتہٕ

وادن وُری ین لتہٕ مونہٕ گامٕرِ کاٗشرِ زبانۍ ہنٛز ترقی کانٛہہ نیٚبیتہ یمہٕ تقاضہٕ موج کشیر

ہیٚنین اولادن نِش کران چھِیہٕ تم تقاضہٕ کرۍ۔ ظاہری طور اوٚن آسنہٕ باوجود عبدالرحیم اعماہن

باطنی بینادار بنیتھ سُلہِ گرٕ پوٚرہ۔ تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھُ اعماصاب جوٚدٕ صوٚبُک سُہ گوٚو ڈٕنیک

شاعر نتان ییمی ۱۹۴۷ء یَس برونٛہہ تتھ کامہِ دس تُل یتھ زبان شوٗزرا دنچ تہٕ زنہ ناوٕچ

کاٗم ونان چھِ .......... ییٚتھے اۍ (مولانا رُسل شیخہٕ سندِس ترانہٕ ہالس منٛز

ڈولی گامس اندر) عطار سند پند نامہٕ، شیخ سعدی سنٛز گُلستان تہٕ نظامی سندِ پنج گنجکۍ

کینٛہہ حصہ پٔرِتھ موکلاوی۔ ییٚتھے سیٚد یہ اکوٚہ وُہر جوانِ رعنا ہتلی۔ بیمارِ سیتی اٚچھی گاشہٕ

نِشہٕ محروم۔ اوٚن سپد نہٕ پتہٕ کرٕ عبدالرحیم اعماہن اٚچھی گاش راونہٕ دوٚہ کینٛہہ یاد تھ

نعتن تہٕ منقبتن ہنٛز شکلہ منٛز شروع۔ ییٚنہٕ ہندر دوٚہ ستادن کرنو عبدالرحیم اٚتھی

دورانس منٛز قُرآنِ شریفچہِ داہ سپارہ زبانی یاد.......... عبدالرحیم اعماسنٛزن تخلیقاتن

منٛز یوٚدوے گلبدن سرِ فہرست چھِیہٕ مگر ہموادس گلبدن لیکھنہٕ برونٛہہ قریباً شِن

ساسن شعرن پیٹھٕ مشتمل اکھ کاٗشر شہنامہ تہٕ قریباً باژن ہتن باتن پیٹھٕ مُشتمل نعت تہٕ

منقبت وُنۍ متی۔ یہ شہنامہ چھُ فردوسی سندِ فارسی شاہنامک سلیس کاٗشر منظوم

ترجمہ اوسُمُت یُس ہنس دوٚہ ستادس نِش بوٗزِتھ اعماصاب ترجمہ اوس کران۔

اعماصاعبٕن موٗل رمضان گنۍ چھُ باہالہٕ ہندس ناگام گامس منز بسان اوسمت تہٕ اُتھی گامس منز چھیٖنہٕ اعماصابنۍ قبرتہٕ۔ ویسے چھ عبدالرحیم اعماصاب ۱۳۳۲ھ ہجری دری کس ہرِ دس منز رحمتِ حق سپد متہ۔ اعماصابنہِ نمونے کلامہٕ رنگے کرہ یہ گلبدنہ منزہ سٕہ منظوم افسانہٕ پیش یُس بر سبیل تذکرہ مجنوٗنہٕ ہندِس بجدس کھسنس متعلق دنہٕ چھ آمت یتھ پاٹھی: ۔

ژریٖنہٕ چُھی نایوٗز مُت یٖیلہ قیس نوٗن دزاد
یہ عشقِ لاٗل ییوٗ مجنوٗن تمس ناو
دوہہ اکہِ موٗل تمہٕ سے اوس ژھاران
وُچھن غارس اُکس منز پان ماران
ییاپے سر کینن کُن اوس چھاوان
اُچھو کنہِ اوس خوٗنہٕ جو یہ شراوان
وُچھُن یٖیلہِ مالے حالِ پوٗر طناز
تیٖتھے ہیوٗ تس تہٕ مزدکُ کوٗرُن آغاز
عمام از سر پھر تر آوِ تہٕ دژہن سے باکھ
"جفااندیشہٕ کوتاہ بے وفادزا کھ
قریب کوہ سپد مت یہٕ چُھی میٖہٕ خورشید
یہ نوہجرس اندر آسے میٖہٕ دوٗمید
رٕ دٕ ٹھ جنگل ژرِ دٕٹھ آخر اتھہ واس
مُلے رٕدٕ سے نہٕ سر یہہ نے کینہہ پیٖوی پاس

وُدان چھُہ گاشُس تھوٚکمُت ماجہِ چانے

چھیٚہ اشہِ وانی کران نوٗئی بانہٕ پانے

نہ چھَس رانٕہ نِندٕر نے چھُس دُہنک کار

کران قرٗی یادو زآری بادلِ زار

ژٕزٕر چوٗنے سوٗزٕر سوٗنے مُژٕر تراو

مُژٕر چشمہٕ کِژٕر آتشِ ہِژٕر ژٕراو

پٔزٕ یاد یُن ییٚتھ اِذا کافوٗر موٗیَن

پریشانُک دِلے حزٕ تیٚن زرد رویٚن

شبا یکھنا وُچھکھنا سون احوالے

تباہ گمژن کرکھنا پرسشِ حالے

چھہِ بیمار اَسی بلو دیدارٕ چانے

گلوٗ یوٚ دیکھنہٕ جِگرکہ پارہٕ سانے

اسے وُچھکھنا اَچھن ژٕروٚن ہُنزٕ کنے گاشُس

گٹہ گے ژٕرٕ سوا لیسنچ چھَنہ آتش

یتھے پاٹھِن ژٕرے ییتھ وِو تُم سٹھا کال

بیا بانو اندٕری پھیران مہہ وِسال

پٔژھان گاران وتہ لوکن خبرٕ چانے

متیا کوہ راوٕہ راوان وُچھکھہ قربانے

٭ ٭ ٭

نَجُر چھُم تہٕ ہٕرکان وۄنی نۄبِکھ چھُس

ہجر وۄتنُک وُچھتھ ییوٗمُت ٹھکِتھ چھُس

مروٲنۍ پکھتہٕ شانٛدس پیٹھ گراہ روٗز

کرو باہم مُلاقاتھا پٔتِم بوٗزا!!

یہ بوٗزتھ بے توقف دٔراو مجنوٗن

کھوٗرن پیٹھ پیوس چشمو کنۍ ہۄرن خوٗن

کمان ہیۆٚو اوس اما در وفاتیر

دۄچھن تس بابہ وَنتم کیا میٚہ تقصیر

ہجومِ عشق شُد برمت مُظفر

نۄگمنہٕ چارہٕ ییی اوسم مُقدَر

خبر کینہہ چھمنہٕ کیا آمت بنِتھ چھُم

دِلس پیکانِ غم گوٚمُت ژٕنِتھ چھُم

تتھیٚے میٚہ منزِلا در پیش کرِ وُٹھ آو

ژٕہ تس میٚہ رُوٗدمُت چھُمنہ پَتھ ناو

گوٚمُت ییس آسہٕ تامِ خود فراموش

بیٚیس کُس آسہِ کیا تس رُوٗدمُت ہوش

دۄہس ہوش شبس ہوٗ دۄہ گوٚمت چھُم

نمُک سِتمُک پیٹھ زن کوہ پیٚوٗمُت چھُم

کرٕہ کیا کینٛہہ تیہ پانس تام چھُمنہٕ!
زمان و آسمان باکام چھُمنہٕ
ترٛے سیتین کوٚت یمہٕ کتہٕ خانمان چھُم
بہر وادیِ پریشان مُرغِ جان چھُم

# مولوی عبدالحلیم، حلیمؔ

مولوی عبدالحلیم صاب چھُ اسم بامُسمّیٰ حلیمؔ دشریف تہٕ ہنزی دِل اکھ اُستاد اوسُمت۔ زوزان اوس کوسکوٗٹ گامس منٛز تہٕ سرکاری مُلازمت اوس ژرٛلہ کس پرائمری سکوٗلس منٛز کران۔ قریباً پُونژہن وری یٔن مُلازمت کرنہٕ پتہٕ سپدی یم مُلازمتس دوران رحمتِ حق۔ مرنہٕ وقتہٕ آس تہٕنز وانس قریباً دُونژاہ وری۔

تہٕندس خاندانس چھِیہٕ شاعری اکھ وراثت باسان۔ چنانچہ تہٕند فرزند عبدالحی تہٕ چھُ شاعر۔ حلیم صابنس کلامس منٛز چھِیہٕ سیٹھا برجستگی تہٕ سادگی نظرِ گژھان مثلاً اکہ نعتکہ یم شعر چھِیہ گلیدنہ ہنزِ سادگی تہٕ شوزرس سیتی ہشر تھوان ؎

لگے بُیو چھُسے بر درشفاعت کرشفاعت کر
ژہ چھکھنا اُمتک یادر شفاعت کرشفاعت کر

شفاعتہٕ چھانہٕ از باری
گژھو آزادٲسہ ساری

لبوا مان از ہر شر

شفاعت کر شفاعت کر

جو آنی گے بہ ناسازی

کرِتھ آخر دغا بازی

نبرُو آو بیٹھی بالے وپر

شفاعت کر شفاعت کر

حلیم صاحبن چھیہٕ داریاہن صنفن منز طبع آزمایی کرِمژ۔ اکس

اکس نظمہِ منز چھیہٕ تِموا بجدس للہ کھول کران عجیب اندازس منز کتھیہ صوفیانہ کتھ بیان کرِمژ

حلیم صاحب چھ ۱۹۹۷ بکرمی سنس منز رحمتِ حق سپدی متی۔

# عبدالحی خاکی

عبدالحی خاکی چھُ مولوی عبدالحلیم حلیم صاحبُن فرزند۔ تہٕ روزان

چھُ سُتہِ کوسکوٹ گامس منز۔ عدالتس منز چھُ بحیثیت کلرک کام کران۔ ننِس بابہ صاحبنہِ

پاٹھی چھُ خاکی صاحب تہِ سادگی پسند شاعر تہٕ مزازس منز نرمی عہستی۔ چھُ ئی سُند خاکی تخلص

خاکی تخلص برابر واتھ کھیوان۔ خاکی سُند زانہٕ چھُ پندہ زیتھ ۱۹۸۱ بکرمی۔ گلبدن چھیہٕ

بانہالہٕ ہنز گھوڈ پچ چھاپ سپنزمژ کاشر کتاب۔ دومس نمبرس پیٹھ چھیہٕ عبدالحی خاکی

سنز آٹھ ورقی باتہٕ سومبرن یتھ تِمو جوشِ دل ناوتھو ومت چھُ۔ خاکی سنز شاعرانہ

صلاحیت چھیہٕ امید افزا۔ کہنہٕ شعر چھ پیش:۔

لۆزٕرٕ کےٚ خلعت ؤلتھ یٖیلہِ آفتا یا ڈراو نۆن
خبا مئےٚ شرمندگی ژھُن زوٗنہِ تا متھ نا آیئے
ہی تھرٕ ہن یوٗ دوٚ ے گُلان ہنز حقیقت گژھِ کنن
لولہِ چمنن منز دٕزِ تھ پیٚن بُلبلن ہندی۔ عآیئے

# طاؤس بانہالی

ژراچھ ہال گامہِ کِس خواجہ احد خانن یہ فرزند ارجند اوس ژمن دوہن تہِ سیٹھا گاٹل تہٕ تیلنگہٕ باسان یٖیلہ سُہ بانہالہِ ہندِس مڈل سکوٗلس منز ٹیہ برۆونہٹھ ژدر جماژ پران اوس عآٹھمہِ جماژ منز غلام رسوٗل خان نادک یہ تیلنگہٕ لڑکہ اوس اسہِ سارنے لڑکن اکھ عجیب مخلوق باسان خاص کرٕتھ یٖیلہ آمی تتھ ڈراماہس منز مرکزی اداکارٕ سُند رول ادا کوٚر یتھ منز ژٕ گوٚسا آنٕ رۄٚنگی عوٚامی لُٹرہ اکھ اَکس کُن وَنان آسی۔

”جیا جیب، میں بھی جیوں، تو بھی جیب“

”یہ ٹھگی کب تک چلے“

”جب تک چلے تب تک سہی“........

طاؤس بانہالی صاب چھِ ۱۹۲۳ ءس منز ۲۸ نومبر کہ دوہہ زامُت یمن دوہن تمِ اسلام آبادٕکِس حنفیہ سکوٗلس منز پران آسی۔ تمن دوہن آسی تمِ غمگین تخلص کران۔ ۱۹۴۹ءس منز ترِی۔ تمِ سرحدٕ ابور تہٕ آزاد کشیرکِس ریڈیوٗ سٹیشنس عہ ستی میلدی۔ بحیثیت نیوٗز ریڈر روابتہ تہندس ہوٚ کٕنِس برادر غلام محمد دِلفگار ستہٕ ونہٕ موجُب

چھُ طاؤس صاحبن ۱۹۶۷ ہس دوران لاہور یونیورسٹی منز اردو ایم۔ اے امتحان پاس کوٚرمُت۔

سلیم خان گمی چھُ پننہِ "کشمیر: ادب و ثقافت" ناوِ چہِ کتابہِ منز طاؤس صاحبس متعلق لیکھان "طاؤس بانہالی چھُ اکھ رومان پسند شاعر۔ امہِ پوٚز تمی سنز رومانیت منز چھُ دوکھک پہلو ہیتھ سیٹھا سوٚن آسان۔ طاؤس چھُ اردو وس منز تہِ شعر ونان۔

طاؤسن چھُ ناز کولہ گامی سنز تتھ کتابہِ تعارفی مضمون لیوکھمُت یوس تمو علامہ اقبال سنز اسرارِ خودی کاشرِس منز ترجمہ کٔرتھ چھاپ کرمٕژ چھیہ۔ افسوس چھُ امہِ کتھِ ہند زِ طاؤس سُند تازٕ کلامہ چھُنہٕ دستیاب ووٚن گوتس منز آسہ اکھ رُت شاعر بننکی آثار موجود۔ خدا زانان تمہ ژکھل ریڈیو خاطرٕ خبرٕ گرنن کیا اثر آسہ تمی سنز شاعرانہ صلاحیتس پیٹھ ترووُمت۔ نمونے کلامہ رنگی چھِ طاؤس صابنی کینہہ شعر پیش:۔

کاشُری شعر

یارن کٔرنس ضایئے لولو

ولہ کس لانگ تیایئے لولو

غمگینہ ہوش کرنا ش کر

بدنام چھکھ جایہ جایئے لولو

اردو شعر

کنجِ غربت میں یوں بہ رہے طاؤس

دھڑکنوں سے وطن کی بات چلی

# ڈاکٹر مرغوب بانہالی

یانس مُتعلق پانہٕ کینٛہہ لیکھُن چھُنہٕ مُناسب باسان۔ وۄنۍ گوۄ پرن والین

کم زیادٕہ اطلاع بہم کرنہٕ ژنٛگی کرِہ بہ تخلف تذکرن تہٕ ادبی توارٕخن منٛز درج سطرن ہنٛدی

کینٛہہ اقتباس پیش کرنس پیٹھ اکتفا۔

ا:۔ موتی لال ساقی چھ پننہٕ " گاشری " ناوچہ کتابہٕ منٛز لیکھان:۔

" مرغوب چھُ شاعر، ہر گاہ سہٕ شاعر آسہٕ ہے نہٕ تیلہٕ آسہے مُصوّر۔ تکیازہ سُہ چھُ حُسنس موٛت.....

.... ژرافتس تہٕ خلوصس ہر گاہ وُنہٕ کانٛہہ ناو ہینہٕ وول چھُ تیلہٕ پزِ تس مرغوب صابس ستی

یارانہٕ لاگُن ................ شاعر آسنہٕ علاوٕہ چھ مرغوب صاب نثرتہٕ لیکھان۔ میوٹھ تہٕ موٛد وُزنٕر.....

اُہنزِ شاعری منٛز چھے ژنٛدربا گاپہ شنٛز روانی، نیری بأتن ہنٛد ہیو شونزر تہٕ سادگی۔ یہ شاعری

چھے اتس اکھ سکون تہٕ فرحت بخشان تہٕ قدرتکی بدلونہٕ رنگ چھ یہ شاعری پرٕتھ اُچھن

بروٛنٹھ کُن یوان۔ اُمی سنٛزِ شاعری چھُ پنن اکھ مخصوص رنگ تہٕ ڈکشن ؎

قبیلہٕ والہٕ ژرے گنٛزرر

میٛنے گُس وۄپر ژرے گُس پنن

۲:۔ چمن لال چمن تہٕ بشیر اختر چھ " ادحال نامہٕ " کس صفحہ ۲۵۵ ہس پیٹھ لیکھان

زاسنہٕ:۔ ۱۹۳۷ء / زاجاے۔ بوٛنہٕ کوٹ بانہال۔

غلام محمد گیری بنیو وتہ ساعتہ مرغوب بانہالی بیلہٕ تمہٕ کأشری شعر وننہٕ ہیتے۔ مرغوب

صاب چھُ ازکل کشمیر یونیورسٹی ہندس سنٹرل ایشین سٹڈیز شعبس منٛز ریڈرؔ۔

---

؎ امہٕ برونٛہہ اوسُس یہ فارسی شعبس منٛز لیکچرار دٕہن ؤرین تہٕ برونٛہہ ریاستی محکمہ تعلیمس

تصنیفات (۱) کلیلہ و دمنہ (ترجمہ) (۲) پرتوستان (شعرہ سومبرن) (۳) کشیر بالہ اپارہ[1]

۳:۔ ڈاکٹر مشعل سلطانپوری چھ ۱۹۷۲ء کس سون ادبس منز لیکھان:۔

"مرغوب بانہالی ہٕنزٕ غزلہٕ چھ زٕ ہتک اثمان۔ باسان کہے گٕ تشنیر چھُس، پھیٖر ٕ دموس تہٕ نارے نار انہار ی تشبیہ۔ شوز کاشر زبان تہٕ پوٚز جذبہ ورتاونس منز چھُ مرغوب ہٕنز ہے پاٹھی بے مثال۔"

۴:۔ ناجی منوٚر تہٕ شفیع شوق چھ "کاشر ادبک تواریخ" کس ۲۰۶ ۔ ۲۰۷ صفحس پیٹھ لیکھان:۔

"مرغوب بانہالی (۱۹۳۷ئ) چھُ تِہ کاشر غزلک بیا کھ اہم شاعر۔ تمہٕ ہٕنز شاعری ہُنز دامنس چھیٚنہٕ باقین مقابلہ کم مگر سُہ ہیوٚک سہٹاہ جلد پنُن گوڈنیک شعرٕ سومبرن "پرتوستان" پیش کرِتھ۔

مرغوبنہٕ شاعری ہٕنز اہم خصوصیت چھیٚہ یہ زِ یہ چھِنہٕ عشقہ کین تہٕ ذاتہٕ کین رِوٲیتی موضوعن ہندِس ٹکس گنڈِتھ تمہٕ ہٕنزِ شاعری ہُند فکری عنصر چھُنہٕ صرف بدس کالہٕ کین حدن منز بلکہِ چھُ یُہ نہٕ پاٹھی اسلامی جذبس لۄہ کھوٚل کران۔ اَمِچ زبان چھےٚ سہٹاہ رنگین تہٕ پار آوِرتھ۔ نسرل پکیر تہٕ حسین تہٕ اُدلی استعارٕ چھ مرغوبنہٕ شاعری اکھ منفرد مقام بخشان.......... مرغوبنین نظمن ہندی موضوع یوٚد وے پرٲنی چھ مگر مرغوب چھ یمن توہِ شاعری ہندِ ہن قٲبِن منز تراونس منز کامیاب گومُت۔

---

← منز بحیثیت اُستاد، ہیڈ ماسٹر تہٕ تحصیل ایجوکیشن آفیسر پندہن[15] وٕرین تہٕ پتمو ترٕیو وٕریو پیٹھٕ چھُس بحیثیت پروفیسر تہٕ سربراہ کاشرس شعبس سیٖتی وابستہ۔

[1] یمو علاوہ چھ ساہتیہ اکیڈمی "غالب" تہٕ قاضی نذرُالاسلام ناوکیٚ میانی زٕ ترجمہ تہٕ چھاپ کران تہٕ پننُ تحقیقی مقالہ "کشمیر میں فارسی ادب کی تاریخ ۱۳۳۹ء۔ ۱۵۵۵ء" تہٕ چھُم جلدے چھاپنک توقع

نموٗنے کلام ؎

مہ کر گژندٕ وآنسہٕ ہندہٕ حآری تاتن

زِ نس پیوٗٹرِ نہٕ گُٹرِھتہ فولادٕ کارُن

باہتہالہٕ کین کآشرہٕ شاعرن منٛز ہم باقی حضرات تاص پآٹھۍ ناو ہینس
لایق چھہٕ تم چھِہ:۔

افضل باتہالی، شیدا باتہالی، خواجہ ثناء اللہ خالد باتہالی، نذیر احمد بیگانہ، عبدالغنی منشور، غلام محمد دلفگار، جاوید علی جاوید، عبدالاحد ملک مسرور، فیض محمد حآیل، غلام حسن باتہالی تہٕ ڈاکٹر مشتاق مرغوب۔

---



# تحصیل بھدرواہ

یِتھہٕ پٲٹھۍ بانہالہِ منٛز وۄنی واریاہ نوجوان کٲشرِس منٛز طبع آزمٲیی چھہ کران تِتھےٚ پٲٹھۍ چھہ ضِلعے ڈوڈہ کِین بیٚین تحصیلَن منٛز تہٕ واریاہ نوجوان کٲشرِس منٛز شعر وَنٕنچ کوٚشِش کران نظرِ گژھان۔ یِمَن سارِنٕے نوجوانَن ہُند تعارُف یوٚدوے بہٕ شٲمِل ہیکہٕ کٔرِتھ سوٚ کٔمی پٔزِ مُقٲمی لیکھن والین حضراتَن پوٗرٕہ کرٕنۍ تاہم کرٕ بہٕ ناو ہینٛس لٲیق بنے مِتین کینژَن نوجوان شاعرَن ہُندی ناو تہٕ یِتھ کِتابہِ منٛز شٲمِل مگر بہٕ ہیکہٕ نہٕ سوٚ ترتیب عُمرِ مطٲبِق یا دَرجہِ مُطٲبِق قٲیم کٔرِتھ یِتھہٕ پٲٹھۍ بانہالہٕ ہُندین شاعرن مُتعلق کرِنہٕ آیہٕ۔ یِژھ ترتیب تہٕ ہیکن تِمہِ مقٲمی اُدیب قٲیم کٔرِتھ۔

## ۱- رسا جاودانی

جناب رسا جاودانی چھہِ صوٗبے جوٚمس منٛز کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛد تہٕ کٲشرِ کلچرُک اکھ شانہٕ شوکتہٕ وول قلعہ باسان یُس مُشکل وقتن ییٚتھ یمِن دوشوٕنی ہُنٛز ترجمٲنی ہُند حق اداکران روٗد۔ رسا صٲبنس شاعرانہٕ تھزرِس تہٕ کمالس چھہ سٲری واقف۔ تہٕنٛد ناو چھہ کٔشیرِ ہِندین بہلہِ پایہٕ، مشہوٗر تہٕ تھکنہٕ ییٚنَس لایق شاعرن منٛز شٲمِل۔ رسا صٲبُن پوٗرٕ ناو چھُہ خواجہ عبدالقدوس رسا جاودانی۔ بابہٕ صٲبُن اوسکھ خواجہ مُنوّر جو ناو۔ مرحوم مُنوّر جو چھہ فارسی زبٲنۍ ہُندیان عالِم اوسمُت۔ رسا صٲبُن تاریخ پٲدایش چھہِ ۲۵ ہاڑ ۱۹۵۸ بکرمی۔ یوٚدوے رسا صٲبَس یَنہِ اُردوٗ شاعری پیٛٹھ تہٕ ناز چھہ۔ مگر تِمِن یُس قبوٗلِ عام تہٕ شوہرتھ حٲصِل سپٕنز چھیہٕ سو چھیہٕ صرف

کٲشِر شاعِر یہِ ہنٛد بدولتھ۔ رَسا صٲبنۍ ترٛے مجموٗعے کلام چھِہ چھاپ سپدی متۍ یموٚ منٛزٕ زٕہ اُردوٗ چھِہ تہٕ اَکھ کٲشُر۔ اُردو مجموٗعن چھُہ "لالہ صحرا" تہٕ "نظمِ ثُریا" ناو کٲشرِس چھُہ "نیرنگِ غزل" ناو۔

رَسا صٲبنِن پٲکیزٕ عادَتَن تہٕ پُہنٛزِ مِزاجِچہ سادگی مُتعلق چھِیہ واریہٕ کتھہٕ مُختلف کِتابَن تہٕ رِسالَن مَنٛز چھاپ سپزٕ مٕژٕ۔ یِمَن منٛز موتی لال ساقی ہنٛز "گاشِری" تہٕ پرتاب کالجک میگزین "پرتاپ" تہٕ شٲمِل چھُہ۔ لہٰذا اکہٕ ہٲمِس مشہوٗر شاعرٕ سنٛدِس موختصر تعارفس پیٹھے اِکتفا۔ رَسا صٲب چھُہ تِمَن بُزرگ شاعرَن مَنٛز شٲمِل۔ یِم عُمرِ کِنہِ اُزکِین ساری کٲشرِ ہن زِٹھی چھِہ مانہٕ لیوان۔ یِتھِین شاعرَن منٛز چھِہ احد زرگر صٲب۔ دینا ناتھ نادم صٲب۔ میر غلام رسول نازکی صٲب غلام حسن بیگ عارف صٲب۔ فاضِل کشمیری صٲب تہٕ کامگار کِشتواری صٲب تہٕ شٲمِل۔ رَسا صٲبنِہ نموٗنے کلامہٕ رنٛگی کرٕ بہٕ تہنٛدی کینہہ مطلع تہٕ مقطع پیش:-

؎ جلوہ چوٗنے مَندچھاوان آفتابَس دِلبرو چھکھ زلیخاے کران تعبیر خابَس دِلبرو

؎ دوٗہُن یَتھ وَندہم تٕرٕہ کیا، دوٗہس جوانی دوٗہُن یَتھ گُن ہا ہِیہ دوٗہس زندگانی

چھُہ رٕہس دستگہ یوٗد کٲشرِس مَنٛز زبان محبوب چھُس ہندوستانی

؎ کریتھ عشقنی بیقرٲری بیقرارس چارٕ کیا یار ییلہ گوٚ دوٗر تیر تہٕ انتظارس چارٕ کیا

؎ مُنٛز اوٚتھس جانانہٕ ترے کریا دیپچے بو چھکھ اَزونا بگانہٕ ترے کریا دیپچے بو

؎ یِتھہ کیا زِگرٕ ہے زیتھ کیا زہرے چھنہٕ انسانَس پانَس تام
دِل دِتھ اَدٕہ کیا زِ دوٗر بزر رہے چھنہٕ انسانَس پانَس تام

؎ گھِر دزاو کمہٕ تانی ترائیے لولو اَسہٕ گیہ کم کم راییے لولو
بزو نِتھ گورٕس تیر تازین چالے موت رَساگوس پوٚت زھایے لولو

اے رساؔ جزٕ آفرین و مرحبا    اَتھ کلامِ دلنشینس کیاہ ونے

## ۲- وفاؔ بھدرواہی

ناو چھُس غلام محی الدین خطیب۔ روزان چھُ رساؔ صابنہ ہمسایہ گی منز بھدرواہکس مسجد محلس منز یُتھ کہِ چھِیہٕ رساؔ صابن اکھ لوٗٹھ شاگرد آسنئے اُمس طبع آزمائی کرنہٕ کِس جذبس زیرِ دٔرِتھ۔ چنانچہ اوس یہ خوش آواز نوجوان رساؔ صابُن کلامہ رٔٹِتھ عارتہٕ بیرنہٕ خاطرٕ لوکٕنہٕ پانئے نوٗن دِرامُت۔ وفاؔ سند تاریخِ پٲدٲیش چھُ ۱۵ پھاگن ۱۹۸۱ بکرمی۔ تم چھِ محکمے جنگلاتس منز بحیثیتہٕ فارسٹر کٲم کران۔ وفاؔ صابس چھِیہٕ کاشرِ موسیقی ہُنز تہٕ واریاہ واقفیتھ حاصل۔ بحیثیت عاشقِ محمدؐ چھُ وفاؔ صابنِس تِتھ نعتس بڈٕ قبول حاصل گومُت یتھ منز خود نامِ "محمدؐ" یتھٕ پاٹھی پٲری لگنک جذبہٕ چھُ ظاہر کرنہٕ آمُت۔

نقطہٕ رِتس جمالس لگے
میم حے میم دالس لگے

## ۳- بشیرؔ بھدرواہی

رساؔ صابس پتہٕ بھدرواہس منز توجہ بن والین کاشرین شاعرن منز چھُ بشیرؔ صابُن ناو۔ محکمے تعلیمس منز بحیثیتہٕ ایجوکیشن آفسر کٲم کرن ولو یہ شریف تہٕ اخلاص مند انسان چھُ وفاؔ صابُن پِتُر بوے۔ بشیرؔ صابنِس مالِس اوس ماسٹر محمد سلطان خطیب ناو۔ بشیرؔ صاب اوس بحیثیت شاعر نوٗن نیرنہٕ برونٹھ بشیر احمد خطیب ناوہٕ زٕتی اَتھٕ یوان۔ بشیرؔ صابن تاریخ پٲدٲیش چھُ ۲۴ جنوری ۱۹۲۵ء۔ ڈوڈہ ضلعہٕ کِہِن لِکھہٕ باتن یعہٕ سہٕ سوبرن کلچرل اکادمی ہُند ذریعہ چھاپ چھِیہٕ گامِر سو چھِیہٕ بشیرؔ صابنہٕ

ماجہ زیٚو ہند ژکھ آسنک تہٕ اَمہِ خاطرٕ پرٛیتھ کانہہ ہیٚکنہٕ قبوٗل کرٕتھ۔ اکھ ٹاکارٕ ثبوٗت بشیر بھدرواہی سند نموٗنے کلام چھُ یہ۔

حُسنس ژے پھولوٗنی رۄزنے گلزار ییٚتھے کٕنۍ
جِگرس منٛے سَنہٕ وُن روزتَن اِدٕ خار ییٚتھے کٕنۍ
دۄیمِس حیائچ ناوٕ ہیٚنہٕ آہٕ ژھینہٕ گِردابس
دۄیمِ چھےٚ وفادار لیٚبان تار ییٚتھے کٕنۍ

چانی غم شوقہٕ منٛز یاجاے مگر ہارتھ گوس — زندگی داوٕ منٛز لاجاے مگر ہارتھ گوس
چانہِ موکھہٕ زۄنہٕ ہچھس منز تہٕ گُلالن اَندر — شینکی ژانگی منٛز زاجاے مگر ہارتھ گوس

# ۴- احقر بھدرواہی

وُمبرِ ہند ترتیبہٕ موٗجب پیٚزہے منٛز احقر صابُن ناو بھدرواہکین سارنے شاعرن برونٹھ ہیٚوُن۔ مگر اتھ سِلسِلس منٛز کرٕ منٛز گوڈے معذرت ہیٚش۔ احقر صابُن پوٗرٕ ناو چھُ عبدالغفار خطیب اوسمت۔ تم چھ قریبًا پانژٕ ستتھ(۵) وَری وُمبرِ پراوِتھ ۲۰۰۹ بکرمی ہُندِس بیساکھ رہتس منٛز رحمتِ حق سپدی متی۔ بھدرواہس منٛز چھُ احقر صاب کاشرِ زبانی ہُندگوڈنیک شاعرانہٕ دیوان۔ تہندی وارِیہہ شعر چھ بھدرواہکین پرانین لوکن زبانی یاد۔ تم جمع کرِتھ کٕنہٕ پاٹھی محفوظ تھاوٕنۍ ذمہ واری چھےٚ اَتہٕ کین نوجوان شاعرن خاص کرِتھ تمن ہیٚٹھ عابد سیدان یم خطیب خاندانکی چشم و چراغ چھ۔

# ۵۔ خواجہ غلام نبی گونی

اکھ سیٚٹھاہ ذہین وفہیم کاشُر یُس اَزبرونٹھ قریبًا دٕہ(۲) وَری بھدرواہس منٛز

اَکھ وَرت وٕکیل اُسِنہٕ مشہوٗر سپُد یُس چھُہ غلام نبی گوٗنی۔ گوٗنی صاب اٲسی اوترہ تامتھ صرف

صرف اردوٗس تہٕ فارسی ٲسی منٛز طبع آزمٲئی کران۔ مگر کیٚہہ کال برونٛہہ نیتہ تموٚ کاشرس

منٛز تہٕ شعر ونہٕ۔ یُس معیار تِہندین شعرن اُردوٗس منٛز چھُہ اگر گوٗنی صاب بنیو کاشرہ بو

شعروتہٕ سُہ معیار پرآوِتھ ہیوٚک منہٕ چھُیہ وۄمید زِ تمن سپدِ تیلہِ اَمہِ کہِ بدولتہٕ بحیثیتِ

اَکھ صاحبِ دِل شاعر دوٚرتام مقبوٗلیت حاصِل۔ گوٗنی صاب چھُہ ڈوڈہ ضِلعہٕ کِس مشہوٗر

سیٲسی لیڈر عبدالغنی گوٗنی صابنی کاترھی باے تہٕ وۄنی چھُہ تِم ہائیکورٹکین مشہوٗر ترین

ایڈوکیٹن منٛز شامِل سپدی متی۔

## ۶۔ رِند بھدرواہی

بھدرواہکین نوجوان شاعرن منٛز یُس متعلق رِتی شعر وننکی سیٹھا توقعات لوٚکن

پاٹھہ چھِہ سپدی ہیتی متی۔ سُہ چھُہ محکمے تعلیمس منٛز بحیثیتِ کلرک کام کرن وول شریف

تہٕ ژھوٚپ طالب حسین رِند صاب۔ گوڈ گوڈ اوس رِند موسیقی منٛز حِصہٕ نِنسے تامتھ

محدوٗد وۄنی وۄنی چھُہ تِم کینہہٕ تِھی کاشرِی شعر تہٕ تخلیق کرِی متی یِم اُمس نوجوانس اَکھ وَرت

شاعر زِنیِنہ پیشن گوئی باسان چھِہ۔ رِند صابُن تاریخ پیدایش چھُہ ۱۶ اپریل ۱۹۴۷ء

تِہندی تری شعر چھِہ بطور نموٗنہ پیش ؎

بہار گوٚٹ گوٚٹ گُلن زِ زُر ہیو، فسردگی ہش چھِے جالوٚرن

خزان چھُہ پانس بیوٚنے پریشان رِوان بادِ صبا تہٕ تِہا

زمین روشتھ چھِنے آسمانس تہٕ زوٗن روشتھ چھِنے آفتابس

خدا تہٕ روشتھ چھُہ کاینانس گدا تہٕ اوسے چھُہ شاہ تہٕ تِہا

## ۷- عبد الجبار آثمؔ

بھدرواہک اکھ نوجوان یُس اردو علاوٕ کاشرِس مَنزٕ تہٕ پٕرٕز طبع آزمائی چھُ کران تہٕ کیٚنہہ برجستہٕ شعر وَننہٕ خاطرٕ یُس مانٕنہٕ یِوان چھُہ۔ سہ چھُ اکِس مُقامی مدرسس منز بحیثیتِ ووستادٕ کام کران وول عبد الجبار گنئے صاب یَس مِیہٕ "آثم" تخلص بدلاونک مشورٕ دیُت۔ آثمُن سندِ سالِ ولادت چھُ ۲۰۰۲ بکرمی۔

## ۸- قیوم ساغرؔ

عبد القیوم گنائی چھُ اوترٕ تامتھ گیونہٕ خاطرٕ یوت اُندی کِنی معروف اوسمُت مگر از چھُ سہ کاشرِس منز کیٚنہہ رٕتی بانہٕ وٕنِنچ کوشش کران۔

## ۹- محمد سُلطان باندےؔ

بھدرواہک اکھ سیٚود سادٕ کاشُر شاعر چھُ سُلطان جو باندے۔ یہ عمر رسیدٕ شاعر چھُ عام پاٹھی صوفیانہٕ شعر وَننہٕ خاطرٕ اُندی کِنی مشہور۔ باندے صاب چھُ کاشرِ علاوٕ اُردوٗ شعر تہٕ وَنان۔ ویسے چھُ تِم تخلص سلطان کران۔ سُلطان صابُن تاریخِ پیدائش چھُ ۲۰ زیٹھ ۱۹۵۳ بکرمی۔

## ۱۰- ممتاز بھدرواہی

نادچھُس عبد الرحمان باندے تہٕ یہ کھسہٕ وُن نوجوان چھُ محکمے جنگلاتس منز ملازمت کران۔ اُردو علاوٕ چھُ کاشرِس منز تہٕ طبع آزمائی کرنچ کوشش کران۔

(۱۱) بے بس بھدرواہی (۱۲) محمد الیاس ملک تنویر بھدرواہی تہٕ (۱۳) ملک محمد شفیع بالم تہٕ چھہ کاشرِس منز کینہہ تخلیق پیش کرنچ کوشش کران ۔ لہٰذا چھہ یہ وَنُن میٖد تھونُس منز اسی حق بجانب زِ ماجہ ہندین دوہہ گلین ہندِ حق نکھہٕ وانگ جذبہ ماکرنا وِین بُلبُلن تہٕ کاشرِس منز رُت بوبوش بیش (۱۴) دین محمد تشنہٕ صاحب تہٕ چھہ یتھے اکھ کشمیری النسل شاعر یُس بھدرواہی بولہِ منز طبع آزمائی چھہ کران مگر سیٖدہ بوز حال حالے چھیہِ تمو تہٕ کاشرِس بوبوشس لول برنچ ابتدائی کوشش شروع کرمژ۔

## ۱۵- بشیر احمد سدوال

بھدرواہکہِ ملانوں گاٹک یہِ نوجوان چھہ اُردو علاوہ کاشرِس منز تہٕ طبع آزمائی کران ۔

## ۱۶- تسکین بھدرواہی

بھدرواہکس پٹری گامس منز بسن وول جلال الدین تہٕ چھہ اُردو تہٕ کاشرِس منز طبع آزمائی کران ۔

## ۱۷- سبحان جو کیلو

بھدرواہکس تھنالہ گامس منز روزن وول سبحان جو چھہ کاشرِس منز شعر ونان

## ۱۸- سوز بھدرواہی

بھدرواہک اکھ نوجوان شاعر عبدالقیوم سوز بھدرواہی چھہ اُردو علاوہ کاشرِس منز تہٕ طبع آزمائی کران ۔

## ۱۹۔ دیوان بھدرواہی

خواجہ عبدالرحمان دیوان چھہ بھدرواہس منز اُردو وس تہ کاشرس اندر طبع آزمائی کرن۔ مقامی سطحس پیٹھ کافی معروف بناومتی۔

## ۲۰۔ طالب بھدرواہی

خواجہ محمد عبداللہ خان طالب چھہ بھدرواہکہ بھلیش علاقک اکھ وانسہٹھ کاشر شاعر۔ بشیر بھدرواہی صابس چھنہ یتھ کتابہ "ڈوڈہ ضلعکی کاشری لکہ باتھ" منز بیین کیتن مقامی شاعرن ہندی پاٹھی اُمس بزرگ شاعرہ سندنا وہتھوز یاد ییومت۔

## ۲۱۔ غافل بھدرواہی

بھدرواہکس بھلیش علاقس منز چھہ طالب صابس برونٹھ یتھ اکھ شاعر ییمنہ ماجہ زیوِ ہندِ دامن کیتر وسیدہ سادہ مگر اثر انگیز شعر وستی پرکران رودمت، یس پورہ ناو غلام قادر غافل او سمت چھہ۔

## ۲۲۔ منظور بھدرواہی

منظور احمد خطیب چھہ محکمے جنگلاتس منز بحیثیت ڈی الف او کام کران۔ بشیر بھدرواہی سندِ یہ لوکٹ برادر چھہ سیٹھا دردمند کاشری شعر لیکھان۔ خاص کرِتھ نعتیہ اشعار چھِس بڈ پر اثر آسان۔

# تحصیل کشتوار

کأشرِ شاعرن ہنز یوسہٕ گنگرا یہ تحصیل کشتوارس منز کنن گرتھان چھِ تمنِک چھِنہٕ کُشیرِ ہندین گامن منز تہٕ کانہہ مِثال میلان ۔ اَتہِ چھِ تقریباً ساری لوکھ کأشرین شعرن تہٕ کأشرِ موسیقی سیتی وابستہٕ باسان ۔ اَتہِ کین گوہٕ مأتِن ہندِ مختصر تعارُف چھِ نہٕ عُمرِ ہندِ حسابہٕ یا درجکہِ حسابہٕ ترتیب دِنہٕ بجایہٕ آزاد طریقس پیٹھ پیش کران ۔ یہِ کتھ چھیہٕ برونٹھے وَننہٕ آمژ زِ عشرت کأشمیری، ارمان کشتوأری تہٕ فِدا کشتوأری صأبنہٕ کأشرس منز طبع آزمأئی کرنُک ہیوٚ کنہٕ ثبوت میلیتھ لہٰذا چھِنہٕ تہندی ناو یتھ فہرستس منز شأمِل ۔ تاہم اگر میٚہ کانِسہٕ نوجوان یا بزرگ کأشرس شاعرٕ سُند ناو ہیتھوُن مُشتھ گژھہ، ووٚمید چھیہٕ مقأمی ادیب دوست کرن تمچ نشاندہی پننس کُنہٕ اجتمأعی رِسالس شائع کرن وقتہٕ ۔ اُلگہ پیر یا نژال بلتہِ کین بٔین تحصیلن منز بسن والین شاعر دوستن ہِند

## (۱) کامگار کشتوأری

نورأنی بُتھ تہٕ باگہِ بوٚرُت ریش کرِتھ کشتوارچ موجودہ تھکلنی لائق شخصیت چھیہٕ اَتہِ خواجہ غلام رسول کامگار ناوہٕ سیتی زانہٕ یوان ۔ کامگار صأب چھِ اکھ مشہور مُقرر تہٕ خوشنویس آسنہٕ علاوہٕ اکھ رُت ناظم تہٕ ترجمہ کار زانہٕ یوان ۔ کامگار صأبنہٕ بزرگ چھِ صرف ژور پیرِ برونٹھ اسلام آبادکہِ ملخ ناگ مُحلس منز بسان آسی ہتی ۔ تہٕ دیان تریِوٚ پیرہٕ پیٹھہٕ چھِ کامگار صأبس تام اکھ خاندانس منز صرف اکھ اکھ لڑکہٕ

زلہوان یا بچان رُوِدمُت۔

کامگار صابُن تارِیخِ پٲدایش چھِہ پاتھ ساوَن ۱۹۴۵ بکرمی۔ تِمَن چھُہ کاشُر علاوٕ فارسی تہٕ اُردُوِس پیٹھ تہٕ پُورٕ دَستگاہ حاصِل۔ یِمیُک ثبوت تِمو فارسی کتابَن کٲشرِ تہٕ اُردُو ترجمہٕ کٔرِتھ دِیتمُت چھُہ۔ مِیَہ چھُہ کامگار صابنِن مُختلِف ترجمَن تہٕ اَدبی کامین پیٹھ اَکھ بیُون مضموٗن تہٕ لیوٗکھمُت۔ یِتہٕ نَس چھُہ یُتے وَنُن کانی زِ خوٗجہٕ مزاژک یہِ بُزرگ چھُہ سۭٹھہٕ حدس تام دَرویش مَنُش باسان۔ چنانچہِ یِم خلعتھ تَس اکادمی ہندِ طرفہٕ دِنہٕ آے تِم قبوٗل کرنہٕ باوجوٗد کوٗرنہٕ تِمو پننِس زبردَست قدردان، کلچرل اکادمی ہندِس سیکریٹری محمد یوسُف ٹینگ صابَس سُہ فارم برٕتھ سوٗزُن گوارا ییُس ٹینگ صابُن اَمِس وظیفکِ رَخاس کرنہٕ خاطرٕ سوٗزمُت اوس۔ اُردُوَس مَنز چھُہ کامگار صابُن قصیدٕہ وردالمریدینُک ترجمہٕ کوٗرمُت یِلہ زَن کٲشرِس مَنز حضرت بابا داوٗد خاکی صابنِس ریشی نامہٕ لامِیس تہٕ علامہ اقبال مرحوم سٕنز "رموزِ بے خودی" کوٗرمُت تِہُند ترجمہٕ چھاپ تہٕ نِیُدمُت چھُہ۔ یِمو دۄشوَے کٲشرِ ترجمو منٛزٕ کرنہٕ کینہہ نموٗنے کلامہٕ ژنگی بیٚیِش۔

ے شیخ نوٗرالدین رێشی پیر سارِن رێشیَن زاہد اُرت اوس تس ذات حقس ستۍ اشتغال
سُے مجرد اوس تے گوشہٕ نشین بیٚیہ روزدار مازتے ماچھ زٕہُن تے پٔران کھوٚنہٕ تِمی پیارٕ ل

ے عزتُک سرمایہِ قومس اکھ نبی ساَنہِ مِلی وحدتُک رَس اکھ نبی
تِمی حقن اَسہِ پیٹھ عنایت کٔرِ ختم یِیمہِ رسوٗلس پیٹھ رِسالتھ کٔر ختم
پیٚرٲنی سٲری نقش کٔری باطل حقن دینہٕ گیٚے شیرازٕہ کوٗر کامِل حقن

ے زولمُت عشقن مِیَہ اندری نار چھُم درٕ وُن روزُن یِہ سُے امار چھُم
مِیانہِ حرفُک عمنہٕ ژٕ تہٕ بے شک سَرکھ یوٗد نظر صدیقہٕ سٕنزِ پٲدا کَرکھ

## ۲۔ نِشاط کشتواڑی

خواجہ غلام رسول نِشاط چھُ کشتوارکین اوّل دَرجہٕ کین شاعرن منز شامِل۔ تم چھِ پرٕ ہتھ موضوعس پیٹھ برجستہٕ نظم لیکھِتھ دِنہٕ خاطرٕ نوجوانن تہٕ طالب علمن منز مشہور۔ نِشاط صاب چھِ بُتھِ تلہٕ تہٕ اکھ شریف النفس تہٕ سنجیدٕ اِنسان آسنک پاس دوان۔ تم چھِ اُردوٗس منز تہٕ ہرٕ شعر وَنان تہٕ کاشرس منز تہٕ۔ نِشاط صابُن سالِ ولادت چھُ ۱۹۰۹ء۔ تہندِ کلامُک یِم حِصہٕ چھاپ سپدِ مِتؠ چھِ تِمن منز چھِ نعت رسول، مناقب تہٕ منظوم کربلا خاص پاٹھۍ ناوہنس لایق۔ عوامس منز چھُ نِشاط صاب سیٹھا مقبول تہٕ امہ مقبولیتُک بُنیادی راز چھُ نیک خیالاتن ہُند تہٕ عشقِ رسولؐ کُس پرتَوُس تہندِس یتھ شعرس منز تہٕ نظرِ گژھان چھُ

نِشاطس کیا کرن باقی تمس ژھے اکھ ہیتن ساقی
سُہ بس دستِ نگر چوٗنے تمس ما جام چاوُن چھے؟

## ۳۔ اُلفت کشتواڑی

خواجہ غلام محمد بٹ صاب اُلفت کشتواڑی چھِ اکھ خوددار تہٕ شریف النفس شاعر۔ تہندِس بابہٕ صابس اوس خواجہ مُنوّر بٹ ناو۔ یِہُند کلامہٕ چھُ کشتوارس منز کانٛہی مقبول۔ طبیعت سادٕ تہٕ کلس پیٹھ پیرانہٕ وضعک دستار گنڈِتھ اُمِس بزرگ شاعرُند تاریخ پادایش چھُ ۵ جنوری ۱۹۱۷ء۔ خلوص تہٕ احترام آدمی بنیہٕ گفتارک نرم لہجہٕ یتھ منز کشتوارکین کاشرن امتیاز حاصِل چھُ تہٕ یتھ منز اکی کاشرِ شاعر پننی مِثال پانہٕ چھِ۔ تِمن سارنے صفتن ہُند اکھ باگہٕ بوٗرت نموٗنہٕ چھُ اُلفت صاب۔

تہندِس کلامَس مَنٛز چھُہ نفظن ہُندیٚلہٕ تراوٕ تہٕ جذبک پزر ٹھس حدس تام اکھ بیوٚن تہٕ بدٕون رنگ قایم کرنَس مَنٛز کامیاب سپدمُت۔ بہرحال اُلفت صاب چھ موٗجوٗد کشتوارکین اوّل درجہٕ کین کاشرِ شاعرن مَنٛز شامِل۔ وُنِہ چھُنہٕ تہند کانہہ مجموٗعہِ کلام چھاپ سپدِتھ ہیوٚکمُت۔

## ۴- جانباز کشتواری

خواجہ غلام نبی ڈولوال چھُ کشتوارکہ کاشرِ کلچرک سارِوے

کھوتہٕ لۄڑ نمایندہ۔ سارِے کشیر چھیٚہ اُمس فنکارس لول بران۔ ڈولوال چھُ شعر و ادبہٕ کِس مادانس مَنٛز جانباز تخلصہٕ سیٚتی تہٕ مشہوٗر۔ جانبازنِس فنکارانہٕ شخصیتس چھِ ژٕہ پہلو اکھ بحیثیت موسیقار تہٕ بیاکھ بحیثیتِ شاعر۔ جانبازنِس مالہٕ صابس چھُ خواجہ غلام ولی مینگن ناو اوسمت تہٕ جانبازُن تاریخِ پیدایش چھُ ۲۱ ہاڑ ۱۹۸۰ بکرمی۔ یِمہٕ کتابہٕ ہندس یتھ بابس مَنٛز ڈوڈہٕ ضلعس مَنٛز کاشرِ کلچرکین تہرِ لہ اتھارن ہنٛز کتھ وننہٕ آیہٕ تتھ مَنٛز آو جانباز صابنہٕ کاشرِ موسیقی مَنٛز بتسکلِ چلنت اکھ مکمل اضافہٕ کرنُک ذکر کرنہٕ۔ یٚتہِ نَس وننہٕ یِہ کتھ تہٕ زِ جانبازنِ چھُ بحیثیتِ اکھ شاعر تہٕ دِلہِ کِس پزرس جذبس بادٕ تھ کرنس مَنٛز پنٕن اتھار روو تلاوت ہیوٚ تمُت تہٕ سُہ چھُ اداکارانہٕ بناوٹس مَنٛز تہٕ بے ساختگی ہنٛزِ ع

نہ روزِ زیر نے زبر

ہشہٕ کتھ ونتھ ہکان۔ نمونے کلامہٕ رنگی کرو اسی جانباز ہنٛز اکھ پرانہٕ مگر مشہوٗر غزلہٕ ہندی ژٕہ شعر پیش۔

یا تہٕ بن تیتھ ہیوٚ سو خنور یتھ ژٕہ قومس یکھ بکار

نتہٕ سرہٕ مَنٛز بنگرِ لاگِتھ روزِ زانپانس اندر

بے عمل چھکھ کیتھ زمینس پیٹھ تہٕ چھکھ بار وِدوان

کیتھ پلن چھکھ تھپہ دوان لگھ واتی اسمانس اندر

کشتوار کین کاشرہن منزیم باقی حضرات خاص پاٹھی ناوٕ ہنس لایق چھ تم چھ:۔

فرحت کشتواڑی، سید محی الدین محی کشتواڑی، قادر بیر واڑی، جاوید کشتواڑی، مجروح کشتواڑی، اسیر کشتواڑی، محمد امین امین، سائل کشتواڑی، محی الدین کشتواڑی شوقین کشتواڑی، مشتاق کشتواڑی، راہی کشتواڑی، فتح محمد گلدم

یالہ اپارِ مین علاقن ہندہ ہن باقی شاعرن تہٕ ادیبن ہندی ناو چھ یتھ پاٹھی:۔

مشتاق فریدی، شوکت فریدی، مست فریدی، ضمیر فریدی، مولوی غلام احمد احمد، غلام رسول کھوڑا، مولوی غلام قادر، حبیب اللہ ناظر، سعد اللہ شاد، عبد الواحد رفیدہ، غفار شاہ رنگین، شاہین فریدی، عبد الکبیر یار شلہ، احد جو زرگر، امدی کھار، رحیم جو گنڑٹاں، سُبحان جو گاشوان، خواجہ نصر اللہ منشی، شہباز راجوری، عبد الرشید قدرا، عبد السلام بہار، درویش محمد ڈار، خواجہ غلام نبی وونی ـــ عبد الغنی وونی (دلوہ)، عبد الغفار شان (گگوں) عبد الاحد شان (گگوں) غلام محمد شیخ (مہاگنڈ) عبد الرحمان ملک (ٹھٹھارکہ) تہٕ ماسٹر عبد الرشید (گلاب گڈھ)۔



# کأشرِ ڈپارٹمنٹچہٕ کینہہ کتابہٕ

| | |
|---|---|
| کأشرِ ادبُک توارِیخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| رٕیشُت تہٕ ساأنؠ رٕیش | رشید نازکی |
| جدید کأشرِ شاعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کأشُرٕ لُکہٕ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| کأشُر ہِندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فِراق |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| نثرٕچ کتاب | ترتیب:- ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوٗشارِ سوٗمبرن | ترتیب:- غلام نبی فراق |
| کأشُر شوٗمت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| تہذیبُک توارِیخ | ناجی مُنور، شفیع شوق |
| ادحال نامہٕ (جلد اکھ) | چمن لال چمن، بشیر اختر |
| ادحال (جلد ٕزٕ) | ڈاکٹر آر، کے، اکاو، ڈی، این شاستری |
| تصوُف: اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کأشرِ مسلمانن ہندی رسم تہٕ رِواج | غلام محمد خان |
| کأشرِ بٹن ہندی رسم تہٕ رِواج | سومناتھ پنڈت |

| | |
|---|---|
| کٲشرِ منٛز بُدھ مت | جے ، این ، گنہار |
| روپہ بھوانی | سومناتھ پنڈت |
| سنگلاب | ترتیب :۔ رحمٰن راہی ، شفیع شوق |
| کٲشرِ ہندی تواریخ دان | پروفیسر ایس ، کے ، کول |
| قدیم شاریائتس | |
| کاشرِ ہُند دیُت | کے ، این ، در |
| فصلن ہندی گیتو کریل | |
| پتہٕ تہند تدوٗرک | ڈاکٹر نور الدین ریشی |
| افسانہ کیاہ گوو | ڈاکٹر رتن لال شانت |
| ناول کیاہ گیہ | موتی لال ساقی |
| وُدرنگ ہائٹس | مظفر عازم |
| مذہبی رہنما | رشید نازکی |

## انہار کے خاص شمارہ

| | |
|---|---|
| | تحقیقی رسالہ |
| شیخ العالمؒ نمبر | ادبی تنقید (۲) |
| کاشرِ ادبک فکری پوت منظر | سِریت تہٕ ادب |
| ادبی تنقید (۱) | کاشرِ زبانی ہنٛز بناوٹھ |
| اُزِچ کاشرِ شاعری | کاشرِ لُکہ ادب |



جانباز (ڈوڈلوال)



کامگار کشتواری



رسا جاوِدانی



وفا بھدرواہی



طاؤس بانہالی



مرغوب (۱۹۷۵)



مشتاق فریدی



شہباز راجوری

